# انہار

شمارٕ:34

2010ء

## کأشرِس منٛز تنقید

[جلد:۱]

کأشُر ڈپارٹمنٹ

کشمیر یونیورسٹی، حضرتبل، سرینگر

# ترتیب

# گوڈ کتھ

کأشر قوم ہِکس توأرِ ٚخس منز چھُ یہ واقعہ پھِرُن لایق زِ کأشِر زبان سپز گوڈنچہ لٹہِ سائنس تعلیمی نصابس منز پرٕنہٕ پأٹھی شأمل، یِمہٕ سِتی کأشرِ قومُک لسأنی، ادبی تہٕ ثقافتی وجوٗد ضرور کارِتھ زِ پڑاوِ۔ کأشرِ زبأنی ہُنٛد لُکہٕ ادب تہٕ تخلیقی ادب چھُ پننہِ مقدارٕکیو معیار لحاظہٕ باگہِ بوٚرُت تہٕ موجوٗدٕ دورس منز یُس حیاتِ نو کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس سپُد، تمہِ باپتھ گُر کأشرِ زبأنی سِتی وابستہٕ مختلف سرکأری تہٕ نیم سرکأری ادارو ییٚژھِ پڑھِ کأم۔ امہِ ہِکس پوٚت منظرس وٚون دِوان دِوان چھُ امہِ سفرُک شروع تہٕ تسلسل تہِ نظرن تل یوان تہٕ آیندٕ کالکی اقدام تہِ دیدمان سپدان۔ کشمیر یونیورسٹی ہٕنٛدِس کأشرِس ڈپارٹمنٹس چھےٚ یِمن ادران منز پٔننی مخصوص اہمیت تہٕ افادیت۔

کأشرِ ڈپارٹمنٹُک لسأنی، ادبی تہٕ ثقافتی قد چھُ یِمہِ اعتبارٕ بلند زِ أمی ادارن کُر کأشِر زبان تہٕ ادب جدید دورس منز معتبر تہٕ کارآمد بناونہٕ موکھٕ وار یاہ کأم۔ یونیورسٹی ہٕنٛدٕ ہن باقے ڈپارٹمنٹن مقابلہٕ چھُ کأشرِس ڈپارٹمنٹس یہِ امتیاز زِ یہِ چھُ جدید زمانکی تعلیمی تقاضہٕ پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ پٔننی درسی کارکردگی تہِ بامِل اَنان تہٕ تمہِ علاوٕ اکھ ہاوُن باوُن لایق اشاعتی پروگرام تہِ بروٚنہہ پکناوان، یُتھ کأشر

زبان أزی کِس علمی سۆتھرِس پٔژھ تہٕ لگھار باسہِ تہٕ اعتبار پزٲوِ۔

انہار رسالہٕ چھُ کاشرِ ڈپارٹمنٹُک ترجمان۔ امیک دردِس شمارٕ چھُ

اَزتام کِس کاشرِ زبٲنی منز لیکھنہٕ آمتِس تنقیدی سرمایس وۄن دِنچ اکھ کوشش

تہٕ یتھ شمارس پیٹھی پیٹھی نظر دِتھ باسہِ پرن وألِس ضرور زِ اَسہِ چھےٚ امہِ سفرٕکہ

اہم وتہٕ گژھ یاد پاونچ کوشش کرمژ۔ کاشرِ زبٲنی ہنٛدی ابتدأیی رِسالہٕ کونگ

پوش، گلریز تہٕ مختلف ادارو طرفہٕ شایع سپدن والین ادبی رسالن ہنٛدی کینٛہہ

تنقیدی مقالہٕ چھِکھ أسی یتھ نمبرس منز اوکنی شأمل کران تاکہِ کاشرِ زبٲنی،

ادبس تہٕ ثقافژِ ستی وابستہٕ نٔوپُے سپدن اَتھ تنقیدی سفرس وأقف تہٕ ستی گژھ

تِہنٛد ہن دِلن منز اَتھ وتہِ پٔژھ پکنُک شوق بیدار۔

وومید چھےٚ زِ یہے نٔوپُے تھاوِ کاشری ادبی تہٕ ثقافتی سنگر بییہِ ہن تابناکھ

بنأوِتھ پننہن بہلہِ پایہِ پیش روَن ہُنٛد معنہِ سووتہٕ مقدس مشن جأری۔

**شاد رمضان**

صدرِ شعبہ

پی،این، پُشپ

# کاشرِ شاعری ہُند گوڈ کال

فکرِ چھُنہٕ تران زِ کاشر شاعری کرتہٕ کتھہٕ پاٹھی سپد ے یہِ شروع۔
لل دیدِ ہنٛد ہن واکھن منٛز چھُ لبنہٕ یوان زِ کاشر زبان اُس تمہِ وِزِ سبٹھاہ پرتھیمٕژ تہٕ کاشر شاعری تہِ آسہِ ہے تمہِ بروٗنہہ وارِیاہ کال بارسس آمٕژ۔ لل دیدِ ہنٛز زبان چھےٚ مہانے پرکاش چہ زبانٛی نِش بیوٚن ہش باسان۔ مگر زاوِ جارٕ سانَے وُچھو تہٕ مہانے پرکاشچ زبان چھےٚ کاشرِ زبانٛی ہُند پرون رُوپ زانہٕ یوان۔ شیتھی کنٹھ نٕن لفظن منٛز چھےٚ یہِ زبان ''سروَ گوچر دیش بھاشا'' یعنی ژُ واٚہمہِ صدی ہنٛز عام فہم زبان۔ وٕری ہتھاہ لوٚگ اَتھ زبانہِ تتھ شکلہِ واتنس یوسہٕ لل دیدِ ہنٛد ہن واکھن منٛز درینٛٹھی چھےٚ یوان۔ عام لوکن شیو درشنٕگ زاوِ جار فکرِ تارنہٕ خاطرٕ یوسہٕ عوامی زبان بکار آیہٕ تتھ منٛز آسہِ ہے عوامی شاعری تہِ سپزٕ مٕژ۔ مگر سیاسی پھِرتھُرکنٛی واٚژنہٕ سوا اَسہِ تانٛی۔ اَوٕ کنٛی چھِ اَز اَسی لل دیدی کاشرِ شاعری ہندِ گوڈٕ کالُک زِچھر دِنس منٛز مجبوٗر۔

لل دید اُس اَکھ شیو یوگنی۔ اکھ عارفہٕ گوراوُسس سِدھ بوے۔ سِدھ شری کنٹھ، یُس شیو درشنٕگ اکھ بوٚڈ بارٕ عالم اوس تہٕ یُس وسُو گپت ہندِ کولُک (خانداٗنک) اوس۔ یَس اَز اَمہِ فلسفُک خاٚلق ونان چھِ۔ لل دیدِ یَتھ ہواہس منٛز اُچھ مُژراوِ، سُہ اوس سیاسی پھِرتھُر بوٚزہر بوٚرمت۔ شاہمیری

حکومتن اُس کھور ٹھیکرأ وۄتھ ۔ سلطان علاوالدینس اوس لوکن ہنٛزِ پاپر جأیی کُن ظون پیومُت ۔ وُچھتھ دراگاہ وٚوتھ ۔ سمأجی زندگی ژاوا لہٕ الہٕ، کھورَ وتلہٕ ژٕجس میژ نیرِ تھ ۔ لل دیدِ ہنٛدِس زأوِی لِس دِلس لٔج گرا ے ۔ وأرِ وچھو سختیو کٔڈس تالہِ کِنیٚ ژھٹ، رُوحأنیتس کُن أسس بالہٕ پانہٕ پیٹھے ترا ے گرا ے ۔ یمو کُڈ ربو حالو أنس نظر نیٚبرِ پیٹھ وٹان وٹان أندرِی أندری ستھن کستام وُنی دِنی ۔ زمانک رنگ وُچھِتھ لٔج سونہٕ ووش تراونہٕ :۔

گاٹلاہ اکھ وُچھُم بوچھِ ستی مران

پن زن ہران پُوہنہٕ واوِ لہہٕ

نیشہٕ بوڈ اکھ وُچھُم وازس ماران

تنہٕ لل بو تھاران ژھینم نا پراہ

تہٕ ۔

ۂمی ڈیٹھُم گٔج دزِ وُنی

ۂمی ڈیوٹھُم دِہہ نتہٕ نار

ۂمی ڈیٹھُم تھٔر پھولہٕ وُنی

ۂمی ڈیوٹھُم گُل نتہٕ خار

وَژھِ وأنجہِ ژوُلس نیرِ تھ ۔

آمہِ پَنہٕ سُودرس ناوِ چھس لمان

کتہِ بوزِ دَ ے میون مے تہِ دِیہِ تار

آمہٕن ٹاکہٕن پوٚنی زَن شمان

دِل چھُم بڑمان گرِ گرِژھ ہا

تِمن دوٚہن یم صوٗفیاے کرام کٔشیرِ آمتۍ ٲسی، تِمن ہٕندی کنۍ اوس مُلکچہٕ رُوحٲنی زندگی لَرِ پھرُن دِیُتمُت۔ شیو درشن تہٕ تصوٗف ٲس اَتھہٕ واس کرنہِ لگۍ متۍ۔ رُوحٲنیچ نوٚ لیاہ ٲس وزنہِ لگمٕژ۔ لل دێدِ ہٕندین واکھن منز چھے اَمہِ لَیہِ ہنز ژٕنگراے سٮ۪ٹھاہ مۄدٕر باسان۔

لل بوٚ درایس لولرے ژھانڈان روٗزٕس دوہ کیو رات
وُچھُم پنڈِت پننہِ گرے، سُے مے روٚٹمس نیچھتر تہٕ ساعت

ژھانڈان لوٗسس پٲنی پانس ژھٮ۪پِتھ گیانس ووت نو کُنہہ
لے گرمس وٲژس میخانس بٔری بٔری بانہٕ تہٕ چوان نو کُنہہ

شُنیک مأدان کوٚڈُم پانس مے للہِ روزِم نہٕ بوٗد نہ ہوش
وێزٕ ہے سپزٕس پٲنی پانس اَدِ کِلہِ پھوٚل للہِ پمپوش

حقس ژھانڈان تہٕ گاران پھیر سو روحٲنی دُنیاہ کَس کوٗنس کوٗنس لتن ہُند ماز لاریوس وتن تہٕ پتولاکن وٲژ پٮ۪س زِ سُہ چھُنہٕ اَسہِ نِبر کُن۔ سُہ چھُ اَسی منز۔ اَسہِ بیوٚن چھُنہٕ۔ طاقتُک آگُر چھُ اَسی اندر۔

بأطنی نظریہ کہِ اَمہِ سوزُک کوٚ کوٚ چھُ لل دێدِ ہٕندِس کلامس منز سٮ۪ٹھاہ رٕسیٖل وزان۔ شیو درشن تہٕ تصوف چھِ دوشوے اَتھ وکھنے کران۔ لل دێدِ

ہٕنزی زیوٚ ۔

شیو چھے تھَلہِ تھَلہِ رَو زان

مو زان ہیوٚنٛد تہٕ مسلمان

ترُٚک ہے چھُکھ تہٕ پان پرٛ وزان

سوٗ ے چھے صاحبس ستیٖ زانٛی زان

اکہِ طرفہٕ چھےٚ سواُومچہِ ساونہِ ہٕنز کہٕنی کہٕنی کران ۔

دیہہٕ چہِ لرِ دارِ بر ترٛوٚپرم

پرٛان ژٗور روٗٹُم تہٕ دِیتُمس دم

ہردِ چہِ کوٗٹھرِ اندر گوٚنڈُم

اوم کہِ چوبکہٕ ٹُلمس بم

O

برماہ برُجس پیٹھ واتنووُم

دِلہٕ چے تارِ ستیٖ دوٚپمس لم

ہم سُو تراُوِتھ سوہم پرووُم

دوٚپنم للے اُتیٖ تھے شرم

دوٚیمہِ طرفہٕ چھےٚ سوکلمک سیر باوان ۔

کُلمے پوٚرُم کُلمے سوٚرُم

کُلمے کوٚرُم پننے پان

کُلمے ہَنہِ ہَنہِ موین توٚرُم

اَدِ للِ واژس لامکان

اَتھ لامکانس واتنہٕ باپتھے پیوٚوتس سونچاہ کرُن ۔

آیس وَتے گیس نہٕ وتے

سےٚ منز سوٚتھے لوٗسُم دوہ

وُچھُم چندس تہٕ ہار نہٕ اَتے

ناوٕ تارس دِمہٕ کیاہ بو

جل جلے کڈٕن وتھ وَنہٕ۔ پنٛژن یندرین (حواسہٕ خمسن) چاٗرن لاکم تہٕ دِل کوٚرُن نفسائی بیمار بو نِشہِ پاک ۔

من ووندٕ زولُم تہٕ جگر موٗرُم

تیٚلہِ لٔجِ ناو درام ییٚلہِ ڈلی ترٲمس تۄ

تِکیازِ ۔

لولُک نار ییٚلہِ لولہِ للہٕ نووٗم

مرنے مویس تہٕ روٗزٕس نہٕ ذرے

رنگہٕ رٔژ ذاٗژے کیاہ رنگ ہووٗم

مےٚ دپُن ژوٚلُم کیاہ سَنہٕ کرے

خودی تہٕ بے خودی ہنٛدِس سنگمس پٮ۪ٹھ اِستادٕ روزِتھ ہیوٚت تَمہِ پرتھ رنگہٕ چہ ریاکاٗری تہٕ کھوڈٕ پھٮ۪چہِ خلاف جہاد کرُن۔ تٔمۍ ہنٛدی کنۍ اوس پزرُک عالماہ بیا کھےٚ تِکیازِ ۔

کینٛہہ چھی ہِنٛدرِ ہٕنتی وُدی

کینٛژن وُدٕن نہٕ پیٚیی

کینٛہہ چھی سنان گرِتھ اُپتی
کینٛہہ چھی گیہہ بُزتھ تہٕ اکری

''پرم گتھ'' پراونہٕ خاطرِ کوٚ ڈتمہِ نارٕ پٔنٛن پان۔
لٔل بوٗدرایس کپس پوش ئرٛ ہے
کاڈی تہٕ دوٗنی گرنم یہے گتھ
تی یٚیلہِ کھوررنم زاوِجہِ تیے!
وُدٕ وُز وارٕ گیم الائز لتھ!
دوٚبہٕ یٚیلہِ چھاونس دوٚبہٕ کنہِ پیٹھے
سز تہٕ صابن مٔشھنم یژھے
ہرٛژی یٚیلہِ پھرنم ہنہِ ہنہِ کاژے
اَدٕ لٔلہِ مہٕ پروٚوم پرم گتھ

پرم گتھ پراوِتھ سپز سوٚ پرٛتھ قسمہٕ چوروٚھائی کھُر بوٗ نشہِ آزاد تہٕ رِوایتی مذہبہٕ کِس پٹھ درن دِژِن ژینہٕ ون۔

یہِ مے کوٚرُم تہِ کوٚرُم ارژُن
امہِ رسنہٕ ووژُم تتے منتھر
یوٚہے توٚگم دِیٛہس پرژُن
سُے یہِ پرم شوٗن تنتھر
یتھ مٔرِس ہے جان پاٹھی کام یہِ ہنہٕ تہٕ گرٕ بار تراوِتھ ژلنک چھنہٕ

ضرور تھے۔ تِکیازِ ۔

کندہ گرِتھ تہٕ کندِ ون واس

تِتھے چھوکھ آم تِتھے آس

منس دیر رٹھ سپنکھ سواس

کیاہ چھے ملُن سُور تےَ ساس

تِتھےَ پاٹھی چھُ لل دیدِ پننین واکھن منز وَژھِ وانٛجِہ شدید احساساتن ہُند اِظہار کوٚرمُت۔ توٚے چھُ یمن منز وجدانی کیفیت ژھوہ ماران۔ شیرٕچ پارٕنچ چھنہٕ یمن منز کانٛہہ کوٗشش آہ، اچھُر اپھُر چھُ وُوندکہ سِنز منز وُزان تہٕ ووندٕ کس سنٛرس منز غوطہٕ کران۔ اَمہِ لحاظہٕ چھےَ لل دیدِ ہنٛز شاعری سٹھاہ تھدِ پایچ زانٛنہٕ یوان۔

لل دید آسہِ ہے پنٛژاہ دُونزاہ ییلہِ نُندٕ ریٚشؒ تہٕ ہیوٚت کاشُر پاٹھی پنُن پیغام بوزناوُن۔ آدنہٕ پتھے اوس سہٕ روحانی مسرت کِس تلاشس۔ شاہِ ہمدانؒ سنٛزِ صُحبژٕ دیُت تس نوٚو وُے اُچھ گاشاہ۔ شیو درشنس اوٗسس ویوٚ دُے، تصوفن کٔرنس پوٗرِ پوٗرستھ تہٕ روایتی مذہب داری ہُند لنجر توٗرُس فکرِ۔ توٚے ہیوٚتُن گیوٗن۔

پوٚزے بوزکھ زانٛہہ نو مرکھ

نتہٕ مازے نومرکھ رچھنےَ دےَ

شِوس ہتھن ییلہِ میل کرکھ

سپدی ریٚشہِ مالہِ نماز تیٚلہِ ژےٚ

تہٕ

مکہٕ مدینہٕ من گار، نکھ وتھاہ چھے
حق رَٹھ تہٕ ژکھ مار، سہج کرے ہاونے

تِکیازِ حقس ژھانڈ وُنن چھُنہٕ پیرن گرِ ژھنگ ضرورت۔ نہ چلس اژُنگ۔

مواَژ مسجدن، جنگلن، چلس
دم ہیتھ اژ کندِ دِلس ہتی

لَل دیَدِ ہندی پاٹھی تُج تُندِ ریَشن تہِ ظاہر داری خلاف آوازتہٕ باطنچہِ روحانی تنظیمہِ پیٹھ دِتُن زور۔ پتُن تجربہٕ اوس زِ۔

ژھانجام ترہن بوونن ییہٕ دشہِ دیشن
نیب تہٕ نشان لوٗبمس نہٕ کُنے
پرِ ژھام سادن بیہٕ تپہٕ ریشن
تم تہِ بوٗزِتھ لگی ودنے
دب ییلہِ دِتُم راگن تہٕ دیشن
اَدِ سُے مہٕ لوبُم پانس نِشے

دیندآری تہٕ پرہیزگآری ہُندِ پاٹھ کرن والین وُون تُندِ ریَش صاف صاف۔

پرَن پیٹھہٕ ستی ریوٗش نو بنکھ
یینْدر مہلِ تُل نہٕ کلہٕ تھوٗد زانہہ
گوٗپھہِ اَژنہٕ دَے نو لبکھ
نوٗلہ تہٕ گگر دراے نہٕ واجہِ منزٕ زانہہ

شرانو ستی منۍ نو شروٗژکھ
گاڑ تۍ ووٚدَر بۆٹھ کھٔتۍ نۍ زانٛہہ
ووپس دِنۍ ستۍ دَے یوٚڈتو شہِ ہیے
دیٛاروستمن وَے لوٚدُن نۍ زانٛہہ

کتابۍ خوانن کُن اِشارٕ کران ووٚنُن اکھ زوٚبدٕ شلوکھاہ۔

پران پران پرِ گیے خأّلی
خر گٔے کتابۍ بأری ہتھ
یم دِلہِ نِشہِ باخبر گٔیے
تم نر گٔے نارٕ ترِتھ کیتھ

یِتھۍ کٔنی پکناوُنُندٕ ریٚش لل دیٚدِ ہنٛز شاندار روایت برونٛٹھ کُن تۍ کأشرِ زبأنی ہُنٛد مأدان کوٚرُن سبٹھاہ کُشادٕ۔ لل دیٚدِ ہنٛدی واکھ چھِ نُندٕ ریٚش نوٚ شلوٗکو کھوتۍ بے شک زیادٕ چُست باسان۔ بجرتۍ وزنۍ کٔنۍ تِ چھِ زیادٕ پوٚختۍ لبنۍ یوان۔ مگر نُندٕ ریٚشنۍ زبان چھےٚ اوگُرتھوٚ گرأ سِتھ تِ زوٚبدٕ لگان۔ شریعت تۍ طریقت چھِ ظأہر دأری چھےٚ یہِ بے وایہِ ٹکران تۍ لل دیٚدِ ہنٛدی پأٹھی فلسفۍ کین زأوِجارن سَنۍ روٚستے سمأجی زندگی صحت مند بناونٕچ کل تۍ کہر کران۔ لل دیٚدِ ہنٛد بن واکھن منٛز چھِ یوٗگکی کینٛہہ أولِ اِشارٕ تۍ نُندٕ ریٚش نہن شلوکن منٛز تِ چھِ تِتھَے پأٹھی رُوحأنی ریاضتٕ ہُنٛد لطیف حوالۍ۔ مگر ریٚش نامس منٛز یُس کلامۍ شیرنۍ تۍ سوٚمبراونۍ آمُت چھُ، سُہ چھُنۍ سورُے سبٕ پأٹھی نُندٕ ریٚشنُے۔ اَمہِ منٛز

چھِ واریاہ ٹُکھ مٔنزی ژانٛنہٕ آمٕتؠ باسان۔ روایت چھےٚ زِ نُندٕ ریٚشنؠ آشِنٛؠ تہٕ اُس شاروَنان۔ تٔمؠ سٟنٛز ہمعصر عارفہ شامہ بی بی ہٕنٛدؠ کینٛہہ شار تہِ چھِ میلان۔ بیٚیو بیٚیو تہِ آسہٕ ہٕنٛنؠ تِتھی نٕے مضمونن پٮ۪ٹھ شاروٕنؠ مٕتؠ، تعجب ہیوٚ تہِ کیاہ چھُ زِ یِمن سارِنٕے ہٕنٛدؠ واکھ شلوکھ تہٕ شار آےٚ وَلنہٕ تہٕ نُندٕ ریٚشنے کلامُک حصہٕ ژانٛنہٕ۔ کأتیاہ واکھ چھِ تِتھی تہِ میلان یِم لَل دێدِ ہٕنٛدؠ مأنٛتھ تہِ لَل دێدِ ہٕنٛدؠ چھِنہٕ باسان۔ واریاہ چھِ تِتھی تہِ یِم زِ لَل دێدِ تہٕ نُندٕ ریٚشنؠ دوشوٕنٛؠ ہٕنٛدؠ چھِ وَننہٕ یِوان۔ مثلاً۔

کینٛژن دِتُن اورَے آلو
کینٛژو رَچاے نالے وَتھ
کینٛژن مس چێتھ اُچھ لجہِ تالو
کینٛژن پِٮ۪تھ گےٚ ہالو کھٮ۪تھ

یا۔

کیاہ کرٕ پانٛژن دَہن تہٕ کہن
وۄکھشُن یَتھ لیجہِ کٔرِتھ یِم گےٚ
سأری سَمہٕ ہن اَتھ رَزِ لمہٕ ہن
اَدٕ کیازِ راوِ ہے کہن گاو

یۄ تام نہٕ یِہنٛدِ کلامٕکؠ شوٚد نُسخہٕ اَتھِ یِن توٚ تام ہٮ۪کو نہٕ أسؠ سٔکہٕ کٔرِتھ زِ یِم واکھ کٔمؠ سٟنٛدؠ چھِ۔ ہرگاہ زَن لل دێدِ ہٕنٛدؠن واکھن منٛز چھِ اِنفرادی

جذباتن ہنٛز شدت زیادٕ شولان تہٕ نُندٕ رێشن ہنٛز شلوکن منٛز چھُ وعظُک ہیو انداز گرزان۔ خیر کانٛسہِ ہنٛدی تہِ اُسی تن یم ٹٕکھ ،مگر یم چھِ اکہِ توٲریخی دورٕچ ترجمانی کران۔

نُندٕ رێشس تہٕ صدرہ ماجہِ درمیان نُندٕ رێشن تہٕ زَیہ دیدِ درمیان تہٕ نُندٕ رێشس تہٕ حضرت میر محمد ہمدانی یس درمیان یُس کلامہٕ اَز نُندٕ رێشُن وَننہٕ چھُ یوان ، سُہ چھُ اصلی خبر کمی تام عوٲمی شاعرن وۄنمُت ۔یہِ کلامہٕ ہیکہِ نہٕ نُندٕ رێشُن اُستھ ، تِکیازِ اَتھ منٛز چھِ کانٛشرِ شاعری ہنٛزِ اکہِ صِنفِچ ترائے گرائے تہِ بوزنہٕ یوان۔ یۄہے صنف چھُ اکہٕ نندُن ہوٚن شاہکارن منٛز یاوُن چھاوان۔ تعجب چھُنہٕ ہرگاہ زن اکہٕ نندنُک اصل اَمی گوڈٕ کلامُک تبرُک آسہِ، تِکیازِ باسان چھُنہٕ زِ نُندٕ رێشس پتہٕ کیاہ گوو کانٛشرِ شاعری ہُندٕ آگُر بلکلٕے ہۄکھتھ تہٕ وٕری ہتھ جوراہ گژھتھ کیاہ لۄگ ہیٚہِ یکدم زورٕ زورٕ شورٕ سان گرزنہٕ۔

تواریخ چھُ گواہ زِ بڈٕ شاہ سٕندِ دربٲرکی شاعروٕ کُر کانٛشرِ ادبٕچ سٮ۪ٹھاہ خدمت۔ بودھ بٹن ، لیوکھ ''زین ژرِتھ'' یتھ منٛز تٔمی بڈٕ شاہ سٕند تعریف تہٕ بجر گیوٚو۔ 'یودٕ' بٹن لیوٚکھ اَمی ترایہِ ''زینہ ولاس'' ناٹک بھٹ اوتارن پھیُر شاہنامہٕ کانٛشرِ بٲتن منٛز تہٕ 'زین ولاس' تہِ لیوکھُن۔ سٮ۪ٹھاہ افسوس چھُ زِ یمو ہیٚژ وکتابو منٛز چھُنہٕ اَز اکھ تہِ اَتھ لگان۔ باسان چھُ زِ لٕلہٕ عامن تھٔوی لل دیدِ ہنٛدی تہٕ نُندٕ رێشنی واکھ تہٕ شلوک وُوندس منٛز شیرِتھ تہٕ رٔچھِتھ۔ مگر بیٚین بیٚین شاعرن ہُند کلامہٕ آو وقتہٕ کِس پھِرِ تھُرِس منٛز ہٮ۪نہٕ تہٕ کانٛہہ بچن پایاہ روٗدُ کھٕنہٕ۔

زین العابدینس پتہٕ آے کٲشیرِ واریاہ گاٚیلہٕ۔ أندرٕ فسادتہٕ فتنہٕ رٕوٗدی چلہٕ وٕنی۔ ماٚ گریو۔ ڈاروتہٕ ژ گوتلٕ نٕوی نٕوی جنجال یِموٕ ستیٚ مُلکی تہٕ سماٚجی زندگیُو دپھرنہٕ آیہِ۔ علم تہٕ ادب گووأندرٕ أندری دَم پھُٹتہٕ سلطان حسن شاہ سٕنٛز سرپرستی أستھ تہِ ہیچ نہٕ کاٗشرِ شاعری تمن دوہن وؤتلتھ۔ پتہٕ ییٚلہِ ژک حکوٗمژ کھور ٹھیکرأوی ،حبہٕ خوتوٗنہِ ہندی وژن گۓ تھدان تہٕ کاٗشرِ شاعری ہُند دوٚیم دورآو أتھس کبتھ میٹھہِ تہٕ موٚ درِسوزُک گرژوٗن پیالہٕ ہتھ گرایہِ ماران۔



اختر محی الدین

# افسانس متعلق کینہہ بنیأدی کتھ

افسانہٕ گو وِ زِندگی ہُنْد کانْہہ خاص واقعہ أکِس خاص طریقس منٛز لُوکن بروٚنْہہ کنہِ پیش کرُن۔ یُس خاص واقعہ پیش کرُن آسہِ اَتھ چھِ دپان افسانُک موضوع، تہٕ یَتھ خاص طریقس منٛز یہِ واقعہ پیش یِیہِ کرنہٕ اَتھ چھِ دپان افسانچ ہیئت۔ پس افسانہٕ لیکھنہٕ خاطرٕ چھِ زٕ چیز نہایت ضرٟوری۔ نمبر اکھ موضوع تہٕ نمبر زٕ ہیئت۔

افسانُک موضوع:

اِنسانس چھِ یوان زِندگی منٛز ہتہٕ بٔدی تہٕ ساسہٕ بٔدی حأدِثہٕ تہٕ واقعات پیش۔ یِم حأدِثہٕ چھِ تٕرٛ اوان أہنْدِس ذٕہنس پیٹھ کانْہہ نَتہٕ کانْہہ اثر۔ یُس اَثر کُنہِ ساعتہٕ بالکل وقتی آسان چھُ تہٕ کُنہِ ساعتہٕ عُمرِ خاطرٕ۔ وقتی اثر چھُ انسانہٕ ہٕندِس ذٕہنس پیٹھ دوٚن دوٚہن ژوٚن دوٚہن یا دَہن دوٚہن روزان تہٕ پتہٕ مشان۔ لیکن عُمرِ خاطرٕ یُس اثر انسانہٕ ہٕندِس ذٕہنس پیٹھ پیوان چھُ سُہ چھُ أمِس توٚت تام روزان یوٚت تام سُہ زِندٕ چھُ آسان۔ کُنہِ ساعتہٕ چھُ کانْسہِ انسانہٕ ہٕنٛز زندگی ہُنْد رُخ کُنہِ خاص حأدِثہٕ ستی بدلان۔ یہِ سُہ اوٚتام آسان چھُ، تہٕ چھُنہٕ پتہٕ روزان، مگر بالکل اَدلہٕ بدل۔ یِم حأدِثات چھِ انسانس کُنہِ

ساعتہٕ اسناوان گُنہٕ ساعتہٕ وَدناوان۔ دوست تہٕ دوست چھِ اکھ أکس روشان، دُشمن تہٕ دُشمن چھِ پانہٕ وأنی نالہٕ موٚت کران۔ زأہدتہٕ مُتقی چھُ شرأبۍ تہٕ زأری بنان۔ سٕنۍ ژُور چھُ بوٚڈ بارٕ امانت دار بنان۔ یِمے حأدِثہٕ چھِ افسانٕکۍ موضوع۔ افسانس منز چھِ زندگی ہِنز روأنی تہٕ بہاوٕچ اکھ لَے یوان ہاونہٕ۔ متہِ شراونچ اکھ زٕژیاچلَے کلانٛگ اکھ ترِ کوٚنڈ۔ افسانس منز چھنہٕ یوان سأرۍ زندگی ہاونہٕ۔ زندگی ہِندِ سارے کھیٖہ تہٕ خندق بلکہ اکھ ہنا...... کھأر منزٕ موٚٹھاہ۔ مثلاً ریشہِ موٚٹھ کرِتھ پیراہ چھُ مشیدِ منز وعظ خوأنی کران تہٕ نیٚبرٕ چھُ بددیانتی تہٕ اپُز ورتاوان۔ یا ماسٹر جی چھُ لڑکن پرناوان مار دِوان۔ أتھی منز چھُس اکھ لڑکاہ ووتھان تہٕ سوالاہ پرٕژھان یُس نہٕ ماسٹر جی پانہٕ چھُ ہیٚکان حل کرِتھ۔ اَمہِ ساعتہٕ کیاہ چھےٚ ماسٹر جی سٕنز حالت سپدان یا شیٖٹھہٕ ؤری شہِ بُجہِ چھُ پُنن مہریٖنہِ تون کانٛسہِ ہِندِ دٕری یا یہِ ایزارٕ سِتی یاد پیوان۔ سو کیاہ چھےٚ تمہِ ساعتہٕ سونچان یِمے چیز چھِ ہیٚکان افسانٕکۍ موضوع بٕنتھ۔ تہٕ بیٚیہٕ تِتھی ساسہٕ بٔدی چیز۔ أکس پتھر پیٚمتِس موٚنڈِ چھُ نچوٚ پنداہ وۄہر گرٕژھان تہٕ موٚز وٕرِ نیران تہٕ دوہ بُرتھ شامس آنہٕ أٹھ بروٚنہہ گنہٕ تھاوان، سو کانٛژاہ خوش چھےٚ گرٕژھان تہٕ مزید زِندٕ روزنٕچ کانٛژاہ چھےٚ تمِس خاہش بڈان۔ اکھ انہرِش یوسہٕ مألی ہٕسٕزِ غُربٕژ موجوٗب تار چھےٚ آسان گٔمٕژ۔ تس پتھ چھُ اکھ جوان پُنن دین وو دولت ترٛاوان۔ تمہِ ساعتہٕ کیاہ چھےٚ تمِس کورِ ہٕنز کیفیت سپدان۔ اکھ ہأنز چھُ پراران آسان زِ انگریز وَسہم شِکارِ تہٕ روپیہ دہِ مرٕ زیٖنہِ۔ مگر یٚیلہٕ کانٛہہ

انگریز شکارِ وَسان چھُس ، دوٚہس چھُ لتس یہِ ہاٗنز رنگہٕ رنگہٕ جاین نِوان چکر کرنہٕ ۔ مگر شامس چھُس یہِ انگریز دِوان روپیہِ ہَنہٕ جوراہ بیٚیہِ چھُس ٹٕٹ ہٕٹ کران ۔ لتس کیاہ چھُ تمہِ ساعتہٕ سپدان ...... یم چھِ افسانکی موضوع، تہٕ یموتلہٕ چھُ فکرِ تران زِ افسانس منز چھنہٕ یوان ساٚرے زندگی اَولہٕ پٔٹھہٕ اٚخرس تام ہاونہٕ بلکہ زندگی ہنز اکھ گر۔ اکھ ژِیُہہ یا اکھ ساعت۔

## افسانٕچ ہیئت:

کانٛہہ موضوع افسانہٕ کِس صورتس منز پیش کرنہٕ خاطرٕ چھُ نہایت ضروری زِ کیٛنژن بنیاٗدی کتھن ہُنٛد یِیہِ خیال تھاونہٕ ۔ افسانٕچ چھےٚ اکھ خاص ہیئت تہٕ اَتھ ہیتس منز اگر موضوع پیش یِیہِ کرنہٕ تمیک اثر چھُ دُوبالا تہٕ ژُوبالا سپدان ۔ أسی چھِ یِتھہٕ کٔنہٕ تہِ کتھ کران، کُنہِ جایہِ سپدِ کانٛہہ حاٗدِثہٕ، أسی چھِ وُچھان تہٕ گرٛھان بیٚین جاین بوزناوان ۔ بازرس منز سپدِ کانٛہہ واقعہٕ تہٕ أسی چھِ شامس گرِ وَنان۔ وَننہٕ وِزِ چھےٚ کوٗشش سأنی آسان زِ یُس اثر أمی خاص واقعہٕ ہن یا أمی حاٗدِثن سأنس ذٔہنس پٔٹھ ترٛووٚ، سُہ اثر گوٚژھ تمن لُوکن ہُنٛدِ ہن ذٔہنن پٔٹھ تہِ پیوٚن ، یم أسی وُنی بوزناوان چھِکھ ۔ مثلاً بازرس منز گوو أکِس فقیر بایہِ لوٗ کُٹ بچہٕ ٹانگس تل ۔ یہِ وُچھِتھ پھوٚٹ مےٚ اوٚش تہٕ دِلس پٔٹھ پیوم سخٕتھاہ غم ۔ شامس یِیلہِ بہٕ گرِ یمہٕ بہٕ بوزناون گرٕ واجینٛز ، میاٗنی کوٗشش آسہِ زِ بہٕ وَنہٕ ہاٗمس یہِ تَمہِ طریقہٕ تہٕ تمہِ اندازٕ یُتھ زَن میانہِ گرٕ واجنہٕ تہِ یِیہِ اوٚش یہِ بوزان بوزان تہٕ تٔہنز ہمدردی تہٕ گرٛھن تِژٕہے لتس فقیر بایہِ کُن پیٚژ میاٗنی آسہِ

گُمژ یہِ حأدِثہٕ وُچھنہٕ وِزِ۔ یَتھ طریقس منز بہٕ یہِ حأدِثہٕ پننہِ گرٕ واجنہٕ وَنہٕ، اَتھ طریقس چھِ وَنان ہیئت (form)۔ یعنی أکِس خاص ہیئژ منز ہکو أسی پنٕن موضوع زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ موثر بنأوِتھ۔ اگر ہیئت ٹھیک آسہِ نہٕ، افسانس تیٚلہِ سپدِ تمیٚک اثرتہِ سٲٹھاہ کم، تہٕ ییٚمہِ افسانُک اثر سٲٹھاہ کم آسہِ، سُہ چھُ ناکام افسانہٕ۔

افسانٕچ ہیئت کیاہ گژھِ آسٕنۍ؟ یہِ چھُ آمُت برونٹھ وَننہٕ زِ افسانس منز چھِ أسی ہرکان زندگی ہنٛز اکھ زٕژہٲوِتھ تہٕ سأرِے زندگی نہٕ کیٚنٛہہ۔ لہٰذا چھُ یہِ ضروری زِ یوسہٕ زٕژ ہاوٕنۍ آسہِ، افسانہٕ نگارس پزِ تِتھی زٕژِ أندی أندی واقعاتن ہُنٛد ذال وونُن تہٕ سوے اکھ زٕژ پیش کرٕنۍ۔ یعنی پرن وول ییٚلہِ افسانہٕ پرِتھ موکلہِ تِمس گژھِ اَمی اکہِ کتھِ ہُنٛد (یوسہٕ کتھ افسانٕچ موضوع چھےٚ) اثر آسُن۔ مثلاً ''فقیر بابہِ گو ونچھ' ٹانگس تل''، یہِ چھُ موضوع افسانُک۔ افسانہٕ نگار سِنٛدِ خٲطرٕ چھُ ضروری زِ سُہ وَنہِ زِ فقیر بابے کتھٕ أس بہتھ، تو ہند نچھ' کیاہ اوس کران، ٹانگہٕ کمہِ پاسہٕ آو، سُہ کوتاہ تیز اوس دَوان، تِمۍ کیا زِ وأے نہٕ گھنٛٹی۔ یِم چھِ سأری واقعات۔ یِم چھِ افسانہٕ نگارس بیان کرٕنۍ تہٕ ییٚمے چھِ پرن وألِس رہبری کران أخرس پیٚٹھ افسانہٕ کِس موضوعس کُن، تہٕ موضوع بیان کٔرِتھ چھُ افسانہٕ یکبار ختم گژھان تہٕ پرن وول چھُ سوچنہٕ بہان۔

مطلب چھُ یہِ زِ افسانُک گژھِ اکھ موضوع آسُن تہٕ سُہ گژھِ تتھہٕ کٕنۍ یُن پیش کرنہٕ یَتھ زن صرف تمِکۍ یوت اثر پیٚیہِ پرن وألی سِنٛدِس ذہنس پیٚٹھ۔ أتھی چھِ وَنان وحدتِ تاثر (unity of impression)۔

دوٚیم ضروری چیز چھُ وحدتِ زمان (unity of time)۔ زندگی ہُند اکھ واقعہ چھُ أکِس جایہِ اکہِ خاص وقتہٕ پیش یوان۔ فقیر بایہِ ہُند لوکٹ نیچُو چھُ اکہِ خاص وقتہٕ ٹانگس تل گرٛھان۔ یِمہِ ساعتہٕ أسی یہِ موضوع افسانہٕ کِس روٗپس منٛز پیش کران چھِ۔ سانہِ خاطرٕ چھُنہٕ ضروری زِ أسی کرو بیان زِ فلأنی دوہہٕ پیٚٹھہٕ ہسا آیہِ فقیر بابے فلأنی جایہِ بہنہِ۔ تَمہِ پتہٕ ہسا کھیوٚ وتَمہِ فلأنی دوہہٕ بتہٕ تہٕ ژوچہِ۔ اکہِ دوہہٕ ہساسپز بیمار۔ فلأنی دوہہٕ ہسازاوتس نیچُو، تیٚمس ناوکوٚرُن کینٛہہ۔ پتہٕ ہسا گووتٔمس ہُہ تہٕ یہِ۔ یِم چیز چھِنہٕ اَسہِ افسانس منٛز ضروری بیان کرٕنی، یِمہِ ساعتہٕ سون موضوع آسہِ فقیر بایہِ ہٕنٛدِس نیٚچوِ سُند ٹانگس تل گرٛھن۔ تٔنی کتھ چھےٚ یہِ زِ یِیلہِ أمِس فقیر بایہِ نیچُو ٹانگس تل گرٛھِ تہٕ ژھُچھکھ تہٕ پتہٕ گرٛھکھ بیٚہِ کأنٛسہِ وَننہِ۔ ژٕ بہکھ نہٕ تٔمِس وَننہِ زِ ہے اَز ژور وٚری برونٛٹھ ہسا زایوو أکِس فقیر بایہِ نیچُو۔ پتہٕ ہسا موٗدُس روٗن۔ پتہٕ ہسا بڈٕیوس نیچُو۔ غرض ژٕ گرٛھکھ نہٕ تفصیلن منٛز بلکہ سیوٚ دُے وَنہٕ ہس زِ'' ہے وَنے کیاہ؟ فلأنی سٔڑکہِ پیٚٹھ ہسا گووأکِس فقیر بایہِ ٹانگس تل نیچُو۔''

تٔہنٛدِس ذٕہنس پیٚٹھ پیٚیہِ (شاید) غم تہٕ سُہ وَنی ''ہاے! اوہ، اوہ واے خدایہ''۔ لِہٰذا اگر ژٕ تفصیلن منٛز گرٛھہ بکھ، خبر کتھہِ ہُند ساد ہے ماہ راوِہا تہٕ یِیلہِ ژٕ تٔمِس پوٗتُس وَنہٕ بکھ زِ نیچُو گوس ٹانگس تل خبر سُہ ماو نہٕ ہیٚ'' ہا گرٛھی نس سا، مےٚ دوٚپ خبر کیاہ کتھے چھےٚ''۔ یوٚہے حال چھُ افسانُک اگر تتھ غارمناسب واقعات بیان گٔرتھ وقتُک تسلسل قایم یِیہ نہٕ تھاونہٕ، تمیک اثر سپد زٔ ایل تہٕ

نتیجہِ نیرِ ''ناکام افسانہٕ''۔ لِہٰذا چھُ ضروری زِ یِتہِ أسۍ افسانس منٛز وحدتِ تاثُر تھاوَو، تتہِ تھاوَو وحدتِ زمان تہِ۔

یہِ زِ وحدتِ بیان کران کران یِمہٕ مثالہٕ اَسہِ پیش کرِ تموٚے منٛز ہیٚکو أسۍ بیا کھاَ اکھ وحدت تہِ لبِتھ۔ سُہ گوٚو وَحدتِ عمل (unity of action)۔ امیُک مطلب گوٚو زِ افسانس منٛز گژھن واقعات آسنۍ۔ مگر تِمے واقعات یِم زن موضوع پیش کرنس منٛز مددگار ثابت سپدن، تِمہِ علاوٕ نہٕ۔ اگر وحدتِ عمل قائیم تھاوَو نہٕ تیٚلہِ سپدِ تقسیم دوٚن یا ترٛێن حِصن منٛز، تہٕ تمیُک ختم، یا غأرضروری تفصیل آسن، یِموٚ ستۍ افسانہٕ ناپسند۔

کردار:

افسانس منٛز چھِ آسان کینٛہہ کردار۔ مثلاً ''فقیر بابہِ ہُند نچوٗ' گوٚو ٹانگس تل''۔ اَتھ موضوعس منٛز چھِ اَسہٕ زٕ کردار۔ اکھ گیہِ فقیر باٖے تہٕ بیٚیہِ گوٚو تُو ہند نچوٗ'۔ اَمہِ علاوٕ بیٚیہِ اَتھ منٛز شاید ٹانگہٕ وول بیٚیہِ یِم لُکھ أندۍ پکھۍ سمن، تِمو منٛزٕ ہِن شاید اکھ زٕ ژٕنی یِم اَتھ بتھ چاپُر کرن یا ہمدردی کرن أکس یا بیٚیس ڈٕرِس ستۍ۔ یِم گیہِ افسانٕکۍ کردار۔ افسانہٕ نگار سِندِ خأطرٕ چھُ ضروری زِ یِم کردار سُہ افسانس منٛز پیش کرِ تِمن ہُند یُس ردِعمل افسانہٕ کِس موضوعس ستۍ آسہِ سُہ گژھِ یُن بڈٕ دیانتدأری تہٕ چابُک دستی سان پیش کرنہٕ۔ مثلاً یِمہٕ ساعتہٕ نچوٗ' ٹانگسِ تل گژھِ فقیر بابہِ ہُند ردِعمل کیاہ آسہِ، ٹانگہٕ وألی سُند ردِعمل کیاہ آسہِ، یِم أندۍ پکھۍ سمن تِمن ہُند ردِعمل کیاہ آسہِ۔ یُس نچوٗ' ٹانگس تل گوٚو، سُہ اوسا

معصوم کِنہٕ بے وقوف۔ ٹانگس تل گوٚو یہ پننہٕ بے وقوفی ستۍ کِنہٕ ٹانگہٕ واٲلِ سٕنٛز بیقلاٗزی تہٕ لاپرواہی کٔنۍ۔ یِم چیز گژھن ستۍ کردارن ہنٛز وکھو ستۍ تہٕ حرکتو ستۍ پیش کرنہٕ۔ ساریٖ کردار گژھن الگ الگ بوزنہٕ یِن۔ سارِنٕے کردارن ہُنٛد گژھِ افسانہٕ پرن واٲلِس پیٹھ الگ الگ اثر پیوٚن، تہٕ یِمن ستۍ افسانہٕ نگارس مدعا آسہِ، پرن واٲلِس گژھِ ہمدردی سپدٕنۍ۔ تِمن ستۍ گژھِ پزٕی پاٹھۍ ہمدردی سپدٕنۍ تہٕ یِمن ستۍ افسانہٕ نگارس مدعا آسہ پرن واٲلِس گژھِ نفرت گژھنۍ۔ تِم گژھن ستۍ تِمہِ طریقہٕ پیش کرنہٕ زِ پرن واٲلِس گژھِ پانٕی پانے تِہنٛز نفرت۔ مثلاً اگر افسانہٕ نگار سٕنٛز نظرِ منٛز فقیر بایہ ہُنٛد نچوٗ، معصوم آسہِ تہٕ ٹانگہٕ وول لاپرواہ آسہِ، تیٚلہِ پزِ افسانہٕ نگارس یِمن دوشوٕنی کردارن متعلق تِمہٕ کتھہٕ وَننہِ (بازے یِم پانہٕ وَنہٕ ناوَنہِ) تہٕ یِہنٛز حرکتہٕ تژھہٕ ہاونہِ زِ بچہ ییہِ معصوم بوزنہٕ تہٕ ٹانگہٕ وول ییہِ لاپرواہ بوزنہٕ۔ بچس ستۍ سپدِ پرن واٲلِس ہمدردی تہٕ ٹانگہٕ واٲلِس ستۍ نفرت۔ یہِ

نقطۂ عروج:

افسانہٕ لیکھنہٕ وِزِچھُ آسان ییمہِ چیزٕک تہِ خیال تھاوُن زِ افسانہٕ کتھ کرو شروع تہٕ کتھ کرو ختم۔ اَتی چھےٚ یوان فن کار سٕنٛز فن کاری بوزنہٕ۔ افسانُک گوڈنیُک جملہ گژھِ تیُتھ آسُن زِ پرن واٲلِس گژھِ سوٗرے افسانہٕ پرنٕچ تحریک لگنۍ۔ تِمُس گژھِ گوڈنِتھ کُے جملہٕ یا گوڈنِتھ کُے واقعہٕ تیُوت سپہٕ بُہن زِسہ گژھہِ نہٕ تو تام حرکت تہِ کرُن یوٚ تام نہٕ افسانہٕ سوٗرے پر۔ افسانُک

حُسن چھُ بڈان اگر اَتھ منز تشویش (suspense) آسہِ۔ یعنی گوڈنیتھ کہِ واقعہٕ پٔتھٕ گژھِ پرن وألِس اِشتیاق بڈُن زِ اَمہِ واقعہٕ پتہٕ کیاہ آسہِ۔ سُہ پٔرتھ گژھِ سُہ باقی واقعاتن کُن دورُن۔ اکھ اکھ واقعہ پران تہٕ دون تہٕ ترٕ بن منز گژھان تہٕ اشتیاق بڈان۔ یوٚ تام افسانہٕ کِس اندس پیٹھ واتہِ۔ افسانُک انجام گژھِ تیُتھ زوردار آسُن زِ اَمہِ پتہٕ گژھِ افسانہٕ پرن وول کینژن منٹن سونچنہِ بہُن...... ''ہاں؟ اچھا؟ واہ واہ!''۔ افسانُک انجام چھُ عموماً سپدان نقطۂ عروجس پیٹھ۔ عروجس پیٹھ وأتِتھ گژھِ افسانہٕ مکمل آسُن۔ اگر کینہہ وَنُن بقایا روزِیا نقطۂ عروجہِ پتہٕ وَننہٕ یِیہِ تیٚلہِ چھُ افسانہٕ بے جان تہٕ بے اثر بنان۔

نقطۂ عروج کأفی زوردار بناونہٕ خأطرٕ چھُ کینژن کتھن ہُند خیال پیٚوان تھاوُن۔ گوڈنِچ کتھ چھےٚ یہِ زِ افسانہٕ کَنتِھ کروشروع۔ گُس واقعہ اَنو گوڈٕ۔ تشویش تہٕ اِشتیاق کتھہِ کٔنٕ بڈِ پرن وألِس۔ گوڈنکہِ واقعہٕ پتہٕ گژھِ باقی واقعاتن ہُند تسلسل تیُتھ روزُن یُتھ وٕتھہِ ہنٕدِس آبس آسان چھُ، گُنہِ جایہِ نہٕ ژھین، گُنہِ جایہِ نہٕ گنڈ۔ واقعاتن ہُند تسلسل گژھِ تِتھےٚ آسُن یُتھ سازٕ کِن سورن آسان چھُ۔ پرن وألی سُند رُوح گژھِ أتھی تسلسلس پیٹھ ایرٕ وَسُن۔ گُنہِ جایہِ گژھ ہبس نہٕ دَب لگُن یا درس لگُن۔ پرن وألی سُند دِل گژھِ لفظن ہنٛزِ آوازِ سٟتی دُب دُب کرُن تہٕ پوٚتُس انجامس پیٹھ گژھِ افسانہٕ موزوٗن واقعاتن بیان کٔرِتھ مضمون پیش کٔرِتھ تمہِ طریقہٕ ختم سپدُن زِ پرن وول زوَنہِ پزی پأٹھی...... ''کیاہ یہِ حادِثہٕ یُس مےٚ نظرانداز کٔریوو، چھا یوٚت اہم!''۔

نقطہٕ عروج سمجھاونہٕ خاطرٕ نمو أسی بیہٕ فقیر بابہٕ ہنز مثال۔ اَتھ افسانس منز آسہِ نقطہٕ عروج سہ ییمہِ ساعتہٕ أسی بیان کرٕ وزِ أمی سُنٛد معصوم نچُو گووٹانگس تل۔ افسانہٕ کرو أسی شروع (ظأہر تہٕ گٔنی ) ''نبرٕ ٹانگن گو نڈا ز نوو کوبلی گُر پٕنس ٹانگس۔ گُر اوس مست تہٕ بیہٕ اوس نہٕ وُنہِ کھتہِ آمُت کڈنہٕ ......'' اَمہِ جُملہٕ ستی بَڈِ پرن وأ لِس اشتیاق زِ امایہٕ کوبلی گُریُس نہٕ وُنہِ کھتہِ تہٕ چھُ درامُت، کیاہ نوقصان کرِ؟ یہٕ پھُٹراویا ٹانگہٕ؟ یہٕ پھُٹیا گُنہِ کھندس یا کھیہٕ کِنہٕ ......؟ اَمہِ پتہٕ کرو کھ أسی ضروری تہٕ موزوٗن واقعات پیش۔ یم واقعات کرن:

(۱) انجامس کُن رہبری

(۲) کردارن ہنز ذہنیت تہٕ خصلت ظأہر تہٕ بیہٕ

(۳) تھاون تشویش تہٕ اشتیاق

أخرس پیٹھ گژھِ افسانہٕ (ظأہر) تہٕ گٔنی ختم۔ ''نبرٕ ٹانگہٕ چھُ راس یلہٕ ترٕأوتھ ٹانگس پیٹھ ڈٕ وکھادِتھ بہتھ تہٕ گُر چھُ ہوٕ ہکی پأٹھی ژلان۔ پُلسہٕ وول چھُ پتہٕ پتہٕ سیٹی وایان۔ لُکھ چھِ کرٕ بکہٕ دِوان زِ ہیوٗ ٹانگا، خوٗن ہا گژھِ! مگر نبرٕ ٹانگہٕ زَنتہٕ بوز أنی چھُنہٕ۔

کینہہ ڈٕلتھ ییلہِ تمٕی موڑ ہیوٗت پھرُن گُر گوو نیرتھ تہٕ سیوٗ دٕ ے ہیوٗتُن أکس پٹرِ کُن کھسُن۔ أمس فقیر بابہِ ہُنٛد نچُو اوس أتی دوٗرٕ أکس مٹھایہٕ وأ لِس تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ یکبارٕ تُج گُری ووٹھ تہٕ کھوٗت پٹرٕ پیٹھ۔ فقیر

بایہِ ہٕنٛدِس نیٚچِس روٗدنہٕ ہوشی کُنہِ۔ فقیر بابے آیہِ دوران، دُنیاہ سمیٚو و۔ مگر فقیر بایہِ ہُنٛد نیچوٗاوس ٹانگہٕ پٔھیس تل دباونہٕ آمُت۔

اُتھی آخری جُملس پیٹھ گژھِ کہاٗنی ختم تہٕ پرن وول سونچہِ پانسے ستی...... واے واے۔ وُچھ سا بچور غریب شُرنے آسہِ ہا، وَتہِ پیٹھ ما آسہِ ہا بہتھ۔

یِمہٕ وَنہِ مےٚ افسانہٕ کِس موضوعس، ہیٚتس تہٕ کردارن متعلق کیٚنٛہہ موچہِ کتھہٕ۔ اَمہِ علاوٕ تہِ چھُ وارِیاہ، افسانہٕ کِس موضوعس ہیٚتس تہٕ کردارن پیٹھ یِن وارِیاہ کتابہٕ وارلیکھنہٕ۔ مگر بنیادی کتھہٕ چھےٚ یِمے، پتہٕ گوو زاوِجار۔ تِم زاوِجارتہِ چھِ سبٹھاہ سبٹھاہ ضروری۔ مثلاً افسانہٕ چہِ زبانی منٛز گژھِ یوٗت و تیوٗت اختصار آسُن۔ کتھ باتھ گژھِ موزوٗن جایہِ مناسب لفظن پیٹھ مشتمل آسٕنی۔ کتھہِ باتھہِ ہنٛز تُلہٕ تراو گژھِ کردارسُنٛد ذہن تہٕ خصلت پرن وأِلس بروٚنٛہہ کنہِ تھاوٕنی۔

ووستادس اُکِس پرٛژھکھ زِ افسانہٕ کیاہ گوو؟ تٔمۍ وٚون...... ''انسان ییٚلہِ زمینس پیٹھ کھور تراوان چھُ لٔچھِ بٔدۍ میٚژِ ذرٕ چھِ تٔہنٛدِس کھورس تل گژھان۔ یِمو لچھِ بدٕو ذرَو منٛزٕ اگر اُسۍ اکھ ذرٕ تُلون تہٕ اَتھس پیٹھ تھاوون اَفتابہٕ زٕژن تل تَمہِ طریقہٕ زِیہِ ذرٕ چمکہِ، تیٚتھ چمکہِ زِ وُچھن وأِلس لگن اُچھن ٹلکرتہٕ سُہ گژھِ حأران زِ آیایہِ موموٗلی ذرٕ تہِ چھا سنا یُتھ حسین تہٕ پُرنور۔ سُہ گوو افسانہٕ۔

ووستادٕ ہنٛزٕ اتھ کتھہِ ژارِ وأسۍ معنے۔ انسان سُنٛد کھور نمو اُسۍ مطلب

انسان سٕنٛز زندگی۔ لچھ بٔدی میٛژ ذرٕ گیہِ لچھ بٔدی حاٗدِثٕہ تہٕ واقعات یم زندگی منٛز پیش یوان چھِ۔ اکھ ذرٕ گوٚ وسُو واقعہ یُس أسی افسانہٕ خاطرِ موضوع ژارٕ رو۔ اَفتاب چھٕ ژٕ ژٕ گیہِ کرداراتہٕ لفظِ طریقہِ گیہِ ہیٔت۔ اَتھٕ گوٚ وافسانہٕ نگارتہٕ وُچھن وول گوٚ وافسانہٕ پرٕن وول۔

گوٚو وٕستان وٚون زِ زندگی ہِنٛد بو لچھِ بدٕ بو واقعاتو تہٕ حاٗدِثو منٛزٕ بناوِ افسانہٕ نگار اکھ واقعہ پٔنُن موضوع تہٕ سُہ کرِ کردارن ہٕنٛدِ ذریعہ أکِس خاص ہیتس منٛز پیش۔ یُتھ زَن افسانہٕ پرن وول حاٗران گژھِ زِ کیاہ یہِ حاٗدِثہٕ یُس مےٚ نظرانداز کوٚر، چھا یوٗت اہم!

مقصد:

امایہِ افسانہٕ کیازِ چھُ یوان لیکھنہٕ؟ أخراَتھ چھا کانٛہہ مقصداہ تہِ کِنہٕ نہ؟ اَوٕ اَتھ چھُ مقصد...... انسان چھُنہٕ کانٛہہ کاٗم بے مقصد کران تہٕ یہٕ کاٗم کیازِ کرِ بے مقصد۔ سوال چھُ زِ مقصد کیاہ چھُ امیک؟ أسی نموفقیر بایہِ ہٕنٛز مثال۔ یَیلہِ افسانہٕ نگار اَتھ واقعہس پٔنُن موضوع بناوِ تُمی سُنٛد مقصد آسہِ زِ اگر نہٕ فقیر بائے سماج چوخرأ بیوتہٕ بدانتظامیو فقیر بائے آسہِ ہابناوِمٕژ، اگر نہٕ یہِ غریب تہٕ بےکس آسہِ ہاتیلہِ آسہِ ہانہٕ یہِ وَتہِ پِدِس پٔتھ بہتھ بلکہ پٔنِس مکانس منٛز آسہِ ہایہِ تہِ اَکھ خاندارنِیاہ۔ اوہنٛد نیچوٗ تہِ آسہِ ہاخانہٕ مولاہ مدرس گژھان۔ سُہ آسہِ ہانہٕ وَتہِ پِدِس پٔتھ ژھینٛی مٕژ زَچہٕ نالی لاگِتھ مٹھایہِ وُچھان تہٕ کریشان۔ مسالہٕ وألِس وُچھان تہٕ وَدان۔ سُہ آسہِ ہانہٕ موتس یوٗت نزدیک زِ ژھنٛی کھوفری

ڈٕجس نظرِ تہٕ ٹانگہٕ کھوٚ تُس پٹھ۔ یہِ افسانہٕ لیکھنہٕ وِزِ آسہِ افسانہٕ نگارسُنٛد مطلب یِی زِ سماجِ چھِ یہ گنٛد، یہِ لوٗچرِ تہٕ بجر ہسا گژھِ ختم سپدُن۔ افسانہٕ نگار چھُ پننٮ۪ن افسانن منٛز یمے ظلم تہٕ جبر ننگہٕ کرِتھ پرن وأرِلس تیار کران زِ سُہ ووتھِ تہٕ یمن ظُلمن خلاف لڑِ۔

افسانس یا ادبہٕ کِنٮ۪ن باقی صِنفن (مثلاً شاعری، ڈرامہ وغاَرِ) چھُ اوسُمت ہمیشہِ یوٚہے مقصد تہٕ ہمیشہِ روزِ بکھ یوٚہے مقصد زِ سماجس منٛز یمہٕ خرأبی آسن تِم گژھن دوٗر سپدنہِ تہٕ نوٮ۪ن اُمیدن تہٕ آشن گژھِ سگ لگُن۔ پوش گژھن پھوٚلنی، بہار گژھِ ہر ہمیشہِ روزُن۔ لُکھ گژھن آباد تہٕ خوش حال روزٕنی۔ افسانُک چھُ مقصد یِی تہٕ یہِ مقصد حاصل کرنہٕ خاطرِ چھُ افسانہٕ نگار پننِس پرن وأرِلس تہِ تیار کران زِ سُتہِ وَ سہِ مأدانس منٛز جدوجہد کرنہِ۔

## افسانہٕ نگار:

طبقاتی سماجس منٛز چھُ افسانہٕ نگار اکھ بوٚڈ بارٕ پارٹ ادا کران۔ یُس جنگ ہیٚرِ مِس طبقس تہٕ بوٚنی مِس طبقس پانہٕ وأنی آسان چھُ، یوسہٕ لڑأے مزوٗرس تہٕ سرمایہٕ دارس آسان چھےٚ تتھ منٛز چھُ افسانہٕ نگار تہِ برابر شریک۔ سُہ ہیٚرِ مہِ طبقُک آسہِ تن یا بوٚنی مہِ طبقُک، سُہ سرمایہٕ دار آسِتن یا مزوٗر، سُہ ہیکِہ نہٕ الگ تہٕ جُدا أستھ۔ تِتھہٕ پأٹھی نہٕ سماجُک بیٚنہٕ کانٛہہ فرد رُوزِتھ ہیکِہ۔

اَتھ جدوجہدس منٛز چھُ ادیبُک سٮ۪ٹھاہ بوٚڈ حصہٕ آسان۔ ہیٚرِ مہِ طبقُک افسانہٕ نگار چھُ پننہِ طبقہٕ کِنٮ۪ن لُوکن ہنٛز ترجمأنی کران۔ سُہ چھُ تِہنٛدی گیت

گوان تہٕ تِمن شیرِ پوش لاگان۔ سُہ چھُ بوٗنی مہٕ طبقہٕ کِہن لُوکن جدوجہد نِش وَتھ ڈالنٕچ کوشش کران۔ تِمن دِپان زِ تِہٕ مہٕ کرِو جدوجہد، یہٕ کوٗرتہٕ کوٗر پروردگارن۔ تِہٕ تہٕ پُشرٲوِو تِمی ہے۔ تِمن چھُ وَنان زِ قسمت تیٚمِس ٹھیک آسہِ سُے چھُ سماجس منز معاشی برتری حاصل ہیٚکان کٔرتھ۔ سُہ چھُ لیکھان دیون تہٕ جِنن ہنٛز کتھہٕ۔ بد معاش مردن تہٕ آوارٕ زنانن ہنٛدی تعریف کران۔ تِہنٛدِس ادبس منز چھِ آسان پستول چلان تہٕ انسان انسانہٕ سُند ماز کھوان۔

اَتھ مقابلہٕ یُس بوٗنی مہٕ (بٔنی مہٕ) طبقُک افسانہٕ نگار آسان چھُ، یہٕ چھُ جدوجہدس سٍتی روزان۔ یِیٚتیٚتھ لُوکن منز تسائل تہٕ کاہِلی پأدٕ سپدِ تِتیٚتھ پننہٕ زورِ قلمہٕ سٍتی تِمن منز نَوِسرٕ جوش تہٕ خروش پأدٕ کران۔ جدوجہدس منز یم مورچہٕ عام لُوکھ نظرانداز کران چھِ، افسانہٕ نگار چھُ تِمن مورچن پیٚٹھ لڑنٕچ اہمیت تہٕ وَنان تہٕ ہاوِتھ دِوان لُوکن زِ اگر یہِ جاے کمزور رُوز دُشمن سُند روزِ اَپأری خطرٕ۔ سُہ چھُ ظالم طبقہٕ کہِ ظُلمٕچ، جبرٕچ تہٕ تشددٕچ ذکر کران۔ تِہنٛز منحوس صورت لُوکن بروٗنٹھہٕ کنہِ تھاوان تہٕ اَتھ لڑایہِ زیادٕ ہٕر دِوان۔

یہِ افسانہٕ نگار چھُ پننِس طبقس ہمت دِوان تہٕ پٔکھٕچ اُمید پأدٕ کران، یُتھ زَن تِم ازسِبٕٹھاہ زور شورٕ سان تہٕ زیادٕ جوش وخروش سان لڑن۔

○

غلام نبی فراق

# خواجہ حبیب اللہ نوشہری

## شخصیت تہٕ شاعری

نوشہر چھُ درجن کھنڈ محلن پیٹھ مشتمل شمالی سرینگرُک اکھ حصہٕ۔ أتھی نوشہرس منز چھُ اکھ خاندان بسان اوسمُت ۔ ذاژ کنی اوس اَتھ خاندانس گنائی وَننہٕ یوان۔ امیُک اکھ زیُٹھ اوس خواجہ شمس الدین گنائی یُس پانہٕ تہٕ جان لیۆکھمُت پۆرمُت فرد اوسمُت چھُ۔ أمی سُندُ ے فرزند گیاو خواجہ حبیب اللہ نوشہری، یُس وَننہٕ کنی ۹۶۲ھ منز زامُت چھُ۔ دَپان یم أسی کارٕ کنی نۆن ٕکنان۔ بیٚیہٕ اوسکھ وأنی وان تہٕ۔ یم آسہٕ ہن أتھی وأنی وانس پیٹھ نۆنگ باپار تہِ کران۔ دپان وأنِس اوس خوجہِ تہٕ وَننہٕ یوان تہٕ اوے چھُ یمن خوجہِ تہِ وَننہٕ یوان اوسمُت ۔شاید چھُ اَمی حوالہٕ نوشہرٕکس اَتھ محلس بیٚیہِ خواجہ حبیب اللہ سُند اَستان تہِ چھُ خوجہِ پۆرنا و پیومُت ۔

خواجہ حبیب اللہ نوشہری چھُ ابتدأیی تعلیم گری پنٕنس مألس نِش حأصل کران۔ نچۆ' اوس سبٕٹھاہ گاٹُل تہٕ بیدار مغز تہٕ مول اوس اَوٕ کنی تہِ أمی سٕنزِ تعلیمہِ منز کأفی دِلچسپی نِوان۔ اَمہِ دلچسپی ہُند مرکز اوس ژُکھ تہٕ سٕنی ہمدردی تہٕ یمن ہِندِ وَرتاونہٕ سٕتی مألس اکھ بے پناہ فرحت تہٕ خوشی حأصل سپدان أس۔

دِپان خواجہ حبیب اللہ اوس وُنہِ ستہٕ وُہرُے زِ کلامِ پاک کوٚرُن حفظ۔ اکھ پزٕر یُس یِیمہِ کتھہِ ہُنٛد ٹاکارٕ ثبوٗت چھُ زِ سُہ اوس نہٕ وُسی پایہِ یا درمیانہٕ درجہِ کہِ دِمباغُک مالک۔ اَتھ غارٕ معموٗلی واقہس پیٹھ چھُ یہِ شعر تہٕ گاش تراوان:

خواجہ چوں روے در دبستان کرد
تا بہ یک سال حفظِ قرآن کرد

شمس الدین صابس اوس پانس منطق، ادب تہٕ توارٟخس ستی خاص لگاو۔ امیک سیٚدٕ سیوٚد اثر گاٹلِس نیچوِس پیٹھ پیوٚن اوس لازمی۔ پس گو خواجہ حبیب اللہ دینی تعلیم تہٕ مروجہ علوٗمو علاوٕ منطق، ادب تہٕ توارٟخہٕ نِش تہِ فائض حاصل کران تہٕ پننِز شخصیت سجاوان۔ یِتے یوت نہٕ بلکہ فلسفہٕ، علمُ الکلام، علم عروض، بلاغت بیترِ علاوٕ کرٕ اَمی عربی، فارسی زبانن ہنٛز تہِ سبٹھاہ ژٕر زانکاری حاصل۔ اکھ پزٕر یَتھ اَمی سٔندی تحریرٕ پوٚرٕ پاٹھی تصدیق کران چھِ۔ ییٚتھ تہِ علم حاصل کرنُک مرکز آسہِ ہا، خواجہ حبیب اللہ سُند توٚتتھ واتُن اوس ضروری۔ اَمی ژھانڈ و پسندی واتنو سُہ نوٚوکدل خندہ بھون مدرسن منٛز ییٚتہِ سُہ مُلا حسن آفاقی سُند شاگرد سپُد۔ اَمی چیٚیہِ نہ صرف اَتھی ناگہٕ پوکھرِ پیٹھ تریش بلکہ کٔرکھ شیخ یعقوب صرفی صابس نِش تہِ باقے ظاہری علم حاصل۔ مُلا حسن آفاقی سٕندِ وَننہٕ یُس اَمِس ووستاد اوس کٔرٕ اَمی محمد خلیفس نِش تہِ ظاہری تہٕ باطنی علم حاصل کرنس منٛز رہبری حاصل۔ اَمی حوالہ چھُ یمو پانہ تہِ وٚونمت۔

اے دِل سند از ثانئ یعقوب طلب
وایں نسبت ازاں سالک مجذوب طلب
در بیت حزن مقام کُن و از غمِ عشق
آنگا ز دل یوسفِ مطلوب طلب

یہِ علم پسندۃ آگاہ موکُل کرن وول اوند پوکھ گو وخواجہ حبیب اللہ نوشہری یس اکھ صاحبِ نظر، بالغ عائلم تہٕ خود کفیل انسان بناونس منز پننی اہم کام کرِتھ۔ تمی سُند ذہن اوس وونی تتھ مقامس پیٹھ ووتمت، یتھ انسانس خود اعتمادی ہُند احساس بیدار سپدان چھُ تہٕ پنُن تجربہٕ تہِ وتہٕ ہاوُک تہٕ رہبر بنان چھُ۔

دپان علم حاصل کرنس ستی ستی یُس رغبت لوکچار پیٹھے خواجہ حبیبس موسیقی ستی اوس تتھ منز سپز وقت گذرنس ستی ستی زیادٕ شدت۔ خواجہ صاب لوگ پانہٕ تہِ ساز واینہِ تہٕ گیوٚنہِ۔ چنانچہ تتھ دورس منز اُکس مذہب پسند سنز پژھ حرکت باسے یہِ کیژن لوٗکن عجیبے۔ تنہٕ پتہٕ از تام چھنہٕ اَتھ مسلس پیٹھ کانہہ خاص تہٕ نئی فرق سپز مژ۔ ییلہِ کتی مولوی تہٕ عائلم اَمہِ پزرِنش واقف سپدی تہٕ سپدان گئے تِم ہیٚتن خواجہ حبیب اللہ ہس نِش بدظون سپدٕنی۔ چنانچہ کمے وقت گذرِتھ کوٚریمو لوٗکو مذہبی تہٕ شرعی نظریس پیش نظر شدید ناراضگی ہُند اظہار۔ خواجہ حبیب اللہ ہس پیوٚو نہٕ امیُک کانہہ خاص اثر۔ سُہ روٗد پننِس اَتھ شوقس پیٹھ برابر قائیم۔ مگر کتھ گیہِ بڈان تہٕ اکھ محمد حسین خبازی المعروف آخون صاب یُس خواجہ صابُن اکھ ہمسفر تہٕ اوس تہٕ پننہٕ زمانک سٮ۪ٹھاہ مشہور

تہٕ زونمت مونمُت فائضل ووستاد تہٕ شاعر اوس، سپُد سبٹھاہ پریشان تہٕ بیقرار۔ سُہ اوس یژھان زِ خواجہ حبیب اللہ ییہِ نا اَمہِ وَتہِ نِش واپس۔ چنانچہ تٔمی کوٚر قاضی القضاۃ ہٕندِس عدالتس منز اتھ غاٗر شرعی کامہِ پٮ۪ٹھ خواجہ حبیبس خلاف مقدمہِ دائِر۔ سبٹھاہ شور ووٚتھ، لُکو ہیٚژ اَتھ مسلس پٮ۪ٹھ بے حد دِلچسپی ہنٛ۔ مسلہٕ اوس تہِ تِتھی لایق۔ تیٚمی تہِ مولوی صابن یہِ کتھ بوٗز سُہ گو وخواجہ صابس پٮ۪ٹھ نارونار تہٕ ناراض۔ فتویٰ آو دِنہٕ زِ یہِ حرکت چھے بدعت۔ پس یتھ چیزس بدعت وَننہٕ ییہِ تمہِ نِش پرہیز کرُن چھُ ضروری بنان۔ چونکہ فتویٰ اوس خواجہ حبیبس خلاف پس گوٚ ژھ سُہ اَتھ پٮ۪ٹھ بیقرأری تہٕ بیزأری ہُند اِظہار کرُن۔ مگر تہِ سپُد نہٕ کینٛہہ۔ خواجہ صاٗب روٗد پوٗرپاٹھی پُرسکوٗن تہٕ مطمئن۔ کُنہِ قسمُک اضطرابٔ ہوونہٕ تمو۔ البتہ کوٚرُکھ یتھ ہیوٗ شعر پیش۔

مرا بے حبیب و شراب و رباب

قرارے نہ باشد بہ دار السلام

دیان پننِس بچاوس منز ووٚن خواجہ صاٗبن زِ بہٕ چھُس اکھ بیمار، تہٕ میانہِ اَتھ بیمارِ چھُنہٕ سماعہ روٚس بییہِ کانٛہہ دوا۔ یُس دوا کُنہِ بیمارِ نِش نجاتھ دِیہِ تمیُک استعمال چھُنہٕ ناجایز تہٕ خلافِ اسلام۔ یتھہٕ پاٹھی روٗد خواجہ حبیب اللہ موسیقی ستی پننہٕ دلچسپی برابر قایم تہٕ دائیم تھاوِتھ۔ کانٛسہٕ ہنٛدِ فتویٰ دِنہٕ ستی یا دھمکی ستی یا شورتُلنہٕ ستی سپُد نہٕ سُہ پننہٕ وَتھ بدلاونہٕ باپتھ تیار۔ تس اوس ییمہِ کتھہِ ہُند ٹھیک پاٹھی احساس زِ سُہ کیاہ چھُ کران تہٕ تس کیا پزِ کرُن۔

ساز سنطور دٕہرے ؁ در شریعت نو چھے
عاشقس تی بس چھے ؁ وۄتھو گژھ وو دیویے

ساز سنطورتہٕ دہرہ ورتاونہٕ علاوٕ چھےٚ خواجہ حبیب اللہ نوشہری ین شاعری تہٕ گرٕمژٕ ۔عربی، فارسی تہٕ پننہٕ مادری زبانٕی کاشُر پاٹھۍ تہِ۔ اَتھ ساریٖ سے شاعری منزٕ یُس شخص شکلان چھُ سُہ چھُ پزٕتھ تِتھس عاشق تہٕ صوفی بزرگ ہنٛدی پاٹھۍ انسان دوست عامل، پرہیز گار تہٕ انتہأیی حساس۔ سُہ چھُ تِمو پستیو نِش سبٕٹھاہ بالا یمن یمن ہنٛدی شکار عام طور زاہد تہٕ زُہد پسند لوکھ سپدان چھِ۔ طمع دُنیاداری، کینہٕ، ذات پسندی، رِیا کاری، حسد، بیتر چھِ امی دُنی ہٕنٛزٕ پاداوار۔ یِمے چھِ تِم خطرناک چیز یِم یوٗتام تہٕ انسانس پیٹھ سوار روزن سُہ روزِ بدی ہنٛدِس آوٕلنس منزٕ گیرِتھ بچہِ کران۔ تس نِش وۄتلہٕ ضرورا کہٕ نتہٕ بیہٕ طریقہٕ شرتہٕ پیتھ شرآسہِ تتھ جایہِ خارزٕ ھارُن چھُ وِیر ٹنگ منگنس برابر۔ بہتر تہٕ افضل انسان چھُ سُے یُس یِمو نِش بالا تہٕ بلند آسہِ۔

دُنیا عجوزہ ایست کہ کشتہ ہزار شوی
اے دِل زِ احمقی مکُن ایں بیوہ را نکاح

دیپان اَمی ہنٛدِس فارسی دیوانس منزٕ چھِ غزلیات، رباعیات، مُستزاد، ترجیع بند موجوٗد۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یِموا کھ رِسالہٕ رسالتہُ الانصاف تہٕ لیوٗکھمُت، یُس عربی زبانٕی اندر چھُ تہٕ تیمیُک اکھ مخطوٗطہ کشمیر یونیورسٹی ہنٛدِس تحقیقاتی شعبس منزٕ موجوٗد چھُ۔ تمہِ علاوٕ تہِ چھِ تِمو راحت القلوب، تنبیہ القلوب، مراۃ العیوب،

رسالہ تصوف و مقاماتِ مرشد پتھ کُن ترٲوی مِتۍ۔

۹۶۲ھ منٛز زٲمنہٕ پتہٕ سپُد خواجہ حبیب اللہ نوشہری ۱۰۲۷ھ منٛز سانہِ تۄٲریخُک اکھ حصہٕ۔ دپان تِمن دوٚہن وۄتھ کٔشیرِ اندر زبردست ووبا۔ خاندانن ہٕندی خاندان گٔے خٲلی۔ اَتھی طوٗفانس منٛز سپُد یِہ پٔز زلوٗن ژونگ تہٕ ژھتہٕ۔ دپان تِمۍ ہِندِ مرنہٕ پتہٕ سپد ووبہٕک زور ختم تہٕ لُوکن میوٚل سکوٗن۔ زَنتہٕ تِمۍ اَتھ طوٗفانس پنٕن پان چھیٚپہ دیُت۔

خواجہ حبیب اللہ سُند زمانہٕ چھُ جہانگیر سُند زمانہٕ آسان۔ اکبرن اُس کٔشیر زٲنۍ مژ تہٕ جہانگیر ہِندِ وقتہٕ اوس ووٚنی سہ گردِ طوفان بیوٚٹھمُت یُس سیأسی لحاظہٕ وۄتھمُت اوس۔ حالات اٗسی کتہِ کور بدلے مِتۍ۔ تہذیبی تہٕ ثقافتی لحاظہٕ اُس فارسی زبان واریاہ بروٚنٹھ پکمٕژ تہٕ اَتھ اوس دوہہٕ پتہٕ دوہہٕ عروٗج حاصل سپدان۔ یُس خوشگوار دور کأشرِ زبأنی حیہٕ خوتونہِ ہِندِس زمانس منٛز نصیب سپد تمِک خیال آسہاسہ گووُنہٕ پوٗرِ کینٛہہ۔ دربارداری کرن وٲلی تہٕ اٗسی فارسی بولن وٲلی تہٕ غارکأشری تہٕ دربأری زبان تہِ اُس فارسی۔ یِس کُس پٔژ ژھِ ہا کأشرِ زبأنۍ۔ تتھ تہِ اٗسی پٔنٕژ مسلہ تہٕ تِم سأری مسلہٕ ہیکہٕ ہنا تتھ زمانس منٛز حل سپدِتھ چھُ پانہٕ تیٚتھ اکھ مسلہٕ بنان۔ یتھ پٮ۪ٹھ کتھ باتھ کرنٕچ کأفی گنجأیش چھےٚ۔

خواجہ حبیب اللہ نوشہری سُند فارسی کلام چھُ اَسہِ یِمہِ پزرِ نِش باخبر کران زِ تِمۍ اوس واریاہ فارسی شعر سرمایہ پوٚرمُت۔ تس چھُ پنٕنہِ شأعری منٛز یِمن ہُند اکہِ نَتہٕ بیٚیہِ رنگہ اَثر پیومُت۔ یِمو فارسی شأعرو منٛز چھُ اکھ اہم شأعر

حافظ شیرازی۔ تٔمۍ سٔنْد اکھ مشہوٗر غزلُک مطلع چھُ:

اگر آں تُرکِ شیرازی بدست آرد دِلِ مارا

بخالِ ہندوش بخشم سمرقند و بخارا را

وُچھتو وونی خواجہ حبیب اللہ نوشہری سٔنْدِ اکھ غزلُک مطلع:

اگر روزے بہ بینم روے آن شاہِ خراساں را

بخطِ وے خطا بخشم بہ حالِ وے بدخشاں را

حالانکہ یِمن دوشوٕنی شاعرن ہُنْد زمانہ چھُ مختلف۔ یِمن درمیان چھُ دون ہتن ؤریَن ہُنْد دوٗربر۔ مگر یِمن ہٕنٛزِ شاعری ہُنْد انہار، یِمن ہٕنٛز لفظٕ تہٕ شیٖنہٕ تزٕ ہن ژارتہٕ آہنگ چھُ کُنے۔ یہِ کیٛنژھاہ سبٕٹھاہ برونٛٹھ حافظ شیرازؠ نتھ گومُت چھُ تی چھُ بییہِ بیان کرنہٕ آمُت۔ مگر امیُک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ تمام شعر چھِ اُتھی پژرس پیروی کران۔

خواجہ حبیب اللہ نوشہری ین چھِ کاشُر زبٲنی منٛز تہِ شعر ؤنی ہتی۔ مگر امہِ شاعری ہُنْد چھُ اَسہِ تام واریاہ کم کینٛہہ ووتمُت۔ یہِ کلام کتہِ چھُ، کس نش چھُ، تہٕ کوتاہ چھُ؟ چھُ وُنہِ تہِ اکھ سوال۔ یہِ کینٛژھا اَسہِ تام ووتمُت چھُ...... تتھ منٛز چھُ اُڈِس اکھ رنگ تہٕ اُڈِس بیاکھ۔ پس چھُ یہِ کلام خواجہ حبیب اللہ سٔنْدِ بن مختلف دورن ہٕنٛز بظاہر نشاندہی کران۔ اُسی نمو کھ یم شعر۔

زُلفن رخسارو تھرن پر ینگ چھے

کاکلِ پیچان کیا تابدار

ہا بُمن تہٕ خنجرن پانہٕ وانٛی جنگ چھے
گمس دَمہٕ دَمہٕ للہٕ وُن نار

یمن شعرن ہُند فنی حسُن أ کتھ کُن تھاؤتھ یُس یمو نِشہٕ ٹا کار پاٹھی نظرِ گژھان چھُ، چھِ یم تمہٕ دورٕچ نشاندہی کران۔ییٚلہِ خواجہ صأب لوکُٹ آسِہے جوان آسِہے تہٕ ییٚلہِ تٔمِس ژھانڈ و پسندی ہنٛز گٔژھ ہم ہم وَزان آسہِ ہا۔یوٗت وق گژھتھ چھُ سُہ وُشنیر ازتہٕ یمو نِش حاصل سپدان۔وونی تو کھ یم شعر۔

ژٔے روٗس دِہن کھو بریو مدنو
میانہِ مدنو لدیو دأں پوش تہٕ ہی

یم شعر چھِ بیٚیہٕ اکہِ دِلچ تہٕ تجربٕچ داستان پیش کران۔یمو نِش چھےٚ جدأیی ہنٛز دگ وو تلان تہٕ تژھ أچھ برونٹھ کُن یوان۔یَتھ منٛز اوٚش تہٕ رقص کران چھُ۔سُہ دِل یَتھ انتظارُک ستم ناردِیاوان چھُ۔پٔتھٕ کُشیرِ ہنٛدِس بہارس منٛز ییٚلہِ ہی تھٕر وُبوٚدُرتُلن وول مُشک ژھٹان چھےٚ تہٕ دأں پوشن ہنٛز ووزٕج ووزٕج ریہہ وولسنس انان چھےٚ۔

یُتھ ہیو نظم پارٕ تہٕ چھُ میلان، یُس یمو دورٕ وپتہٕ بیٚیہٕ اکہِ دورٕچ تصویر پیش کران چھُ۔

کُنتُ کنزاً آوٕیے    جلوٕ ماران دزٕاوٕ یے
نحنُ اقرب باوٕیے    وولہٕ گژھ وو دیوٕیے

یم شعر چھِ تس انسانس بدِ کڈان یُس پزٕاوس پٔتھ ووتمت آسان چھُ۔اکھ

قطرِ یُس صحراوِ منٛزی پکِتھ پتہٕ دریاوُک جلال تہٕ جمال وُپھِتھ أتھی منٛز پٔنن پان تھہہ لاینٛگ سلیقہٕ تھاوان چھُ تہٕ پانہٕ یوٚہے دریاو بنان چھُ۔ یَس اطمینان آسان چھُ، یُس تمام وَسوَسٕنش بالاترسپُدمت آسان چھُ۔

یَیلہِ أسی اتھ علمی تہٕ ادبی پوٚت منظرس منٛز خواجہ حبیب اللہ وُچھان چھِن أسی چھِ یِتھی تِتھِس پٔتھ واتان زِ سہٕ اوس پننہِ زمانٛک اکھ پُرکشش تہٕ منفرد دأنشور۔ اکھِ طرفہٕ انتہأیی مذہب پسند بیٚیہِ طرفہٕ موسیقی ہُند دِلدادٕ تہٕ ووستاد۔ اکھِ طرفہٕ عأٹم تہٕ صوفی صفت تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ تردٕماغ شأعر تہٕ فنکار۔

یِزِ چھُ یِی زِ خواجہ حبیب اللہٕ سنٛدِس کلامس تہٕ کارنامن پٔٹھ تحقیق کرنٕچ چھےٚ وارِیاہ گنجأیش۔ ضروتھ چھےٚ یمہِ کتھِ ہٕنٛز زِ انسان، عأٹم، شأعر، صوفی، موسیقار تہٕ دأنشور خواجہ حبیب اللہ نوشہری یِیہِ پٔننٛی اصل وصف ہیتھ تمہِ کلامہٕ تہٕ توأریخہٕ ستی نوٚن کڈنہٕ یُس وُنہِ تہِ گُھٹتھ چھُ۔ اکھ سفر یَتھ منٛز باقٕی یِزِ روٗ علاوٕ گُنہِ حدس تام خوش اعتقأدی ہٕنٛدی بالہٕ تھنٛگی قدماوٕنی تہٕ ضروری آسن تاکہِ تتھ جایہِ نش واتُن سپدِ آسان یورُکن مےٚ اِشارٕ کوٚر۔

○

رحمان راھی

# شش رنگ

## اکھ مولہٕ آنکہٕ وَن

"شش رنگ" چھےٚ کأشرِ زبأنؠ منز موجوٗد اکھ اہم نظم یوسہٕ پننہِ بے سوکھ لَیہِ، تنٛبہِ لیمتہِ لہجہِ، دُبرایل مُرژٕگری یہِ تہٕ پننہِ گُدرن گرٕ یکہِ تہٕ پھلوأ ے فریادٕ ستۍ پأتۍ مِس ہتس سوادس ہتس ؤری یس دوران لچھِ بدٕ ن کأشرٕ ن کن مٕدراوان، ظون وُپھلاوان تہٕ من ریہہٕ ناوان اَسہِ تام وأژمژ چھےٚ۔ "شش رنگ" چھُ رحمان ڈارن وٚونمت یُس محموٗد گأمی یُن ہمکال اوس تہٕ سرینگرس نکھے چھژٕ بلہٕ روزان اوس۔

رحمان ڈارن کوتاہ تہٕ کیُتھ کیاہ لیوٚ کھمُت چھُ تہِ چھُنہٕ وُنہِ پزنہٕ پأٹھۍ سرِ کھرِ گومُت۔ وُنیک تام یہِ کینژھا تہٕندِ ناوی چھاپ سپُد مُت چھُ تتھ منز چھُ "شش رنگ" سرٕس تہٕ اَتھ نظمہِ منز چھُ رحمان ڈارنہِ نظرِ، دِلس تہٕ ہونرِ ترٛیشوٕ نۍ تخلیقی میُل گومُت۔

عبدالاحد آزاد چھُ شاید گوڈنیک نقاد ییٚمی پننہِ کتابہِ "کشمیری زبان اور شاعری" منز اَمہِ نظمہِ ہنٛز کتھ تُجمژ چھےٚ۔ اما پوز کتھ چھےٚ سیٹھاہے ژھوٚٹ۔ سُہ چھُ "شش رنگ" رحمان ڈارٕنۍ اکھ مشہور نظم گنٛزرِتھ تتھ پٹھ ژھوٚرُے یِتۍ یوت تبصرٕ کران زِ اَمہِ نظمہِ ہُنٛد پرٛتھ کانٛہہ بند چھُ اأٹھن ہم قأفیہِ مصرن ہُنٛد تہٕ یہِ چھےٚ

(اکھ) صوٗفیانہٕ (نظم)۔ آزادس پتہٕ چھُ راقم الحروف "جدید شاعری تہٕ واتناوبُرک مسلہٕ" ناوِ کِس پننِس اَکِس کاشرِس مقالس منٛز نوٗتنقیدی وِچھن ترایہ کنہِ کتھہِ ہنا گِنٛنی کڈِتھ گوڈنچہ لٹہِ "شش رنگ" کہ فنی ماری منز رُک تہٕ تخلیقی جروٗتُک باس دِوان تہٕ تمہِ پتہٕ چھُ امین کامل پننہِ "صوفی شاعر" ناوچہِ کتابہِ منٛز امہِ نظمہِ ہنٛزِ روانیہِ، زنانہٕ زبانی تہٕ جذباتی لہجِ ذکر کٔرِتھ اَتھ کاشرِ ادبُک تھٔکنٕ لایق میراث وَنان۔ اختر محی الدین چھُ اَکِس مضموٗنس منٛز "شش رنگس" کاشرِ زبانی منٛز لیکھنہٕ آمتین ترٛ ہن بہترین شاہکارن منٛز گنٛزراوان، تہٕ پٔتِمین دٕ ہن پند ہن وٕرِین دوران یُس قبوٗلِ عام اَتھ نظمہِ میسر روٗدتھ منز چھُ کاشرِس لَے ساز موسیقار غلام احمد صوفی سُندِ یِہ دیُت تہٕ پھٕرنس لایق۔

شعر مولہٕ وٕنکی چھِ کتی طریقہٕ مگر میأنی کُنی چھُ گوڈنکُے تہٕ سارِوے کھوتہٕ سیوٗ دتہٕ بے زوال طریقہٕ یِہ زِ شعرِچ زبان مانون شعرُکس عالمس منٛز اژنُک بَرتہٕ تتھ منز پھیرِنچ تھورِنچ وَتھ، کھسہٕ وَسہِ ہُنٛد ذریعہ تہٕ تمیُک ہوانواتہٕ زُوزہتہٕ، تہٕ تتھہٕ کُنی پرزٕناوون شعرس منٛز تھنہٕ پیومُت تجربہ تہٕ کرون سُہ صورتِ حال محسوس یُس شعرُک وجوٗد آسہِ۔

شش رنٛگچ زبان چھےٚ گوڈنچی نظرِ پرن والِس وِہہٕ وٕنہِ نارِ منٛزٕ وٕ پدن واجنہٕ اکِہ زٕھرٕتہٕ زٕھرٕٹھ کرٕ وُنہِ ریٚہہِ ہُنٛد شدید باس دِوان۔ یِہ باس چھُ اَکِس ترٛشہِ زِندٕ، تیز حِس تہٕ انتہأیی بےٚ سوکھ لولہِ مرٛنش واتناوان یُس محبوبہٕ سُنٛدی لولن ہن ہن چھےٚ بٔرٕمٕژ، تہٕ یوسہٕ بیچارگی منٛز زہر چھےٚ ژاپان:

آ دنہٕ یکھنا چھم لادن تے ۔۔۔ سر ہو وَندَے پادن
مدأنہٕ أٔسم چأنی وِدَن تے ۔۔۔ اَز وات تم وادن
یہِ دود نرن مادن تَے ۔۔۔ چھِم گرٛ شان بڑٲ ٹھی نادن
مےٚ دبن چھپر ہو چانہِ قصدن تَے ۔۔۔ مَلہٕ بابن سادن

○

وٕپٕن چھُسنہٕ میون لُکھ کیاہ دپن تے ۔۔۔ تنہٕ چھس زہر ژاپن

○

رَوقن مےٚ وتھریوم تھاوٕیوم کن تے ۔۔۔ یوٗری ما آسم پکن
شامن تہٕ صُبحن مےٚ چھِ دُشمن تے ۔۔۔ کتھہِ گرہم کامن
دپس تنہٕ مژر جامن تے ۔۔۔ تتھ چھُم نہٕ روے سمن

○

نظمہِ ہنٛز یہِ زَنہِ ذاتھ چھےٚ پننوٚ تتوٚ تہٕ بےٚ سوکھ لفظوٚ ستی پننی سأری وأری داتھ یہِ ڈٔلِ زِتہِ نابوٚدأ سِتھ بوٚدکران تہٕ تمن پھیہہٕ پھیہہٕ کرناوان، تہٕ پرن وأ لِس پننہِ وأ نجہِ منٛز بزان تہٕ پننین أچھس منٛز حأرتن کران۔ فنی مأری منٛز رُک ثبوٗت ہرگاہ بقولِ لانجےٚ نس تیٚھ sublimity یعنے ووتھہٕ واشرمانون تیلہِ چھےٚ رحمان ڈارٕنی نظم پٔزی کنٛز اکھ ووتھہٕ وأسی نظم۔ تِکیا زِیہِ نظم چھےٚ زنتہٕ کُنہِ خلوکھ جایہِ بےٚ شوٗنکھی پاٗ ٹھی اکھ ناگہٕ لتھہٕ وُزان، وُبلان، ہکہٕ کران تہٕ گتہِ یوان، تہٕ چھکرس اکھ وُہہٕ وُن یپ بُنتھ پرن وأ لِس ڈٕہتھ نِوان تہٕ أکِس تتھس عالمس منٛز واتناوان ییتہِ سأری جہاتھ ووٕ تِلتھ چھِ یوان تہٕ ساری زأنی ہُنٛد تہٕ

معرفتُک حأصل حأرتھ چھُ بنان۔

پَز شأعریہ تہٕ اَکھی تھےِ تگ بٔندی یہِ چھےٚ ترٕٛژھے ہش فرق یِژھ معجزٕس تہٕ سحرٕس چھےٚ۔ تہٕ شارس تہٕ اِلہامٕکس مرتبس واتناوَن وول اکھ اہم وصف چھُ تمیُک اِبہام آسان۔ یعنے تمۍ سۄ خصوصیت یوٚسہٕ تتھ کُنہ اکہِ خیالُک یا کتھہِ ہُند اَوگُن تہٕ اوٚک تہہ بیانہٕ بناونہٕ بجایہِ بقولِ غالبؔ ''گنجینۂ معنی کا طلسم'' بناوان چھُ۔ ''شش رنگ'' چھُ تتھہِ کٔنژ اکھ سیوٚد ساد لولہٕ وبدا اَکھ تہٕ سوزٕ باوٕژ ہُند باتھ باسان تہٕ ہرگاہ پرَن وول پَنٕن سوٗرُے وجوٗد ہیتھ اَتھ سۄ درٕس ڈٕنگہِ وَسہِ نہٕ تہٕ امہِ کٔنہِ ژھیپتھ اسرارن محسوس کران کران بُدٕ کڈِ نہٕ تس باسہِ پیٹھہٕ پیٹھےَ ملرن ہُند نژن تہٕ متہٕ نُے یوت سوٗرُے، تہٕ بوٗن ژٕکس نہ پلنٕس نظر تہٕ نہ کرِ ووٚنت وُچھنچ کوشش۔ نہ پینٕس بُتھہِ نَرن تہٕ مادن ہٕندی کرٕژٕ، نہ وُچھِ ہارٕن تہٕ طوطن ہنٕز صوٗرژٕ، نہ مارنس جہٕژٕ ےتہٕ نہ یِیٚس سَتن زرمن ورتن حأصل کٔرِتھ موے چھتَن۔

دپان پرن وول چھُنہٕ شار پران بلکہ چھُ شارٕے پرن وألی سُند وجوٗد پران تہٕ اَدٕ یُوٗتاہ وُسوار یُوٗتاہ تہدار تہٕ یُوٗتاہ سرٕ سوو پرن وول آسہ تیُوٗتاہ گرٕ ژھبس شارُک معنہِ تہِ حألی تہٕ تمکی جہاتھ تہٕ یِنٕس اَتھِ۔ بعضے چھُنہٕ پرن وول ذٕہنچہٕ سارٕیے دارِ تہٕ پنجرٕ وٕتھی ترٕاوان تہٕ شارس چھُنہٕ موہتھ دِوان زِسہ اَتِ تھٕنٛدٕس مُرٕس تہٕ پٕژ انس منٕز تہٕ انگہٕ سأرتہٕ نبضہٕ ژینن کٔرِتھ ہِیٚہِ تھٕنٛدٕس سأرِ ہےٚ وجوٗدٕس سام۔ نتیجہِ چھُ نیران زِ مطالعہٕ چھُ سرسری تہٕ اَڈلیوٚکُے روزان تہٕ شارس متعلق

چھُنہٕ کانٛہہ شبقہٕ راے پرٛ ٛتھان۔ اَمہٕ قسمکہِ اَڈلیچرٕک نموٗنہٕ چھُ شش رنگس متعلق امین کامل صائبُن تبصرٕ۔یَتھ منٛز سُہ اکہِ طرفہٕ ونان چھُ زِ "یہِ نظم چھےٚ حسین اظہارٕچ (اِظہارُک) اکھ اعلیٰ نموٗنہٕ یوسہٕ (یُس؟) ہمیشہِ باقٕے روزِ"۔ تہٕ بیٛیہٕ طرفہٕ چھُ ونان زِ "اگرچہ شاعرن چھُ یہِ اکھ روٗحانی تجربے بیان کۆرمُت مگر امیک لطیف تہٕ جنسی لہجہ چھُنہٕ یوٗت ماری فتُک یہِ گوٚب بار وہترٛاوِتھ ہٕکان"۔

اَتھ تبصرس منٛز چھ دوٚیہِ قسمہٕ تضاد۔ اکھ یہِ زِ۔یَتھ نظمہٕ متعلق یہِ فاصلہٕ چھُ یوان دِنہٕ زِ "یہِ چھےٚ حسین اظہارُک اعلیٰ نموٗنہٕ......یَتھ اَسی گُمہٕ ژھٹہِ ورأے پننہِ ادبُک تھٔکُن لایق میراث ہٕکو وٕنِتھ"۔ تتھۍ متعلق چھُ کُنہٕ تردٕدٕ ورأے یتہِ وَننہٕ یوان زِ "امیک لکھُت ماری فتھ ونان رحمان چھُ زَن کُلی تِہرِ پٔٹھہٕ پتھر دأرِتھ دِوان"، گوڈٕ چھُیی نہٕ شش رنگ نظمہِ ہُنٛد لکھُت سُہ۔یَتھ پٔٹھ کأملس اعتراض چھُ۔تس چھُ سرسری مطالعہٕ چہِ بانبرِ منٛز کُلہِ پٔٹھہٕ وٕسی پٔنُک محض بُل گومُت، تِکیازِ نظمہِ ہُنٛد اصل مصرٕ چھُ ع

حأرتن چھُ رحمان وۆل معرفتن تَے

دۆیم گٔیہ یہِ ترٛشہے ہِش منٛزِمی یأری کتھازِ کورِہن چھےٚ حوروپری بدوَل جمال قبیلس اَنی شوٗب، پۆز نیوٗرِ چھُس ہِجے پٔہن۔

دۆیم تضاد چھُ یہِ زِ ہرگاہ رحمان ڈارن اَتھ نظمہِ منٛز "اکھ روٗحانی تجربے بیان کۆرمُت چھُ" تیٚلہِ کیاہ گوو یہِ وَنُن زِ "امیک لطیف تہٕ جنسی لہجہِ چھُنہٕ پۆتُس معرفتُک یہِ گوٚب بار وہترٛاوِتھ ہٕکان"۔ سوال چھُ کیاہ ہٕمے لأگی متی

ژٕو پرتھ ترٛ ے لفظ چھاپرن وأٮ۪لس کٔلی تیٚہہِ پٮ۪ٹھہٕ دأرِتھ دِوان کِنہٕ سٕہ پوٗرٕ مصر یُس رحمان ڈارن پانہٕ وٚنمُت چھُ۔ ووٗنی زَن دِمہٕ ہون یہِ پوٗرٕ ے مصرٕ گردن زدنی قرار، تو پتہٕ تہِ چھُ ستن زرمن ہُنٛد ورتن تہٕ پڑتھ ساعتہٕ وصل آسُن تہٕ جُہرٕ ن ہُنٛد مارُن، ہأرتہٕ طوطہٕ اَتہِ أتھی روزان۔ یِمن سارِنے پٮ۪ٹھی کِنی چھُ نظمہِ ہُنٛد عنوان ''شش رنگ'' یُس شش کل ژٕتس پاوان چھُ۔ اَتھ سأرِے کیاہ کرو، اَمہِ قسمہِ کِنہِ لفظن تہٕ وَنہٕ تِمن چھُ بظأہر جنسہٕ کھوتہٕ زیادٕ معرفتہٕ سے ستی واٹھ۔ پٮ۪ٹھہٕ چھےٚ اِتھی مہِ بنٛدٕ چ یہِ ہأر گوڈٕ نِکہِ بنٛدٕ کِہن نرن مادن ہُنٛد دود للہٕ وان باسان۔ أمِس کُس ژھہن دِمو۔ ووٗنی دَپہٕ۔ ہَو ہے یہِ سوٗرٕ ے بنٛدتہٕ باقٕے نظمہِ ستی امکی مختلف پیوند چھِ فضول مگر تیٚلہِ ماہیوٚک رحمان ڈارن شش رنگ گُمہٕ ژھٹہِ ورأ ے تھٮ۪کِتھ؟ تہٕ نہ ہکو ظأہر یہِ ثابت کٔرِتھ زِ اَتھ نظمہِ منٛز چھُ رحمان ڈارَن ''اکھ رُوحأنی تجربَے بیان کوٚرمُت''۔

یہ اندیشہِ چھُ مشکل زِ کأمل صأبس آسہِ نہٕ جِنسس تہٕ معرفتس دوشوٕنی ستی اکی آنہٕ برابری یوان، تِکیازِ صوٗفیانہٕ شأعری پٮ۪ٹھ تبصرٕ کرن وأٮ۪لس گژھہِ ضرور یہِ باس لگُن زِ جنس چھُ پتہٕ وَتھ معرفت چہِ باوٕژٕ ہُنٛد اکھ سبٕٹھے اہم بلکہِ کیٛژٕ ن صوٗرژن منٛز اکھ بنیأدی میڈیم یعنے وسیلہٕ روٗدمُت۔ مثلاً شگُفتی تہٕ نر۔ شأہدتہٕ مشہوٗد، لیڈاتہٕ راز ہونز۔ ایڈیپس تہٕ یوکیٚسٹا:

بنود نقس دو عالم کہ رنگ الفت بود — زمانہ طرح محبت نہ این زمان انداخت

صوفیان جملہ حریفند و نظر باز ولی — زان میان حافظ دل سوختہ بدنام افتاد

رَژ کھنڈ بروٚنہہ یہن گرمےٚ پننہٕ اکہِ پرانہِ مضمونچ ذِکر یتھ منٛز مے شش رنگس مولہٕ آنکہٕ وَن گرہٕ مژ چھےٚ۔ اگرچہِ پننہِ مولہٕ آنکہٕ ونہِ منٛز مےٚ وُنہِ کانٛہہ پھاسَر بیاٗنی لبنہٕ چھنہٕ یوان تاہم چھُم اَز محسوس سپدان زِ یہٕ تہٕ اوٗسس نہٕ نظمہِ ہٕندِس اٰخری شعرس پزنہٕ پاٗٹھی ووتمُت تہٕ وُتاولی منٛز اوسُم وۄنمُت زِ نظم چھےٚ ''حاٗرتن چھُ رحمان وۄل معرفتن تے، شش رنگ وۄنُن دفتن'' اَمہِ شعرٕ ورأے مکمل۔ کیاہ تاٗجب چھُ امین کاٗمل آسہِ میانہِ وِ ے یمو لفظو پننِس تُند فاٗصلس واتنوومُت۔

بہرحال پزر چھُ یہِ زِ یہِ شعر چھُ نہ صرف باقٕے نظمہِ سِتی پوٗرٕ پاٗٹھی ہم آہنگ بلکہ چھُ تتھ اکھ نٔو جہت (dimension) بخشان۔ اَمہِ شعرٕ بروٚنہہ چھِ تخیلس منٛز شانکن واجنوٕ سونو تہٕ گیلن والوٕ مخلوقو علاوٕ صرف زٕے کردار ووتلان۔ ژھرٕ ژھرٕٹھ کروٕنی عاشق زنانہٕ تہٕ تَسُند گُیتھ روٗدمُت معشوق یُس باسان چھُ وُنی نتہٕ وُنی کرِ برنہِ کرٕ یچ تہٕ کھسہِ روٗقنس تہٕ مُژ رِجامن تنہٕ:

تھکن اٗسس مخلوقن تَے<br>
باٗلی ہے واٗلی دوٗرٕ کن

روٗقن مےٚ وتھریوم تھاوِیوم کن تے<br>
یوٗرِ ما آسم پکن

وتن موٗختہٕ اٗسس چھکن تے<br>
بوزُن تگہِ بوزٕ کن

تارٕکن مےٚ ژھانجوم منٛز مارٕکن تے<br>
سوٗنہٕ آسم شانکن

شامن تہٕ صُبحن مےٚ چھِ دُشمن تے<br>
کتھہِ گرہم کامن

پامن لاٗجنس رٕٹس دامن تے<br>
گیوٗلنم کُلِ عالمن

دَپِس تَنہٕ مُژر جامن تَے      تتھ چھُم نہٕ روے سمن
علمن یہٕ کھاجنس چھُم نہٕ ہمن تَے      کیاہ لیوٚکھنم قلمن

اَزتامتھ چھُ دُنی یِہکِس سٹیجس پیٹھ یوہے ڈراما چلان۔ اَتھ ڈرامہس منز چھُ نیٚبرِ ی ٹھوسہٕ تہِ تہٕ أندرِ ی لمہٕ لمہٕ تہِ۔ پوٚز بندُک أخری مصرٕ ''کیاہ لیوٚکھنم قلمن'' چھُ زَنتہٕ ہَوہس نوہس اکھ نوٚوغار دُنیأیی تہٕ ماورأیی اَتھہٕ ڈالُن ہوٚان۔ تہٕ أخری بندس ستی ستی چھُ اَمہِ ڈرامہُک tension یعنے لمکاوا کہِ نژوٕنہِ آوٕلنکی پأٹھی وارٕ وارٕ سوٚ درٕوأنس ستی رٔلتھ سنبرِتہٕ کھجر پڑاوُن ہوٚان۔ باسان چھُ یوہے زَن ہیٚرِ اَویزان بیاکھا اکھ پرٕدٕ وارٕ وارٕ ووتھان تہٕ ستھ زَنم اکہِ اکہِ برونٹھ کُن یوان تہٕ شش جہت ووتلان تہٕ کاڈ کڈان، تہٕ ہر ساعتہٕ وصل آسنُک امکان گأشراوِتھ اکی آنہٕ سکوٗن تہٕ اِضطراب دوشوٕنی باوَن میٗل کران۔ ''وُنہِ چھُم زاگان ہتن'' تہٕ ''وارٕ وُچھہن صوٗرتن''۔ یِمن دون مصرن ہِنٛدی زٕ لفظ ''وُنہِ'' تہٕ ''وارٕ'' چھِ اَمہِ لحاظہٕ ژٔری اہم باسان۔ سٹیجس پیٹھ چھِ گوڈنکہِ بندکی بےٚ صورت نرمادٕ تہٕ عاشق زنانہٕ بےٚ شوٗنکی پأٹھی ہارِہنز صوٗرت پراوان یوٚسہٕ پننِس طوٗطس وارٕ صوٗرتن وُچھنُک تمنا چھےٚ بران۔ تہٕ ییٚلہِ ہیٚریُم پرٕدٕ پوٚرٕ ووتھان چھُ سٹیج کِس بالامنظرس چھُ أکِس درٔچس تل وودنہٕ موے سفید رحمان ڈاربونہٕ سٹیجس پیٹھ سپدن وول یہِ سوٗرے ڈراما وُچھِتھ حأرتن گرٛھان۔ تس چھُ معرفت وَلان تہٕ حأرتہٕ کِس تہٕ دیداگہی (vision) ہِنٛدِس أتھی عالمس منز چھُ سُہ سارِنے جہاتن کوم گرِتھ ''دفتن'' شش رنگ ونان۔

اَخری شعرس منٛز چھِ ترٛےٚ وَنتھ (expressions) خاص کٔرِتھ توجہس لایق۔ اکھ ''حارٔتن چھُ رحمان'' یعنے سو حالت تہٕ کیفیت یوسہٕ کانٛہہ عقلہِ نہ وبۆزِنۍ حقیقت ڈیشتھ بڑ ادان چھےٚ۔ بیٚیہ یہِ اظہار زِ ''وۆل معرفتن''۔ اَتھ منٛز چھُ لفظِ ''وۆل'' خاص کٔرِتھ مُبہم۔ معرفتن وۆل گووِیہ تہِ زِ تس سپُد معرفت یعنے عرفان حاصل یُس قلبی سکوٗنُک باعث ہیٚکہِ بٔنِتھ۔ مگر یہِ تہِ چھُس معنہِ زِ معرفتن یعنے آگہی وۆل تتھہِ کٔنۍ یتھہٕ کٔنۍ کانٛسہِ آوُلن واوُلن یا نال وَلہِ۔ ''وۆل'' لفظہٕ کہِ اَمہِ دۆیمہِ معنہِ کٔنۍ چھُ ''حارٔتن'' لفظس تہِ رنگ ہنا بدلان تہٕ شدت ہُران تہٕ اَخری مصرٕ کہ وَنتھ ''دفتن'' تہِ زیادٕ برمحل باسان۔ اَمی معنہِ کٔنۍ چھُ ستن زرمن ررتن تہٕ ہرساتن وصل اَستھ تہِ دوٗرِ رُک کرتچھر کلھُم کٔرِتھ اکہِ نوٚ تہٕ سَنہِ آگہی ہُند آشوب تہٕ عذاب بنان تہٕ پرن وٲلس تہِ وَنہٕ ناوان زِ علمن بہٕ کھاجنس چھُم نہٕ ہمن تےٚ۔ کیاہ لیوٚ کھنم قلمن۔

اَمہِ دیدِ آگہی ہُند کرب چھُ نظمہِ ہنٛزِ بحرِ تلہٕ تہِ نِنان تہٕ آہنگہٕ نِشہِ تہِ۔ خبر یہِ بحر چھا یہِ مصرٕ بندی ہتھ بیٚیہ تہِ کانٛسہِ شاعرن ورتاوِمٕژ؟ میانۍ کٔنۍ نہٕ کانٛسی۔ اَمہِ کِس آہنگس منٛز چھِ پد تہٕ چھکر، واکھ تہٕ وژن، وبد اکھ تہٕ نژن اکھ اَکِس منٛز شرٛ پان باسان تہٕ اَچھ کھسہٕ وَس تہٕ اَمیک ووتلُن تہٕ بوڈُن چھُ اکہِ سِمفنی ہنٛز ہِش ہم صدأیی پأدٕ کران تہٕ یتھ سوالس چھُ خاص کٔرِتھ موسیقی ہنٛد بن زٲنۍ کارن ہُند توجہ ضرورت زِ آیا اَتھ بأتس یُس لیہِ گنڈٕت غلام احمد صوفی بُخش سُہ چھا تُہنٛدُے ذاتی تخلیق کِنہٕ تتھ اَس پوٚت منظرس منٛز کانٛہہ

رٕوایتھ تہِ۔اویٖرٕ ہن چھےٚ بڑٕ وٕنۍہے شقہٕ زِموجوٗدٕ دورس منٛز گرٕ یہِ نظم صوٗفی صأبنہِ یہِ ڈٲلۍ زِتہِ دریافت تہٕ اَمہِ کہِ وُپھٕ وُنہِ آرتیٖک رُت اثر پوٚ سانہِ أزی چہِ کأشرِ موسیقی پیٹھ تہِ۔

شش رنگ چھُ استعارن تہٕ مُرٕ ژن ہُند اکھ تیُتھ تَمبرٕ ژُن یتھ دَزٕ وُن کاغذ پُرٕ زِ سوٚرۍ گرٕ ھنہٕ بروٚنۍہہ پہن ہاوان چھُ۔ ہم آہنگ حرف تہٕ لفظ چھِ لہرِ بروٚنۍہہ لہرٕ وٚتھتھ منہٕ کس سوٚ درس تھتھراے تُلان۔ خاص کٔرِتھ چھُ ''نون'' حرفچ آوازِ سٟتی مصرس نوٗن زَن تیلان۔ عبدالاحد آزادس چھُ باسیوٗمُت زِ نظمہِ ہُند ''پرتھ کانٛہہ بند چھُ ہم قأفیہ مصرن پیٹھ اند واتان'' حالانکہِ یتھۍ کُنۍ نہٕ ژاپن، دَپن تہٕ پن پانہٕ وأنی قأفیہِ ہکو کھ گنزرِتھ یتھےٚ کُنۍ چھِنہٕ عالمن، سمن، تہٕ قلمن تہِ صحیح قافیہِ تہٕ نہ چھِ ساتن، ہتن، صوٗرتن تہٕ دَفتن پانہٕ وأنی قأفیہِ۔ مگر پزر چھُ یہِ زِ بقولِ غالبؔ فریاد کی کوئی لے نہیں ہے۔ نالہ پابندِ نَے نہیں ہے۔ آزادُن یہِ بُلن چھُ دراصل شش رنگ کہِ قوٚوتُک ٹاکارٕ ثبوت۔ نظمہِ ہنٛزِ جذبأتی ہٕگتہِ منٛز یرٕ وسان وسان چھُنہٕ یہِ ظوٚنہٕ روزان زِ آیا نظم چھا باضأبطہٕ پأٹھی علمہِ عروٗضچ تہٕ قأفیہِ بندی ہنٛزِ پابندی وتراوان کُنہٕ نہٕ۔ یہِ گیہِ فنکارانہٕ واتناوِرٕچ سو حالت یتھ متعلق انگریزی شأعر کیٹسؔ چھُ ونان زِ ''شارٕ کُنہ کُنہٕ ہن وأتتھ گرٕھِ باسُن زَنتہٕ شأعرن سانہِ نےٚ بلند ترین وبژارن زوٚ چھےٚ أنی مژ تہٕ شأعری گرٕھِ اَسہِ نِش یتھہِ کُنۍ وأتنۍ یتھہِ کُنۍ یہِ ڈٲلۍ زِتہِ کانٛہہ مُٹھٕ مژ کتھ یاد پِوان چھےٚ''۔

یاد نہ پیوُن کیٔاہتاں یاد چھُ پاواں دِل
لفظہٕ وَرٕ ے نہ چھُ معنہٕ نہ صوٗرتھ ہاواں دِل
(راؔہی)

یابقولِ غالب ؎

دیکھنا تقریر کی لذت جو اُس نے کہا
میں نے یہ جانا کہ گویا یہ بھی میرے دل میں ہے



رحمان راہی

# جدیدیت

## کینٛہہ وَتھ پوچھ کتھہٕ

''جدیدیت'' چھےٚ کاشُر زبانیٚ اکھ تازٕ وٲرِد اصطلاح تہٕ کاشرِس ادبی تنقیدس منٛز چھُنہٕ امیٖک وَرتاواز دہ پنٛداہ وُری برونٛہہ کُنہِ نظرِ گژھان۔ اغلب چھُ یِی زِیہِ اِصطلاح وٲژ کاشرِس منٛز اُردو زبانیٚ ہٕنٛدِ ذٔریعہ۔ تمیُک مطلب گوٚو نہٕ (یتھہٕ پأٹھی کینٛہہ صاحب ہرِ مرِ سہی چھِ کران) زِیہِ اصطلاح واتنہٕ برونٛہہ کیاہ اوسےٚ نہٕ کاشرِس ادبس منٛز سہٕ بسیار جہٕنٛل ژینن طرزٕ تہٕ باوژ طریقہٕ، یاوَنو ژھوٚڈی پأٹھی سو جدید حِسا گٔی (modern sensibility) ییمِہ کِس ادبی ظہورس أسی ازکل جدیدیت (modernity) ونان چھِ۔ اَمہٕ قسمہٕ چہٕ کتھہٕ چھِ یَسلہٕ پأٹھی تمے لُوکھ کران یِم تخلیقی تجربس تہٕ فنی اِظہارس متعلق تہِ تِتھے پأٹھی زمانہٕ تہٕ مکانہٕ چہٕ پابندیہِ نظرِ تل رٔٹتھ کتھ باتھ کران چھِ یتھہٕ پأٹھی تمہِ مثالے کُنہِ سائنسی سوچس تہٕ تجربس متعلق کرن۔ اَمہِ حدِ بند سوچن ترٛایہِ کٔژ چھےٚ جدیدیژ ہٕنٛدِس تصورس تہٕ جدید ادبہٕ کِس مزازس تہٕ انہارس متعلق رنگہٕ رنگہٕ غلط فہمیہِ پأدٕ گامژٕ، تہٕ جدید لیکھن والین چھےٚ کمہٕ کمہٕ ہانٛژ لاگنہٕ یوان۔

بٔڈ ہش غلط فہمی چھےٚ یہِ زِ یتھہٕ کُنہِ کتھ باتھِ منٛز ''جدید'' تہٕ ''قدیم'' ژ لفظ اکھاُکس مقابلہٕ ورتاوِتھ وَقتہٕ موجوٗب یُہنٛد ژھسٕن تہٕ معنہٕ لحاظہٕ یُہنٛد بن تہِ

اکھأ کہ سُنٛد ضِد آسن ژٕراونہٕ یوان چھُ تِتھے پأٹھؠ کیا چھُ جدید ادب تہٕ قدیم ادبہٕ نِشہِ بلکلٕے بیوٚن تہٕ امیک ضِد۔ حالانکہ جدیدیژ ہُنٛد صحیح تصور نہ چھُ اَمہِ حسابہٕ تواریخی وقتک پابند تہٕ نہ چھُ جدید ادب اَمہِ طرزٕ قدیم ادبُک ضِد۔ واقعہ چھُ یہِ زِ جدیدیت نہ چھےٚ کانٛہہ تحریک تہٕ نہ کانٛہہ گُنٛڈِتھ روحجان۔ اَتھ نہ چھُ عام تحریکن ہندی پأٹھؠ کانٛہہ بأنی کارٕے تہٕ نہ کُنہِ گُنٛڈِتھ روحجانٕکی پأٹھؠ کانٛہہ معین مقرر رنگ رٕپھ یا ضأبطہٕ دأری۔ 'جدید' 'قدیمُک' ضِد زانٕنہٕ کِنی چھُنہٕ اَڈٕبن یہِ فکرِ تران زِ فلأنؠ شأعرس ہےٚ جدید ناو چھُکھ کوٚرمُت سُہ کیازِ قدیم غزل یا وَژن صنف ورتاوان، تہٕ أڈی چھِ راوان زِ فِستأنؠ ڈراما لیکھن وول یا افسانہٕ نگار یُس وُہی مہِ صدی ہنٛدِس یتھ ''گاشرِس'' زمانس منٛز اَنہٕ گٹَن تہٕ عقیدن، خابن تہٕ وَہمن، آثارن تہٕ اسطوٗرن بالافطرٔتی تہٕ میٹا فزیکل یعنے طبیعاتہٕ گرٕ ھتھ معاملن دَل چھُ دِوان سُہ کیُتھ جدید گوو؟

اَمہِ قسمہِ چھِ غلط فہمیہِ دوٗر کرنہٕ خأطرٕ چھُ یہِ بنیأدی تہٕ ویوٚٹھ پوٚتھ نوکتہٕ یاد تھاوُن ضروری زِ جدیدیت چھےٚ حقیقت (بامے سو ذأتی آسہِ یا غأر ذأتی، دأخلی آسہِ یا خأرجی، واقعی آسہِ یا خیألی) ژینٛنک اکھ سُہ طرز تہٕ باوٕنک اکھ سُہ طریقہٕ یُس یوٚدوَے موجوٗد دورس منٛز سٕبٹھے دوٗسی، شدید تہٕ عام سپُد تہٕ تیٚمی حأضر زمانس منٛز اکھ خاص انہار تہٕ مزاز پٕرٕ وو، اما پوز تیٚمیٚکی موٗلی نیب نشانہٕ قدیمہِ کھوتہٕ قدیم ادبس منٛز نظرِ گژھان چھِ۔ حأرت، أندرٕ روٚن، تنہأیی، خوف، یِم احساس چھِ عام پأٹھؠ جدید ادبٕکی کینٛہہ وٕتھی پوٚتھی پرٕزناون نشانہٕ

گنزرنہٕ یوان۔ مگر پزرچھُ یہِ زِ قدیم عالمی ادبس منٛز تہِ چھِ اَمہِ گاچہِ احساس ہُتہِ ییتہِ درٛ ینٛژھی یوان۔ سوفکلیز، خیام، شیکسپیئر، بیدلؔ چھِ پھیری پھیری اَمہِ قسمکٕنی احساسن اکہِ اندٕ بیٚیہِ اندٕ زٕ بوٗ اَنان۔ ہرگاہ جدید حسٕبا گہی پٔژھ تہٕ ژٕ ٹھ محض وُہمہِ صدی ہُند پٲداوار آسہِ ہے تیٚلہِ گوٚ ژھ نہٕ پرٛانہِ دِلہِ ہُند گرٕ گرٕی چَنہٕ وول تہٕ زانٛپانس کھسن وول غالبؔ نِو دُنیاہ چھِ پانہٕ مارکرن واجنہِ سلوِیا پلیتھ (Sylvia Plath) ناوِ چھِ گونہٕ ماٛ ژ جدید باسُن۔ ہرگاہ جدیدیت محض سائنسی عقلیٔژ (rationalism) ہُندِ غلبہٕ کُے حاصل آسہِ ہے تیٚلہِ نہ گوٚ ژھ ایلیٹن، ژُراگت، جدید شاعری ہُند اکھ شاہکار مانہٕ یُن تہٕ نہ گوٚ ژھ پیوٚن جدید مفکرن قدیم بُدھ متس تہٕ تصوفس نٔوِسرٕ وٚون دیُن۔

پزرچھُ یہِ زِ اَزیُک انسان چھُ حدٕ روٚس جدید اَستھ تہِ ژکہِ قدیم ترین آدمہٕ سُند اولاد۔ اَمی ہٕندِس نٔوِس شعوٗرس چھےٚ اَہندِ قدیم لاشعوٗرٕ چ گُنبز پوٚت نظرٕ دِوان۔ اَمی ہٕندی اَزِ کی اہم ترین مسلہٕ چھِ بنیاٗدی کٕنی اَمی ہٕندی قدیم ترین مسلہٕ پٔنٛنس پانس تہٕ اَندی پٔکھی جہانس درمیان یُس عقلہِ نہ وٕ ژٕ وٕن ہٕن (یا گٕنہٕ) اَزی کس جدید اَدیٖبس واٗراگ ٹلان (یا وٕ لسنس انان) چھُ تمیُک اکہِ رنگہٕ بیٚیہِ رنگہٕ باس چھُ گٕنہِ گٕنہِ پتھ کالہٕ کس ادبس منٛز تہِ نظرِ گژھان۔ انسأنی تقدیرُک تہٕ کاینٲژ ہٕنٛزِ اصلیٔژ ہُند سرساوٕ بٕر تہٕ پننہِ پانٛچ تنہأیی تہٕ لاچاٗری چھےٚ ژٕ ہنی مٕنٛز خیامٕ تہِ تہٕ للہٕ تہٕ، غاٗلبٕ تہِ تہٕ کامیوٗ اَن تہِ، پٔرٕ ژھِ ہُند اظہار چھِنہٕ پتھ کالِ کی یٲتی شاعرکران، اَزی کہِ زمانکی تہِ چھِ کینٛہہ

جدید شاعر پننہِ خاس گاچھ نِو پرٛژھ ہُند باس دِوان یا ژھوپہ تہٕ پرٛارنس مولناوِنچ کوشش کران۔ یم تہٕ اَمہِ قسمکی پزر بروٚنٛٹھ کنہٕ اَستھ تہٕ جدیدت پٹھٕ تہٕ ژٕٹھ کُنہِ خاص زمانس یا جایہِ ستی ہنگہٕ منگہٕ اَسمانہٕ وَژھہِ مژٕ ترٕٹہِ ہٕندی پأٹھی وابستہٕ کرٕنی گوو زورٕ جہل کرُن۔

ووں گوو اَمہِ تلہٕ گژھہِ نہٕ یہِ مطلب نیُن زِ قدیم تہٕ جدیدس کیا چھُی نہٕ کانٛہہ پھیرٕ۔ پھیرٕ چھُ تہٕ اِنتہأیی بوٚڈ پھیرٕ۔ سُہ پھیرٕ تیمٕی وٕرجینیا وُلف ونناو زِ ''اَلہِ پلہٕ ۱۹۱۰ءیس منٛز بدلیہِ انسأنی فطرت تہٕ کردار'' تہٕ ڈی ایچ لارنسن وٚون زِ ''۱۹۱۵ءیس منٛز گوو پرٛانہِ دُنیاہُک وجوٗد ختم''۔ یہِ پیٚو واکھ سُہ پھیرٕ یتھ بُنیٛل تہٕ تلُک پٹھ وَنُن تہِ مبالغہٕ چھُنہٕ۔ مگر ژٕ ہتس چھُ یہِ تھاوُن زِ ہُنٛزِ لِس تہِ چھُ پوٚت منظر تَل لہرٕ تہٕ أندی پکھی ہوا نوا آسان۔ اَتھ سِلسلس منٛز چھہِ زٕ نوکتہٕ توجہُس لایق۔ اکھ یہِ زِ یَتھ ژینن مزازس تہٕ باوٕژ طور طریقس اَسہِ جدیدیت ناو کوٚر، تمیُک چھُ پتھ کالہِ خال خالے منٛزی منٛزی تہٕ حدن منٛز اظہار سپُد مُت، ییٚلہِ زن سُہ مزازٕ تہٕ طور طریقہٕ از کالہٕ سٹھے عام تہٕ یَسلہٕ پأٹھی تہٕ حدٕ روٚس باسان چھُ۔ تہٕ دوٚیم یہِ زِ یمہٕ نوِ نوِ تہٕ حأران کُن جہژٕ، یم رنگہٕ رنگہٕ سنہٕ تہٕ یوسہٕ تیزی تہٕ تُندی موجوٗد صدی دوران اَتھ مزازس تہٕ طور طریقس باگہِ آیہِ تمن ہُند باضأبطہٕ شعوٗر ہیکہِ ہے نہٕ پتھ کالہِ پھاپھلتھ۔ جدید حسبا گِہی پھاپھلے یہِ آدمی اِرتقاہس تہٕ بقایہِ اصلحس متعلق ڈارِون سُند نظریہ تہٕ جولیس ہکسلے سُند تنقید بوٗزِتھ۔ عقلہِ ہنٛزٕ بے اعتبأری تہٕ جبلژن ہنٛزٕ

حکمرٲنی متعلق فرائیڈ سٕندی وَڑھر پرٕز ناوِتھ، اِجتماعی لاشعور کِس غلبس متعلق ینٛگ سٕندی خیالات زانِتھ، طبقاتی جدوجہٕد متعلق مارکسٕ سُند نظریہ بوٗزِتھ۔ انسٲنی صورتحالس متعلق کٔر کٕے گار، ایڈمنڈ ہسرل تہٕ کامیوٗ سٕندی ژٕکی پھیُر کرن وٲلی افکار تہٕ اظہار مولناوِتھ۔ یہِ حسبا گٔژھ آیہٕ سگوٗنہٕ میکس پلینٛک سٕندِ کانٹم نظریکی، آئن سٹائنٛ سٕندِ اِضافیژ ہٕندِ نظریکی تہٕ نیلز بوٗر سٕندِ ایٹمی نظریکی امکان ژٕٹنہٕ ژٕٹنہٕ تہٕ استعمال ژٲلی ژٲلی۔ جدیدیت ووتلییہ تہٕ ووبرییہ موجوٗدی صدی ہٕندی زٕ عالمگیر جنگ وٕتراوان وٕتراوان۔ ہایزن برگ سُند بروٗنہہ باوٕ ژمٕنز نہ یِنہٕ والہِ (unpredictable) اِمکانٕک تصور وُپھناواں وُپھناوان تہٕ جدید فِزکس کٕہن کالہٕ کھوٗن (black holes) ہٕنز عالم کھاو عمل پرٕز ناوان، تہٕ کٔلہم سائنسی سوٚنچس تہٕ زٲنی متعلق پانہٕ سائنس دانن ہٕنز بےٚ اعتمادی تہٕ وسواس وُچھان وُچھان۔ مذہبی تہٕ اِخلاقی قدرن تہٕ نظامن ہٕنزِ آفاقیژ تہٕ دوامس پھش پھِرن والین تمن دریافتن تہٕ ہٕنزن سنان سنان یم (anthropology) ہُند حاصل چھِ۔

یہِ گیوٗ وٲکس سوٚتھرِس پٹھ تہٕ بیٚیس سوٚتھرِس پٹھ کوٚر جدید انسانن، خاص کٔرِتھ جدید ادیبن تہٕ شاعرن، لفظک تہٕ معنے یک، ہیٚژ ہُند تہٕ موضوعک تجربک تہٕ تمہِ کہِ واتناوبر کہِ اکھ اٲکس پٹھ پٕژھ ووتھنٕک تہٕ یمن پانہٕ وٲنی بےٚ اعتمادی پٲدٕ گژھنٕک انقلاب تہٕ کٔلہم کٔرِتھ جمالیاتی تصورن ہُند تلک پٹھ رنگہٕ رنگہٕ محسوس تہٕ سٕنی پٲٹھی محسوس۔ اٲمی پٔر کانراڈ سٕنز The Heart of Darkness

تہٕ ٹامَس مانَن ہِنٛز Budden Brok ہِشہِ ناولہٕ، تہٕ کینڈنسکَن ہِنٛدی ہوی اکائیل تصویرٕ وُچھِن۔ ییٹسَن سمکھُس تہٕ بوٗزُن:

The woods of Arcady are dead, / And over is their antique joy. / Of old the world on dreaming fed. / Grey truth is now her painted toy.

ایلیٹ پوٚرُن تہٕ زندگی باسیَس:

An endless drift / of shrieking forms in a circular desert.

اِقبالَن آواز گیس کنن جدید مشینی تہذیبُک کھوکھریار نوٚن کڑتھ مغربہٕ والین ژینہٕ وَن دِوان:

تمہاری تہذیب اپنے ہاتھوں سے آپ ہی خودکشی کریگی
جو شاخِ نازک پہ آشیانہ بنیگا ناپائیدار ہوگا

یہِ سورُے سمیٚوتہٕ سمتھ دِتُن پھاہ تتھ ژینن طرزس تہٕ باوٕ ژطریقس یتھ جدید حسیاتی وَنان چھِ تہٕ ییمیُک رنگ بستہٕ ظہور جدید ادب چھُ۔ بامے سُہ ادَب اِنگلستانُک آسہِ یا جرمنی ہُنٛد یا فرانسُک یا جاپانُک یا ہندوستانُک۔

جدیدیژ ہنٛدِ صحیح مفہومُک بیاکھ روخ ہیکہِ دوٚن لفظن ہُنٛد پھیرٕ سرٕ کرِتھ ہناواضح سپدِتھ۔ اکھ گوو ''نوٚو'' تہٕ بیاکھ ''جدید''۔ ''نوٚو'' چھُ ''پرانیک'' بدل تہٕ ''جدید'' چھُ ''قدیمس'' مقابلہٕ۔ ووں پھر وکتھ تہٕ وَنو مثالے غزلس چھُ بحر تہٕ آسان تہٕ قافیہِ تہٕ، تہٕ باضے ردیف تہٕ۔ اَمہِ بدلہٕ ہرگاہ کانٛہہ شاعر بےٚ بحر یا بےٚ قافیہٕ غزل لیکھہِ تتھ وَنو نوٚو غزل، مگر یہِ چھُنہٕ ضروری زِ سُہ نوٚو غزل

کیا آسہِ جدید تہٕ، یعنے تتھ منز کیا آسہِ حقیقت محسوس کرنک تہٕ تمِچ باوتھ کرنک سُے طور طریقہٕ یُس جدید غزلُک پھیرٕ ہاونشانہٕ چھُ۔ یتھ غزلس منز ژینن طرز تہٕ باوژ طریقہٕ جوہرٕ کنِ مثالے محمود گامی ینِ ہیو آسہِ تتھ وَنونہٕ جدید غزل بامے سُہ کونہٕ آسہِ کأنسہِ وُہی مہِ صدی منز روزن وألی تہٕ جدید فلسفہٕ زانن وألی شاعرٕ نے لیوٚکھمُت، تہٕ بےٚ بحر یا بےٚ قأفیے لیوٚکھمُت۔ اَتھ برعکس ہرگاہ کُنہِ پابندٕ ے غزلس منز جدید حسبا گۍ پانس مناسب زبو پرٛاوِتھ باسہِ جدید غزل وَنُن موزوٗن۔ اَمہِ حسابہٕ چھُ لفظِ 'جدید' 'نوٚو' لفظس مقابلہٕ سأنس مفہوٗمس نکھہٕ باسان، مگر جدیدس ستۍ یُس قدیمس مقابلہٕ سپدان چھُ تہٕ توٚ کنِ یتھہٕ پأٹھی اَتھ وٕتھی زولانہٕ نألی گرٛ ھان چھِ تتھ کُن نظر کٔرِتھ چھُنہٕ یہِ لفظ تہٕ سانہِ مفہوٗمچ ترجمأنی کران۔ لفظن ہُند یہِ مختلف فکری تہٕ جذبأتی اوٚند پوٚکھ چھُ کُنہِ کُنہِ توس تُلان، تہٕ 'نوٚو' وَنوا کِنہٕ 'جدید' یہِ فأصلہٕ کرُن چھُ کرٛ وٚٹھ باسان۔ بہرحال اصطلاحہٕ ژنگی چھُ ووٚنی انگریزی modernity لفظہٕ چہِ جایہِ کأشرِس منز 'جدیدیت' ورتاونہٕ یوان تہٕ نوٚبرٕ پسندی ہکون modernism خأطرٕ مخصوص کٔرِتھ۔

تہٕ ووٚنی وأتی أسی اصل سوالس پیٹھ، یعنے: سو حسبا گۍ یتھ أسی ادبی لحاظہٕ جدیدیت ناو کرو، تمِچ موٗلہٕ خصوصیت، مخصوص انہار تہٕ گرأے ژھأے تہٕ تمِکی پرزٕ ناوُن نیب نشانہٕ کیاہ چھِ؟ یہِ کتھ چھےٚ عیانٕ نے زِ انسانہٕ سُند ذہنی توٗأریخ چھُ اَولہٕ پیٹھے آنکارُک تہٕ نکارُک یا حاٚرتُگ اکھ مُسلسل تہٕ ہمہ گیر عمل رودٕمُت۔

مختلف عقیدن اصوٗلن، قدرن، کھوچن، خیالن، فلسفن متعلق چھُنہٕ شک یا اختلاف موجوٗد دورٕ ہسے منز بڑ ادیوٗمُت، پتھ کالہِ تہٕ چھےٚ بے پڑھی تہٕ اختلافہٕ انکارچہِ لوٗچہِ بَجہِ لہرٕ ژھمژ۔ مگر موجوٗدٕ زمانس منز آے پیوٚٹھُس پتھ تِتھی عظیم ذہنی تہٕ جذبأتی تہٕ مختلف اَندن کُن دورٕ وٕنی تہٕ کجرأسی سہلاب یِمو یَتھ کاینالس منز انسانہٕ سُنٛد کلہم وجوٗد، تسُنٛد بنیأدی صورت حالہِ یہِ ڈٕلِ زِتہِ یرٕوِنس یا اَلأندِس نہٕ بلکہ آوٕلنس منز تڑ وو۔ ڈٕکھی ژٕلی نیرتھ، ڈُنگی جہِ پیِیہِ وٕسی، ہیوٚر بون تہٕ پتھ بروٚنہہ، پتھ کال، از کال تہٕ آینٛدٕ کال سپُد غأر معین۔ عقیدن تہٕ اصولن پھُٹہِ ڈنجہِ، قدرٕ تہٕ آدرش وٕنگلیے۔ مذہبی پڑھن ہُنٛدی پأٹھی رووسائنسی سوچس تہِ اعتبار۔ واضح آنکارکی پأٹھی بنیٖو ٹا کارٕ نکارتہٕ مشکل۔ واقعہ کتھ وَنو تہٕ وَہمہٕ کیٛاہ گوو؟ موجوٗدگس تہٕ ماورا کیاہ؟ آدٕمی نظرِ ہُنٛد ژھوچر، انسأنی سوچنچ وُنل تہٕ منوشہِ سنزِ آگہی ہنز کوتأہی، سوٗرے آو بروٚنٹھ کُن۔ بہمار ذہن کتھ دَپو تہٕ صحت مند سوچ کتھ کرو ناو؟ کہیں توٚگ نہٕ بوزُن۔ زِندٕ روزُن بنیٖو خأ لی مرنس پڑ ارُن۔ جدید حسبا گہی ہُنٛد آگُر چھُ انسانہٕ سُنٛد یوہے صورتِ حال تہٕ جدید ادبک جوہر چھُ اَمی نژٕونہِ اَولنہٕ منزِ کھسان۔ یہِ چھُ اَمی سوٚدرٕ منتھنُک حأصل، أتھی آوٕلنس منز گیرِس تہٕ گتَس کُنی مُدرا بناونٛچ کوشش۔ آوُلن أتی پَنِنیسے وَچھس ہُد دِتھ:

اَنہِ گُٹ موٗسمہٕ اَژھن رنگن ہُنٛد ژٕکر پھِران تہٕ
پھُٹھِرمل بٕرگ بٕرگ پھوٚلراوان پھوٚلراوان وو تلیاوتہٕ

ڈوٗل وَہراوان وَہراوان رَنزٕ ناٖوِن نگھہٕ پھٔٹ گاٹھ تہٕ
دوٗراں دوٗراں ژھایو مٔژی اَسمانہٕ وُچھن
شہابِ ثاقب۔ نہ پتھ نہ بروٗنہہ

شاعر اَسی تن پرٛانہٕ زمانک یا أزی کہِ نوٕ دوُرک، حقیقت زانُنہٕ باپتھ چھُ سُہ پننہِ ذہنہٕ علاوٕ پنُن جسم تہٕ کامہِ لاگان۔ سُہ چھُ سونچان تہٕ ژینان۔ بلکہ وَنو سُہ چُھ ژ ہنی ژ ہنی سونچان۔ سُہ چھُنہٕ عقلی یا ژ کاٗم ہوان بلکہ رُمن رَگن تہِ تہٕ مازس نمن تہِ، یا وَنو ژھوٚٹی پاٹھی حقیقتٕ ہُنٛد تجربہٕ (بامے سُہ عملی آسہِ یا تخیلی) چھُ تسُنٛد کلہم وجوٗد آوران:

لولکہِ ووکھلہٕ وأنج پشم ......
بُزم تہٕ زأجم پانس ژشم

حقیقت زانُنک پرٛزناوُنک یہِ طریقہ کار چھُ تخیلی ادبس پنُن الگ تہٕ مخصوص وجوٗد عطا کران تہٕ عام عِلمو تہٕ سائینسو نِشہِ بیوٚن کڈِتھ اَتھ اکھ امتیاز بخشان۔ مگر حقیقت زانٕنچ یہِ عمل چھےٚ تو تامتھ اَڈٕ لیٚچی روزان یوٚ تامتھ نہٕ تخلیق کار أدیب اَتھ زبأنی ہنٛدِ ذٔریعہ پرٛزناوٕنچ کوشش کرِ۔ زبان وَرتاوُنہٕ ورأے چھُ حقیقتُک تجربہٕ یہِ ڈٔلِی زِ تہِ محض اَکھ بےصورت یادہِش، اکھ بےٚ ناوچھو، اکھ کوٚل باس، اکھ اَروٗپہر (chaos)۔ تجربس صورت دِنہٕ موکھہٕ تہٕ ناوکرنہٕ باپتھ تہٕ کٔجر کاسنہٕ خأطرٕ، یا وَنو یہِ زِ پنُن تجربہ پرٛزناونہٕ خأطرٕ چھُ ادیب زبان ورتاوان تہٕ حقیقت پرٛزناوان پرٛزناوان چھُ سُہ ادبہٕ شکلہِ اکھ نوٕ معنے خیز تہٕ

مسرت بخش حقیقت تخلیق کران۔

دپان آدمی بستن منز چھُ سِر، یا بقولِ غالبؔ یتھ دُنیاہس منز چھُ پرٛتھ کانٛہہ نفرا کھ تیتھ ورُق یُس نہٕ وُنہِ کانٛسی پوٚرمُت چھُ۔ چونکہِ شاعر یا ادیب تہِ چھُ اکھ انسان تہٕ اکھ منفرد وجوٗد آسان تہٕ پیٹھہٕ عام انسانو کھوتہٕ زٮ۪ور حساس، تَوے کٕنۍ چھُنہٕ سُہ توٗ اَرتھس منز مشترکہٕ پأٹھۍ تھٔرنہٕ آمژِ زبأنۍ پیٹھ قناتھ ہیٚکان کٔرِتھ تہٕ نہ چھےٚ تسنزِ شأری کیفیژ کُنہِ ژٔٹتھ تہٕ چِکتھ لفظس یا اِصطلاحہِ منز وپان۔ اِمو کھٕ چھُ اُمس بوزوہے سأرِہے لفظہٕ راشس پھیرُ دِتھ پانس وَیہٕ وِنۍ لفظ ژارِنۍ پوان، یعنے تِمے تہٕ تیتی لفظ رٔٹنۍ پوان یِم تَسندِ تجربکۍ وٮ۪ٹھۍ پوٚٹھۍ کیٚو نکِہ تہٕ نوزُک خولہِ خطہٕ تہٕ سرٕد گرم بَدِ کڈن۔ لفظہٕ ژأرہٕندِس اَتھ عملس منز چھُ سُہ باضے لفظن پننہِ حسابہٕ تگ ترتیب دِوان، باضے تِمن حسبِ ضرورت اَتھہٕ ڈألِتھ انہار بدلاوان تہٕ کُنہِ کُنہِ پرٛأنۍ وَس کأرِتھ نٔوۍ زیور گران۔ نتیجہِ چھُ یہِ نیران زِ شأعرِ سُند تجربہٕ تہٕ سُہ تجربہٕ باوَن واجِنۍ زبان چھےٚ اکھ أکِس ہٕندِ باپتھ لأزِم ملزوٗم بنان۔ خیال تہٕ لفظ، معنہِ تہٕ صورت یا وَنو موضوع تہٕ ہیئت چھِ تتھۍ اَژھٕنۍ جُزٕو بنان زِ أکِس ہٕنز زِندگی چھےٚ بیٚیہٕ ہٕندِ وَرأے ناممکن بنان۔

خأرِیہِ اُس تخلیقی ادبس متعلق عام پأٹھۍ کتھ چلان۔ شأعر یا ادیب پرٛون آسہِ یا نوٚو، قدیم آسہِ یا جدید، انفرأدی تجربہٕ تہٕ منفرد باوَتھ چھےٚ تَسندِ تخلیق کارو جوٗدِچ گوأہی۔ مگر اَمہِ انفرأدِیژ ہُند باس گنیو موجوٗدٕ صدی منز

تیُتھ زِ اَتھ وو پدیٛو وا کھ عجیب تہٕ بے نظیر اجنبی یٔژ (alienation) تہٕ تنہأییہِ ہُنٛد احساس، یُس جدید حسبا گہی ہُنٛد اکھ سٔبٹھے اہم تہٕ بنیأدی پڑ زناوُن نشانہٕ مانہٕ آو۔ یہِ باس چھُ تیمہِ دوُرک سارِوے کھوتہٕ زیادٕ جھٔژ وول تہٕ معنے خیز باس۔ عموماً چھِ لُوکھ اَتھ بالکل ژھوٚٹ تہٕ تنگ جامہٕ لاگنچ کوشش کران تہٕ اَتھ کرٕہنٛز معنہِ کڈان۔ حالانکہ یہِ چھُ اکھ سٔبٹھے معنہِ بوٚرُت اَروٚپر تیمہِ منٛزٕ نژٕونی تارکھ تہِ وو پدِتھ ہیکن۔ امیک کردار چھُ منفی تہِ تہٕ مثبت تہِ۔ یہِ چھُ بند درواز تہِ تہٕ وٕژھ دأرتہِ۔ تالہِ کٔنی وتر اوٚنٕچ مجبوری تہِ تہٕ فرشتن ہنٛزٕ گنگراے بوزنٕچ آزأدی تہِ۔

ییتھٕ کٔنی چھُ کُنہٕ انسانہٕ سُنٛد تقدیر۔ زٔنم پزٕاوُن تہٕ کُنہِ ہیے، زَگھ زاُنن تہٕ کُنہِ ہیے، زِندگی گذارٕنی تہٕ کُنہِ ہیے تہٕ چھیکرس مرُن تہِ أمی ہیے کُنس تہٕ کیوٗل پأنس۔ نہ زاو میانہِ بدلہٕ کانٛہہ تہٕ نہ چھُ چأنی زِندگی بیٚیہٕ کانٛہہ بسر کران۔ چوٗن زگھ چھُ چوٗن زَگھ، فقط چوٗن، تہٕ میوٗن مرُن آسہِ میوٗنے مرُن، میوٗنے یوت۔ مےٚ تُلنہٕ چوٗن بور تہٕ ژٕیے تہِ وتر وُوتھ نہٕ میوٗن دود۔ ژٕکُس چھُکھ تہٕ مےٚ کیاہ ناو؟ ژٕیہِ وُچھان چھُکھ تہِ چھےٚ نہٕ مےٚ لبنہٕ یوان۔ بہٕ یہِ باوان چھُس تہِ چھُکھ نہٕ ژٕ زأنتھ ہیٚکان میوٗن لفظ نہٕ چوٗن معنہِ دِوان۔ چأنِس مَعنے یَس میأنی سوٗنچن ہأل تہٕ ژینن عادتھ ماران۔ ژٕ نہٕ مےٚ ہیٚکان سمکھِتھ، بہٕ نہٕ ژےٚ نِش ہیٚکان بہِتھ۔ روٗزٕ یہِ بُتراتھ، ہُہ نب، یہِ گُل، ہُہ کوہ، یہِ بلٕی نچُر، سُہ سرُپھ...... یِم تہِ زانکھ نہٕ بہٕ۔ نہ چھےٚ یِمنے میأنی پأری زان۔ مُچھ

یێلہِ نہٕ پوٚنپرس پرزٕ ناوِ، مےٚ کیاہ خبر چھَم تارکھ کتہِ چھِ یوان۔ بہٕ کرآس، بہٕ کتہِ آس، بہٕ کیازِ آس؟ میاݨیٚ زِندگی......! صُبحن لیفہِ تلہٕ نیرُن، بتہٕ کھیوٚن، بسہِ پڑ ارُن، کتھہِ کرنہِ، کتابہٕ پھرنہِ، بییہِ بسہِ پڑ ارُن، بییہِ بتہٕ کھیوٚن، بییہِ لیفہِ تل اَژُن۔ ژٔندروار، بوٚدوار، بٹہٕ وار۔ ہشر، مَن پھیُر دِنہٕ وول ہشر، تہٕ بہٕ یُس اَتھ ہشرِ کس آوٕلنس منز ہینہٕ چھُس آمُت، بہٕ کُس؟ اَشرفُل مخلوٗقات! دپہٕ آسہٕ۔ یہِ میون وجوٗد یَتھ لرِ منز، یہِ لرٕ یَتھ محلس منز، یہِ محلّہٕ یَتھ کٔشیرِ منز، یہِ کٔشیرِ ہندُستانس منز، یہِ ہندُستان دُنیاہس منز تہٕ دُنیاہ سیارن ہنزِ یَتھ بے اند تہٕ بے ووٚنت، بے ازل تہٕ بے ابد کاینأژ منز اکھ معموٗلی تَے، معموٗلی تَے معموٗلی لرٕ ھِ پیوٚنت یا پان پھیوٚر یا تمبرِ زٕ ژیاواوِ رِنگ۔ امامےٚ کوتاہ سنا کال آسہِ ییتہِ گومُت۔ وُلگاتہٕ وٕتھ تہِ آسہِ ہے زامژ تہٕ زوٗن تہٕ اَفتابہٕ تہِ آسہٕ ہَن گردشس لگٕمتہٕ —— وُچھ کوٚت ووتھ پانہٕ! ژےٚ یہِ بوٗنٔ تہٕ یہِ ہی تھٔر تہِ زِٹھ چھےٚ۔ تہٕ خبر یِم ما آسن سبزٕ ژےٚ آسی میژٕ گمژ۔ آغاز تہِ عدم، انجام تہِ عدم، پتھ کیاہ مُتۍ پأتھر چھَم یہِ زِندگی تہٕ امیک من پھیُر دِنہٕ وول ہشر۔ قدرت لاتعلق، آدم اجنٔبی، وق ژلہٕ وُن شیٚتھر، زندگی موتُک خوفناک انتظار تہٕ موت پٔتم مذاق۔ اُف یہِ اَنہِ گوٚٹ تہٕ اَنہِ گٔٹس منز وُہوُن نار تہٕ نارس وٕ پدن وول گٹہٕ زوٚل! سوٚدُر اوس تہٕ سُہ نیوٗم دامہٕ چیتھ، نَبہٕ ژٔندی آسی، تم نہناوِم۔ ووٚنۍ نہ چھُ عرشی بوزان تہٕ نہ فرشی وترِ اوان۔ بہٕ یُس چھُس تہٕ سُہ، بہٕ ییٚتہِ چھُس تہٕ تتہِ، یہِ چھُ سوٗرُے مےٚ ژیٔن،

مےٚ زانُن،

مےٚ باوُن،

مےٚ بوزُن،

مےٚ وبتراوُن:

کوہ کے ہوں بارِ خاطر گر صدا ہو جائے

بے تکلف اے شرارِ جستہ کیا ہو جائے

یہِ شار چھُ غالبٕنٕ تہٕ غالب اوس گنوٗہی مہِ صدی ہٕنٛدِ ہندُستانک شاعر۔ مگر وُہی مہِ صدی ہٕنٛزِ جدید مغربی شاعری منٛز یُس تنہاییِ ہُنٛد احساس جایہِ جایہِ نظرِ گژھان چھُ تتھ نہ ہکو محض وُہی مہِ صدی ستی یوت رَزٕ گرِتھ تہٕ نہ ہکون سہ چھراَ مغربی مُلکنٕے تام محدوٗد تھاٲوِتھ۔ تِکیازِ پننہِ سرِ ساٲوِ تہٕ پرٕنٛزِل پانٕک تہٕ أندی پکھی وِہل کاینٲژ ہُنٛد حاٲرتن وٚلمُت احساس اوس پتھ کالہِ تہٕ ممکن۔ اَز برونٹھ ڈاے ساس وٕری سوفکلیزُن قاصد وَنان:

**Yea, these are things we well may wonder at.**
**(*Oedipus at Colonus*)**

کٔہی مہِ ہٕہی مہِ صدی ہُنٛد خیام:

آنہا کہ محیطِ فضل و آداب شُدند

در جمع کمال شمع اصحاب شدند

رہ زین شبِ تاریک نبردند برون

گفتند فسانہ و در خواب شُدند

ژوداہمہِ صدی ہُند حافظؔ:

گوہرِ مُخزن اسرار ہمان است کہ بود
حقۂ مہر بدان مُہر و نشان است کہ بود
حافظؔا باز نما قصۂ خونابۂ چشم
کہ درین چشمہ ہمان آبِ روان است کہ بود

حافظٕ سنٛز ہمکال للؔ:

آلیس کمہِ دِشہِ تہٕ کمہِ وَتے گژھ کمہِ دِشہِ کوٚزانہٕ وَتھ

شُراہمہِ صدی منٛز شیکسپیئرُن ہیملٹ ونان:

There are more things in heaven and earth, Horatio, / Than are dreamt of in your Philosophy.

وۄں گوو پتمین دوٚن ڈاین ہتن وٕرِین دوران یم گاشہِ آگراَرداہمہِ صدی تہٕ کُنوٗہمہِ صدی ہندی کلاسیکل سائنسن تہٕ وُہمہِ صدی ہندی جدید سائنسن تہٕ رنگہٕ رنگہٕ علمو، مغربی کیٚو مشرقی فلسفو سِریَتھ باو مذہبی کیٚو صوٗفیانہٕ اظہارَ و اِنکشافو یُپہِ پھِری تمو دیُت انقلابن زَنم۔ گوڑ گوڑ باسیوٚ وزِہتہٕ واد بلکہ ساسہٕ وادوٕری اوبرٕ گوبرٕ سان، ژھایتہِ ژھایتہٕ، موین تہٕ مانجرٕ ووَتو سوٚت سوٚت یکِہ یکِہ یُس انسانی سماج جاگیرداری نظامس منٛز یوٗ ہے زَنتہٕ آبہٕ تلاو روٹہٕ ہیوٚ گومُت اوس تمی منٛزٕ تُج عقل پسندیہِ ہنٛزٕ اکہِ روپٹ گاڈِ تتھہٕ کُنٛز ووٚتھ زِ أندی پکھی پھٕلیہِ اکھ خوش کرٕنی تھتھراے ہش۔ سداہمہِ صدی تہٕ ارداہمہِ صدی ہُند اِبتدأیی سائنس زاو تہٕ یوٗ ہے ہیوٚتُن کُنوٗہمہِ صدی

ہٕنٛدِس نٕصفس تام بالغ ہیوٚ گژھن۔ انسٲنی دُنیاہک اکھ پھولہٕ وُن گہہ
باسیٚو وہاے والان تہٕ ژھاے کاسان تہٕ أنی کھٔتی گاشراوان تہٕ پننی آفاق
پژ ہز لاوان۔

مگر دوہ دوہ گوو گژھان تہٕ یہِ گہہ گوو رٕژھ رٕژھ پژ ہنان تہٕ بژہنان
تہٕ وُہمہِ صدی دوران سپُد ژووابا سے اکھ عقلہٕ نہ وہژ وُن وُزملہٕ ورشُن۔ تہٕ
تژھو گاشہٕ تژ ٹو لوگ نژن زِ گاشہ ہِسے زایہِ گژھ۔ گژھ تژھ زِ کُنوٕہمہِ صدی
ہنٛزِ ے ژنہِ پھٔکن واجینٛز عقل پرستی (rationalism) گیہِ ہے بوٚنگہٕ تہٕ شوٕ
زد۔ تہٕ گژھ منٛزی مُژ راوِ بے توقع پاٹھی کینژ وتژھو زٕتی نوٕ أچھ یمن أندی پکھی
حأرتھ وُزان اوس، خوف پشپان اوس، امکان پھولان أسی۔ سائنس کس
نہوَن کار انقلابس زاوا کھنوٚ تہٕ بدلے صورتحال یُس باضے اکہِ پوٚت پھیری
انقلابک (counter revolution) روہ رکانہٕ رٹان تہٕ باضے اکہِ طوفان کار
سوٚ درِ کس ژٕ کس تل رسہٕ بہتھ موکھتہٕ پھٔلیک انہار پژ اوان باسان چھُ۔
دوٚن عالمگیر جنگن ہُنٛد زہر شژٚ وپرتھ ہیوٚچھ جدید سائنس تہٕ علموٚ اَتھ نوِس
صورت حالس منٛز ذہنگ وُپھوار وُچھان تہٕ مولہٕ وان وَچھِ چِن راین تہٕ دِلہٕ چِن
دُبراین تہٕ سَنُن۔ زمان و مکانکی ٹھٔری کأستھ بنیوٚ ممکن زِ مغربچ سِر یتھ
(mysticism) تہٕ وجوٗدیت (existentialism) سمکھ زن مشرقی زہن
بُدمتس تہٕ تصوفس، تہٕ جدید انسانہٕ ہنٛدِس منس منٛز سپد اکہِ نوِ أندرٕ ویدیک تہٕ
اکہِ نوِ مذہبیژ ہُنٛد باس ببدار۔ امیک مطلب گوو نہٕ زِ نہوَن کار انقلاب کیا

سورۍ ؤ۔ پزر چھُ یہِ زِ کلہم گٔرِتھ چھُ وُنی کینٛہہ عالمگیر سائینسی تہذیب ژۄر پہن نہوَن کارٕ باسان، مگر یتہِ پزٕنہٕ نظر انداز کرُن زِ نوٚو بسیار جھٔژل انقلاب تہٕ چھُ پھٕہہ لبان تہٕ سورسور کران۔

گوڈنیک انقلاب آو سائینسی، معأشی تہٕ سمأجی علمن ہنٛدی بڈِ باپارٕکی تہٕ سیاسی نہون کارہتھ یموٕ پزٕ انہِ سارے کہو چھِ بےٚ اعتبار بنأوِتھ فقط اِنسانہٕ سُنٛد پنُن اکھ پان شوزرتہٕ کھوچرٕ پرکھاوُنک واحد ذٔریعہ قرار دیُت۔ نتیجہِ دژاو دُرویہِ؛ اکہِ طرفہٕ ہُنٛو انسانس پنُن گمانہٕ تیوٚت زِسوٚ درس دِتُن دام تہٕ خودائے ژھنُن مأرِتھ تہٕ مأرِتھ مشٔروٗن تہٕ منسووٗن، تہٕ أتھی ستیٚ اوٚنُن قدرت دَش کرنٕک بےمثال کارنامہٕ انجام تہٕ آرامکی تہٕ آسأیشہِ ہنٛدی تم وسیلہٕ گٔرِن دریافت تہٕ ایجاد یہُنٛد پتھ کالہِ گمانہٕ تہِ ہیکہِ ہےنہٕ سپدِتھ۔ دوٚیمہِ طرفہٕ ژٕروٗن تمی پننہِ گُنہِ پانٕک کھوکھریارتہٕ اَپزُت۔ یعنے سوٗرے میانی ستیٚ، سوٗرے میونُے، بےٚ سوٗرے پوٚز بہٕنہٕ کہیں۔ تہٕ ستیٚ دِتُن سوٗرے دُنیاہ دوٚژٕہرِتھ کلہم انسأنیت اَکی آنہٕ نابوٗد کرنٕکی سامانہٕ ایجاد گٔرِتھ أکس دأیم تہٕ قأیم خوفِ فنہس زَنم۔ اَتھ ہولناک ژھایہِ تل روٗدنہٕ قدرت کاپہٕ اَنہٕ کینہہ نوٚہن کارنامن بوٚرتہٕ پزٕ انہن مذہبی تہٕ ماورأیی پرژھن تہٕ آشن آےٚ کُن ؤسی ؤسی:

کتیٚ اَفتابہٕ شرپیٚکرٕ میٚ سینس منز\
توتہِ سوٕ راتھ، کالہٕ کوٚٹھر، دَم

(حامدی)

اِرتقا ہِکی تہٕ جہدِ للبقا ہِکی نظرِین اوس انسان جنگل واتنوو مُتے تہٕ نفساتہٕ کںوٗ عاؔلموہؠاوس عقلہٕ ہنٛز لاچاؔری تہٕ جبلژن ہنٛز بالا دستی۔ اَڈبو ڈولُس ساؔرِ ہے جِنسک اَتھ تہٕ اَڈبو ہؠاوس اسطورن ہنٛز بزرگی تہٕ تہُنٛد پلُن چلُن۔ اشرف المخلوقات پیوٚ واَسمانہٕ تہٕ زمینہِ پیٹھ لوٗگُس دَب۔ سماجی تہٕ معاشی علمو ڈوپُس ژکہٕ ژکُنٛہے، سورُے چُھ سماجی حالات تہٕ معاشی اجارٕ داؔری۔ سرمایہ داؔرِیہ تہٕ بٔڈی باپارن دِتُس گرگلی رِشتن پھیش تہٕ منظّم اِدارٕ بٔندِ یہ بنوو بُرٛنٛہیم آزاؔدِیہ تہٕ انصافس، حُسنس تہٕ لوٗلس، شرافژ تہٕ اِخلاقس پیٹھ اَرٕ تہٕ دٔر پٔرٛژھ تھاون وول منوش اکہِ بجہِ بارٕ سماجی مشینہِ ہُنٛد اکھ موموٗلی، عام، بےٚ بُتھ تہٕ بےٚ یرادٕ پرٛزٕ۔ سیاسی باؔزی گروٗگرِس آزاؔدی، برادری تہٕ یکسانیت، بجاؔیِی پاپرجاؔیِی، امن تہٕ خوشحاؔلی ہنٛدی سبز باغ ہاؤِتھ چھیکرس تم فَند زِ حال اوسُس کرٛوٗ ٹھاسی تھےٚ تہٕ مستقبل تہٕ کرٛ یہنیوس۔ یہِ سورُے ژاؔکر پھیوٗرتھہٕ گٔنی زِ حالات بنےٚ یہِ انسانہٕ ہنٛدِ باپتھ عقلہِ نہ وہرٛنی۔ کُنہِ گوشہِ ہرگاہ اَتھ نہون کارعقل پرسیہٕ خلاف کانٛہہ آلو گووتہِ سُہ یا تہٕ رووکرٛ بکہٕ نادس منٛز تہٕ نتہٕ آس کو وقتک کوٗستوٗرزاؔنتھ ہٹؠ گردم دِنہٕ۔ اَمہِ ووکھ صورتحالک اوس خال کانٛہہ کانٛہہ نیب مُز ہم مُز ہم پاؔٹھی پتھ کالہِ تہٕ نظرِ گژھان مگر جدید دورس منٛز سپٕز یہِ حالت بےٚ حسابہٕ سنگین تہٕ سٔنی۔ نتیجہِ یہِ زِ جدید انسانس باسیوٚ وپٔنن پان پرٛتھ کُنہِ نِشہِ تہٕ پننہِ پانہٕ نِشہِ تہٕ محروٗم تہٕ مویوٗس سپدان۔ اکھ زبردس لاچاؔری ہُنٛد باس گٔنیوو تہٕ سُے گوو عام۔ نہ روٗدی پرٛاؔنی عقیدٕ نہ پرٛاؔنی اصوٗل۔ نہ تم موٗل

نہ آدرش، نہ بزم نہ خاب، نہ پٔنز نہ پرٕدی، نہ دیش نہ پردیش، نہ پز نہ اَپُز، نہ جان نہ ناکار، نہ لول نہ یار، نہ خوداے نہ شیطان۔ بس اکھ پنٕنہٕ پانٕک کلایہٕ نشہٕ محروم سپُد مُت اَنہٕ تہٕ تمہٕ کہٕ پھٹٕنچ آواز:

ہا پانہٕ کانٛہہ کتھ نہ باتھ اَخر — یتھہٕ کٔنز نیری نہٕ راتھ اَخر
آلو نہٕ پلو نہٕ کانٛہہ شَہن شَہہ — زِندے تہٕ چھا کایناتھ اَخر
ژھوٚپ دوٚپ تصور تہٕ ژوپ لفظو — کانٛژھاہ تہٕ دِیہ ہے مےٚ ساتھ اَخر
کیاہ اَنہٕ صاَفی تہٕ کیاہ حسین پژو — بے معنہٕ ساَرے حیاتھ اَخر

(کامل)

یتھہٕ کٔنز اوس خیامن تہٕ از بروٚنہہ اَٹھ نوشتھ وٕری پنٕنس حساس ہمکالس وٚنمُت:

ای آمدہ از عالم روحانی تفت — حیران شدہ در چہار و پنج و شش و ہفت
برخیز ندانی ز کجا آمدہ ای — خوش باش ندانی بہ کجا خواہی رفت

مگر جدید زمانک پرتو پیو ان پوٚانی پھوٚر "روحانی عالمس" تہٕ شکُک ژوٚر تہٕ "خوشباشی" ہنٛدی امکان تہٕ ہٕندریے۔ غالبن پیوٚ وُنیٚہی مہٕ صدی ہنٛدِس ہندوستانس منٛزٕ یہٕ بزم شکن داے دِیُن زٕ:

اگلے وقتوں کے ہیں یہ لوگ انہیں کچھ نہ کہو
جو مے و نغمہ کو اندوہ رُبا کہتے ہیں

تہٕ وُنیٚہی مہٕ صدی منٛز وٚون میتھیو آرنالڈن:

**And we are here as on a darkling plain/ Swept with confused alarms of struggle and flight,/ Where ignorant armies clash by night.**

تہٕ آدم تہٕ عالَم باسیس:

**Broken fragments of a broken world**

تہٕ وُنی مہِ صدی منز سپُد یہِ حال زِ:

**Shall I say, I have gone through narrow streets**
**And watched smoke that rises from the pipes**
**Of lonely men in shirt - sleeves, leaning out of windows.**

***(T.S. Eliot)***

جلتے ہوئے چہرے ہیں سلگتے ہوئے لب ہیں
ارمانوں کے صحرا کے مسافر بھی عجب ہیں
سنّاٹوں کی دہلیز تک آیا ہوں اکیلا
اُس بزم میں جھانکوں تو سبھی محو طرب ہیں

اَنہِ گٹہِ راٗژ مسافر
بند دروازن
دَستک دِتھ
کتھ شہرس گےٚ؟

(حامدؔی)

پڑانہِ شاعری ہِندِس انسانس اوس پٔنُن پان اکہِ وُسوار تہٕ معنہِ دار

نظامُک اکھ اہم انگ باسان۔ سُہ اوس پننِس سماجس أنزی مئزی گومُت تہٕ تتھ ٹستی رٕلتھ۔ پنُن فن اوسُس اکھ اَسمانٔی امانت باسان تہٕ تأمیرِ حیات پنٕنی اکھ سماجی ذِمہٕ دأری۔ مگر نہون کار انقلابس منز ہیٚنہٕ آمُت نوٚ شاعر نہ چھُ عقیدن تہٕ اصوٗلن ہنٛز ترجمانی کران تہٕ نہ کُنہِ آدرشُک پرچار۔ تِس موٗدی عقیدٕ تہٕ سُہ گوٚو شُنبس منز الوند۔ قدرن روٗدنہٕ بوٚرتہٕ زندگی بنیہِ بےٚ معنہِ تہٕ بےٚ مقصد۔ خابو کوٚر دوکھہٕ تہٕ اکھ بدبینی تہٕ اکھ قنوٗطیت گٔیہ پأدٕ۔ پڑھ موکلیہ تہٕ شک بڑادیٚنے۔ گاٖمچ ہم آہنگ زندگی گٔیہ شروکان، تہٕ شہرُک انتشار گوٚو پھٲلان۔ فرٕد موٗد تہٕ ہوٚجوٗم آو بارسس۔ گنڈٕ ژھینٛی تہٕ رِشتہٕ پھُٹۍ تہٕ اجنبی یژ تہٕ تنہأیہِ وٚول نال۔

جدید ادب چھُ ذات پسندِیہ زامژ تنہأیہِ ہنٛدٕ بن یمن سارِنے نہون کارِ ہن تہٕ کیفیژن زبو اَنان تہٕ کانٛہہ کوتاہ نظرِے کرِ اتھ مریضانہٕ ورتاوناو۔ یِتھہٕ پأٹھی ہیرِ کنہِ اِشارٕ پأٹھی وَننہٕ آو تنہأیہِ ہُنٛد یہ احساس چھُ بسیار جہٕژل۔ لُکھ چھِ عموٗماً امیک اکھ نہونکار روے وُچھان تہٕ بس جدیدیژ تہٕ تَمی روٚیہِ کیٚن مختلف خولہِ خطن ہنٛز پیشکأرِیہ تام محدوٗد زانان۔ حالانکہ پزٕ رچھُنہٕ تیٚتے یوت۔ زاوِیہِ بدلاوِتھ ہرگاہ وُچھو تنہأیہِ ہنٛدِس اتھ احساس چھُ مثبت پاس تہِ۔ یوٚت تام ذأتی شعوٗر شوٗنگتھ چھُ تہٕ اجتماعی عقیدٕ تہٕ قدرٕ تہٕ عادتھ حکمران چھِ توٚت تام نہ چھُ تنہأیہِ ہُنٛد باہے أچھ مُژران، نہ قو درتھے پانس بِدوٗن تہٕ دوٚ پر باسان تہٕ نہ زندگیہِ ہُنٛد تکرارٕے فناتھ باسان۔ نہ وکھے دشمن باسان، نہ موتھے انجام۔ سوٗرے چھُ اکہِ منظّم کارخانکی پأٹھی گنڈِتھ تہٕ بےٚ قصوٗر

باسان۔ یہِ ظوٗنہٕ چھُنہٕ پۄوان زِ منوش ماچھُ پانہٕ تہٕ کُنہِ اجتماعی مشینہِ ہُنٛد اکھ ضاْبطہٕ بند پُرزٕ۔ اَسہِ أندی پکھی چھِ تِتھی نفرتہٕ پھیران تھوران یمن نہٕ زٕ گژھ کانٛہہ شکایت چھےٚ نہ نہٕ زمانٕچ۔ یمن وُنہِ یہِ وَنس روے سمان چھُ زِ چانٛو نظرن ہنٛدِ اعجازٕ سپدُم اکھ اکھ ژیٚہہٕ سونہٕ ہاٚری، یم اَزتہٕ پزٕ أنی پاٚٹھی ترغیب چھِ دِوان زِنُنٛدٕ ہیے گوٚژھ کانٛہہ منہٕ ناوُن، تہٕ خوش وومیدی ہنٛز یہِ پارٕے پھِرناوان چھِ زِ

ہا خوش وومیدو أندرٕ بہکھ نیٚبرٕ رٹکھ جاے
پزٕتھ دارِ وُچھِہن کارِ ووٕ گنی آش ژووا پاٚری

مگر یِیلہِ تنہاٚیِیہ ہُنٛد احساس گنان چھُ، جدید لِکھن وول چھُ أندی پکھی عالمک بےٚ مانیت ژیٚنتھ پنٕنِس کُنِس پانس کُن پکان۔ حسبِ توفیق سأری بزم، سارِیےٚ ژھایہِ ملساٚوِتھ پننو أچھو تہٕ پننو رَگو ستی پنٕنِس أندی پکھِس تہٕ زِندگیہِ سام ہوان۔ تِم تِتھی باسنس تہٕ تِتھی پیش کران کُنہِ ٹھرِتہٕ کُنہِ بیہِ ورأے۔ یِیلہِ خاٚرجی زندگی چھُس باسان حدٕ روٚس بےٚ معنہٕ تہٕ داٚخلی زندگیہِ ستی دُشمنُت ورتاوان سُہ چھُ زیادٕ زیادٕ پنٕنِسے پانس وٚون دِنہٕ بہان۔ باسان چھُس زِ وطن تہٕ سماج چھُنہٕ تیوٗت خطرس منٛز ییٚژ زن تسنٛز پنٕنی تنہا ذاتھ چھےٚ۔ سُہ چھُ پننہِ اَتھٕ کُنہِ ذاٚژ راٚچھ کرٕنی یژھان تِکیازِ اجتماعی عقیدن تہٕ اصوٗلن، قدرن تہٕ آدرشن ہنٛز وَفاتہٕ پتہٕ چھےٚ فردٕ سنٛز پنٕنی یاٚژ ذاتھ تہٕ پننے یوت تجربہٕ کُنی قاٚبلِ بھروسہٕ کھوٚٹ—مگر چھا یہِ ذاتھ پزی قاٚبلِ بھروسہٕ؟

أہندِس قابلِ بھروسہٕ آسنس کُس چھُ شاہد؟ نہون کارتہا ذاتھ چھےٚ أخری پڑتھ پانسے تراوان تہٕ پوٚت پھیری انقلابس چھُ دس ووتھان۔ جدید حسبا گِھی چھےٚ نوٚوزنم پڑاوان تہٕ جدید ادب چھُ أندرٕ نیبرٕ کُٹھری کأسِتھ یا وَنوٚ تہٕ پأٹھی زِ أندرس تہٕ نیبرس کُن گرِتھ، مکان تہٕ لامکان مِلناوِتھ، پتھ کال تہٕ آینٕدٕ کال ازکالس منز شروٚپراوِتھ یا وَنوٚ زِ کلہم وَکھوٚنی کینہہ کس ژِہس منز سوٚمبرتھ برونٹھہٕ کنہِ بُتراژ منز پوشہٕ کُلیک کھن تہٕ پھولُن وُچھان وُچھان تہٕ ہاوان، کُنہِ ترجمانی تہٕ توجیہہ ورأے، تِکیا زِ ترجمانی تہٕ توجیہہ چھےٚ تماشہٕ نِشہٕ توجہ ڈالان:

......We have paid heavily. But we have gotten ...... touch. The eyes and the ears down on it. *Close*

بُتراژ منز پوشکہ کھسُن تہٕ پھولنُے چھُ اصل تہٕ حقیقی تماشہٕ۔ حبس روزِن ساری أتھی کُن، أتھی منز وٕہن، أتھی ستی رٕلن، یِی بنن، ذاتھ تہٕ غأرِ ذاتھ، فطری تہٕ بالافطری سپدن کُنی، حقیقت ہنز بے بقأیی تہٕ نیزیکی یہِ منز تہٕ:

A rose is a rose / and the poem equals it / if it be well made.



ہردے کول بھارتی

# کاشُر افسانہٕ

## ۱۹۴۷ء پتہٕ ۱۹۶۵ء لیس تام

کاشرِ افسانٕچ وٲنٛس چھےٚ مَسا دوٚیہِ ترٛ ہہ وٕری تہٕ عالمہٕ چن زبانن ہُند افسانوی ادب نظرِ تل تھاوِتھ چھُ اَمہِ حسابہٕ کاشُر افسانہٕ سبٕتھاہ کوٚنٛس۔ پوٚز کوٚنٛس آسنہٕ باوجۆدتہِ یم اِرتقاٰیی مٔنزلہٕ أمی اَتھ موخصر وقتس منٛز طےٚ کٔری تہٕ یتھ مقامس پتھ یہِ وُنی کٔبس کھڑا چھُ، سُہ وُچھتھ چھُ یہِ یقین کرُن ہَنا مشکل گژھان زِیہِ کیاہ چھُ وُمبرِ یوٚت کاٚنسہٕ کوٚٹ۔ تتھ چھُ غاٰلبن یہِ وجہ زِامیک سفر گووٕ نہٕ تتہِ پتہٕ شروٗع ییٚتہِ پتہٕ مثالے اُردو یا ہندی افسانٕک شروٗع گو و۔ بلکہ ترٛ اوی أمی گوڑٕ تہِ کینٛہہ مٔنزلہٕ تہٕ منٛزٕ تہِ کٔرِن کینٛہہ دور bye-pass۔ اَتھ منٛز کانٛہہ شک چھُنہٕ زِ سرسری طور اَمہِ کہِ سفرٕچ سام ہینٛہٕ وِزِ چھُ امیک یہِ اِرتقاٰیی عمل غاٰر فطری باسان تہٕ مجلسن منٛز بحث زینہٕ خاٰطرِ پننہِ ترٛک آسنٛک ثبوت تہِ دِوان۔ پوٚز بحث زینٛچ کل اوٚک طرف ترٲوِتھ ہرگاہ وُچھنہٕ ییہِ تیٚلہِ چھُ یہِ عمل فطری تہِ تہٕ حقیقی تہِ۔ تہِ زن گوو ہرگاہ یہِ کتھ تسلیم کٔرِتھ اَچھ سام ہینٛہٕ ییہِ زِ ادب چھُنہٕ سماجی کیٚو اِقتصاٰدی حالاتونٛشہِ الگ تھاوِتھ نہٕ وُچھنہٕ یوان تہٕ نہٕ تخلیق سپدان ہرگاہ یہِ کتھ تسلیم کرنہٕ ییہِ زِیہِ چھُ کلہم معاشرٕک اکھ لاٰزمی حصہٕ آسان

تیٚلہِ باسہِ نہٕ کأشرِ افسانُک ارتقأیی عمل غأرفطری تہٕ نہ غأر حقیقی۔ سمأجس کیٛو معاشرس سٟتؠ امیک گوٚن رِشتہٕ چھُ یمہِ اکہِ مثالہِ سٟتؠ واضح سپدان زِ یمہِ ساعتہٕ اینسٹائن رِلیٹوٹی (relativity) تھیوری پێٹھ تحقیق اوس کران بالکل تمی ساعتہٕ اوس پیبلو پکاسو تہِ کیوبزمس (cubism) منٛز تجربہٕ کران۔

ٹھیک تِتھے متوأزی رِشتہٕ چھُ سائنس معأشی، معاشرتی کیٛو سمأجی ارتقأیی عملس تہٕ ادبس درمیان تہِ۔ تہِ گو ویٚیلہِ مُلک آزاد سپُد تہٕ سائنسی تہٕ تکنیکی ترقی سانہِ بقا خأطرٕ اکھ لأزِمی کتھ بنیہِ۔ أسؠ پرارے یہِ نہٕ کأنسہِ مارکونی یا ایڈیسنہٕ ہنٛدِس تھنہٕ پێنس تہٕ نہ کوٚر اَسہِ تتہِ پێٹھہٕ ترقی یافتہٕ ملکو یہِ سفر شروع اوس کوٚرمُت۔ بلکہ کرؠ اَسہِ ابتدأیی تحقیق تہٕ تجربکٕ وارِیاہ منٛزلہٕ bye-pass تہٕ شروع کوٚر تمہِ مقامہٕ پێٹھہٕ یُس سانہِ ماحولہٕ مزاجہِ بیترِ تہٕ سمأجی سیأسی کیٛو اقتصأدی حالاتو موجُب منأسب اوس۔ چونکہ ادب چھُنہٕ زندگی ہنٛد بویمو شعبو نِشہِ کانٛہہ بِدوٗن چیز اَوموکھٕ رُوٗد اَمہِ چہِ ترقی ہُند انہار تہِ کم وبیش تِتھے تہٕ یہِ چھُنہٕ کانٛہہ ہێڑنی لایق یا عأجیب کتھ۔ اَمہِ بیانُک گژھہِ نہٕ ہرگز تہِ یہِ مطلب کڈُنہٕ یِن زِ صرف کیاہ سپز نقأل یا یہِ زِ مضموٗن نگار کیا چھُ نقل نویسی ہنٛز حمایت کران۔

بلکہ چھُ مُدا صرف یہِ کتھ گھرکرٕنی زِ سانہِ افسانوی ادبُک ارتقأیی عمل نہ چھُ غأرفطری تہٕ نہ غأر حقیقی۔ بلکہ باسہے یہِ تتھ صورتس منٛز پزؠ پأٹھی غأر حقیقی ہرگاہ اَمہِ کِسُ تہٕ زندگی ہنٛدٕ بن باقے شعبن ہنٛدِس ارتقأیی عملس منٛز یُتھ ہِشر تہٕ متوأزی رِشتہٕ درینٛٹھی گژھہِ ہے نہٕ۔

کأشُر افسانہٕ آو آزأدی حأصل سپدنہٕ پتے تمہِ ساعتہٕ وجوٗدس منز یِیلہِ مُلکس منز مختلف سیأسی جمأژ ونگھہٕ پکھہٕ وَہراونہٕ خأطرٕ پننہٕ دُکان نوِسرٕ چمکاوٕنی أسی یِتہٕ متہٕ۔ کھوورِ دَرچہِ پارٹی آسہٕ زیادٕ منظّم تہٕ مُلکہٕ چہِ ثقافتی کیو تمدنی زندگی منز تہٕ اوس مختلف انجمنو کیو تنظیموذریعہ یِہُند دأیرٕ اَثر سِٹھاہ وسیع تہٕ زوردار۔ یہِ اوس سُہ دور یِیلہِ ملکی پیمانس پیٹھ کُنہٕ منظّم ادبی تحریک نظرأس گژھان تہٕ سو گییہ یہِ ترقی پسند تحریک۔ سأنس ریاستس منز تہٕ یِمو بزرگ ادیبو نشرٕچ کمی محسوٗس کٔرِتھ کأشری پأٹھی افسانہٕ لیکھنک دٕسلابہٕ کوٚر تِم تہٕ أسی سیٚدٕ سیوٚد یا وَرگہٕ أتھی سیأسی تحریکہِ ستی وابستہٕ۔ چنانچہ سپُد کأشرِ افسانک آغاز تہٕ ترقی پسند تحریکہِ ستی۔

گوڈنیک افسانہٕ یُس چھاپ سپدِتھ لُوکن برونٹھہٕ کنہِ آو اوس شری دینا ناتھ نأدمہٕ سُند ''جوأبی کاڑ'' اَتھ ستی سپُد شری سومناتھ زُتشی سُند افسانہٕ ''یِیلہِ پھوٚل گاش'' تہٕ شایع۔ بلکہ چھےٚ یتھ متعلق متضاد رایہٕ زِ کأشرِس افسانس لوٚگ ''جوأبی کاڈ'' ستی کُن کِنہٕ ''یِیلہِ پھوٚل گاش'' افسانہٕ ستی۔ کینژن بزرگ ادیبن ہُند وَنُن چھُ زِ گوڈٕ آو ''یِیلہِ پھوٚل گاش'' لیکھنہٕ مگر چھاپ سپُد گوڈٕ ''جوأبی کاڈ'' تہٕ (اَتھ تحریکہِ ستی وابستہٕ) کینژن بزرگن ہنز رایہِ چھےٚ اَتھ مختلف۔

''قومی کلچرل کانگریس کِس ۲۵ رفروری ۱۹۵۰ءکِس ادبی
جلسس منز آو گوڈنیک کأشُر افسانہٕ پرنہٕ۔ ناو اوسُس
''یِیلہِ پھوٚل گاش'' تہٕ افسانہٕ نگار اوس سومناتھ زُتشی''۔

(أز ئیک کأشُر افسانہٕ، اگست ۲۷۔ کینژہا افسانس متعلق: امین کامل)

اَتھ مقابلہٕ چھےٚ بیا کھ راے یہِ زِ:

''......۱۹۵۰ ء یس کنہِ ہیوٗلیو کھ دینا ناتھ نادمن ''جوٗئی

کاڑ'' ناوُک گوڈنیُک افسانہٕ......تہٕ یوٚ ہے چھُ کأشرِ

افسانُک موٗلادار......''

ساریکا آدِہ کتھاوشیش انک ۱۹۷۲ (اومکار کاچرو)

بہر حال یہِ بحث اوٚک طرف ترأوِتھ چھےٚ یہِ کتھ سکہٕ زِ کأشرِ افسانُک آغاز سپُد ترقی پسند تحریکہِ پتھٕے تہٕ أمی کٔری تم معیار کیو میزان کُنہِ پس و پیشہِ یا مُشکلہٕ بغأر قبوٗل یم اَمہِ تحریکہِ خأطرٕ لأزمی أسی۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ اَمہِ دورٕکی کم و بیش سأری افسانہٕ چھِنہٕ تمو افسانو نِشہِ کینْہہ خاص مختلف یم اتھ تحریکہِ تحت مُلکہٕ کِنہِ مختلف حصن منز مختلف زبانن اندر اَتھ دورس منز لیکھنہٕ آیہِ۔ بلکہ چھِ کُنہِ کُنہِ جایہِ حأرأنی ہٕندِس حدس تام پیرگرافن ہٕندی پیراگراف ہوی اکی انمانہٕ لیکھنہٕ آمتی۔ مثالے:

''......رتہٕ کول سورُوٗنے چھُ اَتھ (کولہِ) آب رأسی زن گرٚٹھان تہٕ گأمی گامس آبہٕ کامن گرٚٹھان۔ توٚے چھےٚ گاش پھولنہٕ پتھ اَڈراتن تام آبس منگ آسان......از تہٕ اوس گأمی گام آبہٕ دادِژٚستھ آمُت......''

(افسانہٕ۔ ''رےٚ'' دینا ناتھ نادم۔ جولائی ۱۹۵۰ء)

تہٕ

''......گامہٕ کِنہِ بسکینن اوس اکھ زٕ دوہ بروٗنہہ خوف زِ خوشکی مارگوٚ ژھ نہٕ سپدُ ن...... پہاڑی نالہٕ یُس گامہٕ کِنہِ داں کھہن سگ اوس دِوان اوس دانہٕ پَپنہٕ بروٗنہہ ہوٚ کھمُت ،ییمہِ کِنہٕ گامکی لُو کھ اٗسی ہروِ زِ ڈ بکہٕ ژٕ کھرِ تھ آسان......''

(تامِل افسانہٕ ''ہالو'' ۔مصنف راج رتنم ،۱۹۵۰ء)

واقعاتن تہٕ یِہنٛدِس بیانس منٛز اَمہِ ہشرُک سبب ہیٚکہِ نہٕ محض ہوی حالات اٗستھ ۔تِکیازِ حالات ہوی اٗستھ بلکہ کُنی اٗستھ تہٕ چھُ فردٕ سُند یا افسانہٕ نگارٕ سُند رَدِعمل انفرٲدی آسان تہٕ ظاہر کتھا چھےٚ زِ یِیلہِ ردِ عمل انفرٲدی آسہِ بیان تہٕ آسہِ اَمی انمانہٕ ۔بلکہ چھُ اَمہِ یکسانیتُک وجہ یہِ باسان زِ اَتھ تحریکہِ تحت یہِ کینٛژھا تخلیق سپُد تہٕ سپُد اٗکس فارمولاہس تحت تہٕ فارمولا باسے کُنہِ تہٕ جایہِ پیٚتھن ورتاونہٕ نتیجہِ آسن ہوی ۔یوٚہے وجہ چھُ اَمہِ دورٕ کِنہِ افسانن ہنٛز فکری سطح چھےٚ ہِشی تہٕ موضوع کہ اِعتبارٕ تہٕ چھُنہٕ یِمن منٛز خاص کانٛہہ رنگارنگی نظرِ گژھان۔ البتہ اٗس صرف لیکھن وٲلی ہنٛز ہونر (craft) کُنہِ افسانس مقابلتن زیادٕ پژ یہِ وُن یا سنہٕ وُن بناوان ۔مثالے ارجن دیو مجبور سٕنٛدِ ''کولہٕ وان'' ناوکہِ افسانُک ''رحمہٕ چھُنہٕ دینا ناتھ نادمہٕ سٕنٛدِ افسانہٕ ''شینہٕ پتو پتو کہِ'' ہٕنٛز کردارٕ نشہِ خاص کینٛہہ مختلف ۔دوشوے چھِ اٗکی ہے فارمولاہس تحت گرنہٕ آمٕتی ۔اَوٕ

کٔنؠ چھُ دۄشوٕنی ہنٛز زندگی ہُند کرچھر سختی تہٕ دوکھ دود ہوٗے۔ دۄشوٕنی چھےٚ پننٛی پننٛی ذاتھ پُشر نہٕ آمٕژ اَوے چھُ دۄشوٕنی ہُند نفسیأتی وجوٗد تہِ مصنوعی۔ پوٗز ناٗدِم صأبنہِ ہونرمندی (craftsmanship) چھِ أمِس تِتھی جامہٕ وٕلی ہتی زِیہِ چھُ مقابلتن زیادٕ credible پڑیہِ وُن تہٕ سنہٕ وُن باسان۔

"......بہٕ اوُسس نہٕ تسُند مرُن سوٚرتھے ہبکان، تہٕ
اوٚتے تام وأتتھ اوُسس بہٕ بدل کینٛہہ یاد پاوان۔
شاید سُہ دوہ ییٚلہِ بہٕ گوڈنتھے پننِس ماَمس ہتی شہر
وژھوس۔ تِمن دوہن اوس شہرٕ دوٚیم مارشل لا چلان تہٕ
لُوکن أسی نمائیشی منٛز ٹکٹکی کھأتھ رتہٕ دأوی کران۔ تہٕ
کتھہٕ کٔنؠ رچا یکھ أسی گاو کدلس نکھہٕ تہٕ پکناوے یکھ یڈ
ہتی۔ مےٚ أس ملجہِ مکایہِ ژوچہِ ہن دِژمٕژ یوسہٕ مےٚ
نالس گنٛڈتھ أس تہٕ ییٚلہِ یڈ کھوکھجہِ پکان سو آیم
مُژرنہٕ۔ مےٚ دِژایہِ تتہ تھپھ مگر پتھےٚ آیاو اَکھ بندوٗقی
تہٕ تٔمی ژِھنیام بندوٗقہٕ ٹاس اتھس۔ مےٚ چھُ وُنہِ تمیک
آکھ دٕچھنِس چھانپس۔ یہِ یاد پتھ اوُسس بہٕ جل
جل اَتھ کڈان تہٕ اَتھ تمی مایہِ لبوان ییمہِ مایہِ گاو چھےٚ
وٕزِھس تھنہٕ پتھ تن پھیشان......"

(افسانہ شیٖنہٕ پتھو پتھو ۔مصنف دینا ناتھ نادم۔ چھاپ جنوری ۱۹۵۲ء)

یہِ بیانہٕ چھُ فارمولای اَستھ تہِ سنہٕ وُن تہٕ اَتھ مقابلہٕ ییلہِ أسی کولہِ وانٛگ 'رحمہٕ' چھِن وُچھان، سُہ چھُ اَمی فارمولا ہٕک پأ داوار آسنہٕ باوجود تہِ سبٹھاہ سطحی تہٕ سرسری باسان۔ گوو تہٕ سندی حأری ثاتھ چھِنہٕ ''شینہٕ پتو پتو کہٕ 'بہٕ' کردار نِشہِ خاص کینٛہہ بیوٚن۔ ہُمس اگر مکایہٕ ژوٹ واپس حأصل کرنس پتھہِ بندوٗقی اَتھ زخمی چھُ کران، تیٚمس چھُ وُشکہٕ ژوچہِ ہُند ابھاو بے ہوش کران۔ ہُہ اگر مارشلک شکار چھُ یہِ چھُ جأ گیرداأری تہٕ چکدأری ہُند۔ پوٚز نادم صأبنۍ ہونر چھےٚ شینہٕ پتو پتو ہَس اَمہِ دورُک اکھ نمایندٕ افسانہٕ بناوان تہٕ اَتھ برعکس چھُ ارجن دیو مجبوٗرٕ سُند ''کولہِ وان'' اَمہِ ہونرِ ہنٛزِ کمی موکھٕ فارمولا ہٕک مساخا کہٕ باسان۔ بالکل یہَے فرق چھےٚ عبدالعزیز ہارونہٕ سندِس افسانہٕ ''زوٗن'' (چھاپ ۱۹۵۱ء) تہٕ علی محمد لونہٕ سندِس ''یم لوٗکھ'' ناوِکس افسانس درمیان تہِ تہٕ نور محمد بٹ سندِس ''ژورناوِکس افسانس تہٕ صوفی غلام محمد سندِس افسانہٕ ''ژٕنہِ ژوٗرس'' درمیان تہِ۔

گوو ۵۵-۱۹۵۴ءہس تام أس ترقی پسند تحریک ژھوٕ کنۍ ہیٚنٛز مگر hangover اوس وُنہِ باقے۔ اَوت تام یم افسانہٕ اَتھ تحریکہِ تحت لیکھنہٕ آیہِ تِم ہیکو کھ أسی دون حِصن منٛز تقسیم کٔرِتھ۔ اکھ تِم یم کھلی ذہنیٚژ (herd-mentality) تحت لیکھنہٕ آیہِ تہٕ دوٚیم تِم یم ہیوٗ فارمولایی موضوع آسنہٕ باوجود تہِ فنی اعتبارٕ مکمل افسانہٕ چھِ۔ یوٚہے دوٚیم ہیوٗ قسم چھُ سانہِ أزی کہِ افسانٕک مولادار۔

کأشرِ افسانٕک یہِ پڑاو اوس سبٹھا نوزُک تہٕ اہم بقولِ
امین کامل ''اشتراکی انقلاب پسند نوجوانن تہِ اوس کُنہ
تام ذٔہنی ژٲرن اَتھٕ ہیوٚترووُمت تہٕ فرضی سماجس تہٕ
کردارن منز ژٔرن والیوٚ اوس واپس پٔتُن گرٕ اَژُن
ہیوٚتمُت......''

(کینژھا افسانس متعلق ''شیرازٕ'' ۱۹۶۷ء)

یہِ اوس کأشرِ افسانٕک عبوٗری دورتہٕ توٚے اوس ہنا کروٗٹھ تہِ۔ کروٗٹھ
اَوٕ کِنہِ زِ پٔتِم ارزتھ اُس یہِ ڈٔلِ زِ تہِ نہ آسنس برابر، اوٚے بنیاوِ تٔسندِ خأطرٕ بنیأدی
کتھہٕ وٕنٔہنا ونہٕ تہِ کُنہِ حدس تام ضروری۔

''......افسانس چھِ یوان زندگی منز ساسہٕ بٔدی حأدِثات
تہٕ واقعات پیش یِم حأدِثات چھِ تراوان أہندِس ذٔہنس
پٮ۪ٹھ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ اثر......متی چھِ شرأبِ تہٕ زأری بنان۔
سٔنی ژٲر چھُ بوٚڑ بارٕ امانت دار بنان......مَتہٕ شراونچ
اکھٕ زٔژیا چلے کلانٛک اکھٕ ترِ کوٚنڈ (تہٕ ہیکہِ افسانہٕ بٔنتھ)
...... یا شیٖٹھہٕ وٕرشہِ بُجہ چھُ پٔتُن مہرینہِ تون کأنسہِ ہندِ
ڈریاوِ ہٕندِ بیزارٕ ستی یاد پیوان۔ سو کیاہ چھےٚ تمہِ ساعتہٕ
سونچان یتہِ ہیکہِ افسانٕک موضوع بٔنتھ......''

(افسانس متعلق کینٛہہ بنیأدی کتھہٕ اختر محی الدین ۱۹۵۵ء)

سونچنہٕ کِس اتھ اندازس ہکو فنہٕ کہِ سفرٕچ سو وَتھ بَدِ کڈٕنچ کل ؤنتھ ییمیک کانٛہہ موڑ پڑاو کانٛہہ دوریا کانٛہہ منزل حتمی چھُنہٕ آسان۔

ترقی پسند تحریکہِ پتہٕ کِس اَتھ دورس ہکو اَسی کأشرِ افسانوی ادبک درمیأنی دورتہِ ؤنتھ۔ یہِ چھےٚ اکھ عجیب کتھا زِ اَمہِ دورٕ کِس آغازس ستی ہیوٚت بیشتر پیشرو افسانہٕ نگارَو یعنے سومناتھ زُتشی، دیناناتھ نادم، نور محمد روشن تہٕ عبدالعزیز ہارونن افسانہٕ نگاری نشہِ لوٚب، شاید چھُ امیک اکھ وجہ یہِ تہِ زِ یم ہیکی نہٕ پننٕی سیاسی آدرش فنہٕ نشہِ الگ کٔرِتھ۔ پوٚز یہِ ہندِ لوٚب ہنٛس ستی سپدی اختر محی الدین، علی محمد لون، صوفی غلام محمد، امیش کول، امین کأمل، ہردے کول بھارتی تہِ اَتھ کاروانس منٛز شأمل۔ اَتھ منٛز کانٛہہ شک چھُنہٕ زِ اَتھ دورس ستی وابستہٕ کینٛہہ افسانہٕ نگارتہِ اَسی ترقی پسند تحریکہِ ستی وابستہٕ روٗدی متی مگر ووٚنی اوس کأشُر افسانہٕ نگار فارمولایی دورٕ نشہِ آزاد گٔژھتھ موضوع علاوٕ اسلوٗبس، ہیتس تہٕ فکری پہلوہس پیٹھ انفرأدی طور سونچنہِ لوٚگمُت۔ افسانہٕ نگارٕ سنٛز فکری سطح تہٕ باوَتھ کرٕنک فن کتھ معیارس پیٹھ اوس اَمہِ ساعتہٕ امیک انداز چھُ اختر محی الدینہٕ سُند ''دٔری یا یہِ ہُند ییز از'' افسانہٕ پرنہٕ ستی گژھان، یَتھ اَز تہِ سنگ میلچ حیثیت حأصل چھےٚ۔ امہِ دورٕکی افسانہٕ چھِنہٕ ترقی پسند تحریکہِ دوران لیکھنہٕ آمتین افسانن ہنٛدی پأٹھی یک رنٛگی۔ امہِ دورٕکین افسانن منٛز چھُ گوڈٕنکہِ پھِرِ یہِ احساس گژھان زِ کأشُر افسانہٕ نگار چھُ زندگی ہنٛزِ تمہِ گرمی ہنٛز کتھ کران یوٚسہٕ تسنٛدِ أندی پکہِ خأطرٕ تہِ تیٚژٕے ضروری چھےٚ یِتہٕ تس ذاتہٕ کہِ بقا خأطرٕ چھےٚ۔ سۄہ

چھُنہٕ کھوکھر بونعرو ستی انقلا بکی شاٗلی تارکھ ہاونچ کوشش کران، بلکہ ذاتک دود تہٕ دوکھ سوکھ پننس أندی پکھس منز بدِ کڈتھ کینژھا یہِ دور کران تہٕ کینژھا دَوا ژھانڈان۔ گوڈ نکہِ پھرِ چھُ باسان زِ افسانہٕ نگار تہٕ چھُ انسانٕس تہٕ تسُند روٗپ چھُنہٕ وو زمیک گاش بلکہ سُہ phenomenon یتھ گاش تہٕ پٔنُن چھُ تہٕ اَنہِ گٹہٕ تہٕ تاپھ تہِ پٔنُن چھُ تہٕ شہُل تہِ۔

''......کرِتہٕ لٹہِ وُچھ راجن بھوشنہٕ تہٕ پرٕتھ لٹہِ ژٕٹرٕ امہِ تسندِس بُتھِس پیٹھ اکھ عجیب اَسُن تہٕ نظرن منز اکھ عجیب سرٕ یہِ زَنتہٕ اوس تمِس دیَن اَسان اَسان کُستام شاپھ دیتمُت۔ زنتہٕ اوس سُہ یژھان أمِس کیاہتام وَنُن...... چائی کنِی چھُ زندگی منز أکی ہے جایہِ واتُن تہٕ یہَے چھے باسان سیزٕ تہٕ ژھوٚٹ وَتھ۔ مگر زندگی منز چھےٚ کانہہ سیزٕ وَتھ کُنہ کُنہِ ٹوٹان تہِ۔ یہِ یُس سہلاب باسان لتہٕ مونجہِ کوٚرم سُہ آسان گومُت کُنہِ کُنہِ سٔری پیٹھی......''

(افسانہٕ ''أڈ ے کتھ''۔اُمیش کول۔ چھاپ:۱۹۵۵ء)

بھوشن نہِ اَسنک ''شاپھ'' چھُ افسانہٕ نگارس پٔنُن ''شاپھ'' نتہٕ وجوٗد کِس أنس منز أندی پکھیک وٕسی گومُت اکھ ژیُہہ۔ زندگی ہنزٕ ''ژھو چہِ وتہِ'' ہُند برٕم چھُ ذاتک خاب تہٕ ''وَتھ ٹوٹنگ'' یا ''سہلاب سٔری'' پیٹھی گرژھنگ

احساس چھُ اکھ تژھ ژینہٕ وَن (بلکہ ژتناتہٕ) یوسہٕ ذاتی تجرُبک دیُت یا حاصل چھُ۔ یوٚہے وجہ چھُ زِباوتھ کرنک اندازتہٕ چھُ فطری۔ ذاتچہٕ ژتنایہٕ ہنٛز باوتھ کرنٕکی اُمی اندازن دِژ کاشرِس افسانس اکھ تژھ رژتہٕ صحتمند پرمپرا، یتھ پتھ اُزی کہِ افسانچ مندورِ کھڑا چھےٚ۔ تہٕ یہِ تسلیم کرنس منٛز نہ گژھہِ اُزی کُس افسانہٕ نگارس تہٕ نہ نقادس کانٛہہ گال باسنۍ۔ اختر محی الدینٕن ''مےٚ تہٕ توٚگ نہٕ کینٛہہ'' تہٕ ''دٕری یا یہِ ہُند ییزار''، تہٕ علی محمد لوٗنُن ''ییٚم لُوکھ'' امین کاملُن ''نوٚوتاوَن'' تہٕ ''کوکرجنگ'' ہِی افسانہٕ چھِ اَمہِ دورٕکی نمایندٕ افسانہٕ۔ ممکن چھُ زِ وُنی کٔنہ باسہِ تمہِ وقتہٕ کِس اختر سُند موضوع تہٕ شوٚد بیانیہ اندازتہٕ کاملہٕ سنٛز ترُچ لفظہٕ ژٲرا اکھ فطری تہٕ عام کتھ، لون صابُن اوسلوٗب تہٕ اُمیشُن فکری اندازٕ اکھ سیٚز تہٕ سادٕ عمل مگر یوٚہے باسُن ییلہِ وُہ پنٛژہہ وٕرِیہِ پتھ کُن ژھال نتھ کھوچہِ کھالان چھِن، تیلہِ چھُ یہِ ''باسُن'' غلط ثابت سپدان تہٕ ییمہِ کتھہِ ہُند صحیح اندازٕ سپدان ییمن فن پارن کاژاہ اہمیت چھےٚ حاصل۔

تقریباً ۱۹۵۹ءٕ لیس تام روٗد کاشُر افسانہٕ ییمنٕے شٕین اُدیبن اَندی اَندی پھیران تہٕ درمیانی دورٕکِس آخرس کنہِ ہیوٚ سپدی اَتھ کاروانس منٛز کینٛہہ نٔوی ادیب شامل تہٕ کینٛژ وپژ انوٚ سفردژ اَوٚ وہیوٚت لوٚب۔ نوٚہن ناون منٛز چھ خاص طوربنسی نردوش، اوتارکرشن رہبر ڈاکٹر شنکر رینہ، عباس تابش، غلام نبی باباتہٕ چھیکرس فاروق مسعودی قابلِ ذِکر۔ ییٚم نٔوی ادیب آسی نہٕ بالکل تہٕ کُنہِ سیاسی یا ادبی تحریکہِ نشہِ جواب دیہہ۔ اَوٕ موکھ اُس تہنٛز ذاتی سوٚمبرن تہٕ ذاتگ

ژینئے رتھند بن افسانن ہُند پینز وونُن ۔ یہ اوس اَمہِ وقتُک نوبر تہٕ جدید افسانُک گوڈیُس تمہِ وقتہٕ کوٚ کینژ ونقادوَرد کوٚرتہٕ کینژ وقبوٗل کوٚر۔ اوتار کرشن رہبرٕ سُند افسانوی مجموعہٕ ''تۄ برُکھ'' تہٕ کوٚر بیشتر رہوایت پرستو تمہِ وقتہٕ یہ ۂنتھ رَد زِ اَتھ منٛز شامل تمام افسانہٕ چھِ محض خاکہٕ۔ غالباً چھُ امیک اکھ وجہ یہ تہٕ زِ یمن منٛز اوس نہ تہِ کینژ ھا تیٚچھ اۆت تام بوزن وٲلِس، پرن وٲلِس یا نقادس ہٲل ہِش گٲمژ اَس تہٕ یہ جاۄدی ہانکل پُھٹ تمہِ ساعتہٕ مکمل پٲٹھی ییٚلہِ اختر محی الدینہٕ سُند افسانہٕ ''آدم چھُ عجیب ذاتھ'' چھاپ سپُد۔ گوو یتھہٕ پٲٹھی چاکہٕ رِکھ ترٲوِتھ بنہٕ بندی کرٕنی چھُنہٕ صحیح۔ پۆز مطلب چھُ صرف یہ زِ اَتِہ پتھہٕ چھےٚ سونٛو نہج ٹاکارٕ پٲٹھی درینٛٹھی گژھان ییٚمہِ نٕہجہٕ ٲزی کَس افسانس زنم دیُت۔ کتھ چھےٚ یہَے ۱۹۶۰ء کہِ ڈٕہلکہِ گوڈنکہِ چھیچ ہِش ییٚلہِ زن کانٛشر افسانہٕ مُلکہٕ کِس ادبی منظرس منٛز پنُن مقام حاصل کرنس اہل سپُد۔ اَمہِ دورِ کِہن افسانن منٛز چھےٚ گوڈنٛچ پھِرِ یہ کتھ نظرِ گژھان زِ لکھاری چھُنہٕ او ہنری، موپاساں، یا چیخوف ہیوٚ کانٛہہ تہٕ ماڈل پانس برونٛہہ کنہٕ تھٲوِتھ افسانہٕ تخلیق کوٚرمُت، بلکہ چھُ سُہ پننی ژینہٕ ژِترنہٕ تہٕ توانگرِ موجب کتھہِ ہنٛز باوتھ کران۔ پوٚت منظرس منٛز لکھاری سنٛز فکری سطح ڈکھ آسنہٕ باوجوٗد تہِ چھِ یم افسانہٕ موضوع کیو اسلوٗبہٕ حسابہٕ خانہٕ بنٛدی یو نِشہِ آزاد باسان تہٕ ۱۹۶۰ء کہِ ڈٕہلہِ کِس ٲخرس کنہِ ہیوٚ سپدی امکی یم نقوٗش زیادٕ واضح تہٕ نوبر گوو زیادٕ ژینہٕ وُن ییٚلہِ ''گہے تاپھ گہے شہُل''، ''دسبٔھاہ موموٗلی'' تہٕ ''شکست'' بیترٕ ہی افسانہٕ شایع سپدی۔ ٲتھی وقتس منٛز سپدی ہندی افسانہٕ نگار

ہری کرشن کول تہٕ رتن لال شانت تہِ اَتھ کاروانس منز شامل۔ تِکیازِ یِم دوشوے آیہٕ ہندی پٹھہٕ کأشرس کُن۔ اَوٕکِنہٕ روٗد ہندی افسانُک دیُت تہٕ یِمن ستی تہٕ یتھہٕ پأٹھی سپُد کأشرِ افسانچہِ رنگارنگی ہیۡیہٕ ہن تہٕ برٕزر۔

یہٕ اوس ۱۹۴۷ء پٹھہٕ ۶۰-۱۹۵۰ء لیس تام کأشرِ افسانُک موخصر جأیزٕ۔ گوو اَرداہ وُری چھِنہٕ کُنہٕ تہِ فنہٕ کہِ پھانپھلنہٕ خأطرٕ کانٛہہ معنے تھوان۔ پوٗز کانٛہہ رِوایت یا پسِ منظر آسنہٕ ورأے یِم اِرتقأیی منزل سأنِ افسانن اَتھ موخصر وقتس منز طے کٔری تِمچ مثال میلِنۍ چھُ شاید ناممکن۔



رشید نازکیؔ

# مہجورنہِ شأعری منٛز کٲشیرتہٕ کٲشرُیت

مہجورؔ چھُ کٲشیرِ ہُنٛد گوڈنیُک کٲشُر شأعر یٚمی کٲشیر اَکِس حساس تہٕ دیدآ گاہ شأعرٕ سٕندی پأٹھی وُچھمٕژ چھےٚ۔ یہِ چھُ پوٚز زِ تس برونٛہہ تھی مین شأعرن ہنٛدِس کلامس تہِ چھُ کٲشیرِ ہنٛدی عکس نظرِ گژھان، مگر یم عکس چھِ بہر حال غأر شعوٗری اندازس منٛز تِہنٛزِ شأعری اندرا اَمہِ کنہِ آمتی زِ یہِ شأعری چھےٚ اکھ خاص ماحوٗلٕچ پأداوار۔ مگر مہجور چھُ گوڈنیُک کٲشُر شأعر یٚہنٛدِس کلامس منٛز کٲشیرِ ہنٛدِس فطری حُسنس ستی ستی کٲشیرِ ہنٛدِس ماحولس سماجس تہٕ توأریخی بجرس اکھ نمایاں کردار چھُ۔ مہجور چھُ اَتھ حٔثیتس منٛز گوڈنیُک تہٕ وُنیُکتام آخری کٲشُر شأعر یُس کٲشیرِ مٔتی مٔتی گومُت چھُ۔ یُس کٲشر آسنس پیٹھ فخر چھُ تہٕ یُس کٲشیرِ ہنٛدِس پرتھ کُنہِ چیزس اَکِس حساس عاشقہٕ سٕنٛزِ نظرِ وُچھان چھُ۔ غألبن چھُ پنٕنس محبوٗبس تعریف کران کران وَنان زِ:

گلُت رانوا نرگست را تماشا

تو داری بہارے کہ عالم ندارد

غالبہٕ سٕنٛد یہِ دعوا چھُ شأعرانہٕ چابکدستی تہٕ تخیل چہِ بلند پروازی تام لامثال شعر۔ لیکن اگر کٲشیر مہجور سٕنٛز محبوب زانون تیٚلہِ چھِ پزی پأٹھی یہِ کتھ

کرٕوُن چھِتھ پوشِرُ چھُ جاناوارن، پوشن، کولن آرن تہٕ پانژاورن حتیٰ کہ گگراین تہٕ وُزملن ستیٚ ملاقات کران نظرِ گژھان، بلکہ چھُ تمن تہِ کتھہٕ کرناوان تہٕ حال باوناوان۔ مثالے نی تون تِہنز نظم تیٚمبر زل۔ اَتہِ چھُ شاعر تیٚمبر زلہِ اَتھی تمِی سُند احوال وَنہٕ ناوان زِ پوشہِ موٚت بہار یِنہٕ برونٛٹھے آیس قٲفلس ژھنہٕ گژھتھ یوٚت وأژِس تہٕ حأران گییس تکیاز بہار، شبنم صبحُک گرایہِ مارٕوُن عطر کار واو سأری چھِ وَنہِ یِنَے۔اکھ اکھ نازنین مہمان چھُ جشنِ بہارس منز شأمل گژھنہٕ یوان تہٕ تِہنٛدُ ے پَے پرژھان خبر ماچھکھ زِ ییٚلہِ سہ افسرِ گل (بہار) یِیہِ بہٕ آسہٕ نہٕ تمہِ ساعتہٕ موجوٗد ے۔بلبل چھُم چھٔنڈی گری گری یاون راے بہار سنٛز خبر پرژھان تس کرٕ ہاژھل بل زِپکان چھُ، مگر پننِس دِلس کیا وَنہٕ یس یہِ خبر چھےٚ زِ یوٚت تام سہ یوٚت واتہِ بہٕ آسہِ غمناک أچھوٗ چھوٗچھ لوسمژ۔

بہارن سوٗزنس شیٚچھ ہیتھ دَوان منزل ژٕٹتھ آیس
بہارس چھُم نہٕ ییٚتہِ روزُن بہٕ ہارس شراونس وَنہٕ کیا
یوان یم نازنین مہمان پرژھان چھِ پوشہِ موٚت یِیہ کر
بنفش بأنلس تہٕ ٹیکہٕ بٹہٕ نے سوٗنبلس وَنہٕ کیا
پریشان دل بہٕ چھس بلبل ونان چھُم وَن خبر تورٕچ
بہانا کانہہ تمِس وَنہٕ ہا مگر پننِس دِلس وَنہٕ کیا

یہِ چھُ پزی پأٹھی سہ مقام ییٚتہِ غالبہٕ سُند ''گلُت'' رانوا بلبلت را تماشا صحیح باسان چھُ۔ ییٚتہِ چھےٚ یہِ کتھ تہِ قأبلِ توجہ زِ کشیرِ منز چھےٚ تیٚمبر زل

پھولانٕہ گنٛد بہارس منٛز تہٕ یێلہِ گریکہٕ وُن سونتھ گرایہِ ماران چھُ، تیمبٕر زلہِ چھےٚ آسان موٗنٛزِ ہِندٕ رٕ پیمٕژ۔ موٗسٟچ یہِ حد بندی چھےٚ کاشرِ یمبر زلہِ الگ کڈان تہٕ یتھٕ کُنٛز علامتی اندازس منٛز محاکاتن ہٕندی مختلف گوشہِ پھوٗلرٲوِتھ کاشرِ یمبر زلہِ بےنوٗر چشمن وُچھوٗن گاش تہِ عطا کران تہٕ معصوم وُٹھن پیٹھ دردناک افسانہٕ تہِ شیران۔ یِژھنٕے نظمن منٛز چھُ رنگُک تہٕ مُشکُک تحرک فطری نظارن رفتارٕ تہٕ گفتار بخشان تہٕ یِہے چھِ تِم مقام یِیتَھن مہجورٕنی شاعری پٕرستانٕچ کتھ تہٕ ألف لائلہِ ہٕندی افسانہٕ ہی باسان چھِہ۔

مہجورٕ سٕنٛزن یِژھن نظمن منٛز چھےٚ وَن ہأر، باغ نشاط کے گلو، وٕتھ، گلشن وطن چھُ سونٕے، ”کربلبلو دیدارِ گل“، بُلبلہٕ سٕندی افسانےَ بوز گولابو، سنگر مالن پیٛو وپزٲگاش، بہار، نوٗرٕ وُزمل، ہِشہِ نظمہٕ یا مسلسل غزلہٕ شامل۔ یِژھن نظمن منٛز چھُ مہجورن پرانہٕن کاہن ہٕندی پاٹھی زیٛوِ زبانی روٗس مناظر فطرتن منٛز انسانی روٗح تہٕ انسانی ذہن پادٕ کٕرِتھ پننی کتھ تِمن وٕنی مٕژ تہٕ تِہنٛز کتھ پانہٕ بوٗزمٕژ۔ یِژھن تمام نظمن منٛز چھُ مہجورنہِ فنُک طلسم قارِیس پانس سٟتی سبٕٹھاہ دوٗرتام پکناوان تہٕ اغلبیتس یقینُک درجہِ دیاوان۔

مہجورٕ سُنٛد دوٚیم رنگ چھُ کاشرِ زنانہِ ہٕنٛز زیٛوِ محبوبس نادلاینُک شائستہٕ انداز۔ یَتھ منٛز کاشرِ زنانہِ ہُنٛد سراپا تِہنٛز نفسیأتی کیفیت، تِہنٛد محبت کرنُک سلیقہٕ تہٕ تِہنٛد ہجر ووصال چہِ کیفیژٕ ژھالہٕ ماران چھےٚ۔ یہِ چھُ صحیح زِ یہِ اندازٕ چھُ مہجوٗرس برونٛہہ محمود گامین، رسول میرٕن تہٕ باقٕے شاعرو تہِ ورتو وٕمت۔ مگر

مہجورنس اَتھ زنانہٕ کردارس منز چھُنہٕ محمود گامین شور محشر تہٕ نہ رسول میرُن دزٕ وُن لولہٕ کنگ۔ مہجورنس زنانہٕ کردارس چھُ لولہٕ نازُک سوٚت سوٚت جوش تہٕ پازھینہٕ بجایہِ ساونہٕ ہُنٛد اندازِ گفتار تہٕ تہٕ اسلوٗبِ محبت تہٕ۔ تِتھی گیت چھِ مہجورن زیادٕ پہن زنانہٕ صنفِ سخن یعنی روٗف یاوژنس منز ورتاوی متی۔ حالانکہ استثنا تہِ چھِ۔ تہِ زن گووزِ غزلن ہٕنٛدی کینٛہہ شعر تہِ چھِ اَتھ دأرِس منز یوان۔ وُچھتو یمہٕ کینٛہہ مثالہٕ یم بہر حال پیش یا افتادٕ پأٹھی نہٕ آمٕژ چھےٚ:

مأری منٛدِ چھم چأنی لولہٕ بیمأری

لگہٕ یو بال پأری پأری یے

| | |
|---|---|
| نأگی راے ژٕوٚلمے ناگہٕ سبزأری | لارس پتہٕ أری أری یے |
| ہی مال وُجنس تٔہنٛدِ امأری | لگہٕ یو بال پأری پأری یے |
| رمزٕ سان غمزَ تہٕ میر شکأری | سینٛس دِتی نم دأری دأری یے |
| کیا سنہٕ چھَس میأنی کینا وأری | لگہٕ یو بال پأری پأری یے |
| قند تے نابد آلہٕ سپأری | تھاوس چنٛدٕ بٔری بأری یے |
| ییہِ نا بہٕ کرس بنٛدٕ بردأری | لگہٕ یو بال پأری پأری یے |
| لولہٕ چانہٕ راتس گٔرمےٚ بیدأری | لوٚہس کوٚنگ ژأری ژأری یے |
| زوٗنہٕ نیر وُچھنے میأنی گلکأری | لگہٕ یو بال پأری پأری یے |

نأگی راے، آرٕ، ناگہٕ سبزار، ہی مال، قند، نابد، آلہٕ، سپأری، کوٚنگ، زوٗنہٕ راتھ تہٕ گلکأری ہٕنٛدی یم تمام تصورات چھِ کأشری تہٕ تہٕ کأشرِ زنانہٕ ہٕنٛدِس طریقہ

محبتس ستۍ اکھ تواٗریخی واٹھ تہٕ تھاوان۔ یمہٕ کاٗشرِ زنانہِ ورٲے بیٚیہِ کاٗنسہِ زنانہِ ستۍ معاشرٕ تہٕ ماحولہٕ کنۍ سبٹھاہ کم واٹھ کھوٚان چھہِ۔ یِژہٕ ہے بیا کھ مثال چھےٚ۔

''گسہے ہاوِ یاوُن باٗلی یے''

بالہٕ یار نیرِ تھ گوم باٗلی باٗلی
گسہے ہاوِ یاوُن باٗلی یے
کرٕ کیاہ بالہٕ پان کوٚرنم وُباٗلی
گسہے ہاوِ یاوُن باٗلی یے
سونہٕ سُنٛد کھوس تےَ روپہٕ سنٛز تھاٗلی
کتھ کرِژ چھےٚ یمبر زاٗلی یے
پھولہٕ وِنہِ باغہٕ منٛزٕ درایکھ خاٗلی
گسہے ہاوِ یاوُن باٗلی یے

راٗنی ناگرایس سوزان ڈاٗلی
اصلس واتہِ ہی ماٗلی یے
شکھ پیوٚ و لولس گوو پاتاٗلی
گسہے ہاوِ یاوُن باٗلی یے

سنیاس ژھارنہِ نیر گوپاٗلی
لوہٕ لکو لاگ کنہ واٗلی یے

ہرموکھ وُچھہن پھیر پانژأ لی
گسِے ہاوٕ یاوُن بأ لۍ یے

زوٗنہٕ ڈَبہِ میانہِ ییرِ کتی جوأ لی
گیوٗنا بوٗزُم قوأ لی یے
ترأ وِتھ أ لۍ ژَجہِ اَڈِ رہتہٕ کأ لی
گسِے ہاوٕ یاوُن بأ لۍ یے

بأ لۍ بأ لۍ نیروُن محبوب، یِمبر زلہِ ہُنٛد سونہٕ سُند کھوس تہٕ روپہٕ سنٛز تھأ لی پھولہٕ وِنی باغ، نأ گراے ہی مال ہُنٛد اسطور، ہرموکھ، زوٗنہٕ ڈب تہٕ کتی جہِ أ لی یوٚدوَے مختلف کیفیتن زُوزہتہٕ بخشان چھُ، مگر پنٛنہِ اصلیت کہِ اعتبارٕ چھِ یِم سأری کأشرِ تہٕ فقط کأشرِ ماحول تہٕ أندٕ پٔکھکۍ انہار وو تلاوان ییٚتہٕ فطری نظارٕ تام شأعرس ستی سرگوشی کران نظرِ گژھان چھِ۔ تہٕ ییٚتہِ شأعرس کتی جن ستی وہسہٕ تون چھُ۔ یِمبر زلہِ ہنٛدِ ماژی غم خأری چھےٚ۔ پاتأ لۍ نأ گراے ہنٛدِ طلسمک علم چھُ۔ یِم سأری ورگہٕ اظہار چھِ شأعرٕ سُند تیُتھ طلسمی اقلیم خلق کران یُس محض تہنٛدُے اقلیم چھُ۔ مگر دوٗرتام ستی پکناوان تہٕ اَمہِ شہرکۍ وِہی بدلوٕنی نظارٕ ہاوان۔

مہجور سنٛدِ رَفیک اندازتہٕ چھُ پرانہِ کأشرِ زنانہِ ہُنٛدُے اندازِ محبت پیش کران، ییمیک ڈیکہٕ لون مہجور سنٛدِس نوزُکھ نسوأنی کردارس گاہے سورگس سأر کرناوان چھُ تہٕ گاہے خاکس ستی مِلہٕ ناوان چھُ۔ یِم چھِ ہجر تہٕ وصلکۍ

ژِہی۔مہجورسُنْد یہِ زنانہٕ کِردارچھُنہٕ کُنہِ جایہِ ورفتارپٲٹھۍ وصل اَماد باسان، بلکہ چھُ لولس عبادت زأنتھ زَے تہٕ اوبروے رَچھان تہٕ مہجوری ہٕنْدی نغمہٕ تتھہٕ پٲٹھۍ گوٚوان یمہٕ کاشُرزنانہٕ ستی پٲتی مخصوص باسان چھِ۔مثالے یہِ روٗف:

از روز سانے دِلبرٕ میانے
بوز نُنْدٕ بانے دِلبرٕ میانے

خان پٲرأوِم کھاسی برناوِم
ہاوسہٕ چانے دِلبرٕ میانے

لولہٕ ہوتّ میون پان
یوٚدٕ گژھِ پزاران
لول ما پرانے دِلبرٕ میانے

شبنمن موختہٕ ہار
وۄرِ چانہِ کوٚر تیار
کمہِ شوٚژِ شانے دِلبرٕ میانے

تتھٕن جذبل تہٕ ترنُم ریزِ شعرن ہٕندِس اَئینس منْز چھُ اَسہِ کاشُر تمدن ژٕچھِنۍ تہٕ کھوٚوری گتہٕ گیوٚرکران باسان۔ از روز سانے چھُ دعوتک سُہ طریقہٕ یُس سورُے کینْہہ ؤنتھ تہِ کہنۍ چھُنہٕ ونان۔ خان پٲراوِنۍ کھاسی برناوِنۍ۔تہٕ یہِ معصوم مگرمولُل جذبہٕ زِ شبنمن چھےٚ چانہِ وۄرِ شوٚژِ شانہِ موختہٕ ہار

گرٕ متی چھِ کأشرِ مزاجچ عکأسی کران۔

اَمہِ قسمکی شعر ییٚتھن لولس پٹھ بہتھ پھرٕ اُکس نازل مسولہٕ ئچ کران آسن، چھِ تمہٕ نکہِ تمہِ دورٕکی یادگار ییٚلہِ مس مِلہِ خاندر کرُن ہتے کرنس براوس۔ تِتھی شعر چھِ مہجورنہِ شاعری منز عام تہٕ یَسلہٕ پاٹھی کأشرِ زنانہِ ہُند شعوٗر ہتھ بونٹھ پکان۔

دوٗرِ دوٗرے وُچھم مےٚ دِلبر بونٹھ پکنس چھُم نہٕ وار
ژوٗرِ ژوٗرے وارٕ وُچھھن کیا قدم ٹھہراوِنا
لوٕ ہُرٕ تہٕ چھٔندریاہٕ مسول ونان چھےٚ واوس
دامانہٕ میون تیٚمی چھوٚل تس زانہہ قرار آسیا
لوٚگمُت تِمس چھُ پرمس کٔمی تام میون ووٗنس
نتہٕ وَنتہٕ بے سبب تس چشمن خُمار آسیا

وٕنتھ لولہِ گفتار بہٕ تہِ عار اَنہٕ ہےَ
ژےٚ ڈیشتھ مےٚ زبو زن کلان ٹاٹھِ یارو

یوٚدسہ دِلبر مرشہِ ترأوِتھ سیوٚد مےٚ کُن کرِ ہے نظر
شرٛ اونس زن ہی بہٕ پھولہٕ ہا یاونس ژھوہ مارٕ ہا

ژلہٕ لارِ وُچھمکھ حال وَنہٕ ہےَ وارٕ وُچھِ ہے روے
گلہِ زبو مےٚ گٔیم اوٚش ووٗتھُم دَدرایہِ وَنے کیا

کامہٕ دِوٕ کرِ سآلِ ڈل بوٗزُم شبس تَرِ تیل بل
درشنس آبس اندر پمپوش لأگتھ پرإ ہا

یِتھن شعرن منز چھنہٕ فقط کأشرِ زنانہٕ ہُند زخمی عاشقانہٕ مزاز وَنہٕ یوان بلکہ چھِ تشبیہ استعارٕ تہٕ باقے شأعرانہٕ وصف تہٕ کأشرأوِتھ اَسہٕ برونٹھہ کُن یوان۔ مثالے چھندریاہٕ مسول، دۆل دامانہٕ چھلُن، شراونٕچ ہی پھولنی، ڈل سآل، تیل بل، ڈل تہٕ پمپوش بیترِ۔ یہِ چھُ کأشرِ زنانہٕ ہُندِ سہ حیابند نفسیات یُس میأنی کِنی برُزٕ پشن تھزِ کارِ فرد پوشن دستار والین، مہرأج سیرٕن ہندٕن خلوکھ روقن تہٕ أنہٕ زأنپانن ستی رو خصت گوو۔ مہجور سُند مردانہٕ لہجہِ تہٕ ییلہِ کأشرِ زنانہِ ہُند اِمیج تخلیق کران چھُ، تتھ منز تہٕ چھِ کأشرِ مہریٖنہِ گُٹھِ چہِ معطر واوٕ گراین تہٕ کأشرِ سنگاردانگ مُشک ژھٹہٕ ماران۔ مہجور سُند کأشرِ گاچہِ احساس جمال چھُ یمن اِمے جن ییٖتہِ کس رِواتیس ستی واٹھ دِتھ پرن وألی ہندِ باپتھ یمن زیادٕے قأبلِ قبول بلکہ محبتِ کس حدس تام دِلاویز بناوان۔

پوشہِ وَنہٕ باغچ پوشہِ گۆندری یے
گرِیسی کوٗری نازنین سۆندٕری یے
سورٕچ ہی مال قافچ پٔری یے
گرِیسی کوٗری نازنین سۆندٕری یے
آزاد وَنہٕ چی پوشے تھٔری یے
مُشکہٕ ستی ٹۆری کمی بُری یے

ستھ رنگ بخشی کٔمی رنگٕری یے
گرٕیسی کوٗری نازنین سۄ ندٕری یے
یاہوٗ پران نیری کوتری یے
باغن پھیر رنگہٕ ژٕری یے
ناگہٕ سبزارٕچ باغہٕ بریے
گرٕیسی کوٗری نازنین سۄ ندٕری یے
روشہٕ روشہِ درا یگھ باغہٕ أندٕری یے
پوشو کن ژٕے مأبرٕی یے
بلبل گٕری تھکھ کلِو تَے زٕری یے
گرٕیسی کوٗری نازنین سۄ ندٕری یے

○

کیٖژن لکن ہُنٛد خیال آسہِ زِ مہجور سٕنٛدِ لولُک یہِ انداز چھُ بورژ وای۔
مےٚ چھِنہٕ عقیدٕ کینٛہہ وبژھٕ ناوِنی مگر یہِ چھُم وَنُن زِ یہِ چھےٚ شأعرٕ سٕنٛز مثألی گرٕیسی کوٗر، یوسہٕ فطرتن کھونہِ للوٕ مٕژ چھےٚ۔ یمہِ پوشہِ سونزلن منٛز کاڈ کوٗ ژمُت چھُ تہٕ یمہِ پٔنُن لولہٕ گُفتارن ہاربن نشہِ ہیوٚ چھمُت چھُ۔ مہجورٕنی یہِ مثألی کردار چھُ انٹی بورژواژ ورتکیا زِ سہ چھُ اَمہِ کردارٕچ خصوصیت۔ تہٕ گٔر تہِ نیشہِ ناوان۔

ژٕے تہٕ خوجہِ باین چھا برابٕری یے
ژٕے گُلن ہتی چھےٚ دِلبٕری یے

خوجہِ بایہِ ترٚوپرن دارِ تہٕ بُرِی یے

گرہِسی کوٗرِی نازنین سوٚندٕرِی یے

''یاون رایس چھنہٕ میٲنی مائے'' چھےٚ مہجور سنٛز بیاکھا کھاہم نظم یتھ منٛز سُہ کٲشرِ زنانہِ ہنٛز عظمت باوِتھ کٲشرِس توٲریخس تہٕ کٲشرِ ہن اسطورن مدد ہیوان چھُ۔ اَتھ نظمہِ منٛز چھُ کٲشرِ زنانہِ ہُنٛد نفسیات تہٕ کٲشرِ سماجکی تمہ وِہ تہٕ نظرِ گژھان، یم وُنہ تہٕ سأنس سماجس منٛز رأیج چھِ۔ یوٚدوَے تیٚہہ ہمیشہٕ چھکھ نظم چھےٚ ڈرامأیی اندازس منٛز یتھہٕ کٔنی شروٗع گژھان:

کرِ کیا ویٚسی یے لأنہِ نِس نیایس

یاوَن رایس چھنہٕ میٲنی مائے

تہٕ یتھہٕ کٔنی بروٚنہہ پکان:

پرٛژھ نَے تہٕ گارنے زنمس آیس

زہنہٕ میانہِ میانہِن لٔج دِلس گرائے

یور کور آیس کتھ کرٕ زایس

یاوَن رایس چھنہٕ میٲنی مائے

رَحمہٕ کہِ مارمَتہِ رَچھنَے آیس

قدرتن بخشنم کھسہٕ وُن آئے

سختیو ترأوِس صدمو درایس

یاوَن رایس چھنہٕ میٲنی مائے

در دِل موج پِنٔز أُسم دالیس
دۄپنم ہیٚچھ رُنن بن واز باے
کسبو تہٕ ہونرو نِشہِ دۄریالیس
یاوَن رالیس چھنہٕ میٲنۍ ماے
راچھ اوس میٲنس حُسنہٕ سرمالیس
شرمہِ ہُنٛد سایانہٕ صبرُک قلاے
ژۄر رۄد دورِ اَتھ سنگین قلالیس
یاوَن رالیس چھنہٕ میٲنۍ ماے
کستام وۄپرس بخشنہٕ آلیس
میانٛہو معلوٗم گُر نہٕ میٲنۍ راے
تۍ کۄرُم منظورتن دِزِم نہٕ نیالیس
یاوَن رالیس چھنہٕ میٲنۍ ماے

مہجور سُنٛد بیاکھ انہار چھُ کأشر ہن جاین تہٕ مقامن ہٕنٛدۍ ناو پنٛنہِ شأعری منٛز شأعرانہٕ سیاق وسباقہٕ سان ورتاوُنۍ ۔ اَتھ اگر الگ سام ہیمو مضمون زیٚٹھ واریاہ لیکن اَسہِ سارِنے چھُ معلوم زِ نشاط، شالمار، ہندوور، پڑنگ، برنگ، کوٹہٕ ہار، نِلہٕ ناگ، مانسبل، کونگہٕ وٹن، تارسر مارسر، موختہٕ پوکھر تہٕ تِتھی ہی واریاہن جاین ہٕنٛدۍ ناو کِتھہٕ کُنۍ تہٕ کمہِ شأعرانہٕ صداقتہٕ سان چھِ مہجورن استعمال کٔرۍ مٕتۍ ۔

مہجور ہندِ بن وار یاہن شعرن منز چھُ تہُند توٲریخی تفرُک پَے پتاہ لگان تہٕ مانُن چھُ پیوان زِ کٲشرِ و شاعرو منزِ چھُنہٕ اَز ییک تام کانٛسہِ شاعرس کٔشیرِ ہنٛدِ توٲریخُک سُہ اِدراک اوسمُت یُس مہجوٗرس اوس۔ شہادتہ رٕنگی کرٕ بہٕ فقط اکھ بٲتھ پیش۔

''وولو ہا باغوانو نو بہارُک شان پیدا کر
دُبارٕ عالمس منز کٲشرِ بن ہُنٛد ناو گرِ تھِ روشن
ژٕللتادت تہٕ تازی بٹ مبارک خان پیدا کر

○

راز للتادتس نِشہِ چھِ سارِی پرٕ ئمتی لیکھی ئمتی کٲشرِ واقف۔ یہِ چھُ کٔشیرِ ہُنٛد سُہ باعظمت بادشاہ اوسمُت ییٚمی پننہِ عہدٕ عربن ہنٛدِی پے در پے حملہٕ ناکام بناوِی تہٕ چینن نِشہِ اکھ سفارت سوٗزتا آنکہِ چینی تہٕ کٲشرِ کرن اَتھ نوِس خطرس مشترک پاٹھی مقابلہٕ۔ تازی بٹس متعلق چھُ کٲشرِ توٲریخُکی رمز شناس محمد یوسف ٹینگ صابن کلیاتِ مہجوٗرکس حوالس منز لیٚوکھمُت:

''تازی بٹ اکھ مشہور کٲشُر جرنیل ییٚمی ۱۴۸۰ءمنز پنجابہٕکس گورنر تاتار خانس سیالکوٹہٕ نِشہِ شکست دِیُت تہٕ پنجاب کوٚرُن کٔشیرِ ماتحت''۔ تتھے کٔنہ چھُ سید مبارک خان بیہقی ژکن ہُنٛد سُہ مشہور جرنیل ییٚمی موغلن سٕتی زبردس جنگ کوٚر تہٕ کٔشیر آزاد تھاونچ کٔرن پوٗرِ پوٗر کوشش۔ اٰخرس گوٚو یوسف شاہ ژکس سٕتی سُہ تہٕ جلاوطن۔

بہوٗدُر شیر دل گنز راوٕنے بیٚیہِ کوٗبلی ترکی

ژٕ رحمان میر ہیوٗ کانژھا دوٚیم کپتان پیدا کر

ٹینگ صأب چھِ رحمان میرس متعلق لیکھان: ''جنرل عبدالرحمان میر ساکنہ بارہمولہ کشمیر۔ اکھ کأشُر یُس والنٹیر بھرتی سپدتہٕ ترکی گوٚوتہٕ سپُد فوجس منٛز بھرتی۔ جرمن جنگس منٛز ہأوِن سٕتھاہ بہوٗدُری۔یمہِ کِنۍ پتہٕ ترٛکیو بنوو فوجی جنرل۔لڑاے ختم سپدتھ سوٗزٕ ترٛکیو پننہِ طرفہٕ کوٗبُل سفیر بیٚیہِ دیُت ہس ''بے'' خطاب۔ ۱۹۲۰ء منٛز گوٚو تُرکس منٛز یمہِ عالمہٕ۔

پکن فرمانِ شأہی اَز تہٕ بیٚیہِ چانٛہن اِشارن پٹھ

ژٕ یتھ پننِس زمانس منٛز دوٚیم زِیہِ بھان پیدا کر

زِیہِ بھانس متعلق چھُ مہجورسُند ے نوٹ یُس ٹینگ صأبن نقل کوٚرمُت چھُ۔ ''اکھ کأشُر بٹہٕ یٚمی غریبی موکھ پٕنُن ملک ترووتہٕ پننہِ لیاقتہٕ کِنۍ بنٛیو محمد شاہ سُند وزیر۔

بیٚین مُلکن اندر اَدٕ گاٹہٕ جاٗرک سکہٕ بہناوکھ

ژٕ یَتھ مُلکس اندر نندٕرام ہیوٗ دیوان پیدا کر

ٹینگ صأبُن نوٹ چھُ نندٕرامس متعلق یتھٕ کِنۍ:

نندٕرام تکوٗیُس افغان وقتس منٛز کوٗبل گوٚوتہٕ تَتہٕ سپُد یوٗت مقبول

زِپننہِ ناوُک ضرب کوٚرُن جأری۔یتھ یہِ مصرٕ لیکھِتھ اوس:

سیم از مبر دو ضرب از نندہ رام

تِتھے پاٹھۍ چھِ مہجورصابن غنؔی ،صرفؔی ،کلہنؔ ،یوسف دِلارام تہٕ بیٚیہِ واریاہ کأشُر توأریخی کردارپننہِ شأعری منز ورتأوی متہٕ ۔میأنۍ کِنۍ چھنہٕ یتھ موخصر مقالس منز مہجورنہِ کٔشیرِ ستۍ والہانہٕ عشقچ سأرِے دلیل وَننچ گنجأیش تِکیازِ اگرأسۍ اَمہِ پتہٕ مہجورسنز وطنی تہٕ انقلأبی شأعری کُن پکوسہ بَنہِ بجایہِ خوداکھ مقالہٕ۔مےٚ دِتۍ محض کینہہ اِشارٕ ممکن چھُ کانٛہہ نوجوان کرِتوجہ تہٕ مہجورتہٕ کٔشیرِ عنوانہٕ لیکھہِ پٔنٕز ایم۔فل ڈسرٹیشن۔مےٚ چھُ فقط یہِ عرض کرُن زِ مہجور چھُ کٔشیرِ پیٹھ تِتھے پاٹھۍ فدا یتھہٕ کِنۍ بلبل پوشن پتھ وارفتار چھُ۔تس چھےٚ کٔشیرِ ہنٛدِ پَدِ پَدِ چ ماے۔کأشرٕ تیٚہہ تہٕ کٔشیرِ باگہِ ینگ فخرتہٕ۔یوٚہے وجہ چھُ زِاکثر لُکن چھُ مہجور یادپتھے کٔشیرِ یاد پیوان تہٕ کٔشیرِ ہُنٛد ظون وُپھلتھے مہجور یاد پیوان۔ برابر تِتھے کِنۍ یتھہٕ کِنۍ ہیررانجھا،لأل مجلوٗن تہٕ باقے لولہٕ حوٗر چھِ پرٕز ناونہٕ یوان۔اصل کتھ چھےٚ یہِ زِ مہجورسنٛزِ شأعری ہُنٛد کلہم وسیلہ اِظہار چھُ کٔشیرِ أندۍ پکھۍ نژان تہٕ کٔشیرِ ے چھےٚ تِہنٛزِ شأعری ہُنٛد منظرنامہ تہٕ۔



# اُردُو تہٕ کاشُر افسانہٕ

# تخلیقی تناظرس منٛز

حامدی کاشمیری

اردوٗ تہٕ کاشرِس اَفسانٕس منٛز پانٕہ وأنۍ کینٛژٕو ہشرٕ وکنٕ ہیٚکہٕ ہیٚنٛد تقابلی مُطالعہٕ دلچسپ، معلوٗماتی تہٕ تحسین شناسانہٕ بٔنِتھ، دونوٕے چھِہ یتہٕ برونہہ آسنہٕ باوجوٗد موجوٗدٕ صدی منٛزے وجوٗدس آمتۍ، دونوٕے روٗدی اکس وقتس تام صنف افسانٕچ روایتی تکنیک یعنے پلاٹ، کردار واقعہٕ، فضا تہٕ مصنفٕ سندِس نقطے نظرس لأرِ، دوشوٕ بنووٕ افسانہٕ سماجی کھسہٕ وسہٕ، غریبی سیأسی غلأمی، گامہٕ زندگی تہٕ انسأنی نفسیات کین مسلن ہُنٛد ذریعہٕ اظہار، یعنے افسانہٕ رُٕکھ دونوٕنی زبانن منٛز سماجی مقصدس تأبین، یمہٕ ہشرٕ باوجوٗد روٗد اردوٗ تہٕ کاشُر افسانہٕ برونٛہہ پکنہٕ خاطرٕ پننہٕ پننہٕ بیوٚن بیوٚن وتھ گاران تہٕ پننہٕ منزل بدٕ کڈان، یِیمہٕ حقیقتٕ باوجوٗد زِ کاشُر افسانہٕ بیوٚو تأریخی لحاظٕ اردو افسانٕس پتہٕ تھٕہ - پریم چندن لیوٚکھ گوڈنیُک افسانہٕ ۱۹۰۵ء منٛز، یِیلہٕ زِ کاشرِس منٛز گوڈنیُک افسانہٕ لیوٚکھ سوم ناتھ زتشی ین ۱۹۵۰ء ہس منٛز، کاشُر افسانہٕ یوٚدوے پتھ کالہٕ جیوٚ ڈیلوٚ تہٕ مشنوٗی یوٚ (یمن ہنٛز کٔشیرِ منٛز کانٛہہ وِرثہے چھنہٕ) ہنٛدا اثر لنشہٕ موٚلے بدوٚن چھنہٕ، اما پوز یہٕ روٗد نٕنہٕ ناٹھی انگریزی افسانہٕ نگارن ستۍ ستۍ زیادٕ ہن اردوٗ

افسانہ نگار چھِ پٔتہٕ پٔتہٕ پکان تہٕ خاص کٔرِتھ افسانکِ لِس انداز پریم چندن پانہٕ نوو تہٕ تمِس پتہٕ سعادت حسن منٹوَن ، بیدیئن تہٕ کرشن چندرن ورتوو سُے بنیوو امہٕ خاطرٕ ماڈل، امہٕ پتہٕ کوٚر یِموٚ توٚہن افسانہٕ نگارن یم جدید تکس دورس منز بارس آیہ یِہند اثر قبول۔

لہٰذا ہیکہٕ اُردو تہٕ کأشرِ افسانکِ تقابلی مُطالعہ دوشوٚنی ہندو فنی تہٕ فکری رُوٚیو تہٕ ارتقایی سفر موجوٗب وارہٕ سطحن پیٹھ کرنہٕ یِتھ۔ یُس اکھ وسیع تہٕ بسیار پاسل موضوع چھُ تہٕ یتھ یِتھِس موخصر وقتس منز احاطہٕ کرُن ممکن چھُنہٕ، لہٰذا روزِ میأنی کوٗشش یِتھ کتھہِ دٕل دِنٕچ زِ دوشوٚنی زبانن منز کتھ حدس تام چھُ افسانہٕ پننِ تخلیقی تقاضہٕ پوٗرٕ کران تہٕ امی سِتۍ گژھ دوشوٚنی زبأنی ہندین افسانن ہندِ تھزرٕک تعین، یہ چھُ کیفیت لحاظ افسانہٕ مولناونکہ طریقہٕ بدٕ کڈن تہٕ امی سِتۍ گژھِ افسانکُ تخلیقی وجوٗد منکشف۔

افسانکی تخلیقی تقاضہٕ کیا چھُ؟ یہ کتھ چھےٚ مانہٕ آمٕژ زِ افسانہٕ تہٕ چھُ شاعری ہندی پأٹھۍ تخلیقی ادبُک اکھ صنف تہٕ بیٚیہ رُوٗد وق گذرنس سِتۍ سِتۍ فنی لحاظ صوٗرتھ بدلاوان تہٕ دُسہ جارلبان، چنانچہ یِتھ پأٹھۍ شأعری لوٚکہ بأتَن ہندِ منزلہٕ منز نیرِتھ زندگی تہٕ کأنٛسہٕ کس گاشر وسعتس منز واش کوڈ، تِتھے کٔنۍ وۄتھ افسانہٕ تہٕ پادشاہ ڈیلوہٕ پٔرۍ یہ کتھو ہندِ سوتھرٕ پیٹھ تھوٚد تہٕ فکر وآگہی ہندی نوی جہات روٗد سر کران، فاروقی سُند یہ خیال زِ افسانکُ صنف چھُ شأعری مقابلہ وٚسی نایہ۔ چھُ عالمی ادبس منز افسانہٕ کس تخلیقی بجرس تہٕ رنگارنگی بروہنہ کنہ بے جواز بنیومُت یِتھ کنۍ شأعری ہنز تخلیقی خصوٗصیتھ یہ چھےٚ زِ یہ چھےٚ تخلیق کارسِند وسیلہٕ زندگی ہندین شعوٗری تہٕ لاشعوٗری تجربن ہنز داخلی سوتھرس پیٹھ لِسأنی بازیافت کران یِتھ کنۍ زِ امہٕ کس تجربس تہٕ خأرجی زندگیہ ہندین عام تہٕ ویدی واقعاتَن تہٕ حالاتن سِتۍ چھُنہٕ اکھ کانہہ واٹھ روزان، بلکہ چھُ اکھ نوٚو، ازأنی اکتشافی تجربہٕ وۄتلاوان۔ یِتھے کٔنۍ چھُ افسانس منز افسانہٕ نگار تہٕ نیرٕ مہ روٗٹین تہٕ بے رنگ دُنیاہ نِشہٕ یِتھ ہیتھ پانس اَندر اَژِتھ پنُن تخلیقی وجوٗد سر کران۔ یہ کأم چھےٚ زِ کہٕ (بامے سوٗ شأعری آسہٕ یا افسانہٕ) لِسأنی ورتاوٕ سِتۍ اَند واتان۔ یہ چھُ تمن لفظن ہنز ژأر تہٕ ورتاو یم اَندری وۄتلہٕ

وٲلِس تجربس پیٹھ منطبق سپدن، یہِ چھُ یُوت زِ شاعری تہٕ افسانہٕ دونوے چھِ پننہِ پننہِ لسانی ورتاوٕکۍ پابند، شاعر چھُ بحرٕ تہٕ وزنُک خیال تھوٚوِتھ کینہہ شاعرانہٕ ہتھیار مثلاً استعارٕ، تشبیہ تہٕ علامژ استعمال کران، یِمہِ چھُ سُہ کمہِ کھوتہٕ کم لفظ ورتاوِتھ یِہُند تلازمی وُچھ وار بارس انان، اَتھ برعکس چھُ افسانہٕ نگار دلیل وٲنِنکِس طریقس یعنے بیانیس کام ہیتھ مرصع زبٲنی نِشہِ دوٗر ہیوان، بیانیس آویزٕ رُوزنہٕ موٗجوب چھُ تِمس کینژن تفصیلن تہٕ جزیاتن ہُند ہر بیوان کرُن، مگر یہِ چھُنہٕ بہٕ گنڈ آسان، یہِ چھُ فضانگٲری یا کردارن ہُند اندرُون بدکڈنہٕ خاطرٕ لازمی بنان، اما پوز اَمیک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ اختصار تہٕ اشارتی اندازُک شارس لازمی چھُ افسانہٕ خاطرٕ چھُ کینہہ کم ضروٗری۔

اردوٗ تہٕ کاشرس افسانس منز تخلیقی اظہار بدکڈنہٕ برونہہ چھُ یہِ وَنُن ضروٗری زِ اردوٗکۍ تہٕ کاشرۍ افسانہٕ نگار چھِ گوڈنیتھے دون غلط فہمین ہندۍ شکار روٗدۍ متۍ، اکھ یہِ زِ افسانہٕ چھُ سوٚنچِتھ سمجھِتھ یا زانِتھ مانِتھ کُنہِ سمٲجی مسلکُک یا سیٲسی حالژ ہُند افسانوی اظہار یعنے افسانہٕ نگار چھُ افسانہٕ لیکھنہٕ برونٹھ کانہہ خیال یا موضوع مثلن سمٲجی کھسہٕ وٗس یا پتھ کھورِ طبقن ہنز غریبی نِنِس ذہنس منز دٲراوان تہٕ پتہٕ یہِ موضوع افسانس منز پیش کرنہٕ خاطرٕ کانہہ کردار گران یا واقعہٕ تھران، یتھ کنۍ چھُ افسانہٕ نہٕ وانہٕ گرٚتچہِ شعوٗری کوٗششہِ ہُند پابند گژھان تہٕ یہِ چھُ سیدٕ سیوٚد تجربکہِ اندرِمہِ تخلیقی وُتشہِ یا تقاضہٕ نِشہِ دوٗر ہیوان، ممکن چھُ کینہہ جان افسانہٕ آسن یتھ کنۍ تہٕ لیکھنہٕ آمتۍ، مگر تِہنْدِس اَخری تجربس منز ہیکہٕ نہٕ فنکارسنز شخصیژ ہنز لاشعوٗری URGE نظرانداز کرنہٕ یتھ۔

دوٚیِم غلط فہمی چھےٚ افسانہٕ کہِ فنی گرٚتچ یعنے تکنیکی نوعیتچ۔ افسانہٕ خاطرٕ شروٗعس منزے مغربی ادبہٕ منز یِم اَمکۍ لازمی عناصر مشخص کرنہٕ آے، تِمن روٗدۍ افسانہٕ نگار اَچھ وٚٹِتھ ورتاوان، اَنہٕ ستۍ روٗد افسانہٕ اَکِس ہانکلہِ منز بند تہٕ تِمۍ ہیوٚک نہٕ ڈٲجِھنۍ کھوٚورۍ والِتھ کڈِتھ۔

اُردوٗہس منز آے لیٚسہِ پاٹھۍ افسانہٕ نگارن یِمن غلط فہمین منز ہینہٕ تہٕ گژھنژ روٗس افسانہٕ

گۓ مٔکرِی، پریم چندن تٕل افسانہ نگٲری دِس تہٕ تَس پَتہٕ یِنہٕ وٲلۍ افسانہ نگار رۄٗدۍ بے وا۔ یِم تِمَن ہٕندی یا اَٹھۍ موضوعاتی افسانہ لِکھان تہٕ یتی رۄٗدۍ افسانہ کِہِن ترکیٖبی عناصرن ہنٛز تکنیکہ زور تھپ کرِتھ، کِردار نِگٲری یا پلاٹ سازی پیٹھ زور دِوان۔ نتیجہ دراو زِ یِتھۍ افسانہ دوٗرے تخلیقی عمل نِشہٕ تہٕ صنعت گری آے نمِہ۔ یِہے وجہ چھُ زِ خود پریم چندنۍ اکثر افسانہ بنیہ تِمَن ہٕندین خیالاتن یا نظریاتن ہِنٛدۍ ترجمان تہٕ تِہُند فنی گرُت بنیو میکانکی، بے رنگ تہٕ۔ بہ تو ژھ یِتھ حدس تام زِ تِمٕ ہٕندیو افسانوٕ منٛز چھِ کُل زٕ ژٔور افسانہ یِمن منٛز "کفن" سرس چھُ گرِی متیٚ زولانہ پھِرٕ آوِتھ آزادی پرٛاوان تہٕ افسانہ کرِ فنٛچ کِنہٕ کنٛز بنان۔ یِمَن منٛز چھُ افسانہ اکھ زنٛدہٕ تہٕ متحرک عضوی ہیتہٕ لبان تہٕ مقصد نِشہٕ یِتھ ہیتھ افسانہ نگار سنٛز مرضی اُک یِلہٕ سے ترٛاوِتھ پننۍ پان کھ کران۔

پریم چندس پتہٕ آے کینہہ بڑۍ افسانہ نگار مثلن سعادت حسن منٹو، راجندر سنگھ بیدی، کرشن چندر، قرۃ العین حیدر بیتر۔ یِمو پریم چندنہٕ "کفنٕ" رٲوایتھ بروٗنہہ پکناوٕ۔ یہ چھُ پوٚز زِ یِمو لیکھ تھٕ کٲتیاہ افسانہ یِم تِہندین نظریاتن ہنٛز باوتھ چھِ کران تہٕ پٲنۍ پانے پنٕن وجود چھِ ہاوان، اما پوٚز یِمو لیکھ تھٕ کینہہ افسانہ تہٕ یِم تخلیقی تھزر پرٛاوان چھِ، مثلن منٹو سنٛد افسانہ "ہتک" بیدی سُنٛد "لاجونتی" "کرشن چندرن" "آدھے گھنٹے کا خدا" تہٕ قرۃ العین حیدر ہُنٛد "نظارہ درمیان ہے" چھِ فنکی موٗلۍ نمونہ۔ یِمن افسانن ہنٛز بد خصوصیت چھے یہ زِ یِم چھِ افسانہ نگارن ہنٛزو نظریاتی حد بندیو نِشہٕ آزاد گژھتھ پنٕن آزاد وجوٗد لبان۔ یِہُند فنی استاد چھُ یتھ کتھہ پیٹھ درتھ زِ افسانن ڈیل چھنے یِتھ کنٛز ونہٕ آمٕژ زِ یہ چھے پرن وٲلِس نال ولان تہٕ سُہ چھُ افسانکۍ جسمہ ہنٛز امہ کنہِ طرفاتن کُن سفر کران۔ یِم افسانہ پرِتھ چھِ قٲری امہ کِنہ تجربو منٛز گذران —— پٲنۍ پانے، تِمس چھنہٕ افسانہ نگار بروٗنہہ کُن یِتھ اتھ رٲٹتھ وتھ ہاوان۔ منٹو سنٛد افسانہ چھُ اکس فرضی جسم فروش زنانہ پیٹھ درتھ تمِ سُنٛد اونٛدپوک لُوکھ، تمِ سُنٛد وو تھن ہیٚن، تمِ سنٛز شژ تہٕ حسرتھ، خواب پنٕن گدرن، دوو تہٕ دگ تہٕ ذہنکۍ وہ چھِ اکھ فرضی صوٗرتِ حال گٔژھ رٲوان یِتھ منٛز پرن وول ہیتہٕ چھُ یوان۔ افسانہ چھُنہٕ حقیقت کِس سوٗتھرس پیٹھ محض اکس جسم فروش

زنانہٕ ہُند رۄداد یوت روزان، بلکہ چھُ انسانہٕ ہنز وجوٗدی لاچارۍ ہُند دٔکھ بنان یہ چھُ
انسانہٕ ہندِ کٔنٹرک تہٕ کٔنسرس منز بے پرٕژھ وجوٗدچ زان ووتلاوان۔ یتھے کٕنۍ چھُنہٕ بیدی سُند
افسانہٕ "لاجونتی" محض سیاسی حالاتن ہنز شکار اغواشدہ لاجونتی ہُند دٔکھ ووتلاوان، بلکہ چھُ
تخیلی دُنیاہس منز اکس فرضی کردار یعنے لاجونتی ہُندِ لون تہٕ اُمچہِ کھٕسہٕ وَسہٕ ہنز دلیل، یتھ منز تمی سُند
اوندرون چھُ ننان تہٕ نفسیاتی زاوی جارک پہلوٗ ووتلان، کرشن چندرن افسانہٕ "آدھے گھنٹے کا خدا"
تہٕ چھُ سیاسی سوتھرس پیٹھ کُن تراوِتھ انسانہٕ ہندِ روحچ اوڈیسی بنان تہٕ زندگی تہٕ موتک نوو تناظر
بروہہ کُن انان، قرۃ العین حیدر ہند افسانہٕ "نظارہ درمیان ہے" تہٕ چھُ سماجی کھسہٕ وسہٕ
پیٹھ رۄزِتھ گژھنہٕ بجایہ خاٹرِ تہٕ شرکہٕ ازلی تصادمُک احساس پاد کران۔ یہ سوٗرے بروہہ کُن
ینہٕ بروہہ چھ یم افسانہٕ دلیلہٕ ہند جود کران۔

امہٕ تلہٕ چھُ ننان زِ یم افسانہٕ چھِ اکھ تہٕ زیادٕ طرفاتن ہندِ پے دوان تہٕ یہ چھُ تیٚلی
ممکن سپدان ییلہِ یم زند فنکی نموٗنہٕ بنتھ استعاراتی یا علامتی روح رکانہٕ چھِ لبان۔ وٕنۍ گوو ییلہٕ
کاشر افسانہٕ اتھ تناظرس منز وُچھنہٕ ییہ۔ یتھن پہلہِ پایہِ کین افسانن ہنز ورٕژھے چھے حدوٗس
باسان تہٕ مقابلتاً چھِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اونگجہٕ ٹینڈن پیٹھ گٔژھ۔ رنہٕ ینہٕ داکی کینہہ جان افسانہٕ نظر
گژھان، یمن منز علی محمد لونن "شنُ"، اختر محی الدینن "زٕرے چھکھ"، امین کاملن "پھاٹک
بنسی تردوشن "یتہٕ اکھ احساس" ہری کرشن کولُن "حالس چھُ روتُل" ہردے کول بھارتین "پلیٹ
فارمس پیٹھ ریٔر"، رتن لال شانتن "گوڈنیک سبق" تہٕ شام لال سادھوسُند "اُدرزٕٹ" قابلِ
ذکر چھِ۔ یم افسانہٕ چھِ حقیقتن ہندِ یوت ہیتھ افسانوی فضا پاد کران تہٕ کردارن ہنز کینہہ ذہنی
تہٕ نفسیاتی کیفیژن چھے بروہہ کُن یوان۔ یم افسانہٕ چھِ دلیلہٕ رٔنگی، کردار تہٕ واقعہٕ کہ ردعمل، فضا
بندی تہٕ زبانی ہندِ ورتاوستی فنک زوٗر تہٕ لبان، اما پوز یتھو کینژو افسانو ورٲے چھ درجن واد
افسانہٕ موضوعی بالادستی، نظریاتی حدبندی، میکانکی تکنیک وضاحت، تکرار، غارضروری تفصیلو
ستی برتھ تہٕ تھند فنی وجوٗد چھُ چھلہٕ چھانگر گومُت۔ افسانس چھے یہ وَنن زیادٕ پہن ترقی پسندی

ہِندِ نظریاتی دباوٕکِنۍ گامژ۔ یہِ حال چھُ اُردو افسانکُ تہٕ۔ وجہ چھُ توٚن، ترقی پسندی اُس اکھ نظریاتی تحریک تہٕ اَمی دِیُت ییتہِ کتھِ پیٹھ زور زِ ادب چھُ اکھ سماجی شعبہٕ تہٕ سماجی مقصد پٔراونُک ذریعہٕ۔ نتیجہٕ دژاو زِ ادب دورٕ یوو پننہِ اصلی منصبہٕ نِشہٕ تہٕ کلہم شخصیتھ ییتھ کُن تراوِتھ بنیو تریلیتیکُ ذہنی عمل۔

جدیدیتن کوٚر یہِ مقصدی نظریہٕ رَد تہٕ تمی آو افسانہٕ حقیقتٕ، وضاحتھ تہٕ خارجیتہٕ نِشہٕ مچھِ تھونس پیٹھ زور دِنہٕ تہٕ داخلیتھ، تخیلیتھ، جمالیات تہٕ علامت کأری ہنز۔ اہمیتھ آیہٕ وٕرتھنہٕ اَمہِ سٟتۍ میوٚل افسانس پنُن تخلیقی وجوٗد بازیاب کرنس منز مدد۔ اُردو ہس منز لیکھی اَتھ دورس منز انتظار حسینن، سریندر پرکاشن، غیاث احمد گدین، سلام بن رزاق، انور خانن، سید محمد اشرفن عبدالصمدن، مظہر الزمان خانن تہٕ شوکت حیاتن ـــــ

ـــــ کینہہ افسانہٕ یِموٚ افسانچ تخلیقی پرزنتھ بارسس اَنی یِموٚ کوٚر انسانہٕ سُندِ ذہنی، نفسیاتی تہٕ روٗحانی پیچیدگین تہٕ گٔرِن ہنز۔ تصویر کشی یہِ تصویر کشی آیہٕ تمہٕ اَنہٕ ماہنہٕ کرنہٕ زِ انسانہٕ سُندِ باطنی وجوٗدکۍ اسرارن ہنز گیہِ زان، یہِ کرنہٕ خاطرٕ آو روایتی افسانہٕ کہٕ گرتہٕ نِشہٕ انحراف کرنہٕ تہٕ افسانہٕ آو نہٕ کردار سازی حوالہٕ کرنہٕ بلکہ آیہٕ کردارن ہنز بدلہٕ دِنہٕ ذہنی کیفیژٕ وٕتلاونہٕ اَمہِ خاطرٕ آیہٕ پلاٹ سازی تہٕ کردار نگأری ہِند روایتی پیمانہٕ رَد کرنہٕ۔ کہانی پنُنک تصور روٗد تہٕ زیٹھ لنڈ وہراونہٕ۔ بیانیہٕ آو علامتن تہٕ استعارن منز ژومراونہٕ۔ چنانچہِ "دوسرے آدمی کا ڈرائنگ روم"، "پرندہ پکڑنے والی گاڑی"، "وہ جو کھوئے گئے" ماتم گسار" قبر" تہٕ "سرنگ" ہوی افسانہٕ چھِ اَمچہِ مثالہٕ۔

یِم افسانہٕ پٔرِتھ چھُ نَنان زِ افسانہٕ چھُ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ شاعری نِکھ پٟتھ پنُن تخلیقی اوبیر تہٕ گوبیر بَدس انان تہٕ معنوی امکانات کُن ظعون پھران۔ روٗدی نوٚی کأشر افسانہٕ نگار تِموٚ تہٕ پیٚکھ مغربی یا اُردوکین افسانوی تجربو مُطابق کینہہ افسانہٕ یِمن منز روایتی پلاٹ، کردار تہٕ مصنفہٕ سُندِ نقطٕ نظر نِشہٕ توٚب ہیتہٕ آو تہٕ فطری اندازس منز آیہٕ راوی یا کردارٕ سٕنزن ذہنی کیفیژن ہنز تجسیم کرنہٕ۔ چنانچہِ علی محمد لونن شُنیٔ"، اختر محی الدینُن "گٔئے تاپھ گٔئے شہل"، ہردے کول بھارتین "پلیٹ

فارمہ پیارٕ" چھےٚ اکھ مثالہ۔ امابوز اَمہ تراپہ لیکھنہ آمتِ وارِیاہ افسانہ چھِنہ افسانکی فنی لوازم پوٗرٕ کران۔ یِمن منز چھےٚ وارِہن جاین اَکے کتھ نوٚن نوٚن استعارن منز۔ وٕنہٕ آمژٕ۔ وتارکرشن رہبرنس افسانہٕ "زٕ ستھ گامژٕ اُچھ زٕ" چھےٚ اُچھن ہند اکھ طریقہ تہٕ یِیہٕ طریقہ بیان طول کلامی ہند تاثر پاد کران۔ وارِہن افسانن منز چھےٚ وضاحتھ تہٕ تکرار، فاروق مسعودی سُند افسانہٕ "سپُھٹاہ معمولی" یُس منز چُھ گوڈنیتھے بوٚڑکس بیانس منز۔ وضاحتھ تہٕ تکرار موجود۔ افسانہٕ چھُنہٕ اکھ معنوی سطحہ پیٹھٕ تھوٚد وۄتھان۔ رتن لال شانتؔ یا رہبر سُند" زٕ تصویر اکھ پزرٕ ٹھ" چھ غریبی تہٕ نفسیاتی کیفیژ ہُند باوتھ کران ہنسی نردوشن یوٚتام نال وٕتم دامنس تل" تہٕ امین کاملؔ "دُرِج گاو" "دوٚنوٚنی ہند شروعکی پیرگراف چھ افسانچ تلخیص پیش کران۔ گوڈنکس افسانس منز چھ گوڈنیک پیرگراف افسانہ کس کردار گنگا دھر سُندی پٲٹھی روٗپ بیان کران تہٕ تمے روٗپ چھ باقے ساری سے افسانس منز وشُھناوانہٕ آمتے دوٚیمس افسانس منز چھےٚ شروعس منز ے عزم دید یہنز۔ دُرج گاو تہٕ تمی منز نوکری کروٕنہ کور ہندمرنچ ذکر تہٕ یہے کتھ چھےٚ ساری سے افسانس منز۔ وہراونہٕ آمژ، کیہنہ جان افسانہ مثلن اختر محی الدینؔ "آدم چھُ عجب ذات" یا ہری کرشن کولُن "شمشان وٲراگ" تہٕ چھِنہ اَمہ نِشہٕ مُچھ روٗدی متی۔ نوٚن اُردوٗ افسانن تہٕ چھےٚ لگ بھگ یہے وٕنہٕ گامژ۔ وضاحتہ کس بدعتس چھ افسانہ نگار یتھ حدس تام لار زِ افسانہ کس عنوانس تام چھنہٕ پژان تہٕ عنوانہ ڈسی چھےٚ افسانچ ساپرے اسرار یتھ بے پردٕ کران۔ بھارتی سُند افسانہٕ "آبنوسک رولر" جگر یج مِش تہٕ بیہ ہند چھُنہٕ صرف زیوٗ ٹھے یوت بلکہ چھُ افسانُک خلاصہ تہٕ باوان ________ فرق یوٚدوے چھےٚ، سو چھےٚ یہ زِ اُردوٗہس منز چھِ یتھین افسانن لرِ لوٗر وارِیاہ پرٲتی افسانہ لیکھنہ آمتی، ییلہ زن کاشرس منز۔ افسانہ مقدارٕ زٕ نگو تہٕ تہٕ کیفیژ موجوٗب تہٕ یتھ چھُ تہٕ تخلیقی تجربکہ ژھرُک باس چھُ دِوان۔

جدیدیتہٕ کس دورس منز۔ یوسہ تجربہ پسندی ہنز روٗ چلیہ یہ تہٕ علامتی تجریدی تہٕ تاثراتی افسانن لوٗگ چلیہ جاو، تمی نیوٗ افسانہ خارجیتہٕ نشہٕ داخلیتس کُن تہٕ سماجی حقیقت

نگاری آو ٹاس، یُس افسانہٕ کہ تخلیقی وجوٗدکہ خاطرٕ جان ثابت سپُد ۔ اما پوٚز اکھ منفی رجحان گو و یہ پاٚدٕ زِ افسانہٕ منز گو و افسانہٕ پنٕ یا ڈٔلیہٕ ہُند عنصر خارج تہٕ داریاہ افسانہٕ بنٕے یہ یا تہٕ انشایہ یا تاثراتی مضموٗن ۔ حقیقتس چھےٚ یہ زِ صنفِ افسانہٕچ بڑٕ زٕ بہت چھےٚ اُمیک افسانہٕ پنٕ ۔ افسانس منز تجربہٕ کرنک مطلب چھُنہٕ یہ زِ اَمیک افسانہٕ پنٕ ییہِ کُن ترٛاونہٕ ۔ اگر یہِ ییہِ کرنہٕ تیٚلہٕ روزِ نہٕ سُہ افسانہٕ ، سُہ بنہٕ بنیہِ کانہہ بدل چیز ۔ یہِ کتھ چھےٚ ونس لایق زِ افسانوٚیتھ ہیکہٕ بنٕنہٕ پنٕنہٕ آیہٕ علامتی افسانس منز تہٕ موجوٗد روٗزتھ تہٕ حقیقت پسند افسانس منز تہٕ ۔ چنانچہٕ سلام بن رزاقن افسانہٕ معتبر اَسی تن یُس علامتی افسانہٕ چھُ، یا منشا یادُن تمار علامتی افسانہٕ ادو رٹائم اَسی تن افسانہٕ پنٕ چھُ یہُند خاص وصف تہٕ تہٕ یہُند فنی استناد تہٕ ۔

مرغوب بانہالی

# لل دېد تہٕ نُنٛدٕ ریوٚش

## (اکھ تقابلی مطالعہٕ)

لل دېد تہٕ نُنٛدٕ ریوٚش دوشوے چھِ کٲشیرِ ہٕنٛدی زٕ روحانی گاشِری مُنارٕ زانہٕ یوان۔ یِمن دون بہلہِ پایہِ صوٗفی شاعرن ہٕنز یوسہٕ مشترکہٕ کرامتھ ٹاکارٕ پٲٹھی کٲشیرِ ہٕنٛدِس توٲریخہٕ کِس ڈٮ۪کس لیکھتھ چھےٚ سو گیہِ شعرٕ ذٲژ (ہیٔژ) مواد (موضوعات تہٕ مضامین) بیٚیہِ آہنگہٕ رٕنگی سرٕنہِ ہشرُک باس دِنہٕ واجیٚنی یِہنز کٲشر عرفانی شاعری۔ یِہنز یہِ تخلیقی کرامتھ یعنے عرفانی شاعری چھےٚ سُہ موضوع یَتھ پیٹھ تقابلی مطالعہ ناوِکی مضمون لیکھنک سلسلہٕ پٔتی موٚد وٕیوٚ وٕرِیو پیٹھہٕ پوٗرٕ سنجیدگی سان تیزُن تہٕ بروٗنہہ پکُن ہیوٚتُن۔ یِمن دون ہٕنٛدِس شخصیتس اکھ أکِس لرِلوٚ روُچھنکی تہٕ یِہنزِ شاعری اکھ أکِس مقابلہٕ سام ہینٛکی معموٗلی شروعات یوٚدوَے بابا نصیب الدین غازی صأبنہِ ذٔسی ٹُلنہٕ پتہٕ ریٚش نامہٕ لیکھن وألی کٲشیرِ ہٕنٛدی پٔرتھ فارسی شاعرن بروٗنہہ پکناوی مگر پزٕ رچھ یہِ زِ یِمن دون شاعرن ہٕنٛدِس رَل گأمتِس کلامس سنجیدٕ زول دِتھ ژھٔہن دِنُک رُجحان تہٕ یِہنٛدٮ۪ن رمزن انہارُک تہٕ بژٕ انتیُک ٹھوٗرٕ ٹُلِتھ پژٕ زناوٕنک کانٛہہ معیار مشخص کرُنک امارٕ چھُ صرف پٔتی موٚد وٕیوتزٕیوٚ وٕرِیو پیٹھہٕ کاڈ ہیوٚ کڈان باسان۔ ادبی مأدانس منٛز یِتھی عملی قدم تُلنچ تحریک دِنس اندر اشتراک تہٕ تعارُف کرنہٕ

رٕنگی چھُ کشمیر کلچرل آرگنائزیشن شیخ العالمؒ ہُند شہ ہتہٕ وہروٗری مناوُنک سٔز کرناونہٕ خأطرِ کشمیر کلچرل اکیڈمی تہٕ ریڈیو کشمیر ہوی ادارٕ اَمہِ کِنہٕ تقریباتن وَژھِ وأنجہِ لول برنہٕ خأطرٕ تہٕ کشمیر یونیورسٹی ہُند کأشُر شعبہٕ امیُک ہرتر پننین تعلیمی تہٕ تدریسی پروگرامن منٛز شأمل کرناونہٕ خأطرِ خاص پأٹھی مبارٕکی مستحق۔

یِمن سارِنے اَدارن ہِنٛدِ اِشتراکہٕ ستی ہیکہِ سانین شأعرن تہٕ ادیبن ہٕنٛزِ فنکأری سام ہیٛنٛج تہٕ قدر سنجی کرنٛچ رٕژ کوشش بارسس یِتھ۔ امیُک اکھ ثبوت چھُ "دلل دبد تہٕ نُنٛد ریوٚش" ہوٚن أکی ہے عنوانس تحت کینژن نمایندٕ ادیبن اظہارِ خیال کرنُک یا اکھ أکی ہِنٛدِس اظہارِ خیالس برونٛہہ پکناونُک ترغیب تہٕ موقعہٕ دیُن۔ چنانچہ چھُ پتٕمین دوٚن ڈاین وٕرِیَن دوران اَتھ موضوعس پیٹھ مےٚ برونٛٹھ پروفیسر بدری ناتھ پارمو، پرفیسر شفیع شوق، پروفیسر رحمٰن راہی، پروفیسر غلام نبی فراق تہٕ غلام نبی خیالن بالترتیب مضمون لیکھنٛچ زبر کوشش کٔرمٕژ۔ یوٚدوَے أکِس دوٚن مضمونن منٛز محض زڈ نگہہِ والنُک یا مصلحت پسندی تہٕ جانبدأری ورتاونُک باس تہٕ لگان چھُ۔ مگر قدر سنجی ہٕنٛز کوشش تہٕ کأشرِس منٛز تنقیدٕکی معیارسٕر گژھنٛچ کوشش چھےٚ اَمہِ ستی بہرحال پوچھر لبان۔

یِمن کینژن لکھارن برونٛہہ تہٕ ریٛش نامہِ لیکھن والین درمیان تہٕ چھُ عبدالاحد آزادن، امین کأملن تہٕ اوتار کرشن رہبرن اَتھ موضوعس کُن توجہ پھِرٕ وَنٛچ کوشش کینژن مُستشرقین ہنٛدی پأٹھی کٔرمٕژ۔ بہٕ یژھ ییٚتنس یِمن سارِنے لکھارین ہنٛدی مضمون کأشرادبہٕ کِنہٕ سنجیدٕ طالب علمن ہِنٛدِ خأطرِ مچھِ تراوِنی۔

تہٕ اَتھ تقابلی مطالعس منز یِہندی سأری یا اکثر خیالات مشرأوِتھ اکہِ بدؤن انہارٕ کینژن نوکتن ہنز نشاندہی کرٕنۍ۔ یُتھ زن یِمہٕ مضمونک ژھوچر نظرٕ تلِ تھٲوِتھ تہٕ یِمن دۄن شاعرن ہنٛدِس شخصیتس تہٕ فنس متعلق ژھوٚٹۍ پأٹھۍ کینٛہہ نٔوۍ سوال تُلنٕچ وَتھ نٔنۍ نیرِ تہٕ کأشرِ زیوٚہ ہنٛدہٕن یِمن دۄن بڑٕہن میمارن درمیان لبنہٕ یِنہٕ وأٹِس ہشرس تہٕ بیٚنرس نشاندہی کرٕنچ کتھ بیٚیہٕ ہن توجہ طلب بنِہ۔ اَمِہ کتھِہ ہُنٛد چھُ افسوس زِ مضمونک پیش نظر ژھوچر چھُنہٕ مےٚ پرٛتھ نوکتس ستۍ دوشوٚنی ہنٛدِ کلامہٕ اندرٕ مثالہٕ شأمل کرنٕچ اجازت دِوان۔ لٰہذا کرٕ بہٕ کم کھوتہٕ کم لفظن منز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کتھن بحث طلب بناونہٕ خأطرٕ گوڈٕ یِمن دۄن شأعرن ہنٛدہٕن کم از کم نوٚن شخصی پہلوون ہنز نشاندہی تہٕ تمہِ پتہٕ دوشوٚنی ہنزٕ فنکأری ستۍ تعلق تھون والین أٹھن نوٚن پہلوون ہنز موخصر نشاندہی تہٕ یِمہِ آیہِ:

## شخصی پہلوون ہُنٛد ہِشر تہٕ بیٚنر

(ا) لل دید تہٕ نُنٛدٕ ریوٚش دوشوے چھِ کشیرِ ہنٛدِ تواریخ کہِ تمہِ عبوٗری دورٕکۍ پأداوار بلکہ اکہِ تمہِ سمأجی تہٕ سیأسی اہمیت والہِ زمانٕکۍ چشم دید گواہ تہٕ یُتھ أسۍ پرأنِس کأشرِس کلچرس ژٕکۍ پھیرٕ گرٛہنک تہٕ تمہِ چہِ جایہِ اکھ نوٚو ملی مشہِ تمدُن بارسس یِنک انقلأبی زمانہٕ وٕنتھ ہیکو۔ فرق چھےٚ یِژھے زِ لل دید چھےٚ اکھ جذبأتی دودٕ مأج بٔنتھ اَتھ نوٚیہٕ تمدنی تہٕ سمأجی انقلابس دِس ووتھنہٕ چن کاروأیی ین ساتھ دِوان تہٕ پننہِ خلوٗصہٕ برٕتہِ وَچھک شیرٕ چأوِتھ اَتھ انقلابس آے کانچھن وأٹِس نُنٛدٕ ریٚشِس خاص تربیت کران۔ یِیلہِ زن نُنٛدٕ ریوٚش

بالہٕ کولہٕ ہندی پاٹھی کٲشیرِ منٛز گرٛزتلن وٲلس اَتھ اِنقلابس مٲدانی دریاوُک ٹھہراوتہٕ بوزشوز عطا کٔرتھ اخلاقی سطحس پیٹھ ریشٮ۪ن منظّم تحریک عطا کران چھُ تہٕ سیاسی سطحس پیٹھ لکُم دِینکم وَلیَ الدِین وَنن والہِ قرآنٕچ حقیقی بصیرت پٲدٕ کرنٕچ کوشش کران چھُ۔ تہٕ اَتھ معاملس منٛز ورگہٕ پاٹھی رواداری ہُند گاشری مُنارٕ زانن یِنہٕ وٲلس بڈشاہس پننِ شعرن ہٕنٛز شکلہِ منٛز آئینِ جہانبانی عطا کران چھُ۔

(۲) لل دید تہٕ نُند ریوٗش، دوشوے چھِ کٲشیرِ منٛز اکھ نوٚو مذہب تہٕ اکھ نوٚو زبان برونٛٹھ پکناونُک تبلیغی مشن ہیتھ یوٚت یِنہٕ وٲلین عربی تہٕ فارسی عالمن یعنے ساداتن وَڑھ وٲنجہ لولہٕ متہٕ لاے کران۔ مگر للہٕ دیٚد، ٹن منسوب واقعاتو موجوٗب چھےٚ سو اَتھ سِلسلس منٛز نُندٕ ریٚش ہندِ کھوتہٕ زیادٕ عقیدتمندی ظاہر کران۔ چنانچہ چھےٚ سو پدمان پورچ (پانپرٕچ) عرفانی وِگنی نہ صرف کولگوم گرٕھتھ حضرت سید حسین سمنانی ینٛ ہٕندِس خدمتس منٛز حاضری دِوان بلکہ کٲشیرِ اَژوٗنے تمن پیر پانژال بالہٕ کس ہرِ پور پڑاوس تام استقبالس تہٕ گرٕھان۔ اَتھ برعکس چھُ نُندٕ ریوٗش عقیدتمندی باوجوٗد پننی انفرادیت قایم تھونٕچ تہٕ پردارچہٕ تڑ ایہٕ محدوٗد بناونٕچ کامیاب کوشش کران۔ یِیمہِ کس نتیجس منٛز خود حضرت شاہ ہمدانؒ صابٕنس فرزند سید میر محمد ہمدانی لیس ہِوس بہلہِ پایہِ بزرگس تہٕ کٲشیرِ ہٕندِس اُمس علمدارس یورٕے سمکھنہٕ گرٕھن چھُ پیوان۔ وول گو حضرت میر محمد ہمدانی صابٕن کٲشیرِ منٛز بہرحال اکھ بزرگ مہمان آسنٕک

پاسِ خاطرٕ چھُ ژژ ارنگھٕ زوُلس ( ژاٹہٕ کورہن ) جایہِ تام اوٕ رسلامہِ پنہٕ وأٗلس نُندٕ ریٚشس اَتھِ میز مان داری کرناوان۔

(۳) لل دېد تہٕ نُندٕ ریوٚش، دوٚشوے چھِ کھسہٕ وِنہٕ یاون گرٕ کہِ منٛز گرگر ہستی زِندگی ہنٛدی زولانہٕ ژٹان تہٕ ورگہٕ پأٹھی زندگی نشہِ راہِ فرار پراوُنک باس دِوان۔ فرق چھےٚ یہِ زِلل دېد چھےٚ یہِ وتھ اُکس ذأتی مجبوٗری تحت رٹان تہِ زن گو وہَشہِ ہُنٛد ستاون وادتہٕ رٕنی سُنٛد عذاب چھُ تس یہِ وتھ رٹناوان تہٕ اتھ برعکس چھُ نُندٕ ریوٚش کُنہِ ذأتی مجبوٗری بجایہِ اکہِ اجتمأعی خدمتہٕ یا اکہِ تبلیغی مِشنہٕ چہِ تحریکہِ باپتھ گرٕ بار ترٛاوان تہٕ دراصل انقلابہٕ کس پأزٹھوٗلس پھٔری پھہہ دِنہٕ خاطرٕ گو پھہِ اَژان تہِ زن گو لل دېدِ ہنٛز یہِ کاروأیی چھےٚ ژکہِ اکہِ جبرُک نتیجہِ ییٚلہِ زن نُندٕ ریٚش سنٛز یہِ کاروأیی اِختیأری اُس۔

(۴) یمن دوٚشونی بزرگن ہنٛدی حالاتِ زندگی چھِ سیٹھاہ کم میلان تہٕ یہِ کینٛژھا میلان چھُ تتھ تہِ چھُنہٕ تحقیقی دربر تہٕ توژھ۔ تکیازِ یمن متعلق چھُنہٕ کانٛہہ ہمکال شہادت دستیاب سپدان۔ پیٹھہٕ چھِ دوٚشوٕنی ہنٛدی حالات واریاہو رَنگو افسانوی تہٕ کرامأتی بلکہ کینٛژن معاملن منٛز نہ ہرٕ رنہٕ پنہٕ واجنہِ پرٛژٕ۔ ووں گو ورَژھ کھنڈ چھےٚ فرق۔ تِکیازِلل دېدِ ہُنٛد وجوٗد چھُ گوڈٕ پیٹھہٕ اندس تام دیومالأیی شکتی ین تہٕ پرستأنی کرامژن وٕلتھ اکھ آسمأنی کردار بناوِتھ پیش کرنہٕ آمُت۔ چنانچہ چھُ تَسُنٛد ننگےٚ نژُن، تَسُنٛد تو ندرس اَژن یا دون ٹاکین منٛز اٚژِتھ غأب گژھن۔ یمنے کرامأتی یا خرافأتی بیانن ہنٛز پأداوار۔ اَتھ برعکس

چھُ نُنۍ ریوٗش واقعاتو موجوٗب اکھ ٹھوس زمینی بلکہ مثالی کردار بٔنتھ قومی تہٕ انفرادی زندگی منٛز سبٹھاہ تھدِ گاٹہٕ جارٕ تہٕ روحانی وبۍ ارسان حصہٕ دار آسنک باس لگان۔ بلکہ چھُ وارٕ سَننہٕ سِتۍ ترکِ دُنیاہ کرنہٕ کِس رُحجانس منٛز اعتدال پسندی بجایہِ انتہا پسندی اِختیار کرنہٕ چہِ تِہنٛز خاص نہجہِ منٛز کتھ تام سما ٔجی یا سیأسی نابرابری خلاف خاموش احتجاج تہٕ اکہِ خاص قسمُک ستیاگرہ کرنٕچ ہِش بوے تہِ یوان۔ تیمٕکی سرحد بدھ طرزٕ کِس (وراثتس منٛز میلیٖمتِس) عدمِ تشدُدس سِتۍ رلان باسان چھِ۔

(۵) یم دونوے بزرگ چھِ پنٕنِس وقتس منٛز اکہِ یابیٚکہِ بہانہٕ گامہٕ پتھ گامہٕ کشیرِ ہنٛدِس بٔڈِس حصس وۄہلی ہٚکی ہٚکی نژان۔ مگر اَکی سُند نژُن چھُ بیٚیہِ ہنٛدِ نژنہٕ کھوتہٕ بالکل مختلف باسان۔ تہِ زن گوو نُنۍ ریوٗش چھُنہٕ انفرادی سطحُک گشت کران بلکہ نۆسِ کلچرس متعلق مقامی زبان پنٕنِس تبلیغی مشنس منٛز استعمال کٔرتھ اکھ تنظیمی دورٕ کران۔ چنانچہ چھِ تِم أتھی پوٚت منظرس منٛز شیخ العالم علمدارِ کشمیرٕ تہٕ کأشرِ وعظ خانٕ ہوٚ بوناوٕ سِتۍ زاننہٕ تہٕ پرٕزناونہٕ آمتۍ۔

(۶) لل دیدٕ تہٕ چھُ اکھ عرفأنی شاعر آسنُک ڈکہٕ بجر نُنۍ ریٚش ہنٛدی پأٹھۍ حأصل مگر تس چھِنہٕ أکِس روحأنی پیشواہنٛدِ حیثیتہٕ سأری انہار وتلان۔ حالانکہ سماجی بدتن اِصلاح کانچھنہٕ تہٕ وۄپدیش دِتھ اِخلاق ہیٚچھناونہٕ موجوٗب چھُ کأشُر قوم تِمن أکِس شیاسند عقیدت آیتن تھوان آمُت مگر اکثر موقعن پیٹھ تسنٛز خأر خأہی یاد کرنہٕ باوجوٗد تہٕ تِہنٛدِ کھوتہٕ کم روتبہٕ تھون والین ساداتن تہٕ

ریٚشن ہُنٛد وورُس جایہِ جایہِ مناونہٕ یوان۔ اَتھ برعکس چھِ نُنٛدٕ ریٚش ہٕنٛدِ ناوٕ کی کِتی دوہ ژٲرکہِ وورسہٕ کھی جوٗ گی پورکہِ وورسہٕ کیموہ کہِ وورسہٕ، ژِمرکہِ وورسہٕ تہٕ بیٚیہِ کینٛژن جاین ہٕنٛد بن وورسن ہٕنٛزِ شکلہِ منٛز بڈِس پیمانس پٮ۪ٹھ مناونہٕ یوان۔

(۷) یوٚدوَے یمن دوشوٕنی روحانٛی ماجہِ پوتھرن پٮ۪ٹھ دیوانگی ہُنٛد تہٕ مژرُک اِلزام تہِ عایِد کرنہٕ یوان۔ مگر آثار وقرائن بلکہ دوشونی ہٕنٛدِ کلامٕچ شہادت چھےٚ اَمہِ کتھہِ ہُنٛد ثبوٗت پیش کران زِیم زٕ گو نماتھ چھِ زندگی ہٕنٛد بن اکثرٕ گنٛنن تہٕ سرٕ نبن مسلن پٮ۪ٹھ تھدِ پایکی مفکرتہٕ فلسفی بٔنتھ غور کران تہٕ پتہٕ خداداد تخلیقی صلاحیژٕ ہٕنٛدِ بدولتہٕ تمن ہٕنٛد بن امکانٛی تاثُراتن تخیل کہِ زُو زبتہٕ ستی شعر بناوان۔ فکر وفلسفہٕ کس سلسِلس منٛز چھُ یمن ہُنٛد نظریے عرفان، نفس کُشی ہُنٛد رجحان تہٕ پوٗتلی پوٗزایہِ خلاف اعلان پانہٕ وٲنی سبٕھاہ رلان۔ خداتعالیٰ ہٕنٛدِ کُنٕرکی تہٕ توحیدٕکی نغمہٕ گیوٗنس منٛز یمن درمیان ہشر آسنٕک معقول وجہ چھُ یہِ باسان زِ ژکہِ چھِ یم دوشوٕنی روحانیت کس أکی ہے آگرس پٮ۪ٹھ وٲتتھ (کوٗلگامہِ تھکھ تراوَن وٲلس حضرت سید حسین سمنانی ہٕنٛدِ ناگرادکہِ ذٔریعہ) پانس ترِیش کاسان۔ تاہم چھےٚ نظریے عرفانس منٛز اکھ قابلِ توجہ فرق لل دیدِ ہٕنٛدِس کلامس منٛز درینٛٹھی یوان۔ تہِ زن گووسو چھےٚ أکس خاص تناظُرس منٛز وحدت الوجوٗدس آے کانچھان، ییٚلہِ زن نُنٛد ریوٚش اکثر جاین قرآنی تعلیماتن نگھہٕ روٗزِتھ وحدت الشہودس لل کھوٗل کران تہٕ گو ڈبران چھُ۔

(۸) سمٲجی پوٚت منظرٕ رٕنگی چھُ یمن دونونی ہُنٛد تعلق گامس ستی

اوسمُت ۔لل دیٚدِ ہُند مالنٕی گام سِم پور تہٕ نُندٕ ریٚش سُند آبأیِی گام کیموٗہ چھُ اکثر کأشرِ بن وَنہٕ۔ یتھ کالہٕ کِنہٕ دوٗدس تہٕ گوٗس توزٕ توزٕ کرن والین کأشرِ بن گامن ہُند آزاد فضا مگر تتھ اندر پأدٕ کرنہٕ آمتٕین کینٛژن بدتن ہنٛز دل تنگی ہُند ہوا چھُ یمن دوٚن حساس انسانن ہُندِ بن دِلن أتی بوڈٕ نچ تہٕ أتی ووٕ تلنچ بلکہ ووٕ لسنچ کیفیت پٔشران۔فرق چھُہ یہِ زِ لل دیدٕ چھُہ کیفیت پٔشرن والین حأرِ ثاتن منٛز ہینہٕ یتھ گامہٕ نشہِ سیٹھاہ دِل برداشتہٕ باسان تہٕ ممکن چھُ کولگامہِ کینٛہہ وق گذارنہٕ علاوٕ گذورتمہِ اکثر وق وتھبیارِ چہ سِریہٕ منٛز یا سرینگرٕ کِس شہرس منٛز تہٕ اِتھ برعکس چھُنہٕ نُندٕ ریوٚشس دِلس ووٕ لسنچ کیفیت پٔشرن وول گأمی زندگی ہُند سوکھ تہٕ روحأنیت پرور ماحول شہرس منٛز زیادٕ کالس ٹیٚنڈی دِنے دِوان۔

(۹) خاندأنی پوٚت منظر رٔنگی چھُ لل دیٚدِ ہُند تعلق أکِس پٔرِی ہِتس بٹہٕ گرس ستی تہٕ نُندٕ ریٚش سُند تعلق أکِس اَن پڑھ نو مسلم گرس ستی وننہٕ یوان۔ بلکہ چھُہ لوکچار چہِ صوحبتٕ رٔنگی تہٕ دوٚن ہنٛدِس ماحولس زمین آسمان فرق وَننہٕ یوان۔ چنانچہ کُجا لل دیٚدِ مویسر ییٚنہٕ وول سِدٕ مول ہیوٚ گاٹُل ووستاد تہٕ تٔمی سُند ژاٹہٕ ہال تہٕ اَتھ برعکس کُجا کٔشیرِ منٛز کشتوارِ پیٹھہٕ آمتہِ کمزور اقتصأدیاتہٕ والہِ ورگہٕ واوس لگی ہِتہِ گرٕ کی یتیم نُندٕ تہٕ تس لارٕ لار گِرتھ ژوٗرٕ کرناونہٕ خأطرِ مجبوٗر کرن والین شش تہٕ گندر ہوبن دوٗدٕ باین یا ماجہِ باین ہُند ماحول۔

فنی پہلووٗن ہُند ہشر تہٕ بیٚنہر

(۱) لل دیدٕ تہٕ نُندٕ ریوٚش دوٚنوے چھِ کٔشیرِ منٛز روحأنیتکی زِ تھدی

گاشری مُنار آسنہٕ علاوٕ کأشر زیٚو ہٕنٛدی زٕ بہلہِ پایہِ شأعر تہِ۔ یِمن ہُنٛد تعلق دستیاب کأشرِ شأعری ہٕنٛزٕ زٕ گوڈنچہٕ میلہٕ کنہٕ (سنگ میل) قأیِم چھِ۔ تہٕ زن گوو یِمو بروٚنٛہہ چھُ صرف دس تُلُنٛگ شأعرشتی کنٛٹھ وُنہِ مشخص سپدمُت۔ یوٚدوٕے آثار وقرائن ونان چھِ زِلل دیٚدِ تہٕ نُنٛدٕ ریٚشِس بروٚنٛہہ چھُ کأشرِ شأعری ہُنٛد اکھ ابتدأیی دور مکمل گومُت آسان، یُس اظہار و بیانہٕ رٕنٛگی اکھ تیوٚتُے سفر طے کران چھُ یُس فارسی زبأنی ہٕنٛدِس گوڈنیک شأعر مانہٕ یِنہٕ وأٔلِس اُستاد رُودکی یس بروٚنٛہہ ایرانس تہٕ سینٹرل ایشیاہس منٛز گذریومُت چھُ آسان۔ میانٛہن یِمن دوشوٕنی شأعرن ہُنٛد کلامہٕ چھُنہٕ وُنہِ پوٗرٕ پأٹھی دستیاب ہیٚوکمُت سپدِتھ۔ ووٚں گوو نُنٛدٕ ریٚش سُنٛد کلامہٕ چھُ نسبتاً لل دیٚدِ ہٕنٛدِ کھوتہٕ واریاہ زیادٕ جمع سپدمُت۔ یُس تِہنٛزِ شأعرانہٕ ہیٚژٕ ہٕنٛزٕ واریاہ جہتہٕ بروٚنٛہہ کُن انان چھُ۔ اتھ برعکس چھُ لل دیٚدِ ہُنٛد کلامہٕ دستیاب سپدنہٕ رٕنٛگی کم اَسِتھ تہٕ تِسنٛدِ شأعرانہٕ عظمتُک تیُتھ باس دِوان یُس تِہنٛدِس باقیٕ کلامس پزنہٕ پأٹھی ژھانٛڈ دِنُک تقاضہٕ کران چھُ۔ پیٛٹھہٕ یِہ کینٛژھا کلامہٕ یِمن دوٚن بزرگ شأعرن ہُنٛد اکھ یا بیٚیہِ بہانہٕ رٕژھرنہٕ یِتھ اَسہِ تام ووتمُت چھُ سُہ چھُ تخلیق سپدنہٕ پتہٕ لل دیٚدِ پتہٕ تقریباً پانٛژھ ہتھ ؤری گذرِتھ لفظن تہٕ معنی ین ہُنٛد واریاہ اَنہار بدلأوِتھ درج کرنہٕ آمُت۔ امہِ لحاظہٕ چھُ لل دیٚدِ کُن منسوب کلامہٕ بیٚیہِ ہن تہِ غور طلب بنان، تہٕ اَتھ سلسِلس منٛز لل واکھن ہٕنٛز پرٕتھ ترتیب شیٚخہِ شُرکہٕن مقابلہٕ سیٚدِ سیٚو دتجزِیہٕ منگ کران۔

(۲) کأشرزبأنی ہندی یِم دۆنوے اہم شاعر چھِ اکھ نۆو تخلیقی زبان بارسس اَنِنچ تہٕ اَتھ اَندر اِظہارُک نۆو زُوزہٕ ووتلاوِنچ تھز خدمت انجام دِوان۔ یہٕ خدمت چھےٚ شتی لٔس تہٕ یِمن درمیان توأریخی دۆر بر کھوتہٕ واہ گنہٕ برونٹھ اکھ اِتفأقی لاپٕنھ باسان۔ چنانچہ یِم دۆشوے شاعر چھِ اکہِ طرفہٕ پنٕن پنٕنوٕ اَولوٕ احساساتو تہٕ زوردار جذباتوٕ ستی شاعرانہٕ اظہارس تھدِ وڈٕوچ سکھر کرناوان تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ پنٕنٕن تجربن تہٕ حأرثاتن ہندِ بیانہٕ خأطرِ بدۆن لفظہٕ ژأر گرِتھ کأشرِس منز باوٕژ ہُند دامن سٮٹھاہ وسیع بناوان۔ اَتھ وہ بارس منز چھےٚ یِمن دۆن شاعرن اکھے فرق سو یہ زِ بحیثیتِ مجموعی چھےٚ لل دیٚدِ ہنز زبان سنسکرت لفظن ہندِس وہ بارس اَندر پنٕنہِ زمانہٕ موجوٗب فنکارانہٕ کاڈ کڈان۔ یٚیلہِ زن نُندٕ ریٚوش اسلأمی اثر کشیرِ منز موٗل دِوان برونٹھہ پکنہٕ کس اثرس تحت فارسی لفظن تہٕ عربی قرأنی لفظن سیٚدِ سیوٗدٕ ورتاوس منز أنتھ زبأنی ہندِس اظہارو بیانس نوٚہن سرحدن کُن وتہٕ ہاوٕک بنان چھُ۔

(۳) یِمن دۆن شاعرن ہندِس دستیاب کلامس اندر لبنہٕ یِنہٕ واجٕنٕن کلہم ہیٚرٕن تہٕ موادچن رنگینی ین ہندِس معاملس منز چھُ نُندٕ ریٚوش زیادٕ باگہِ بوٚرُت باسان۔ اکھ شعرِ ذاتھ (صنف شعر) چھےٚ تبصرِ والٕین نِش زِ بیٚون ناو پزاونہٕ یا وجوٗد واریاہس حدس تام دۆشوٕنی منز ہِشرُک باس دِوان۔ سو شعرِ ذاتھ چھےٚ لل دیٚدِ ہُند واکھ تہٕ نُندٕ ریٚوش سُند ژاکھ ٹٲکھ یا شُرُک۔ اَمہِ ہِشرِ موجوٗب أزی کِنہٕ محققن پانہٕ وأنی گامہٕ أندرٕ أکی سُند واکھ تہٕ بیٚیہِ سُند ژاکھ

بیۆن کڑوکھ زِشعر بلکہ أکی سُند ہیوٗ باسان ۔ تِکیازِلل واکھن ہِتی نُندٕ ژ اکھن ہُند یہِ رَل گرُھن عمر خیام سٕنزن ربأئین ہِتی بوعلی سینا یا شاہ بوعلی ربأئین ہُند رَل گرٕھنُک معاملہٕ بلکہ دودِ تہٕ آب کی پأٹھی عملی باسان ۔ پتھٕ چھےٚ یہِ کتھ تہِ غور طلب زِ سنسکرت لفظ ''شلوکُک'' کأشُر روٗپ شُرک کونہٕ چھُ لل دیٚدِ ہٕندٕ ہِن سنکرت آمیز شُرکھن ہٕندِ خاطرٕ تہِ استعمال سپدان ۔ بہرحال واکھن تہٕ ژ اکھن ہُند دودٕ تہٕ آب بیۆن کڑنہٕ ہِنگ کار چھُ أکِس تِتھِس رازٕ ہونزٕ سٕنز وَتھ وُچھان یُس نُندٕ ژ اکھن منز فارسی آمیز اصطلاح سأزی تہٕ اسلامیأتی فکرانگیزی ہٕندی ٹاکارٕ اِشارٕ مشخص کرِتھ دوشونی ہٕندِ مشاہدٕچ بدٕون ترٛ اے بَدٕ کڑِ۔

شعرٕ ذأژن تہٕ ہیرٕن ہٕنز کتھ اَندواتناونہٕ خأطرٕ چھُم یِتےٚ وَنُن زِلل دیٚدِ ہٕندی چھِ وُنیک تام صرف واکھ دستیاب سپدی مٕتی (یِوٚدوَے) غلطی ہِتی کینژٕ وأکھ غزل نماوژن تہِ لل دیٚدِ کُن منسوب کۆرمُت چھُ ) اَتھ برعکس چھےٚ نُندٕ ریٚشِ سٕندِس کلامس ہیرٕ ژٕنگی رنگا برنگی پھُلےٚ باگہِ آمٕژ ۔ یُس تِہنٛدِ مشاہدُک وُسجارٕ تہٕ تہٕندہِن تجربن ہُند بہار زیادٕ ٹاکارٕ پأٹھی بروٗنٛہہ کُن اَنان چھُ ۔ چنانچہ چھُ نُندٕ ریٚوشُے گوڈ نِکہِ پھرِ واکھس ہِتی مشابہت تھون والِو شُرکو علاوٕ کأشرِ زبأنی منظّم تہٕ وژُن ہِشہٕ نوہِن صِنفہٕ عطا کران ۔ أکِس نظمہِ ہٕنزٕ صِنفہِ منز چھُ ٹُکھ (قطعہ) شُہ مصری (مسدس) ووج دار وَژُن تہٕ بے ووج ہیٚرٕ نظرِ گژھان ۔ تیُتھ مے وَر دِتو دِوو ۔ بارخودایا پاپ نوار ۔ سُہ ہے ڈٕپی زِ مسلمان، بیٚیہِ گونگل نامہٕ تہٕ دینیاتکی اصوٗل تہٕ مسلہ دأرن واجنہٕ نظمہٕ چھےٚ اَتھ سلسلس

منز خاص پأٹھۍ ناوہنٛس لایق۔

(۴) یمن دۄشوٕنی بزرگ شاعرن ہُنٛد کلامہٕ چھُ کلہم پأٹھۍ کٲشرِ ہنٛزِ نوِ تمدٕنک اٲینہٕ دار آسنس ستۍ ستۍ نوٚہن اخلاقی تہٕ اسلأمی قدرن ہنٛد ترجمان آسنگ باس دِوان، تہٕ اَتھ معاملس منز چھِ یِم دۄنوے رہبر عالم یا ساداتن ہنٛزِ صوحبتہٕ ستۍ دینیاتس پوٚرٕ خبردار سپدٕنک یقین تہٕ پأدٕ کران۔ لہٰذا چھےٚ یِمو منزٕ کأنسہِ اَکس مُڈٕ قرار دِنٛچ عوأمی کتھ مضحکہ خیز باسان۔ پٔتھٕ یِیمہٕ آیہِ یِم دۄنوے کٲشرِ زیٚوِ ہنٛدِس قوتِ اظہارس تہٕ باوٕژ ہنٛدِس مُژہلِس وبوہارس مالدار بناوان اَکھ ہے شاعرانہٕ مقصدیتس رواداراَسۍ متۍ۔ فنی لحاظہٕ چھےٚ اَتھ معاملس منز یہِ فرق درینٛٹھۍ یِوان زِلل دبہٕ چھےٚ نظام اخلاقچس قدرن ہنٛز سازٕ گرٕنتھ تہٕ تخلیقی ژِہن دوران پننہِ شعورٕکس زبتہٕ توٚرگس وَگ چأرِتھ پکان۔ تہٕ زن گوسو چھےٚ درسِ اخلاق دِنہٕ کس مأدانس منز تہٕ پوختہٕ کأری تہٕ فنکارانہٕ شہسوأری ہنٛد اکھ برجستہٕ مظاہرٕ کرِتھ ہبکان تہٕ نٕنٛدٕ ریوٚش چھُ اَتھ برعکس ٔنس تہٕ ٹاکارٕ واعظانہٕ اِظہارس تہٕ پاناوان یِیمہِ کِنۍ تِہنٛدِ شعورُک قداور گرٕ تہٕ کینہہ قدم پکِتھ ہے سمنٛزٕ وَتہٕ وُچاپہٕ آیہِ متان ہیوٚ باسان چھُ۔ یہِ چھےٚ بہرحال نٕنٛدٕ ریٚش ہنٛز فنکارانہٕ چابک دستی زِ شعورٕکس اَمِس آچھرس پچھیرس تہٕ چھُ یہِ زوراور سوار کھوٚر دبأوِتھ پننِس منٛزِلس کُن دِوٕ ناونس منز کامیاب سپدان۔ عام طألبِ علمن ہنٛدِ خاطرٕ ہکہٕ بہٕ یِہَے کتھ یِتھہٕ پأٹھۍ وٕنتھ زِ یِمن دۄنونی شاعرن ہُنٛد کلام چھُ کلہم پأٹھۍ خطابک تہٕ وۄ پدیشُک

رواداربنتھ اکہِ باضابطہٕ پأغامُک اَنہار ووتلاوان۔ یہِ پأغام چھُ شأعرانہٕ ابلاغ تہٕ واتناوِر کھۄ حدوڈٕلتھ تبلیغہٕ کِنۍ سرحدن واتان۔ بلکہ چھےٚ یمن دون ہنٛزٕ خود کلأمی تہِ امی تبلیغی امارٕچ ژھاے بنتھ زیٛٹھان۔ اَتھ سِلسلس منٛز چھِ یمن دون شأعرن ہنٛدی اکثر مضمۄن تہٕ موضوع تہِ پانہٕ وأنۍ رَلان۔ خاص کٔرِتھ دُنیاہ چہِ بے ثبأتی، وأنسہِ ہنٛزِ ناپائیدأری، گورن تہٕ سادن ہنٛزِ مَلن تہٕ ریٛشن بابن ہنٛزِ ریاکأری سٟتؠ تعلق تھون وألی مضمۄن تہٕ موضوع عبرت رٹناوٕنکہٕ، ژینہٕ ون دِنہٕ کِنۍ، فرأری جذباتن منٛز ناوٕ سأل کرنہٕ کِنۍ، یٟتھ بوسرس منٛز ہم کھۄر وأنٟتھ اپور بۄٹھ واتنہٕ کِنۍ بیشتر مضمۄنن منٛز تہِ چھُ یمن درمیان سبٹھاہ ہشر لبنہٕ یوان۔ مگر سُلہِ گرِپان پرزناوٕنکی موضوع ورتاوٕنکہٕ باہمی دے تراۄتھ اتحاد تہٕ اتفاق ہیٚچھناوٕنکہٕ بیٚیہٕ روحأنی وہٕژار پژاوٕنکہٕ مضمۄنن منٛز چھُ ہُنٛدٕ ریٛوٗش لل دیٛدِ تیۄتے برونٛٹھ باسان یِیژٕ لل دید باطن پرستی اِختیار کرنہٕ کِنۍ تہٕ نیٛبرِم دُنیاہ تراۄتھ أندرِم دُنیاہ سر کرنہٕ کِنۍ مضمۄنن منٛز ہُنٛدٕ ریٛشِس برونٛٹھ چھےٚ۔

(۵) یمو دۄشونی شأعرن ہنٛدِس کلامس منٛز چھےٚ کٔژن جاین لسأنی فنی تہٕ تکنیکی کمزوری نظرِ گژھان۔ یم زن أزی کس دورس منٛز ورتاوَن وألِس کأنسہِ شأعرس معاف ہیٚکن نہٕ سپدِتھ۔ مگر یمو أندرٕ چھےٚ کینٛہہ کمزۄرِیہِ یا خأمی یِہ ہتہٕ وادن ؤرِین یمن بزرگ شأعرن ہُنٛد کلامہٕ درج نہ سپدِتھ ہیٚکنُک پہلو تہٕ سیٖنہٕ بسیٖنہٕ پکان یمن منٛز تبدیلی یوان روزنُک پہلو نظرِ تل تھٲوِتھ

نظر انداز کرنہٕ لازِم۔ ویسے چھِ باقٕے فنی لغزِش ہندِس معاملس منٛز تہٕ یِمن دوٚن شاعرن ہندٚین شوٗژ آمارن سٟتی خلوص ورتاونٕچ ضرورتھ نتہٕ چھُ ممکن۔

دِہ رٔچھتھ یوٚدسام ہسٕکھ تارکھ نبٔس

باسہٕ نے گاشرِ تہٕ اسمانکی پھٕشپھر

تہٕ زن گوٚو یِمن دوٚن شاعرن ہُنٛد منسوب سوٗرے کلام پرٕنس دوران خالص شارٕٹ ژھانڈن والین اگر زیادٕ مویوٗسی تہٕ گژھِ نہٕ مگر کینٛہہ قدم پکِتھ باسہِ تِمن پٕتھن ژٕترِ شینن بعضے رُم کروٗن ٹاس وسان تہٕ بعضے سوٗخن شناسی ہندٚین اَتھن ژٕن کرٕنی کنہِ پھٔلی ہوی ٹھول دِوان۔ خاص کٔرتھ وٕھتی منظرتہٕ پھٕہری لفظ ورتاون والی کینٛہہ تِم شعر پٔرتھ یِمن منٛزلِل دہہ ترٕ ہہ فیصد تہٕ ہُنٛد ریوٚش ستتھ فیصد صرف وہ پدِیشس لور تہٕ ملک الموتس سٟتی دَب کران باسان چھِ۔

(۶) اَتھ کتھِ کُن آو اِشارٕ کرنہٕ زِ یِمن دوشوٕنی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ چھُ کاشرِ توارٟخکِ اکِہ عبوٗری دوٗرُک تہٕ انقلاب پذیر سماجُک آنہٕ ہاوان تہٕ یتہِ آو وَننہٕ زِ یِم دوٚنوے حساس ترجمانِ انسانیت چھِ اَتھ سماجس منٛز نوِ اَنمانہٕ استحصال کرن والین کرِمن تہٕ حقل الناس کھٕبتھ کاڈ کڈن والین مگر چھِن پٕن پنہِ خصوصی خانگی پوٚت منظرِ موجوٗب نشاندہی کران تہٕ نال رٹناونہٕ خاطرٕ لگہار اَتھن حبس دِوان۔ فرق چھے یژٕے زِلِل دہہ چھے سیوٚد پاٹھن بٹن تہٕ بٹہٕ گورن پننہِ تنقیدُک نشانہٕ بناوان یِیلہِ زن ہُنٛد ریوٚش پیرن، سادن تہٕ مَلن ہُنٛد نہ صرف اول وانگن نوٚن کڈان چھُ بلکہ چھُ بے وایہ پاٹھی تِہنٛد استحصالی

اَتھ پھٕرِ اونہٕ خاطرٕ ریٚشیت چہِ شکلہِ منز اکھ منظم تحریک بروٗنہہ پکناوان، تہٕ لل دیٚدِ ہنٛدِس کلامس منز زیرین تہٕ اُدمیار چہِ (استحصالہٕ) تھزٕ رنگہٕ مندورلرِ پاونس منز واریاہ موثر قدم تُلان۔ لسانی لحاظہٕ چھُ اَتھ سِلسِلس منز نُندٕ ریٚش سُند قرانی اِصطلاحن تہٕ فارسی ترکیبن ہنٛدِ کاشراونہٕ ینگ وبوہار تہنٛدِس کلامس لُوکن اَتھِ کاشُر قرآن تسلیم کرناوُن سبٹھا قابلِ توجہ باسان۔

(۷) یتھہٕ پاٹھی لل دیٚدِ ہنٛزِ بے اِختیاری ہنز بڑ یہہ تہٕ جذٕبچ ریہہ تَسنٛدِس شعوٗرس کاران تہٕ کاٗرِتھ باز آفرینی کرناونہٕ کس معاملس منزتس کاشرِ زیوٗ ہنٛد بن سارِنے شاعرن پیٹھ امتیاز بخشان چھےٚ، تِتھے پاٹھی چھُ نُندٕ ریٚش سُند شاعرانہٕ مُشاہدٕ تہٕ زندگی ہُند عملی تجربہٕ تمہِ آیہٕ کاڈ کڈان یُس لل دید ہتھ کٔشیرِ ہنٛد بن سارِنے شاعرن منزتس سرفراز بناوان چھُ۔ چنانچہ چھُ یوٗ ہے مشاہدٕ سنٛزرٕ ن تہٕ روپوش کیفیژن ہنٛدِ بُتھہِ پیٹھ وُزملی انہار پرٕدٕ تُلنٛچ کٔرِ کراماژ ہاوان تہٕ یوٗہے تجربٕ تھزٕ رچھٕ اکھ سارسٔے عالمچہ پُراسرار مُرٕژ گٔرِتھ پیکرن تہٕ علامژن ہنز اکھ پوشہِ وٕنی دولت کاشرِ زیوٗ ہنٛدِس شاعرانہٕ وبوہارس گوڈٕ نِکی ہے قدمس پیٹھ عطا کران۔ مے چھُ پننِس اَکس مضموٗنس منز لل دیٚدِ ہنٛد بن شخصی پہلوون فارسی زبٲنی ہنٛدِس کم معروف مگر متِس شاعرس سرمدس سٟتی تہٕ تہنٛد بن فنی پہلوون مشہور فارسی شاعر عمر خیامس سٟتی تقابلی مطالعہ کرنٕچ دعوت دِژمٕژ بلکہ اَتھ مطالعس پانہٕ دس تُلمٕت، یُس بروٗنہہ پکناونٕچ کوشش کرٕنی ینہٕ والین سانین نقادن ہنٛز کام چھےٚ۔ ییٚتہِ نس کرٕ بہٕ زندگی ہنٛدِ سرٕ نہ

تجربہٕ تہٕ تھدِ مشاہدٕ رٕنگی عمر خیامس مقابلہٕ لل دېد تہٕ نُندٕ ریٚش ہٕندِ کلامُک دود تہٕ غارتھ دِنہٕ وول اکھ اکھ بند پیش یُتھ زن اَتھ معاملس منٛز نُندٕ ریٚشِس فضیلت آسنک میون داواسرٕ کرنہٕ یِیہِ۔

عمر خیام

آن قصر کہ جمشید درو جام گرفت　　　آہو بچہ کرد و روبہ آرام گرفت

بہرام کہ گود میگرفتی ہمہ عمر　　　دیدی کہ چگونہ گور بہرام گرفت

نُندٕ ریوٚش

خانن ہٕندٕ بن یمن روبہٕ خانن　　　جانن دیان اپاری گژھ

سوندرٕ وُچھمکھ ہر وق ناوان　　　ژمرو ستھن ڈُوان لژھ

تتیٔ مالہِ ڈٲٹھم کپس بووان　　　نصرٕ مے وُچھ ژٕ وُچھنہٕ گژھ

لل دېد

ژھانڈان لوٚسس پأنی پانس　　　ژھیٚپھ گیانس ووتُم کونژھ

لَے کٔرمس وأژِس استھانس　　　بٔری بٔری بانہٕ تہٕ چوان نا کونژھ

(۸) اِستعارٕ وہٕندِ پرواز باوٕژ ہٕندِس تہرِس تام کھٕسُن تہٕ تشبیہو ستی پوشِس منٛز یارٕ سُند اُسن چھُ یمنے ہُند سہٕ مُشترک وہو ہاریُس وُچھتھ وَنُن پیٚیہ زِ دونوے لل دېد تہٕ نُندٕ ریوٚش چھِ اَکس نفسیأتی کشمکش تہٕ أندری جنگس منٛز گیر گأمتی باسان۔ امہِ سِلسلُک آغاز چھُ دونونی باطن پرستی ہنٛز کل کڈنہ علاوٕ روحأنی وہٕژار پژٲوِتھ سنتوش لبنک امار شکلاوان تہٕ اَتھ خود کلامی ہُنٛد وشلُن

عطا کران۔ چنانچہ دۆنونی چھُ اکِہ پتھ پرستأنی رۆحہٕ پنٕگرٕ نِشہِ ژھٔنہٕ گرٕھنٕگ احساس دَچھِ پوٚپُرٕ سٟنٛز باکہ ژھٹناوان تہٕ دۆشوے چھِ لوٚلکی شبنٔمی قطرٕ بٔنتھ پان حُسنہٕ سِریہِ چِن زٕژن پُشرٕ ٹنک تہٕ روٗدٕ قطرٕ سٟدرس ستی رلنٕگ چھور چھورٕ کران باسان۔ زندگی تہٕ موتس نسبت وَننہٕ آمتی اَمہٕ سِلسِلکی بیان چھِ دۆنوٚنی ہنٛز ہِشی صوفیانہٕ بصیرژ ہُنٛد ثبوٗت پیش کران۔ فرق چھےٚ یِژٕے زِلل دبدٕ چھےٚ مِلرٕ ارژھانڈٕنِکس اَتھ سفرس منٛز اَندتام ترٕیشہِ ہٕرٕرُک باس دِوان۔ یٟلہِ زن ہُنٛد ریوٗش أکس مقامس پٔٹھ وأتتھ حقیقتس ستی ہم آغوش سپدنٕک تہٕ اَبدی سنتوش پراوٕنک باضأبطہٕ اعلان کران چھُ۔

(۹) یوٚت تام مشأہدٕرٕنگی شأعرانہٕ کنواسس منٛز فرق آسنٕک تعلق چھُ تتھ کُن آو اِشارٕ کرنہٕ۔ اماپوز یہِ کتھ روزِ نامکمل اگر دۆشوٚنی ہٕنٛدِس تخلیقی عملس منٛز رنگن تہٕ جلوٚن ہُنٛد ہِشر آسنٕگ تہٕ دۆشوٚنی تخیل کہِ زورٕ اکھ سِر سأے فضا بلکہ درفضاپأدٕ کرنٕک ہِہے قوت باسنٕگ پہلو نظرانداز کرنہٕ یِیہِ، تِکیازِ اَتھ معاملس منٛز چھِ دۆنوے کیٛژن جاین زمینی کھوتہٕ زیادٕ اَسمأنی تہٕ مأدی کھوتہٕ ماورأیی تجربن ہُنٛد باس دِوان باسان۔ بلکہ ہٕکو أسی وٕنتھ زِ دۆنوٚنی ہٕنٛدِس کلامس منٛز یُتھ فضا قدمہٕ پتھ قدمہٕ نٔوی رنگ ہاوان روزٕنے چھُ یمن دۆن شأعرن بہلہِ پایہِ روحأنی بزرگ طورسرٕس مانٕنہٕ یِنٕگ سبب بنیوٚمُت۔ گویا یِم رمز وَننس منٛز مرزا غالبس پٔژن پان ولی اللہ مانٕنہٕ یِنٕگ باس لگان مگر پنٕنی شراب خوری أکِس یُتھ عوأمی حُسنِ ظنوٚن قأیِم سپدنس دَ دارٕ واتناوان۔

یہ مسائل تصوف یہ ترا بیان غالبؔ
تجھے ہم ولی سمجھتے جو نہ بادہ خوار ہوتا

○

تِمنے رمزن کأشرِس ماحولس منز کانٛہہ ژھاے تہٕ ٹھوٚرنہ آسنہٕ سببہٕ پذیرأیی سپدنکہٕ بدولتےٚ چھِ سانہٕ ادبکۍ یم زٕ گاشہٕ تارکھ اَت تامتھ روحانیتکۍ زوٗن تہٕ آفتاب بٕنتھ پرٛزلان آمتۍ۔ حالانکہ أمۍ حُسنِ عقیدن چھےٚ یِہنٛدِ کلامٕچ صحیح قدر سنجی سپدنٕچ وَتھ وارِیاہس کالس احتیاطہٕ رٕنگۍ بند تھأومٕژ۔ مگر ووٚن ووت وق یِیلہٕ یمن ہنٛدٕن فنکارانہٕ شخصیژن ہُنٛد صحیح تعین تہٕ یمن ہنٛدِ وقتہٕ پتھٕ کأشرِ شأعری ہنٛدٕن بروٚنٛہہ پکٕنس وِہارن ہُنٛد صحیح شعوٗر پأدٕ گژھِ کرنہٕ یُن۔

○

شفیع شوق

# عملی تنقید

## (شاعری)

شاعری چھےٚ پننہِ اصلہ کنۍ شاعری ہند ذوق تھاون والین ہنٛدِ باپتھ فرصت ِکس وقتس منز بوزنٕک یا پرنٕک چیز۔ یہ کأم چھِ تم گُنہ مقصدٕ ورأے کران۔ بوزِتھ یا پرِتھ چھِ ذوقہ وألی شاعری ہندیٚن لفظن ہندِ معنی تہٕ آہنگ کہ وسیلہ جذبن، احساسن، تصورن، بیانن، منظرن، کردارن تہٕ واقعہن ہنزِ پیشکأری ہندِ نُدرتُک حظ تلان۔ اَتھ دوران چھِ تم پننہ وقتہٕ کہ حلقہٕ منزٕ آزاد سپدِتھ پننۍ غم، فکرٕ تہٕ اندیشہِ مُشرِتھ شاعرٕ سندس زمانس منز واتان تہٕ امہ زمانہ بدلہٕ سٕتۍ چھُ تمن سکون، جوش، تفریح، سوکھ، سبق، حوصلہ، انبساط یا رنج میلان۔ نہ زِ کانہہ کارآمد علم یا کانہہ مادی فایدٕ۔ تٔوۍ چھِ شاعری ہند ذوق تھاون وألی گیوٚن محفلن منز بہان، یا لوٚب کُن ہِہتھ فرصتہ سان شاعری کتابن منز پران۔ یہ "کأم" چھِ شاعری ہُند ذوق تھاون وألی انفرأدی صلاحیتہ تہ عادتہ مطابق انفرأدی طور پٮ۪ٹھۍ سٕندِ مشورٕ ورأے کران؛ اَتھ عملہ منز چھُنہ درمیانہ دارس کانہہ حصہ۔

مگر یتہِ چھُ پزر زِ شاعری ہنزِ تخلیقی کامہِ لرِ لوٚر چھےٚ بیا کھ "کأم" تہِ پتھ وٕتھ جأری روزمٕژ یمیُک مقصد بظاہر شاعری ہُند ذوق تھاوَن والیٚن ہندِ باپتھ

شاعری ہنز ویژھنَے ،شاعرانہ خوبین تہ خامین ہنز نشاندہی کرنی تہٕ پیش کرنہٕ آمتس تجربس متعلق ذاتی رویہ تہ ردِ عمل تجزیہ تہٕ تشریح کہ ذریعہ پیش کرُن چھ۔ یہ ''کامہ'' کرن والین چھ نقادونان تہ اَتھ ''کامہ'' چھِ تنقیدونان۔

تنقیدچ کأم چھےٚ تخلیقی کامہِ نشہِ اکھ الگ ''پیشہ'' تہ اتھ چھِ پنٕنۍ الگ ضابطہ تہٕ اصول۔ شاعری پرناونہٕ باپت شاعریہ ہنز تشریح کرنی چھےٚ تدریسچ کأم تہٕ شاعری ہُند تدریس گوٚ ونہ تنقید۔ تنقیدس منز چھ تشریح تہ تجزیہ کرنہ علاوٕ نقادٕ سُند پنُن ذاتی نقطہ نظر ،زندگیہ ہُند پنُن ذاتی تجربہ تہٕ تمۍ سُند مختلف علمن ہُند وسیع مطالعہ شامل۔ کُنہ شعری تخلیقہ منزٕ اخذ کرنہٕ آمُت معنی مفہوم ہیکہِ نہ تی اَستھ یہ پانہ شاعرن باونچ کوشش کرمژ آسہِ۔ بعضے ہیکہِ یہ تتھ برعکس اَستھ۔ یہ چھُ سراسر نقادٕ سُند پنن معنی مفہوم یُس سُہ شاعری ہندس ساختس ویژھنَے کرنہٕ ستی یا پھٹراونہٕ ستی پننین لفظن منز پیش کرنچ کوشش چھ کران۔ یہ کأم چھےٚ تخلیقی کامہِ برعکس تجزیاتی یا انہدامی کأم۔

شاعری رٲوی پنٕنۍ تم ہاوسناک بوزن وٲلۍ تہٕ پرن وٲلۍ تہٕ یہ لچ پنٕنۍ اہ دار مُدرّسن ہندٮ۪ن اتھن منزٕ۔ نصابس منز شامل کرنہٕ ستی ووتھ اَتھ مول تہ مرتبہ تہٕ وونۍ چھِ تم لُکھ اَتھ پرناونہٕ باپت مجبور یمن نہ امیک کانہہ شوق تہٕ ذوق چھُ۔ وونۍ چھِ اَتھ تم طفلہ پران یمن امتحانچ مجبوری چھےٚ۔ شاعری آیہ بازر کڈنہ، کننہ تہٕ ملہٕ ہینہٕ۔ یہ چھےٚ وونۍ اشاعتی وسیلہ ستی نفع، انعام، تہ پیشہ حاصل کرنک مال۔ شعری تخلیقن ہُند تجزیہ، تفسیر، تہ تشریح کرنس یعنی امہ کِس مولناونس چھِ ونان عملی تنقید۔

عملی تنقید چھُ لہٰذا اکھ پیشہ۔ یہ چھُ کُلہم تنقیدک اکھ شعبہ...... محض اکھ شعبہ، یِمہِ کأم کُنہِ مخصوص ادب پارس منز پیش کرنہ آمتس تجربس تہٕ تمہِ چہِ باوٕژ ہُند نثری تجزیہ کرُن چھےٚ۔ یہ کأم چھےٚ نہ صرف معتبر تہٕ پیشہِ ور نقادن ہنز کأم بلکہِ چھےٚ یہِ تمن سار نہٕ لگُن پننہِ پننہِ بترٕ تہٕ مقدورٕ مطابق کرٕنی پیٚوان یمن شأعری درسی طور پرنٕچ یا پرناونٕچ مجبوری آسہِ۔ چونکہ سارٕے شأعری چھےٚ زبانہِ ہُند مخصوص ورتاو، امہ کہ عملی تنقیدچ کأم چھےٚ عقلہ تہٕ استدلالہ کہ ذریعہ یہِ ہاوُن زِ کُنہِ شعری تخلیقہِ کِس متنس منز کتھٕ پأٹھی تہٕ کتھ حدس تام چھِ لسأنی ساخت مقصود اثر، یا تتھ برعکس اثر، پأدٕ ہیکی متی کرِتھ۔

عملی تنقید چھ شاعری ہُند روح یعنی امیک ابہام تہٕ شیرازٕ پھُٹراوُن، امہ کہ حسنُک حجاب تھوٗ ڈلُن، امیک سارعریان کرُن تہٕ پتہٕ پننس ''غیر تخلیقی'' نثری عبارتس منز پیش کرُن۔ عملی تنقید چھُ لہٰذا جبری کار یتھ منز نقاد تہٕ قاری شامل چھِ۔ عملی تنقید چھُ لہٰذا گوڈنیتھے اکھ پیشہ، اکھ کسب یا ہُنر زانُن۔ تہٕ کارکسب گوٚو تژھ کانہہ عمل یتھ منز محنت لگہِ۔ تہٕ زن گوٚو نقادس چھُ دردست تخلیقک شیرازٕ پھُٹراوِتھ امہ کیٚن بیوٚن ساختن ستی منسلک معنی بدٕ کڈُن یا پنُن کانہہ معنی دیُن۔ امہِ باپتھ گژھِ نقادس باقی ادبک وسیع مطالعہٕ آسُن تکیازِ پریتھ کُنہِ ساختس چھُ تخلیقہِ نیبر باقی ادبہٕ کیٚن تصورن تہٕ روایتن تہٕ بسیار ساختن ستی نامیتی رشتہٕ اوٚسنی چھُنہٕ تنقید محض تحسین یا تحقیر، یہ چھُ اکھ صبر آزما محنت طلب کار۔

ووٚن گوٚو واریاہ شأعری چھےٚ تژھ تہٕ زِ اتھ چھنہٕ عملی تنقید کہ چھُہ لگنچ تہٕ

کنجائیش، سو گیہِ سوزٕ سازٕ چ نغمأتی شأعری۔ مثلاً رسول میرنس یتھ مقبول عام بأتس کیاہ سناہ ویژھنے کروتہٕ کیازِ کرو؟

رندٕ پوشہِ مال رِگند نے درایہِ لوو شوبہِ شاباش چانہِ پوٚت ژھایہِ لولو

یا غالب رِنس یتھ خوبصورت شعرس کیاہ کرِ عملی تنقید: ''دلِ ناداں تجھے ہوا کیا ہے/ آخر اس درد کی دوا کیا ہے''۔ یژھِ شأعری ہیکہِ عملی تنقید صرف تہٕ کھل کٕرِتھ یا ''واہ! مرحبا! آفرین!'' وٕنتھ۔ وژنن تہٕ غزلن ہنزٕ اکثر شاعری متعلق ہیکہ نہ عملی تنقید لگھار اَسی تھے۔ اتہِ چھےٚ صرف عروض دانن ہنز کودٕ کأ کلِ ممکن۔

عملی تنقید اکھ مجبوری یا پیشہِ آسنہٕ کنی چھُ یہ پیٚہم سپدان تہٕ اکثر چھُ امیک حاجت۔ یہ حاجت زأنتھ چھُ ضروری بنان زأسی زانوزِ عملی تنقیدک طریق کار کیاہ چھُ۔ امہ کہ طریق کارُک انحصار چھُ درپیش شعری تخلیقہٕ کِس نوعیتس پیٹھ۔ تہٕ شاعری چھنہ اکی نوعیچ۔ اَتھ چھِ مختلف صنف، رنگارنگ اسلوب، بسیار بلاغتی ترکیب، تہٕ عروضی نظام۔ اتھ ہیتی ہیتی چھِ اَتھ منز شأعرٕ ہندِ زمانہٕ چہٕ اخلاقی قدرٕ، جمالیاتی روایژ، سمأجی تہٕ ثقافتی پس منظر، فکری ترایہِ، علم، تمی ہنز نجی زندگی، تمی سندِ زمانہٕ کین تہٕ تس برونہہ زمانہٕ کین شأعرن ہندی اثرات، تہٕ گٔلس پیٹھ تمی ہندِ زمانک لسأنی صورتحال...... عملی تنقیدس چھُ بہرحال یمن سارِنے ترکیبی عنصرن کُن توجہ کرُن۔

شعر پارس پیٹھ کینہہ وننہ برونہہ یا لیکھنہٕ برونہہ چھُ عملی تنقیدس یہ وچھُن ژلس برونٹھ کنہ شعری تخلیق کتھ صنفس منز چھُ۔ چونکہ پرٛتھ صنفس چھِ پننی موضوعی

تہٕ ہیتی تقاضہٕ، عملی تنقیدس چھُ وچھُن زِ کیا دردست تخلیق چھا تم تقاضہٕ پوٗر کران کہ نہ۔ یتہِ چھُ سوچُن زِ امہ تخلیقہٕ باپت ماروزِ ہے بیٚیہِ کانہہ صنف زیادٕ موزون۔

أسی گژھوٗ نہ اکہ شعری صنفکی قاعدٕ تہٕ ضابطہ بیٚیہِ صنفہٕ باپت ضروری زاننی۔ مثلاً اگر تخلیق کانہہ مثنوی چھےٚ، اتھ منز چھےٚ بیوٚن بیوٚن شعرن ہندِس حسنس ثانوی اہمیت تہٕ کُلی فنی کمالس تہٕ تمہ چہ اثر آفرینی گوڈنچ اہمیت۔ اَتھ منز چھُ یہ سرٕ کرُن زِ موضوعہس ستی چھا انصاف سپُد مُت، واقعہ چھا ترتیب بند طریقہ واش ہیوٚ کمت کڈتھ، منظر نگأری، کردار سازی، تہٕ جذبات نگاری منز کیاہ حسن تہٕ قبح چھُ تہٕ یہ کمہ اعتبارٕ چھےٚ ژارنہٕ آمتس موضوعہس یا واقعہس پیٹھ منی باقی مثنویو نشہِ مختلف۔ اَتھ برعکس اگر دردست تخلیق مُختصر نظم آسہ، تتھ منز چھُ بیوٚن بیوٚن لفظن ہندس مناسبتس تہٕ تہندس باہمی رشتس کُن توجہ کرُن تہٕ بیٚیہِ یہ وچھُن زِ نظمک اختصار کتھ حدس تام چھ پیش کرنہ آمتہ تجربہ کس اختصارس ستی متناسب۔ کینژن مختصر نظمن منز چھُ غیر ضروری اختصار تہٕ کینژن منز غیر ضروری طول۔

دوٚیم سوال چھُ نقادس یہ زانُن زِ دردست شعر پارس منز کُس چھ باوَکھ۔ یہ چھا پانہٕ شاعر، کنہ کانہہ کردار۔ یہ زاننہ پتہ چھ وچھُن یہ زِ یہ شعر پارٕ کیاہ چھُ تس باوکھس متعلق ٲنیر اوان۔ اکثر شعری تخلیقن منز چھُنہٕ باوکھ پانہٕ شأعر بلکہ شأعرٕ سندِ ذٔسی مقرر کرٔمژ کانہہ غیر شخصی آواز۔ مثلاً لل دیدِ ہندس۔ یتھ واکھس منز چھےٚ نہ باوکھ پانہٕ لل دید بلکہ اکھ فرضی کردار یُس أکِس روحانی دُژیٚتس منز گیر چھُ:

اوم پن، سوٚدرس ناوِ چھُس لمان کتہٕ بوزِ دَے میون میٚتہِ دیہِ تار

آمین ٹاکیٚن پوٚنۍ زَن شرٛ مان زُو چھُم برمان گرٕ گژھ ہا

واکھس منز چھُ مرکزی کردار تن تنہا مسأفرأ کس اَنتھ روس سمندرس منز ناوِ منز اپور ترٛنہٕ باپتھ جہدس منز۔ مگر مسافر چھُ زانان زِ سُہ چھُ اوم یعنی کمزور۔ مگر تس چھُ یقین زِ دَے دِیہ تس پانَے تار۔ مسافر چھُ ونان زِ زندگی چھےٚ اکھ سنہٕ سوٚن تہٕ بےٚ گنڈ سوٚ در، تہٕ بہٕ چھُس/چھس اَتھ سوٚ درس منز باگ پنُنہٕ وجود چ ناو ہیٚتھ۔ میون زُو چھُ نہایت اوم یعنی اوٚ ژھ۔ کانہہ بوٚ رٕ چھُم نہٕ اَتھ زُوٚس پیٹھ زِبہٕ واتہٕ سیٚز وِتہِ پنُنس منز لس تام۔ بس چھُم اکھ سَتھ، سو چھُم پنُنس دیہ ہنز۔ کاش! سُے مےٚ اتھ روٚٹ کرُن تہٕ نجاتچ وَتھ ہاوُن! یَتھ مادٔی دُنیاہس منز چھُس/چھس بہٕ پنُنہٕ آگرٕ نِشہِ یعنی پنُنس معبودس نِشہِ دور تہٕ توٚ ے چھس راتھ دوہ تِتھے پأٹھی واپس تس نِش واتنہٕ باپتھ کریشان یِتھ پأٹھی اَمِس کترِ وس بانس منز آب رأسی چھُ گرشھان۔ مگر مےٚ چھےٚ پیہم کوشش کرٕنی تکیا زِ سُے چھُ میون تار دِنہٕ و وول تہٕ سُے چھُ میون آدنہٕ گرٕ۔

لفظہٕ ترکیب ''آمہِ پانہٕ'' ہیکون پانژن معنین منز نِتھ۔ (لل دید ما چھےٚ پرزِھنس؟) یہِ چھےٚ پنٛنی پنٛنی قرأت۔ پرانیٚن نُسخن منز آسی نہٕ کأشرِ ین مصوتن ہندِ باپتھ اعراب۔

i۔اوم!پانہٕ =اے خُدایہٕ! (شار داتہٕ دیوناگری نُسخن منز چھُ گوڈنیک لفظ **اوم**)

ii۔اوم پانہٕ=اوٚژھ پانہ)

iii=آمہِ پنہٕ (سو پنہٕ داویوسہٕ آچھر چھےٚ)۔

iv۔ آپنہٕ = ( آپنھ یعنی آش ہٕیتھ )

v۔ امہٕ پانہٕ

ترٛیٲیم مرحلہ چھُ یہ زانُن زِ باوکھ سُند اوند پوکھ یعنی زمانٕی مکانٕی صورتحال کیاہ چھُ۔ کانہہ تہ کردار ہیٚکہِ نہٕ زمانہ تہ مکانہ کہ دٲیرٕ نیبر ٲسِتھ تھٕ۔ شعر پارس منز چھِ شاعرن بےٚ شونکی پٲٹھی تھِتھ لفظ ورتاوی مٕتی آسان یمن منز باوکھ سُند یا مرکزی کردارٕ سُند جایُت ہوومُت چھُ آسان۔ تِکیازِ شعرُک پس پردٕ ''واقعہ'' ہیٚکہ نہ پیش منظرٕ (foregrounding) ورٲے ممکن سپدتھ۔ نِو شاعری منز چھےٚ یہ کتھ ٹاکارٕ۔ سری شاعری منز تہِ چھُ سُے شعر پُرقوت یتھ منز کانہہ پیش منظر آسہِ۔ ضروری چھُنہ یہ پیش منظر آسہِ تاریخی (یوٚ دوَے تاریخیت لفظن ہندِ انتخابہٕ ستی لازماً بروٛنٹھ کُن یوان چھےٚ)، مگر وقت تہ مقام چھُ شعرُک ازٕ ہیٚن جُز۔ وقت تہ مقام ہیٚکہِ حقیقی تہ ٲسِتھ تہ ماورایی تہِ۔ یمَے حوالہ چھ شعرٕ کی پیکر متعین کران۔ مثالہ پٲٹھی نِو کانہہ تہ مستند للہٕ واکھ یا شیخہ شرُک۔ یہ واکھ وچھو:

یتھ سرس سری پھوٚل ناوٚیڑ ے  تتھ سرِ سکلو پوٚنی چیٚن
مرٛگ، سرگال، گنڈی زلہٕ ہستی  زیٚن نا زیٚن، توٚ تےٚ پیٚن

للہِ چھُ تیُتھ اکھ وجدٲنی منظر دیدمان کوٚرمت یتھ منز ازل تا ابد قایم اکھ سر چھُ: اکھ لانہایت لبالب سر، تیوٚت مکمل زِ اتھ ہیٚکہ نہ اکھ لوکٹ سری دانہ تہ ویٚپتھ۔ مگر عجب چھُ یہ زِ سٲری (سکلو) چھِ امی سرٕ منزٕ ترٛیش چیوان یعنی حیاتی پراوان۔ سٲری...... ہرنہٕ (مرٛگ)، شال (شرٛ گال)، گنڈی (گرنڈی یا گینڈا)

زلہٕ ہٕسی ( آبس منز پرٛتھن وأل ہٕسی ) چھِ اتی نیران۔ مگر عجب چھُ زِیم ساری زاۂمتی (زیٛن) یا نہ زاۂمتی (ازیٛن) چھِ مُرتھ أتھی سرس منزٕ پان۔ شاعرن چھُنہٕ معنی تہٕ مفہومس کن کانہہ تہٕ اشارٕ کوٚرمت بلکہ چھُن پنُن سورُے زور تشبیہہ کِس اجمالس تہٕ ارتکازس پیٹھ خرچ وومُت۔ امیک حسن چھ منظرچ دیدنی۔ قاری ہیکہ پننہ منشہ اتھ منز واریہن شیٖو سوترن ہنز شعری باوتھ ژھأرِتھ یا واریہن قرآنی آیاتن ہنز۔ شعری جمالیات چھ شاعری ہند پیش منظر، تجسیمیت، اجمال تہٕ ارتکاز اوٚلین زانان۔

بعضے آسہِ شعر پارس منز کُنہِ گذریمتہ زمانُک کانہہ واقعہ یا صورتحال، وچھُن چھُ گوڑٕ یہ زِ سہ صورتحال کیاہ اوس تہٕ تتھ کیاہ رشتہ چھ باوکھٕ سندس صورتحالس سٕتی تہٕ تمہ پتہ سائنس صورتحالس سٕتی۔ مثلاً:

ڈٕمی ڈیٛنٹھم ندٕ وَہہ وٕنی     دمی ڈیوٗنٹھُم سُم نہ تار
دمی ڈیٛنٹھم تھٕر پھولونی     دمی ڈیوٗنٹھُم گُل نہ خار



ڈٕمی ڈیوٗنٹھُم شبنم پیٛوان     دمی ڈیوٗنٹھُم پیٛوان سور
ڈٕمی ڈیوٗنٹھُم گٹہٕ پَچھ ہیٛوان     دمی ڈیوٗنٹھُم پھولوٗن نور

یمن شیٖچہٕ شرُکین منز چھُ شاعر/ باوکھ اَتھ صورتحال مدِ مقابل تھوان تہٕ پانہ یہندس ترتیبس پیٹھ خاموش روزتھ سورُے کینہہ بوزکھس پیٹھ تراوان۔ وجودٕ کین عنصرن تہٕ مظہرن ہنز ازلی جدلی عمل تہٕ پریتھ کنٛہ بے ثباتی چھےٚ پانٛی پانے

عیان سپدان۔ شاعرٕ سُند ڈینشن آسے چھُ واضح۔

ژورِم مسلہ یُس عملی تنقیدس تُلن پزِ چھُ یہ زِ درِدست شعر پارٕ کُس متنس منز کمن باقی شعری، فکری یا تاریخی متنن ہنز اَڈرن چھےٚ۔ شعرچ عظمت چھےٚ اَتھ اَڈرنِ منز تہ مضمر۔ یتھٕ پاٹھۍ شاعرٕ سندِ باپتھ علم تہ مطالعہ (کتابی یا اکتسابی) لازمی چھُ، تتھے پاٹھۍ چھ یہ قاری سندِ باپتھ تہ لازمی۔ عملی تنقید ہیکہ نہ امہ روس ہرگز تہ معتبر آستھ۔ متنچ بین متنیت (intertextuality) یا رولان بارتھ (Roland Barthes) نہ ونہ بین شُعبیت (interdisciplinarity) چھےٚ تخلیقی ادبچ عظمت بشرطیکہ شاعرن پننہ بصیرت تہ کسبہٕ ستی بسیار متنن تتھٕ پاٹھۍ اَڈرن آسہِ کرمژ زِ نُدرت بنہ امیُک حُسن۔ پرٛتھ کُنہ تخلیقُک نادر آسُن چھُ ناگزیر۔ تہ زن گوٚ ونہ گرٛژھِ امہ برونہہ کانٛسہ یُتھ ووٚنمت آسن، تہ یتھ نہ بدل پاٹھۍ ونِنچ کانہہ گنجایش آسہ۔ شاعری منز چھُ کسب تخلیقچ زور آزمائی یمہِ ستی متنن ہُند حلول تہ انسلاک ممکن چھُ سپدان۔ نی تو یہ شیخہٕ شرُک:

کُس ییہِ ژےٚ کُن بے غرضیے　　　　کس آسہِ دِلس تیُتھ وُسعت
جنتکِ ہاوسہٕ دوزخنہِ بیے　　　　دیہِ چھی کران عبادت

سارنے شیخہٕ شرُکیٚن ہندی پاٹھۍ چھُ اَتھ شرُکس منز تہ گوڈنیتھے اکھ پھولوٚن مزاح (للہٕ واکھو نشہِ اکھ بنیادی پھیرٕ ہاو خصوصیت) تِکیازِ شیخ العالمس چھ انسانہ سندِ وجودٕ کہِ بنیادی (absurdity) ہُند شدید احساس۔ سُہ چھُ پننہ زمانہ کیٚن ریاکار مذہب زدن پیٹھ برہم تِکیازِ تم چھِ عبادتک جوہر مشرِ تھ عبادت

تہِ یِمی فانی عالمہ کیو ماٗدی مصلحتو کِنۍ کران یِیلہٕ زن عبادتک اصل جوہر احسان چھُ۔ بے غرض تہٕ بے لوث احسان۔ تصوفُک یہ نُکتہٕ چھُ شیخ العالمس برونہہ تہٕ تس پتہٕ بیٚیہِ تہِ کینژ وصوفی بزرگو تہٕ شاعرو تِتھی نے ٚ رمزن تہٕ کنایَن منز وٚنمُت۔ مثلاً حضرت رابعہ بصریؒ ہُند اَکِس اَتھس کیٚتھ آب تہٕ بیٚیس اَتھس کیٚتھ نار یِتھ پھیرُن زِ آبہٕ ستی کرن جہنم ژھیٚتہٕ تہٕ نارٕ ستی زالن جنت۔

عملی تنقیدُک پانٔژِم مسلہٕ چھُ تِمن تمثیلن، تاریخی، نیم تاریخی، تہٕ عقیدتی حوالن ہنز نشاندہی کرٕنۍ، تخلیقہٕ کِس کُلی ساختس ستی تِہنز موزونیت سر کرٕنۍ تہٕ تِمہ نسبتہ پننہِ ذاتی مطالعہ کہ مقدور تِمن باقی متنن ہنز مطابقت ژھارٕنۍ یِم عالمی ادبس منز آفاقی (universal) چھِ۔ امہ طریق کارٕ چھُ عملی تنقیدٕ ژ کہ تقابلی تنقید۔ مثالہِ کنہِ نی توٚ مشہور تہٕ مقبول صوفی نظمہٕ: اکھ شمس فقیرٕ نی نظم ''دشُنۍ یاہہٕ گرٕ ژھتھ'' تہٕ ز، رحمان ڈارٕ نی نظم ''دشش رنگ''۔

گوڈٕ ''دشُنۍ یاہہٕ گرٕ ژھتھ''۔ اَتھ چھُ وجوٗد چھِ ازلی بے ہیت تہٕ بے ثبات کیفیژ پیٹھٕ انسانہٕ سنٕد بوٗ دسپدنک، عالی مقام بننک، تزکیۍ تہٕ پتہٕ نجات پراونک روحانی سفر نہایت موٗختصر پاٹھی نظمہِ ہنز ہیٚژ منز تمثیلی آیہٕ پیش کرنہٕ آمُت۔ آدنہٕ اوس نیستان (وچھو محمود گامی سنٕز نظم ''وَنے دردِ نیستان'')۔ سورے اوس اننتشار تہٕ کانہہ ناوتہِ اوٗسُس نہ۔

الفس تہٕ میمس اُس مِلوَنے ، اٗنس مَل پیوٚ وگوٚ وحیران

د، ذ، ر، ز، ص، اوس پَنے ، وَنے دردِ نیستان

نابۆدِ منز بۆد بارسس یُن اوس عشقچ حوصلہٕ مندی ہُند نتیجہٕ تہٕ شمس چُھ اتھ

ماورایی واقعہس بدلونٛین منظرن منز پیش کران:

شُنی یاہ گرِھتھ اوس میون اوے

اُمی عشقہٕ نازن زولیے

گنرس تروونم روٗنہِ منزولے

شرِونی شرِونی بوزان ژاس

آدم اوس عقیدٕ مطابق معبودن پننہ صورژ منز تخلیق کۆرمُت:

**So God created Man in his own image.**
**(Genesis. 1: 26-27)**

یا حدیث قدسی مطابق جوٗدِ کہ بارسس ینک بنیاٰدی سبب چھُ عشق۔

**کنت کنزاً مخفیا فاحببت ان اعرف فخلقت الخلق**

(اکھ گُپتھ خزانہ اوسس، پنن پان زانُنک محبت گوم تہٕ کٔرم مخلوق پأدٕ)

تہٕ زن گۆوحق اوس پنُن جمال یژھان وُچھُن تہٕ کاینات بنوون امہ باپتھ اُنہٕ۔

ظہورسپد نکس اتھی شوقس چھ صوفی عشق ونان۔

مگر اعلیٰ مرتبہ اُستھ تہِ اُس آدم سندِس تعمیرس منز گُپتھ خرٲبی۔ غالبہٕ نٛین

لفظن منز:

میری تعمیر میں مضمر تھی اک صورت خرابی کی

ہیولیٰ برقِ خرمن کا ہے خونِ گرم دہقاں کا

(واوس ستی ملون) زِ دنیا کاوٕ یٔینہٕ وول زأنتھ تہِ سپُد سُہ پننہِ منہ متھِ ہُند شکارتہٕ

گُناہن ہندِس کریڈ زالس منز آوِیٛنہٕ۔ بقول غالبؔ:

پنہاں تھا دامِ سخت قریب آشیانے کے
اُڑنے نہ پائے تھے کہ گرفتار ہم ہوئے

کوہتہٕ بال ڈیٛنٹھم نارٕ ستی دزان
آب مےٚ درینٹھی آم کولیے
زاِل مےٚ درینٹھی آم سبز درمناہ
تتھی یارٕ ولنےآس

جانؔ مِلٹنن چھُ یوٚ ہےَ واقعہ یتھہٕ پاٹھی بوومُت:

**There stood a hill not far, whose grisly top**
**Belched fire and rolling smoke.**
**(Paradise Lost : Book I)**

تہٕ شیٚخ نورالدینن چھُ وٚنمُت:

دُنیہکس تِتس مِتس نارس
گُلِ انارس دِتم گتھ

رازٕ ہونز، کاوتہٕ راتہٕ موگلہٕ سنز حکایت چھےٚ تمثیل بنتھ اَتھ ازلی المیس بیٛیہٕ ہن معنہٕ ساوِیٛر بخشان۔ رازٕ ہونز چھُ زالس منز پھسان تہٕ کاو چھُ یوٚ ہےَ شیٛچھ ہیٛتھ راتہٕ موگلس نِش واتناوان۔ دانا جانور راتہٕ موگُل چھُ کاٗر بون کُن ژھٗنتھ موٗدمُت لاگان، تہٕ کاوچھُ واپس پھیرِتھ قید گمی تِس رازٕ ہونزس یہ خبر بوزناوان تہٕ رازٕ ہونزس چھُ اشارٕ بوزُن تگان۔ موٗدمُت لاگان تہٕ زالہٕ منزٕ یلہٕ سپدان۔ شاعر

چھُ زوالہٕ برونٹھ انسانہٕ ہنز عظمت یمن لفظن منز باوان۔

تھز رے تھز رے راز اہ اوسُس

ازلَن ڈیٖتنم زولیے

کرٕ لی سُرمہٕ أچھن لوگنم

دشمن گوم لتہٕ داس

انسانہٕ سُند دشمن ابلیس اوس تسُند لتہ داس مگر سے چھُ تس منمتھِ ہُند انہِ گوٹ أچھن ژھنان تہٕ تس فریبس منز گرفتار کران۔ وِزِ وِزِ چھِ تس بازینگ تلقین سپدان تہٕ ہاتفی تہٕ پیغمبر چھِ تس وتہٕ ہاوَ کھ بنان مگر سُہ چھُ کجروی پیٹھ بہ ضد۔

انسانہٕ سُند ازلہٕ رٕژر چھُ تس ہمیشہِ حقیقت کِس تلاشس منز بیقرار تھوان تہٕ پنُن چھلہٕ چھانگرِ گوٗمُت وجود (موکھتہٕ ہار) بازیاب کرنہٕ باپتھ سوٗ درس زألی دیاوان۔ تلاشِ حق چھُ أخرتس آگہی دِوان۔ تسنز ''شش کل'' چھےٚ بیدار گژھان۔ (شش کل ہیکہِ شیومت مطابق ''شیش کل'' زانِنہ یتھ یُس گُنڈلنی وُزنہٕ انسانہٕ ہندس روحس منز آبشارٕ کی پأڈھی بُھ چھےٚ دِوان) سَتھ ناگ چھِ تصوفکی سَتھ حجاب (وچھِو: **کشف المحجوب**)

اَتھ جایہِ وأتتھ سَتھ ناگ ڈیٖنٹھِم

پتھ ناگ چھےٚ آبہٕ چھولیے

آگہی بیدار گژھتھ تہِ چھ سالکس دمہٕ دمہٕ خبردار روزُن پیٚوان، استکبارٕ تہٕ غفلتہٕ نشہِ دور روزِتھ پننہِ خود آگہی ہنز رأچھ کرٕنی پیٚوان۔ تس چھِ ساعتہٕ ساعتہٕ

اَمِچ ژینہ وَن دِنہٕ باپت رہبر سوزنہٕ یوان۔ یتھ پاٹھی چھےٚ "شُنی یاہہٕ گرٕھتھ" تعمیر چ تخریبچ تہٕ راونٕچ تہٕ پوٚتُس دوبارٕ پراونٕچ تمثیل۔

شش رنگ چھےٚ رحمان ڈارٕنی سارؠوے کھوتہٕ مقبول نظم۔ یتھ عظیم گلوکار مرحوم عمہٕ صوفی لافانی طرز دیتُمت چھُ۔ اَتھ بظاہر عشقیہ نظمہِ منز چھےٚ اکھ لولہٕ مٔژ زنانہ کردار پننہِ وٚرٕچ، ہجرچ تہٕ فراقٕچ دلیل بوزناوان۔ مگر نظم چھےٚ پننیو رمزو تہٕ کنایو کِنی اکھ مربوط تمثیل۔ یتھ منز کُل وجود باوکھ چھُ یُس نابوٗد منزٕ بوٗد گرٕھنچ، بودس منز یتھ پننہِ آگرٕ نشہِ ژھیٖنہٕ گرٕھنچ، تہٕ ژھیٖنہٕ گرٕھتھ اکہِ لامتناہی فراقٕچ وکھنے دوکھ ہرٕ نسوانی لیہِ منز کران چھُ۔

شش رنگ نظمہ ہنز لولہٕ مٔژ چھےٚ مختلف زبانن منز تمن اساطیری نسوانی کردارن ہندس قبیلس منز شامل یمہٕ امی آیہ پننہِ ہجرٕک دوکھ باوان چھےٚ۔ شش رنگٕچ لانی مأرلولہٕ مٔژ چھےٚ اِشترٕ (ISHTER) وو پزیہِ ہنز دیوی۔ یوٚ سہ پننس آدنہٕ یار تامز (TAMMUZ) سندس راونس پیٹھ تلپاتالن وٚنی دِوان چھےٚ تکیاز تٔمی سندِ راونہٕ چھےٚ کاینات چ سارٕے تعمیری عمل تھامہِ گمٕژ۔ یہ دود چھُ عالمگیر:

یہ دود چھُ نرن مادن تے

شش رنگٕچ لولہٕ مٔژ چھےٚ تمن انہری شن ستی تنہِ مٔژ رتھ وٚچھ ژٹان یمہٕ پرٕیتھ وٚرِی یہِ اشترٕ ہندِ بدلہ تامزس نادلایان چھےٚ:

چانہِ دادے باغہٕ پوٚشن سریہہ تہٕ ہوٚکھ
چانہِ دادے پھوٚج نہ مأدانن پھلے

چانہِ دادے ویرِ وارن سرٛیہہ تہِ ہوٗکھ
چانے دادے پوشہِ چھارۍن موٗل ہوٗکھی

( بابلُک اکھ قدیم بأتھ۔ وچھِو : جے جے فریزر۔1922ء گولڈن بوَ ( مختصر ایڈیشن ،ص:429)

شش رنٛگہٕ لولہٕ مُرٕ چھے آیسز (ISIS) یوسہٕ پنٕنہِ موٚت اوسایرِس (OSIRIS) ژھاران چھےٚ یُس بُترٲژ ہنٛزِ دیویہِ آسمأنی دیوتا ہس ستۍ وصل کرنہٕ پتہٕ زایوو۔ سو چھےٚ تس نادلایان:

میانہِ متیو، مےٚ نو ییٚتہِ وار ، گرٕ واپس پھیرتو
کانہہ نہ دشمن کانہہ تہِ نو تھار، گرٕ واپس پھیرتو
ییٚہٕ وچھتم اکہِ نظرے، یوٚدٕ ژٕ نظرو دور چھکھ
چشمہ لوسم، چھس بیقرار، گرٕ واپس پھیرتو

وچھِو : جے جے فریزر۔1922ء گولڈن بوَ۔ مُختصر ایڈیشن ،ص:482)

شش رنٛگہٕ لولہٕ مُرٕ چھے مرزا غالبؔ نہِ شعرچ زنجبأری لولہٕ مُرٕ:

زنجباری زن بہ ماتمِ دیو

شش رنٛگہٕ لولہٕ مُرٕ چھے کولرج نہٕ "کُبلا خان" نظمہِ ہنٛز سو حبشی لولر یوسہ وأران جہتن پھیرتھِ پننس دیوی عاشقس نادلایان چھےٚ:

A savage place ! as holy and enchanted
As e'er beneath a waning moon was haunted
By a woman wailng for her demon lover!

پرٛیتھ کُنہِ زبانہ منزٕ میلن أمِس فراقہ ہٕنٛ لولرِ ہنزٕ مماثلژ۔ رحمان ڈارس اوس نہٕ یمن تہٕ یژھن باقی وار یہن دلیلن تہٕ تخلیقن ہُند مطالعہ۔ مگر تخیل چھُ اتھ سری معاملس آفاقی اظہار دِوان۔ اِو کَنہِ چھےٚ شش رنگ نظم پننہِ محدود مجازی معنیہ نشہِ آزاد تہٕ کُل انسان ذأژ ہُند مشترک فراقُک آرکیٹایپ (archeype) لسأنی صورژ منز بروٚنٹھ کُن انان۔ گوڈٕ پیٹھٕ اندس تام شہوالتس شباہت دِتھ تہٕ ییٚلہِ نظمہ ہندس اندس پیٹھ یُتھ ہیوٗ شعر یوان چھُ، پرن وول چھُ نظمہ نِو اندازٕ پران تہٕ حظ تُلان:

حیرتن چھُ رحمان وٕول معرفتن تَے
شش رنگ وُنُن دفعتنہٕ

شش رنگچ لولر چھےٚ کُل آدم ذاتھ، ازلہ آگرٕ نِشہِ پننہِ ازلہ گُناہہٕ کَنہِ پٔنُن تھوٚد مرتبہ راوِتھ، جدا گژھِتھ، فراقس منز نجاتہٕ باپتھ نالہٕ زار۔

پننِس معبودس سٟتی ہر ساعتہ واصل آسنہٕ پتہٕ، زوال، ہجر، تہٕ ہجرس منز وصلُک اضطراب چھُ پتھ وَتھ سریت پسندو شأعری ہُند موضوع بنومت تہٕ شہوأتی شباہتس منز پیش کوٚرمُت۔ شأہدتہ مشہود، شِوتہٕ شکتی، اشترتہٕ ٹامز، لیڈا تہٕ رازٕ ہأنز، آیسزتہٕ اوسارِس، ایکوتہٕ نارسیسس...... روحانی تجربن ہنزٕ باوٕژ خأطرٕ بسیار رنگ شہوأنی شبیہ ورتاونچ روایت چھےٚ پرٛیتھ قومس منز نغمأتی لہجہ رٹان۔ اتھ بہترین مثال چھےٚ ہندوستأنی گیت، خاصکرِتھ امیر خسروسندی یمن منز نغمس سٟتی رقص تہٕ جورِتھ چھُ۔

شش رنگ نظم چھےٚ کُلس پیٹھ اکھ مربوط مگر ؤہرِتھ پیکر تہٕ اتھ کامیابی چھےٚ

یہ زِ یہ پیکر چھُ لیکھتہ شعرِ ورأ ے امہ کہ فکری پس منظرِ نشہِ آزادتہ کفیل۔ امیک تاثر چھُنہِ افہام تفہیمس تابع۔ یہ چھُ گوٚن تہٕ بوٚ رُت پیکر، جذباتن ہنزِ گتہِ ہنز شباہت ،اضطراب،جوشچ تہٕ ازلہِ ارؤہِ رچ کیفیت بریہل نسوأنی بدنس منزٕ ستھ آمژ۔

شش رنگُک قوت چھُ امہِ کس صوتی آہنگس منز تہِ۔ گیونس منز بوزنہٕ وِ زِ چھُ باسان زنتہٕ یہ گیٚون ترنگےٕ یوت چھےٚ۔ یہ چھےٚ مرحوم عمہٕ صوفی نِس طرزس منز تیزٕ پُراثر زِ بوزَ کھ چھُنہٕ ترنگہ منز شامل لفظن ہندس معنیس ستنُک ہوش تہٕ تھوان تہٕ نہ طمع کران۔

نظمہ چھ شےٚ بند تہٕ پرتھ بندس چھُ پنُن الگ صوتی تکرارٕ تلازم۔ گوڈِنکس منز/د/،دوٚیمس منز/و/،ترٛیمس منز/پ/،ژوٗرِمس منز/ک/،پاٛنژمس منز/م/تہٕ شیٚیمس منز/ت/صوتی تکرار۔ سارنےٕ بندن منز چھُ پننہِ ژارنہٕ آمژِ آوازِ ہندِ تکرارُک تعدادتہٕ تقریباً برابر۔(15،13،14،11،15،تہٕ 12) یمن سار نےٕ ہم تکرأری آوازن چھُ/ ے/مصوتہٕ گوڈٕ یوان۔

آوازٕ تکرارِ کس شوقس منز چھُنہٕ رحمان ڈارن قافیُک تہِ کانہہ پروا کوٚرمُت۔ شٹھٕ عروضہٕ اعتبارٕ یوٚ وے یہِ قبُح مانِنہٕ ییہِ،مگرامہِ ستی چھُنہٕ نظمہِ کانہہ ددارٕ واتان۔

| | |
|---|---|
| وُپَن چھُسنہٕ میون لُکھ کیا دَ پَن تے | تنہٕ چھُس زَہر ژا پَن |
| دَ پَن اُس سَس میوٗنے سپَن تَے | منز پیٚیس دلال دَ پَن |
| کھوژان چھُنہٕ کیٚنہہ پاپَن تے | گأجنس عشقہٕ تاپَن |

پٔہی پَن بہٕ وأ جنس
لأ جنس ژھٔپِن تَے
کٔری ہَس تعویز پَن

یوٚ دوے گیونہٕ وِزِ یا گیونس منز بوزنہٕ وِزِ نظمہِ ہنزٕ کوتاہیہ مشتبہٕ گژھان چھےٚ، مگر کتأبی صفحس پیٹھ پرنہٕ وِزِ چھُ ہیتی تکنگری (technichal virtuosity) ہُند باس ضرور لگان۔ یہ نظم آسہے امہِ کھوتہٕ تہِ شاہکار تخلیق اگر نہ شاعر ریاضی آیہِ ترتیبس تابین روٗدمُت آسہے۔ امی مجبوری کِنہٕ چھےٚ اَتھ منز بڈ کمزوری یہ زِ مصرعن ہنز ترتیب چھےٚ نہٕ عملہِ ہُند فروغ برونٹھ پکناوان۔

شش رنگ کِس حسنس چھُ اتھ اندر موجود شدید شہوأنی لہجہ بٔرژر کران۔ یہ چھُنہٕ امہِ کِس جمالیاتی حظس زأیل کران۔ مردٕ ہندِ ڈیشن آیہِ نسوأنی مساکیٔژ (mashochism) ہُند اظہار چھُ نظمہ ہندِ کُلی تاثرُک اہم جُز۔ زٔنی چھےٚ حسنُک، پزرُک تہٕ شاعری ہُند اژھٔین میٖل بنان۔ سو چھےٚ پٔنٕ مأدی وجود ترأوِتھ نجاتُک وسیلہٕ بنان۔ تِتھے پأٹھی یِتھٕ پأٹھی نوٗسسٹن (Gnosticists) ہنز نظر سوفیا، ڈانٹے (Dante) سٕنز نظر بیٹرِس (Beatrice) تہٕ پیٹرارک (Petrarch) سٕنز نظرِ منز لارا (Laura) چھےٚ۔ دراصل چھُ سری فکرِ کِنہٕ سوٗرے بوٗدک ذہنی تصور (immanent) بلاٗ اصول تہٕ معبود یا ماورا تصور (transcendent) نر اصول۔

شاعری متعلق لیکھنچہ کوشش منز شیٚیم مرحلہ چھُ زیرِ بحث شعری تخلیق کِس بیأنی بُندرچ ویژھنےٚ کرٕنی۔ شاعری ہنزٕ اثر آفرینی ہُند دارمدار چھُ موضوع، واقعہ

تہٕ کردارس موزون تہٕ زبان ورتاونس پیٹھ یتھ منز پرن وول لفظن ہندِس غیر روایتی ورتاوس منز تحیُّر محسوس کرِ۔ شعری زبانہِ ہُند موزون تہٕ ملزوم ایجاز چھُ شاعری ہُند حُسن۔ اَتھ بحثس منز چھُ تشبیہہ، استعارٕ، رمز، کِنایہ، مجاز مُرسل، قولِ محال، تہٕ باقی اسلوبی ولن ہندس نزاکتس، جدتس، ایجازس تہٕ برمحل آسنس پیٹھ بحث۔ یتہِ چھُ وچھُن زِ شاعرن ماچھُ صرف پننہ ایجازی ہُنرٕچ نمائش کرمژ، ییٚلہِ زن موضوع سیوٚد ساد زبان منگان اوس۔

بعضے چھُ شاعر کُنہِ معمول کِس واقعہس غیر معمولی معنی دِنہٕ موکھہٕ تمام شعری صنعتن کاٗم ہیوان۔ یہ کَتھ واضح کرنہ باپت نموٗ اَسی جدید کاشُرِ شاعریہ ہنزٕ زٕ اہم نظمہ: دیناناتھ نادم سنز 'نابدتہٕ ٹیٹھٕ وٚیٚن' تہٕ رحمان راہی سنز 'تخلیق'۔

'نابدتہٕ ٹیٹھٕ وٚیٚن' نظمہ منز چھُ پرانہ عشقیہ شاعری ہندِ اظہارٕ بجایہ عشق جنسی وصلہ چہِ شکلہِ منز پیش کرنہٕ آمت۔ مگر یہ وصل چھُ تہٕ کرِتھ تہٕ سماجی تہٕ اخلاقی قدرن تابع اکہِ رسم بند کھاندرٕ پتہٕ سپدان۔

یہ نظم چھےٚ دوٚیوٚ وجہو کِنؠ نوٚ تہٕ منفرد: اکھ یہِ زِ اوت تام اوس نہٕ عشقیہ شاعری منز جنسی وصل وضاحتہ سان پیش کرنک کانہہ رواج تہٕ اتھ منز اوس محض ہجر، فراق، تہٕ وصلُک امار باونہ یوان۔ نادمن اون گوڈنچہِ پھرِ بشری جنسی وصل بصری صورتس منز برونٹھ کُن۔ دوٚیِم یہ زِ نادمن ہوو جنسی وصل تِتھین بصری پیکرن ہنزٕ شکلہِ منز یِمن نہٕ سطحس پیٹھ کانہہ نوٚن منطقی رشتہٕ باسان چھُ تہٕ نظمہِ منز چھُ باوٕ ژھُند ابہام، (نہ زِ تجربُک)۔ ابہام چھُ مختلف تاریخی، نیم تاریخی تہٕ داستانوی حوالہ ورتاونہ

ۂستی شعوری طورپأٹھ آمٕت کرنہٕ۔

نظمہِ ہُند مرکزی موضوع چھُ سماجی رسم پوٗرٕ کرنہٕ پتہٕ أکِس کورِ ہُند نوش بٕنِتھ وأرِیُو گژھُن، پٔنِنس خانہٕ دارس ۂستی وصل، تہٕ وصلہٕ پتہٕ حمل، تہٕ پتہٕ گوبہٕ کھوٚرِ واپس مالِیُن یِن۔ مگر نادمن چھُ دانستہ پأٹھی امہِ واقعٕچ بیانیہ نہایت فنکأری سان شبیہہ ورتأوِتھ پھُٹرِ وومُت۔ نظم چھےٚ مرکزی موضوع ہس تام واتناونہٕ بجایہِ وارِیہن دشاین کُن سون ذِہن پھِران تہٕ نظم چھے اندیشہ انگیز بنان۔

نظمہِ منز چھُ وچھن وول شخص گوڈٕنیتھے شوژ کھاندرٕ کِس رشتس متعلق پٔنُن رویہ ظأہر کران یِیلہِ سُہ ونان چھُ 'وٕریکس پیٹھ مہرٕنیٚ مہرازاہ'۔ امہِ پتہٕ چھُ نہایت احتیاطہٕ سان ژأرِ ژأرِ تازگی تہٕ پاکیزگی ہندِ بصری پیکر پوٗتُس پتھ تگہِ لأگِتھ مہرازس تہٕ مہرنِہ ہنزن معصوم حرکژن پیش کران یِمن زٔن مذہبی رسمن ہُند شوژر پس منظر چھُ۔

بِجلی بتہِ أندِ أندِ مُہٕ جوراہ
وٕریکس پیٹھ مہرٕنیٚ مہرازاہ
ہُتھ کُلی شِہلس تل ٹیکہٕ بٹنیٚ
وُنی درٕاہرٕ ووٕبِ کٔنی چوکہٕ لِوتھ
کستام سأسی وُژنہِ اندر گُمہٕ ڈٔلی
سوٚمبلی مُشکن ذٔری چس دکہٕ دِیُت
منزگامہِ چھُ پھوٚلمُت ژندن گل

کُنہِ بیانیہ جملہ ورأے چھُ نظمہِ ہندِس دۆیمس بندس منز دوٗن جسمن ہند میٖل۔ دوٗن فردن ہُند میٖل پرکرٕژھ ہنزِ ازلی تخلیقیُ وٗزنہٕ ستی ہشر اُوِتھ تہ پَتھ کالہٕ کیٛن نہایت لطیف تہ لولہٕ ہتیٛن واقعہن ہُند حوالہٕ دِتھ چھُ وصلُک تکمیل رمزن تہٕ کنائین منز پیش کرنہٕ آمُت۔

نظمہِ ہندس اٰخرس پیٛٹھ چھُ جنسی وصل تخلیقی عمل بنان، عذاب چھُ لطافت تہٕ لطافت چھُ عذاب بنان تہٕ کوٗر چھےٚ مالِیُن کُن سکھران۔

ہیرِ بونہٕ اُوِج زاُوِج ہی تھٔر
منز باگن تھزراہ ووگنیاراہ
نابد ٹیٛٹھ ویٛنہٕ، ٹیٛٹھ ویٛنہٕ نابد
پچ شکنتلا بیٚہِ مالِیُن کُن!

نظمہ ہندس پرٛتھ مصرعس منز ورتاونہٕ آمُت رمز، کنایہ تہ حوالہٕ چھُ تشریح منگان۔ رحمان راہی سنز نظم چھےٚ یتھ پاٹھی شروع گژھان:

برس دِژِتھ زیر اژ بہ چھس پیٛتی
ژٕ سونتہِ واوُک اَباہٕ سوٗن وُہہ
بہ پَتھ ونٕچ ناگہٕ لتھ دِواں وِنی

یم گوڈنکی مصرعہٕ پرٛی تھےٚ چھِ کاشُر شاعری ہندی واریاہ شعر یاد پیٛوان مثلاً:

نصف راژن بَر وُتھی ترٲوی مَیو، ساتھاہ یِکھنا ژٕے
پھیرِ چھُنہٕ کینہہ تہِ پھیرِ چھُکھ پاوان، ژیٚہ کھوزِ گیٚی میأنی دٕے
(حبہ خاتون)

لچھِ دٲرزن روزٕ پٲرٲوِتھ       لچھِ ناویوسانہٕ گرِ ییہٕ

(محمود گامی)

مگر برونٹھ پہن پکِتھ چھِ اَسی زانان زِ نظمہِ منز چھُ روایتی موضوع باوجود جدت تہٕ ایجاز تلکیازِ اَتھ منز چھےٚ ڈرامایی خودکلامی (dramatic monologue) ٹیکنیک ورتاوِتھ اَکس جوان کورِ ہندِس ذہنس منز جنسی وصلہٕ کہِ مساکی (masochist) لذتچ پوٚت سام۔ شاعر چھُ پننہٕ دورٕچہِ روایتی عشقیہ شاعری نشہِ انحراف کٔرِتھ مردِ سنز نظرِ نسوانی شہوژ ہنز باوتھ کران۔ نظمہِ منز پیش کرنہٕ آمٕت جنسی وصل چھُ سماجی بندِشن خلاف بغاوت۔ امیک اشارٕ چھُ نظمہِ ہندس گوڈنکس مصرعس منزٕ میلان۔ 'برس دِژتھ زیر، اژ، بہٕ چھس پیتی'۔

شاعرن چھےٚ نسوانی کردارس منز اَژِتھ وصلچ عمل پیکرن تہٕ تشبیہن منز شہوانی جوشچ شدت تتھٕ پاٹھی پیش کٔرمٕژ زِ مردٕ سنز سادیت (sadism) تہٕ زنہِ ہنز مساکیت چھےٚ رٔلتھ شہوت انگیزی بنان تہٕ یہے شہوت انگیزی چھےٚ نظمہِ ہُند مقصد۔ تشبیہن ہنز نزاکت تہٕ یہُند برمحل ورتاو چھُ تیوت خوبصورت زِ یہ نظم ہیکون نہٕ سطحی پورنو گرافی (poronography) مانِتھ۔ نظمہِ منز باونہٕ آمٕت شہوات تہٕ امہِ باپتھ جنسی شباہت مرکزی کردارٕ سندِ ذریعہ ہاوِتھ چھےٚ جنسی جبلت سماجی بندشو نشہِ آزاد سپدِتھ فردٕ سندِ وجوٗدک تکمیل۔ اَتھ فطری جبلژ مکروہ یا taboo زانِنکہِ خوفہٕ کانہہ حجاب اختیار کرُن چھُ ریاکاری۔ شاعرن چھُ شعوری طور اشارو تہٕ کنایو نشہِ لوٚب ہیوٚتمُت تاکہٕ پرن وٲلی سُند ذہن ژھارنہٕ باوژ منز بییہِ

کانہہ معنی بلکہ گرٛ ٹھِ نظمہِ منز پیش گُناہ/ثواب، نفع/نُقصان کہ امتیاز ِنشہِ الگ خود کفیل عملہ منز شریک۔

خُدایہ! کُس جاۓ گر مےٚ سمکھیوٚ و
نزیٖن اٟمِس نیاوٕ پوشہِ نرمی
قدم اٟمِس زاۓج پیٚٹھ زلُر زن
وِنی کھِنداں ہرنہٕ، وِنی کھماں ہہ
مولیس! مےٚ گٔنڈنم زُمس زُمس ریٚہہ
وُبالی واٟلنج وُپھِتھ ژٕجم کوٚت
مےٚ کونہٕ پتھرِس پلان کانہہ انگ
کنن مےٚ پکھٕ واو ہیُو گرٛ ٹھاں چھُم
یہ رٕٹھ سیاہ گوپھ! بہٕ کور واٟژس!
مےٚ دامہٕ چھا چیٚون یہ نارٕ آگُر!

مردٕسندِ ڈیشن آیہ زنہٕ ہندِ مسا کی لذتُک تجربہٕ چھُ مردٕسُنداکھ تصوری ساخت (construct) بنان یَتھ منز بقولِ سِمون ڈی بُوایر (Simone de Beauvoir) اکھ ژٔنی پزرک، حُسنک تہٕ شاعری ہُند شبیہہ چھےٚ بنان، مگر ژٔنی چھنہٕ پانہٕ کُنی روزان۔

**Truth, Beauty, Poetry___ she is All : once more all under the form of the Other. All except herself.**
**(Simone de Beauvoir.1949. Tr. H.M.Parshley. *The Second Sex*. Penguin Books,1983. p. 268.)**

یہ نظم چھےٚ گُلس پیٹھ شہواتی شباہتہ باوجود شاعری ہنزِ تخلیقی عملہ ہُند استعارٕ تہٕ بُنتھ ہیکان یۄ دوَے نظمہ ہندِ عنوانہ ورأے اَتھ معنیس گُن بیٚہِ کانہہ اشارٕ چھُنہٕ۔ 'بےٚ سوکھ سرُپھ زنتہٕ گاہہ بنہِ شرۄپ' ہیُومرتعش مصرعہ ہیکون شاعرِ سُند تخیل گُٹس تہٕ گِنس لاشعورس منز دأخل سپدُن زأنتھ۔ کربُک حاصل چھُ شۄد انبساط،آزارٕ پتہٕ آزأدی،'تنہٕ بونوم نۄی چھس'(للؔ)۔

سنگر چھِ وۄشلأوی ٚمتی پرباتن
ہوا أڈی پرٕی از چھُ تراوان
چھےٚ یونہٕ پھۄجہٕ ہو آنگنچ تھٕر
برٕگ برگ چھس طراوتُک رنگ
مشک مشک چھس اثر خمارک
لہر لہر چھس پرٕتھاں جوأنی
دِلو! مہ کر گانگلےٚ وٕں تلکرٕ ین
مےٚ زن چھُ مۄس ژامُت از شریرس

عملی تنقید چھُ بقول جولیا کرِسٹیوا(Julia Kristeva, 1980)
"تخلیقی ادب پارٕکس متنس منزامہ نٚیبر بسیار متنن ہُند جِدلیاتی رشتہٕ ژھارُن تہ یہندِ یکجہت سپدنک جوازبدِ کڈُن'۔ عملی تنقیدچھُ کلہٕ پیٹھٕ جزن ہنز، تہٕ جزوپیٹھٕ کلچ تجزیٲتی سام۔ اَتھ چھُ ستی ٕ تخلیقہِ ہندس بافتس منز جزن ہندس باہمی مناسبتس تہٕ کُلی ساختس ویژھنےَ کرٕنی پیوان۔ وسیع مطالعہٕ روس چھُنہ یہ کار ممکن۔

بشرؔ بشیر

# للہٕ واکھن منز شبیہہ کاری

کانہہ تہِ نوٚو یا ساۄد روار تجرُبہٕ بیان کرنہٕ وقتہٕ، موزوٗن ترین لفظہٕ چھِ غاۄر موجوٗدگیہِ منز نوٚہنہٕ مناسب لفظ تھُرنچہ یا گرنچہ عملہِ ہنز پیچیدگیہِ تہٕ اَتھ دوران باوٕژ خاطرِ کربُک صحیح اندازٕ ہیٚکہِ سُہ تخلیق کارٕ ے گرِتھ تیٚمس گُنہِ نَتہٕ گُنہِ ساعتہٕ اَمہِ مرحلہٕ گُذرُن آسہِ پیوٚمُت۔ ہرگاہ اَسہِ درجن کھنڈ تتھۍ نۍوۍ لفظ تہٕ لفظہٕ ترکیبہٕ کانٛسہِ شاعرس یا اَدیبس نِشہِ میلن یِمن زبانۍ منز رائج سپدنٕچ توٗژھ آسہِ اۍسۍ چھِ تس بجا طور زبان سازوٗنان۔

گُنہِ تہِ زبانۍ ہنٛدِ بولن والین یُس بوٚڈ بارٕ بنۍ بنٲیی لفظہٕ راش وراثژ منز میلان چھُ تمیُک موٗل زانُنس گُن چھُنہٕ اکثر تہنٛد توجہ گژھان۔ مگر زبانۍ منز موجوٗد پرٛتھ چیزِ تہٕ تصور باپتھ لفظ مقرر تہٕ متعین کرنہٕ خاطرِ چھُ بیوٚن بیوٚن موقن پیٹھ پٕتُن ژینن تہٕ باوٕژ بل کامہِ لاگتھ انسانی دانش، فہم تہٕ ادراکس صبر آزما، کرٕ ٹھوٗ تہٕ کُڈ ربو مرحلو منزٕ گُذرُن پیوٚمُت یتھٕ کنۍ چھُ پرٛتھ کانٛہہ لفظ انسانی ذہنس منز تمہِ تیٚہہِ، توٗژھ تہٕ ژینن ترایہِ ہنزِ آڈرنہِ مناسب آوازن ہنزِ صوژ منز باوٕژہنٛدِس قوتِ عملس (faculty) سپرد کرنہٕ آمُت۔

عوٲمی پیٹھ رس منز گہہ ینہٕ کنۍ چھےٚ پرٛتھ چیزکۍ پاٚٹھۍ لفظن تہٕ وارٕ وارٕ پنٕنۍ گوڈنچ تیٚہہ ہمان۔ بہٕ یوسہٕ بنیاۄدی کتھ یٚیتھ واضح چھُس یژھان کرٕنۍ، سو چھےٚ یہِ زِ

اِنسان چھُ پانس أندی یِکۍ طبعی دُنی یِہکٕن چیزن تہٕ تصوٗرن تہٕ مابعد الطبیعاتی تصورن ہنٛز تہِ زان تہٕ آگاہی پانٛژ وۄیدبوحسو تہٕ روٗحانی یا داخلی کیفیژ وَکِنۍ پرٛاوان۔ وۄیدی حسن چھُ وُچھُن، بوٗزُن، مزٕ، مُشک تہٕ چھۄہہ۔ کاینا تک یُس تہِ چیز انسانس بُتھہِ پیوٚ تتھ ناو دِنہٕ وِزِ چھےٚ ضروٗرتھ ہنٛز سو ذہنی کیفیت کارفرما روٗزمژ یوسہٕ سہ چیز وُچھِتھ، بوٗزِتھ، مزٕ یا مُشک زانِتھ نتہٕ چھۄہہ لگنہٕ پتہٕ تس پادٕ چھےٚ گمژ۔ یِتھہٕ کٕنۍ وَنونہٕ أسی یِتھ زِپرٛتھ لفظس چھُ پننہٕ احساسی علاقہٕ بلکہ یِتہِ زِپرٛتھ آوازِ تہٕ آوازن ہنٛدِس تُلہٕ تراوس چھُ ژوٚر یا کم چیز چہِ ماہیژ، شکلہِ، انہارتہٕ خاصیژ مطابق انسانی ذہنن اکھ رِشتہٕ پادٕ کوٚرمُت تہٕ زبان یا آوازن ہُنٛد نظام اکہِ نسلہِ پتہٕ بیٚیس تانی واتان واتان چھےٚ یہِ کیفیت زانٛنچ تہٕ ژینٛنچ عمل نشونکی پأٹھی منتقل سپدان روزان۔ ہرگاہ نہٕ تہِ آسہِ ہے، ساسہٕ واد بلکہ لچھِ بدٕن وٕرٕی ین اکہِ اکہِ لفظہِ بنیمژ زبأنۍ خاطرِ لسأنی تہٕ گرامرکۍ قوأعد ہکہٕ ہٕن نہٕ شاید مرتب سپدِتھ۔ یِتھہٕ کٕنۍ چھُ پرٛتھ کانٛہہ یِتھ لفظ پرٛتھ، بوٗزِتھ یا بوٗلِتھ یُس کُنہِ ٹھوس چیزس ناو آسہِ تٔمۍ شکل تتھ صورژ منٛز ذہنس منٛز اَنان یِژھ تٔمۍ وُچھمژ آسہِ یا یِتھی تتھ پتہٕ انسلاکات آسنس تہٕ ہرگاہ چیز ٹھوس آسہِ نہٕ یا وَنوسہٕ کانٛہہ تصوٗر آسہِ سُہ چھُ تیٚلہِ تتھ تَمی آیہِ ژینان یِتھہٕ کٕنۍ تٔمۍ سُہ بوٗزی بوٗزی تہٕ ژینۍ ژینۍ سوٚرمُت یا سوٗنچمُت آسہِ۔ گویا پرٛتھ کُنہِ لفظہٕ کٕنۍ چھےٚ بوزن وألی یا پرن وألی ہنٛدِ ذہنٕچ انعکأسی عمل ناگزیر بنان۔ تیٚلہِ ہکوٚ أسی یِتہِ وَنِتھ زِپرٛتھ کانٛہہ لفظ یا جُملہٕ بوٗلِتھ، بوٗزِتھ یا پرٕتھ گژھِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ شبیہ ووٚتلنۍ۔ ہر

ساعتہٕ تی سپدِ تھ تہٕ چھُنہٕ تی سپدان باسان۔ کانٛہہ جُملہٕ یا شعر پرِتھ یا بوٗزِتھ چھُ ذٔہنس منٛز تیُتھ شبیہ ووتلان زَنتہٕ سأٹلم کینٛہہ أچھن دیدمان سپدان چھُ تہٕ گُنہٕ وِزِ چھےٚ یہِ عمل تیٖژ سوٗژ آسان زِ اور گُن چھُنہٕ توجہٕ گژھان۔ یہِ چھےٚ یژھےٚ ہِش کتھا زِ گرِ یَتھ کُٹھس منٛز أسی دوہے بہان چھِ تمہِ کُس پرِتھ چیزس چھُنہٕ أسی دوہے سنان۔ ہرگاہ تتھ منٛز کانٛہہ تبدیلی یِیہِ یانوٚ وکینٛژھا سپدِ، سون توجہ چھُ فورن تتھ گُن گژھان۔ ووٚں نمو بدل کانٛہہ مثال یَیمیُک تعلق بوزنس یا پرنس سٟتی آسہِ۔ ہرگاہ اَسہِ کانٛہہ وَنہٕ زِ راژہِ مہرکُل اوس کٔشیرِ ہُنٛد اکھ ظألم بادشاہ، سُہ اوس لُوکن رنگہٕ رنگہٕ اِذا دِوان۔ کانٛہہ واضح تہٕ زوردار شبیہ چھُنہٕ ذٔہنس منٛز ووتلان۔ اَتھ برعکس اگر أسی تُسنٛد یَتھ ہیوٚ واقہٕ پرِو زِ اکہِ دوہہٕ گو وتُسنٛد اکھ ہوٗس بالس ڈُلہٕ۔ ہٕسی دِژ کرٛیکہٕ، بادشاہس گٔیہِ یمہٕ کرٛیکہٕ خوش تہٕ دوٚپنکھ یِیہِ ہٕسی دِیوٚکھ بالس ڈُلہٕ دأرِتھ یُتھ بہٕ یِیہِ یژھہِ کرٛیکہٕ بوزٕ۔ تتھ جایہِ چھُ توے ہٕسی ڈنٛج ناوپیوٚمُت۔ یہِ بوٗزِتھ چھُ ذٔہنس منٛز ہٕسی ڈنٛج نہٕ وُچھِتھ تہٕ اکھ کھنگرِ بال ووتلان۔ ہوٗس ڈُلہٕ گژھنُک کرٛوٗٹھ نظارٕ چھِ محسوس کران۔ اکھٹےٚ ہرگاہ ہٕسی کرٛیکہٕ زٕہنٛز تہٕ بوزمٕژ آسن نہٕ تہٕ گُرِتھ تہٕ چھِ تمُک صوتیأتی گربز تہٕ ژینان۔ یَتھ کتھِ گُن تہٕ چھُ ییٚتھ اِشارٕ کرُن ضروری زِ شبیہ کأریہِ متعلق اوس یوٗرپی نقادن ہُنٛد تہٕ اکہِ وقتہٕ لی وَنُن زِ یہِ چھُ لفظوٕ سٟتی بناونہٕ آمٕژ تصویر یا تصویرن ہُنٛد سلسلہٕ آسان۔ مأنی تو سأ کُن (still) تہٕ متحرک (movable) تہٕ۔ بطورِ تنقیدی اصطلاح روٗدنہٕ پتہٕ امیُک استعمال

صرف بصری حِسن چہِ خصوصیژ تانی محدوٗد بلکہ آے اَتھ منز سمعی (auditory) لمسی (tactile) شامہہ (olfactory) ذأیقہٕ (gustatory) حرارت (thermal) تہٕ حرکژ ہندِس احساس (kinesthetic) متعلق تہِ خأصیژ شأمل کرنہٕ۔

زبأنی ہندِ ذریعہ پیکر یا سأ کن وجوٗدس متحرک بناونہٕ تہٕ یُتھ بصری تاثُر پأدٕ کرنہٕ خأطرٕ نَتہٕ وُنی توس شبیہ کشی خأطرٕ چھُ میأنی کنٕز حرکت، کأم یا فعل اکھ لأزمی جُز۔ مطالعہ چہِ مشأہدٕ چہِ بنیأدٕ پیٹھ ہکو یتہِ وُنتھ زِ رٕژِ شأعری ہنٛز اکھ خصوصیت چھےٚ شبیہ کأری تہِ تہٕ پرٕتھ جان شأعرس تہٕ أدیبس نِشہِ چھےٚ شبیہ کأریہ ہنٛزٕ مثالہٕ میلان۔ شعرس منٛز یہِ حُسن تہٕ اَمہِ کِس نتیجس منٛز اثر آفرینی خأطرٕ چھُ تشبیہ، استعارٕ تہٕ علامژن ہُند استعمال تہِ سیٚٹھہے کارآمد۔ شبیہ کأری چھےٚ شارچہِ عملہِ محترک بنأوِتھ پرن وألی یا بوزن وألی ہٕنٛد بن حِسن آورأوِتھ أکِس نٔوِس تخیلی دُنیاہس منٛز واتناوان۔ شأعر سنٛز وفنکارانہٕ صلأحیژ وکنٕز چھُ یہِ دُنیا خود کفیل آسان۔

شبیہ پأدٕ کرنہٕ تہٕ اَتھ متعلق پرن وألی سُند ظون وُزناونہٕ خأطرٕ چھُ شأعر تیُتھ کانٛہہ معروض برونٛہہ کُن انان یُس یا تہٕ اوٚت تانی وُچھمتے چھُنہٕ آسان یا چھُ ویٚد معروض چہِ عملہِ ہُند تیُتھ صورتِ حالا بیان کران یُس یتمہِ وجہ کنٕز وٕوٹھ ہٕشِ کھیٚاوِ زِ اوٚت تانی چھُنہٕ یہِ سپُد مُتے آسان تہٕ ہرگاہ سپُد مُت تہٕ آسہِ مگر گورمُت آسہِ نہٕ۔

شبیہ کأرِیہ ہنٛدِ حوالہ لل دیٚدِ ہنٛدِس کلامس منٛز موجوٗد کینٛہہ اوٚیدی معروض چھِ یِتھہٕ کٔنی:

مند چھِ ہانٛکل، ژہتہٕ توٗرگ، ژینہٕ وَگ، لولُک وڈھل، ہردچ کوٚٹھر، گیانہٕ مارگ، کاٹھ وینٛی، پیٚرِ وکان، ہچہٕ ہارِنج، ناپدی بار، اومہٕ پن۔ یِم سأری چھِ دوٗن لفظن ہنٛدی مرکب آسِتھ اَکس اَکس چیزس ناو۔ یِمو منٛزٕ عام زبان زانن وأرِلس الگ الگ پأٹھی دونوے لفظ وٚیدی چھِ مگر یِمہ معروضک ناوٕز لفظ جوٗرِتھ بیان چھُ کرنہٕ آمُت تمیُک تصور چھِ اَسی گوڈنِکہ پھِرِ یِمہ ترکیبہٕ بوٗزِتھے کران۔ کانٛہہ ہیٚکِہ یہِ سوال تُلِتھ زِ یِمن معروضن ہُنٛد ٹھوس وجوٗد چھُنہٕ خأرجی دُنیاہس منٛز وَنہِ یوان مگر اکایِل تصورن کاے بخشنی، سوتہِ تِتھہٕ پأٹھی زِ یِہنٛز حرکت تہٕ کأم چھِ اَسی محسوٗس کران چھےٚ لل دیٚدِ ہنٛدِ کلامچ تِژھ خصوصیت یوسہٕ تِمٔی ہنٛزِ شأعرِیہِ ممتاز چھےٚ بناوان۔ مثالہِ رٔنگی پیش کرنہٕ آمتِن لفظن پٮ۪ٹھ ہرگاہ بیٚون بیٚون غور کرو، اَسی وُچھو زِ لفظہٕ ترکیبن منٛز یِمہِ ناوُک معروض اَسہِ ویوٗد چھُ تِتھ چھےٚ ضرور تِژھ کانٛہہ خأصیت یوسہٕ اَسہِ تہٕ وُچھِنہٕ آسہِ مگر سُہ یا گأرِ تہٕ آسہِ نہٕ یا گأرِ تے آسہِ بیان آسہِ نہٕ تجریٚ کرِنی۔ نی تون مند چھِ ہانٛکل۔ مند چھےٚ کُنہٕ تہِ عملہِ منٛز بوایہِ پأٹھی بروٚنٛہہ پکنس ٹھوٚرِ بنٛتھ یا تہٕ نہٕ کہنی کرنہٕ دِوان نہٕ حرکتس منٛز سوٗزِ رپأدِ کران۔ ہانٛکل گنڈنہٕ یِتھ تہِ ہیٚکِہ لی گرٛھِتھ یِتھہٕ کٔنی چھُ مند چھِ ہانٛکلہِ اکھ باقأعدٕ وجوٗد۔ ووٚن زَن وَنہِ کانٛہہ بہٕ کتھہٕ وُچھن یہِ۔ ہرگاہ وُچھنہٕ یِیہِ تیٚلہِ ہیٚکہِ ہے شسترٕ ہانٛکل سونہٕ ہنٛزٕ ہانٛکل

یا تِتھے کینہہ اَستھ تیلہِ روزِ نہٕ یہِ مند چھِ ہانکل۔ اَتھ ہانکلہِ چھےٚ یہے خصوصیت زِ یہِ چھُنہٕ تتھہٕ پأٹھی وَنہِ یوان یتھہٕ پأٹھی باقٕے ہانکلہٕ وَنہِ یِن۔ یتھے پأٹھی نتیون لفظہٕ ترکیب ژ‍ٔہتہٕ تو رُگ۔ یہِ چھِ سأری مانان زِ سارِوٕے کھوتہٕ تیز رفتار شے چھےٚ سوچ یا خیال۔ أسی چھِ وُنی ییٚتی تہٕ وُنی واتہِ سون خیال خبر کتھ سیارس پیٹھ۔ گو وژ‍ٔہتھ چھُ تیز رفتار۔ ویٚد بو دورٕ وُنو منٛز چھُ گُر تیز رفتار۔ اَز ہکہٕ ہوس ژ‍ٔہتہٕ راکیٹ تہِ وٕنتھ۔ یتھہٕ کٔنٛز للہِ نشہِ تو رُگ عام گر چھُنہٕ سو چھےٚ اَتھ وضاحت کران تہٕ وَنان زِ یہِ گُر چھُ گگنہٕ بڑ مہٕ وُن یُس أکس ٹینٹہِ منٛز لچھِ بٔدی یوزن پکان نہٕ بلکہ ژ‍ٔھنڈان چھُ۔ اَتھ سوچہِ کس تورگس گژھِ لاکم تہِ الگٕے آسٕنۍ، یوسہٕ اَتھ صحیح وَتہِ لاگنس منٛز بکار ییہِ۔ سو چھےٚ گیانہٕ وگ یا عٔری فانٛچ لاکم۔ ژ‍ٔھکی کھسہٕ وَس چھِ أمس گُرِس پتی کنٔ گنٔڈتھ گاڈِ یا بگہِ ۂندی زِ پہیہِ۔

ژ‍ٔہتہٕ تو رُگ گگنہٕ بڑ مہٕ وُن

نمیشہِ اکہِ ژ‍ٔھنڈِ یوزنہٕ لچھ

ژٕینہِ وِگہِ بو دِرٔٹھ زون

پڑان اَپان سندأرِتھ پکھچھ

ژ‍ٔہتھ تہٕ گُری ہنٛزِ تیز رفتأری درمیان رِشتہٕ چھُ ووٚنی واضح۔ ''لولُک وٕ کھُل''، معروض چھُنہٕ اَمہِ نٔو عیٚنٛژ ہُنٛد۔ خبر کِتھو شأعر چھےٚ لولس منٛز تکلیفن ہنٛز ذکر کرمژ تہٕ اَتھ چھےٚ نارس ستی تشبیہ دِنہٕ آمژ۔ للہِ تہِ چھےٚ یژھ ہش تشبیہ بییٚس أکِس واکھس منٛز ورتأومژ۔

لولہٕ کہِ نارٕ وأنج بزٕم
شینکر لوٚبم تمی ستی

پوٚرٕ پان زالنہٕ یا بُزنہٕ برعکس چھےٚ وأنج بزٕنی محسوساتن زیادٕ نکھہٕ باسان تہٕ لفظ ''بزٕم'' چھُ کردارٕ سُنٛد ذأتی اِرادٕ تہِ واضح کران۔ ووٚنی تون لل دیدِ ہُنٛد یہِ واکھ۔

لولکہِ ووکھلہٕ وأنج پٔشم
کوکل ژٔجم تہٕ روٗزٕس رسہٕ
بزٕم تہٕ زأجم پانس ژٔشم
کوٚزانہٕ توٚ ستی مرٕ کنہٕ لسہٕ

واکھس منٛز ووتلن وول ڈرامأیی صورتحال چھُ شروٗعس پٮ۪ٹھے پرن وألی سٕنٛدی حسٚ آوراوان۔ کنہِ ووکھلُک تصوٗر چھُ ؤلی ؤلی ذہنہٕ پٮ۪ٹھہٕ نہوَنہٕ یتھ لولکہِ ووکھلہٕ کس تخلیس خأطرٕ جاے تراوان۔ دۄیمس منٛز چھےٚ اکھ سرگرمی پأدٕ سپدان تہٕ ذٔہن چھُ غارٕ ارأدی طور تمو خیالو نشہِ ژھٔنہٕ گژھان یم اوٚت تانی امہِ کس سطحس پٮ۪ٹھ آسان چھِ تہٕ أسی چھِ واکھس منٛز بروٚنہہ کُن سپدن وألس ڈرامس حأرت تہٕ تجسُس سان وُچھان روزان۔ وأنج پٔشنہٕ پتہٕ بُزنہٕ تہٕ زالنہٕ ہنٛز کیفیت تہٕ چھےٚ رٔوایتی نارس منٛز ہٕنہٕ کھوتہٕ زوردار تہٕ امہِ بروٚنہہ کُن پکِتھ پتہٕ زالنہٕ آمٕژ وأنجہِ ہُنٛد سوٗرٕ ژٔشُن چھُ اَتھ تجربس بالکل سادروار، بیوٚن تہٕ نرل بناوان۔ یہِ سوٗرٕ ے صورت حال چھُ پرن وألی سٕنٛدی

سٲری حِس آورأ وِتھ تس دیدمان سپُد مُت واقعہٕ باسان۔ یِتےٚ نہٕ، زیادٕ حساس قٲری چھُ نارٕ تنٛگلن پٔتھ بُزنہٕ یِنہٕ واجنہِ وأنجہِ پٔتھ ووتھوٗن دٕہہ تہٕ مُشک تانی محسوس کران تہٕ ژٕشنہٕ وِزٕ اَمہِ کس مزس متعلق تہِ سوچُن ہوان۔ یِہ چھےٚ سوے حالت یَتھ متعلق اَسہِ مضموٗنس منٛز گوڈٕ تہِ اِشارٕ کوٚرتہٕ بروٚنٛہہ کُن وضاحت کرنہٕ یِنگ تہِ وَنیاو۔ ذأیقہٕ (gustatory) شامہہ (olfactory) شبیہ ہُر یمانہٕ چھُ اتھ منٛز کم کاسہٕ حرارٔژ متعلق (thermal) شبیہ ہُنٛد تہِ عنصر شأمل۔ ترٕٛچ خأصیت چھےٚ زالُن۔ یِژھ ہِش کتھ تیٚلہِ بیانس منٛز یِیہِ شبیہ لَبہٕ زایُن مگر اَتھ برعکس ہیٚکہِ سو شبیہ زیادٕ طاقتورأستھ یَتھ منٛز تیُتھ ہیوٗ کینٛہہ سپدِ یُس عامٕ ژِشہِ نِشہِ الگ آسہِ، مگر شرط چھُ یِتہِ زِ بیان کتھ سیاقس منٛز آسہِ فنکار سٕنٛزِ چابکدستی، مشاہدٕ تہٕ زبأنی پٔتھ قودرت آسنس ستی ستی فنکار سُنٛد بیٚون تہٕ مخصوص نوقطہٕ نظر چھُ معنی آفرینی ہُنٛد وجہ بنان نَتہٕ ہرگاہ معنی لیس تھوس یِیہِ تیٚلہِ بَنہِ یِہ وَل اختیار کرنہٕ ستی کأنٛہہ تہِ بیان اکھ چیستان۔

یِتھہٕ پأٹھی غالبؔ سنٛزارس بظاہر خوبصورتی تہٕ خوشیوٗ نہِ اندازے پیش گرِتھ اَمہِ منٛز بُربأدیہ ہُنٛد پہلو بدٕ چھُ کڈان تتھےٚ کٔنی وِچھولل کمہِ اندازٕ چھےٚ عقلہِ تہٕ سوچس نہ وبژٕونی بلکہ اَتھ متضاد نوکتہٕ أکس خاص سیاقس منٛز أنتھ معنہِ سأوی تہٕ لگہار بناوان۔

زَل تھمہٕ نُن ہتہٕ واتُر ناوٗنو
دوٗر دژا گمُن پیرو ژٕرت

کاٹھہٕ وینہٕ دود شرٕ مناونو

اَنتہٕ سکلو کپٹھ ژٕرِت

یعنے آہٕچ روانی ختم کرٕنی، نار شیہلاوُن، تہٕ گونہٕ ژھتہٕ کرُن بلکہ اَتھ منٛز ٹرنیارٕچ خاصیت پاۂدٕ کرٕنی۔ اَسمانو پیٹھی یا فضائمنٛزی پکُن، کاٹھس بناوِمژٕ گاو دود ہیوٚن۔ یم ساری چیز چھِ ناممکن۔ للہِ ہُنٛد اِشارٕ تہٕ چھُ اوٚری کُن مگر یہِ وَننہٕ ستی چھُ پرن والی سُنٛد توجہ پوٗرٕ پاۂٹھی آوران تہٕ أخرس چھُس وَنان زِ یہِ سورُے چھُ ڈونگ، فریب، ژھل تہٕ مکارِل۔ یعنے یِہ سوے بنیاۂدی کتھ زِ مقصد چھُنہٕ یہِ کرُن بلکہ من شوٗژراوُن۔ من شوٗژراوٕنچ یہِ عمل چھےٚ لل دیدٕ بیِس جایہِ أکس سبٹھے خوبصورت اندازس منٛز بیان کران یِیتہٕ انسانی وجوٗدس کھارٕ وانچہِ دٕمن بستہٕ ستی ہشر أوِتھ اکھ قابلِ توجہ شبیہ پاۂدٕ چھےٚ سپدان۔

دمادم کوٚرمس دٕمن ہالے
پرٕزلیوم دیپھ تہٕ نَنیم ذاتھ
أندرِم پرٕکاش نبر ژھوٚٹُم
گٹہِ روٚٹُم تہٕ کٔرمس تھپھ

واکھ پران پران چھُ نار موجوٗد أستھ تہٕ حرارژ بدلہٕ اَمہِ چہِ گاش پاۂدٕ کرٕنچہِ خاصیژ کُن ظون گژھان۔ أتھی لرِ لوٚریِلہِ أسی سہ واکھ پران چھِ یتھ منٛزلل گورس یہِ وٕنتھ زِ ژیےٚ چھی سائلم سیرن ہُنٛد راز، پرٕژھان چھےٚ زِ "ہہ" کیازِ ترُن تہٕ "ہاہ" کیازِ توٚت تہٕ پتہٕ چھےٚ بیِس واکھس منٛز یہے کیفیت یمہٕ

اندازِ بیان کران زِ۔

نابھستانہٕ چھےٚ پۆژکتھ زلہٕ وِنی
بڈس تام ییٚتہِ پژان وَتہٕ گوٚت
برہمنانڈس پیٹھ ءتی ناڈِ وَسہٕ وِنی
''ہُہ''تہٕ تُرُن''ہاہ'' تہٕ توٚت

اَتھ واکھس منٛز تہِ چھےٚ انسانی جِسمہٕ چی کتھ۔ تۆنہِ پیٹھہٕ وۄتلن وول شہہ چھُ گرم۔ یہِ شہہ چھُ ہرنس تام اوٚرِ یور کران تہٕ تالہِ پیٹھہٕ نیرِتھ شیہلان۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ ہُہ چھُ تُرُن تہٕ ہاہ چھُ توٚت۔ مےٚ چھُنہٕ اَمہِ کُنہِ معنیہٕ کُنہِ اِمکانن متعلق کہنی وَنُن۔ واکھچ ژوٚرِم یا آخری سطریُس تہِ گوڈنکہِ پھِرِ پَرِ یا بوزِ سہ چھُ یژ پاٹھی اَمہِ کُنہِ معنی ین سَنہٕ بروٚنہہ اَتھ اَسس گُن نوان تہٕ ہُہ تہٕ ہاہ گرِتھ یمن ہُنٛد تۄنیارتہٕ وُشنیر بیٚیہِ تہِ سرٕ کران۔ یتھہٕ پاٹھی وَنوزِ پرن وول چھُ واکھ پران پران حسبہٕ آورنہٕ یوان یُس طاقتور شبیہ کا رِیہ ہُنٛد نتیجہِ چھُ۔ متضاد کیفیژ، معروض تہٕ تصوراکی ہے جایہِ یا اکی ہے سٹس (set) منٛز ترتیب دِتھ چھےٚ للہِ ہنٛزِ شبیہ زیادٕ واضح تہٕ پُر اَثر بنان۔ سہ گرٛز وِنس سمندرس منٛز لوکچہِ ناوِ پیٹھ کردار سنٛز اومہٕ پن ہیتھ تارٕ لینچ ناممکن کوشش اَسی تن، زِ سس پیٹھ نژُن اَسِن، ورزِنس واوس لرِ رتن دیٚچ یا باطنی ژانگچ ریہہ اَسِن، نوزُک جسم چلہٕ وِنس گرٛٹس منٛز یا وُزملن ترٛٹن تہٕ مندنین گٹہٕ کارس منٛز ہینہٕ یوان اَسِن، رَژھِ پتہٕ رَژھِ اچھن بروٚنہہ کنہٕ سوٚت سوٚت پکہٕ وِنہِ کولہِ پتےٚ سُم تہٕ تارڈ ہیتھ

نِنہٕ وول یُپ اُسن ، برجستہٕ پُھلیہِ پتے ہریمٕژ تھٔرِ ہٕنٛدی نظارٕ اُسن یا شیہٕلیمٕژ ہٕنٛز خٲصیت رٔ چھتھ نشیب گوٚب گوٚب آبہٕ سمندرتہٕ تمی منٛزٕ تیز گرمی وول آسمانس کُن پلہٕ وُن لوٚت لوٚت نار چھُکھ۔

مَنٛزٕ ے مان بھو سرس
چھُر کوٗپ نیر بس نارٕ چھُکھ

یتھی سٲری شبیہ چھِ متضاد صورتحالن دید مان اُنتھ اِنسٲنی احساسن تہٕ اِدراکس تیزی دِوان تہٕ یہِ سٲرے عمل چھےٚ شاعرلل دید نِشہِ زبٲنی یا لفظوٚکنہٕ بامل یوان۔ لفظ ورتاوٕنکی شبیہ ووتلاونس دوران چھےٚ لل نہ صرف لفظس ڈٔنب معنی لیس بلکہ اَمہِ کِس صوتی آہنگس تہٕ بروۓ کار اَنان تہٕ شعرس منٛز لفظ ورتاوَن وِزِ اَچھ یہِ خصوصیت تہِ زیرِ نظر تھاوان یتھہٕ کُنی زَن نار چھُک نیرنس ستی چھُر لفظُک استعمال چھُ یا اوکہِ چوبکہِ بم ٹلنہٕ ستی سو کیفیت ذہنس منٛز گنگراونہٕ ییہِ یتھ منٛز سوزُک تہِ عنصر شٲمل چھُ تہٕ شورچہِ شُدٔ ژ ہُند تہِ۔ چوبُک اگر اَمہِ سیاقہٕ نبر ماردِنہٕ خٲطرٕ استعمال سپدِ ہے، یہِ آواز آسہِ ہے بدل کینٛہہ نہ زِ بم ٹلُن۔ اُتھی ضِمنس منٛز چھےٚ یہِ مثال تہِ خاص پٲٹھی قابلِ توجہ۔

ژ دیوٕ ٹھُنٛبوں رٕوستے وَزکھ

آوازِ منٛز ژھوپہٕ یا ژھوپہٕ منٛز گرہٕ محسوس کرناونہٕ خٲطرٕ چھےٚ للہِ ''ژھوپہٕ منٛز'' ہِش معنہِ سٲو ترکیب ورتٲوِتھ الگ سمعی کیفیت یا شبیہہ بارسس اُنی ہٕتی۔ یژھے بیا کھ سمعی کیفیت ہکو تمہِ وِزِ تہٕ محسوس کرِتھ ییلہِ واکھس منٛز ووپدن

وول کردارتَنہٕ منہٕ توجہِ گرِتھ ژھوپہٕ ہنٛدِ سۆ درمنٛزٕ تہِ سنہٕ وٕنی آواز چھُ سرِ کران۔

تنہٕ منہٕ گیَس بہٕ لتس گٕنے

بوٗزم سٕتچ گنٹا وزان

(gustatory) یا ذأیقہٕ کس حِسَس سٕتؠ تعلق تھاون واجنہٕ کرٕ کم یا ژرِ طاقتور شبیہہ چھےٚ للہ ہنٛدِس کلامس منٛز وَنہِ یوان۔ پٔنٛنس کلامس منٛز یٔتہِ سۆمیٹھبن یوگن ہنٛز تہِ کتھ چھےٚ کران تتہِ چھےٚ کوٚم یا جن ہنٛز ذکر گرِتھ پرن وأل سُند ظون تہِ یمن چیزن ہنٛز اَتھ خأصیژ گُن پھِران۔ اَتھ سلسلس منٛز ییمہِ خاص شبیہہ ہنٛز بہٕ رَژھا تفصیلہٕ سان کتھ یَژھ کرٕنی سو چھےٚ یتھ واکھس منٛز ووتلان:

نابدی بارس اَٹہٕ گنٛڈ ڈیوٚل گوم

دیہہ کاڈ ہوٚل گوم ہبکہٕ کہیو

گورٕ سُند وَنُن راوَن تیوٚل پیوم

پہلہِ روٚس کھیوٚل گوم ہبکہٕ کہیو

واکھس منٛز ووتلن وأٹس کردار ہنٛز حالت وبرٛژھنا وَنہٕ بلکہ کرِ وأسی وُنی کبس معنے کہِ حوالہٕ باوژٕ اظہارس متعلق کتھ۔ واچھ اکھ ویٚز توضیح چھےٚ یہِ زِ بار یتھ وَنہٕ چھُ آمُت سو چھےٚ زندگی۔ یوسہٕ تکلیف دیہہ اُستھ تہِ انسان تراوُن چھُنہٕ یژھان۔ یہِ موضوع چھُ مختلف انداز و مختلف شأعرو بیان کوٚرمُت۔ اَسی نموکھ پیٚتبتھ تمن تژ بن ویٚد بن شأعرن ہنٛدی شعر یمن ہنٛزِ تخلیقی عظمژ ہُند

تقریباً سارِنے اعتراف چھُ۔ غالب چھُ وَنان:

بوجھ وہ سر سے گرا ہے کہ اُٹھائے نہ بنے

کام وہ آن پڑا ہے کہ بنائے نہ بنے

علمدارِ کشمیرؒ چھِ فرماوان:

ٹری گوم گر ووٚٹھی گیم ناو

بار گوبٕیوم تہٕ تڑاوِ کس

لل دیٚدِ ہُند واکھ وۄن اَسہِ گوڈے۔

اَسہِ وُچھ زِبار چھُ تڑیشوٚنی۔ گوڈنِکس چھُ کلس یا پھٕیکِس پٮ۪ٹھ اوسمُت سُے چھُس پتھر پیومُت۔ مجبوٗری چھس زِ تُلن چھُس مگر جستہٕ خاز گرِتھ تہِ چھُنہٕ تُلِتھ ہٮ۪کان۔ یہِ ماچھُ باسان اکھ بٮ۪گارِ مزوٗر ہیوٚیس یہِ تُلنس مجبوٗری چھےٚ؟ دوٚیمس چھِ بور تُلنٕکی ذٕریہِ ستی اٚسی متی گر تہٕ ناو۔ مگر گرلوٚگ آبہٕ زاڈِس منز تہٕ ناوآیہِ خوشکی پٮ۪ٹھ ستی وول کیاہ ہیکہِ گرِتھ۔ تڑاوِس ألم أتی مگر رأچھ گُس روزِبس۔ تُلہِ ہے تہٕ ہیکہِ کتھہٕ گٔنی۔ تُلن وول ہے بَنہِ ہٮ۪س تہٕ ٹسی پٮ۪ٹھ ماتراوِ ہے؟ اَتہ تہِ چھُ أمس کردارس منز نوقصانُک احساس ووتلان تہٕ گٔنی ہے زٕنی ہنز لاحاصل کوشش وَنہِ یوان۔ أمس کردارس چھُ یہِ نوقصان ژٕیپہِ باسان نتہٕ چھُ یہِ تُسند وفادارٕیمی سُند یہِ بور چھُ۔

فی الحال چھُ یمن دوٚنوٚنی کردارن نشہِ یہِ بار گوٚب یُس نہٕ یم تُلِتھ چھِ ہٮ۪کان۔ ووٚں وُچھواٚسی للہِ ہُند کردار، اَتہِ چھُ بار وولہٕ بور بنٕیومُت۔ اَتھ چھِ

اَٹہٕ گنڈ تتھی ڈٔلیمتی زِ جسمک سبز رچھ ہوٚل گوٗمت۔ یہِ کردار ہیکہِ اَتھ پانے پھٕر تہٕ دارِتھ دِتھ۔ تہِ نے کرِ جسمس گرٕ ھبس کرٕ وپُس۔ بار آسی یہٕ گوٚب مگر باوژ منز چھُ ژوٗر توجہ تکلیف دِوٗن بار تُلنہٕ کِس نتیجس منز حاصل سپدن وائلِس لذتس کُن۔ لل چھنہٕ وَنان گوٚب بار بلکہ ناپدی بار۔ ممکن چھُ توٚہی کٔرِو میانہٕ کتھہِ ستی اتفاق زِ للہِ ہنٛز پاڈٕ کٔرمژ شبیہہ تہٕ باوژ انہار چھُ باقے دوٚیو نشہِ پُرزور تہٕ پُر اَثر۔ ذاتیچ یہِ کیفیت چھےٚ زِیوٚ بدلہِ کینژ ھالمسہٕ یا چھٕہہٕ ستی محسوس سپدان۔ اَمہ لمسُک یا چھٕہک اثر چھُ جسمہٕ کِس رادَس تہٕ سطحس پیٹھ۔ کایہِ ضرب دِتھ اَتھ اندر ترِتھ گرٕ ھنچ کیفیت بیانس منز اَننہٕ خاطرٕ ہکوٗ للہِ ہنٛدِ کلامہٕ منزٕ یژھ مثالہٕ پیش کٔرِتھ۔

ژرمن ژٕٹتھ دِتتھ پئنٕ پانس
تیُتھ کیاہ وَویُوتھ تہٕ پھلِہی سوو
تتہِ کُس با داری تھربا
یتہِ نٔنس کرتل پیٚی

(Tactile) لمسی شبیہن ہنٛدِ ورگہٕ چن کفیژن منز روحانی لذتکی وِہرٕ تہٕ انہار خارِجی صوٗرژن منز بیان کرٕنکی چھِ اَسہِ للہِ نشہِ بیوٚن بیوٚن درجن تہٕ منزلن ہنٛدی مسحوٗرکُن انداز وَنہٕ یوان۔

پانس لاگتھ روُوُکھ مےٚ ژٕ
مےٚ ژٕے ژھانڈان لوٗسُم دوہ

پانس منز ییٚلہِ ڈیوٗ ڈھکھ مےٚ ژٕ

مےٚ ژٕےٚ تہٕ پانس دِتُم ژھوہ

لل دیٚدِ ہنٛدِس کلامس منز یُس شِوتہٕ شکتی ہُنٛد فلسفیانہٕ تصور نرتہٕ ماد

صوٗرژن منز باوتھ چھُ پرٛاوان۔ سُہ چھُ تمیٚ ہنٛزِ شاعری ہنٛدِس فنس ارضی تہٕ

مجاٗزی معنی ین منز تہِ پُرکشش بناوان۔ شکتی اکھ لولہٕ ہٕژ نسوانی وجوٗد چھےٚ

معشوق ہنٛزِ کلہِ ہردم بےقرار آسنہٕ کِنۍ متواتر تلاشش منز گاہے دَوان تہٕ

دوران پان لوسناوان تہٕ گاہے جایہِ جایہِ وٲتتھ زاگ ہوان۔

لل بہٕ لوٗسس ژھاران تہٕ گوران

ہل مےٚ کوٗرمس رَسہٕ نِشہِ تہٕ

وُچھن ہیوٚتمس تاٗرِ ڈٲٹھِمس برن

مےٚ تہِ کل گنییہِ تہٕ زوگمس تتۍ

یَتھ لَرِ یا یَتھ باغس منز یہِ دوٚیم کردار موجوٗد چھُ تَتھ أندرِم حالات

چھِنہٕ أسی وُچھان مگر دارِ بن برن تاٗرِ آسنہٕ کِنۍ کتھی ہوی خدشہِ چھِ نیٚبرِمس

لوٗسی ہِتس نسوانی کردارس وو تلان تہٕ تِسنٛدِس لولہٕ کِس جذبس کمہِ اندازٕ چھُ

وُتِش لگان تَمِچ باوتھ چھےٚ واکھٕ کِس أخری مصرس منز سپدان۔ أندرِم کردار

چھُ نیٚبرِمس کردارس نِشہِ صرف تھپھ یژھان ٹلناوِنی کِنہٕ سُہ چھُ بییہٕ کائنسہِ ستی

ناٗلی نال۔ تقریباً یژھے ہِش (Situation) چھےٚ للہِ ہنٛدِس یَتھ واکھس منز

تہِ نظرِ گژھان۔

لل بہٕ ژالیس سومَنہٕ باغہٕ برس
وُچھم شُوس شکھتھ مِیلتھ تہٕ واہ
تِتھٕ لے کٔرِم اَمرِتہٕ سرس
زِندے مرس تہٕ مےٚ کرِ کیاہ

مےٚ چھُنہٕ پتاہ زِ توہہِ منٛزٕ کتیاہ کرن مےٚ سٕتی یتھ کتھِ پٮ۪ٹھ اِتفاق زِ سومنہٕ باغہٕ برس اَژنچ باوتھ چھےٚ لفظہٕ معنہِ نِشہِ دوٗر سپدِتھ شانکنچ تہٕ زاگی زاگی رسہٕ رسہٕ پوٗری تُلتھ باغس سِتھہٕ صداورائے برٕتھٕ مُژ رِتھ أندرِم حالات ژرژنچ باوتھ۔ اَندرٕ کیاہ چھُ سپدان؟ اکھ نسوأنی کردار شکتی تہٕ بیٚیہٕ اکھ مذکر کردار شِو چھِ اکھ أکس سٕتی لین۔ یِہ نظارٕ چھُ زاگ ہنہٕ وأتِس کردارس اندرلذت یَس جذبس تتھہٕ کٔنی ووتلاوان تہٕ وولسنس اَنان زِ سُہ چھُ زِندگی نِشہِ تانی اَتھ چھٕلتھ یِی پزٕ اونس پٮ۪ٹھ تیار بہٕ تیار۔ باقٕی سماجی بٔندِشن کوسہٕ کٔتھی پتے چھےٚ اَتہِ۔ یِہ چھُ بہرحال اکھ روحأنی تجربےوول گووأسی چھوٗنی کہٕس اَمہِ واکھ کٕن دوٚیمِن ہُرٕیمانہٕ مانوی اِمکانن ہنٛز کتھ کران یُس اَمہِ چوخوٗبیو کٔنی یا اَتھ منٛز موجوٗد شبیہہ کٔنی ممکن چھُ۔لل دیٚدِ ہندِ ہن روحأنی تجربن ہٕندی اکایل تصور معروضی شکلہِ منٛز بیان سپدنہٕ کٔنی چھِ یمن منٛز معنی یکٕی نوٚی تہٕ بدوٗن امکان تہِ وَنہِ یوان۔ تتھِن واکھن منٛز ووتلن وألی شبیہہ چھِ پننہِ ڈرامأیی کفیژ کٔنی خود کفیل تہٕ ہرگاہ یمن فلسفیانہٕ برٕیڈ نألی آسن تِنہٕ توتہِ چھُ یمن پنٕن اکھ آزاد وجوٗد یُس محض فنی سطحس پٮ۪ٹھ لوٗبہٕ وُن چھُ۔

پوٚت زوٗنہٕ وٕتھتھ موٚت بولنووُم

دَگ للناٲوِم دَیہ ہنٛزِ پڑیے

لٔلی لٔلی کران لالہٕ وُزنووُم

میلتھ تس من شرٛ وٗزیوم دِہے

واکھس پٮ۪ٹھ للہِ ہُند ٹریڈمارک یا شناختی نشانہٕ زن منساوٕتہٕ پتہٕ وُچھون برٛگہٕ آمُت اکھ بۆڑ ژھؠُن نسوانی کردار راٚژ ہنٛدِ آخری پہرٕ دوٚیمس کردارس ژھٹہِ بٹہِ اُنتھ وُزناوان تہٕ تس ستی من لین سپدتھ دِیہہ شرٛ وٗژنک اعلان کران۔ دیہک تہٕ مَنک شرٛ وٗژرتہٕ اَنہٕ اَتھ معنی یس کہنٛ تھوس تِکیازِ اَمہٕ ڈراما کس گوڈنکس سینس منٛز یوسہٕ خیالن ہنٛز پراگندگی نسوانی کردارس منٛز وَنہٕ ہیکہِ یِتھ تمیک اَثر آسہِ اَمہِ کس کلامکس پٮ۪ٹھ پوٚرٕ پاٹھی زائیل سپُد مُت۔ ہیچو ہارنجہِ پیٚرِ وکان گوم ہوس واکھس منٛز موجوٗد شبیہہ اَمہِ کس تخلیق کارس نِشہِ الگ کٔرتھ تہٕ امیک آزاد وجوٗد تسلیم کٔرِتھ محض شبیہہ ہنٛزِ بنیادٕ پٮ۪ٹھ پرکھاونس دوران چھُ معنی ییٚک اکھ امکان یِتھی ہے نسوانی کردارہنٛزِ ترٛشہِ انتہائی مایوٗسی ہنٛز کیفیژ پٮ۪ٹھ اَنداوتان یوسہٕ نہٕ بیٚیہ کُنہِ بدل طریقہ بیان ہیکہِ سپدتھ۔ یہ واکھ تہِ بوٗزِ تہٕ اَمہِ منٛزٕ وو تلن واجنہِ شبیہہ منٛز قول محالچ توضیح کتھن سطحن پٮ۪ٹھ ہسکوٚ کٔرِتھ۔

یتھ سرس سِری پھوٚل ناویٚژی

تتھ سَرِ سکلی پوٗنی چن

مژگ، سرٛ گال، گنڈٕ، زلہٕ ہستی
زبٕن، نازبٕن تہٕ توٗتےٚ پٕن

للہٕ ہنٛدِ ناوِچ لیبل چھےٚ یتھٕن واکھن ہنٛدٕن ژھپہٕ ژھارِکلہٕ کڈٕنٕن معنی ین اکھ Embargo۔

سد پیوٗم سیٛندی زلُن ییُت
رنگن لیٖلٕی گیٖم گیٖژ
گیٖتی کھیٛیم منش ماہٕسکی نٕلی
سوٕے بہٕ لل تہٕ گووٕمےٚ کیاہ

تخیل کاٗری ہنٛدِس نتیجس منٛز حرکی احساس لرِلوٗ رذوقِ جمالس تسکین بخشن واجتہٕن شبیہن (Kinesthetic Imagery)ہنٛزٕ وارِیاہ مثالہٕ چھےٚ لل دیٛدِ ہنٛدٕن واکھن منٛز نظرِ گژھان۔بوکہِ واورٕٹن ،ترِ گٹکارس منٛز ششرٕ چہِ عملہٕ ٹھرِیُن ،اَنہِ گٹِس منٛز گاشس کوم کرٕنی وغاٗرِ ہوی اِستعارٕ چھِ مختلف واکھن منٛز استعمال کرنہٕ آمٕتی ۔شاعِرٕ ہنٛدِ برجستہٕ اظہارٕ کنی چھٕ اُمی اَنہِ گوٗٹ ٹھوس معروض چہِ شکلہِ منٛز ڈیشتھ تتھ نسبت شعری کردار ہنٛز عمل زنتہٕ اُچھوو چھان۔

أندریم گٹکھ رٕٹتھ تہٕ وولُم
ژٕٹتھ تہٕ دِتمس ٹٕتی چاکھ

للہٕ واکھن ہنٛزِ طاقتور شبیہہ کاٗری ہنٛدِس اَتھ انہارس منٛز چھِ وارِیاہن جاین معروض مانوس تہٕ فعل یا کاٗم غاٗر مانوس تہٕ محال۔للہٕ واکھن منٛز موجوٗد یژھ

ہِشہِ بیٚیہِ کیٚنٛہہ مثالہٕ چھےٚ یِتھہٕ پاٚٹھی سیٚکہِ لوٚرٕ وُٹھنی، ہوٚس مس والہٕ گنڈُن، اوٚبرٕ ڈالُن، سمندرس اَتھ دیُن یا سورُے آب کڈُن وغارٕ۔ کاینات کہِ وجوٗدس پتھ عمل اِنسانی فہمس قریب اَننہٕ خاطرٕ چھِ سائنس دان ازلی نَبہٕ گرٛزنی یا (big bang) نظریہِ تہِ پیش کران۔ للہِ اَس نہٕ یہِ تھیوری پَرٕمژ مگر تمۍ سُند یہِ واکھ پَرِتھ چھُ امی نظریُک اکھ معکوٗسی تصورذہنس منٛز پاٚدٕ سپدان۔

ابھیاسی سوِ کاسی لَیہِ ووٚتھوٚ
گگنس سگُن میوٗل سمہِ ژرٛٹا
شُنی گوٚل تَے اناَمَے موٚتوٚ
یوٚہے ووپدیش چھےٚ بٹا

للہٕ واکھن ہنٛزِ شبیہہ کاٗری منٛز چھُ اکثر جاین استعارن ہُنٛد کارگر اختیار کرنہٕ آمُت کُنہِ کُنہِ چھُ تمثیلی تہٕ تلمیحی انداز تہِ یمن منٛز میلان۔ تمثیلی رنگہٕ ہَکس اَٹھن مصرن ہنٛدِس یَتھ واکھس منٛز تہِ چھےٚ شبیہہ ووتلان تہٕ کاڈ کڈان۔

لل بہٕ درٛایس کپسہِ پوشچہِ سَرٛژٕ ہے
کاٗڈی تہٕ دوٗنی کرٛنم یَژٕ ہے لتھ
تیٚہِ ییٚلہِ کھارِنم، زاٗیجہِ تیٚپے
ووری وانہٕ گیم الاٗنزٕ ہے لتھ
دوٚبی ییٚلہِ چھاٗونس دوٚبی کنہٕ پیٚٹھے
سَز تہٕ صابن مَژھنم یَژٕ ہے

ژری ییٚلہِ پھرنم ہَنہِ ہَنہِ کاژے

اَدِ للہِ مےٚ پرأوم پرمہ گتھ

کٲشیرِ ہٕنٛدِس ستہِ پھرِ آبس تل ہٕنہٕ ینس تہٕ پھری پھری آب نیرِتھ یہِ لبنَس لایق بَنَس متعلق تہِ چھُ کینٛژن لُوکن ہُنٛد عقیدٕ۔ پروفیسر جیالال کول تہٕ پروفیسر نندلال کول صاب چھِ لل دیدِ ہٕنٛدِ کلام چہِ سوٚمبرنہٕ منٛزٕ ہٕنٛدِ اکہِ واکھچ وضاحت کران لیکھان زِعرفان پرٲوِتھ اوس للہِ پَتم زَنم ژٕتس پاونٛک قوت تہِ حاصل گومُت۔ اَتھ عقیدس پوشنے کرنہٕ خاطرٕ تہِ چھُ للہِ ہُنٛد یہِ واکھ پھرنہٕ یوان۔ یتھ منٛزٕ اکی آنہٕ سری فضاتہِ وَنہِ چھُ یوان تہٕ اکھ طاقتور شبیہ تہِ۔

ژٕ ییٚہِ نینگہ سراہ سٕری سرس

اکہِ نینگہٕ سرس عرشس جاے

ہرموکھٕ کوژٕ اکھ سُم سرس

ستہِ نینگہِ سرس شنیا کار

شبیہہ کٲری ہنٛزِ اَمی خصوٗصیژ کنٛز وَنواُسی یتہِ زِللہِ ہٕنٛدِس کلامس چھُ سُہ گون باگہِ آمُت ییمہِ مطابق شاعر (بقول شیکسپیئر) ہوائی کینہن اکھ مقام تہٕ مسکن عطا چھُ کران۔

پرُن پوٗلُم اپوٚرُے پوٚرُم

کیسر وَنہٕ وولُم رٕٹتھ شال

○

# مہجورؔ تہٕ جوشؔ

فاروٗق فیاض

## شاعرانہٕ رویہٕ تہٕ تأریخی حقیقژ

یہٕ بحث اوٚک طرف ترٲوِتھ زِ ادب یا فن چھا علاقٲئی یہٕ بندی ہُند قایل کنہٕ عالمی سرِ ہُند علمبردار یِتھ کِتھ چھےٚ سپدِ زِ کانہہ تہٕ ادب یا فن پارٕ ہرگاہ کوٗت تہٕ فرد سندِ ذٲتی سوچن ترٲیہٕ یا نوٚژرٲتی زٕھایہٕ گِتھ ہُند اظہار آسِتھ چھُ بہرصوٗرت تمِن متضاد ذہنی روین، سماجی تژراین تأریخی حقیقژن تہٕ فکری گتھ ہُند آنہٕ ہاوان یم اکس مخصوص سیاسی، سماجی، اقتصادی یا تہذیبی گرتس منز زاینہٕ لبان چھِ تہٕ یم ساری اہار چھِ کنہٕ نہٕ کنہٕ رنگہٕ کہے اشارن، کہے علامتن، کہے تمثیلن تہٕ کہے پیٚرژن تہٕ کہاوژن منز پرٕتھ کنہٕ زبٲنی ہنٛدِس ادبس منز ضرور میلان۔

تواریخ تہٕ ادبک سنجیدٕ مطالعہٕ تلہٕ چھےٚ یہٕ کتھ واضح سپدان زِ تقریباً چھُ پرٕتھ کُنہٕ زبٲنی ہندِ ادبُک موٗلہٕ اہار لگ بگ ہوی آسان ووٗنی گوو تہذیبی سوتھرس پیٹھ یم علاقٲیی اہار زبٲنی تہٕ ادبہٕ کین مختلف صوٗرژن منز آسہٕ درینٛٹھی چھِ گژھان۔ تم چھِ تمہٕ سوسایٹی ہندِن مخصوص جغرافیٲیی حالاتن منز زاینہٕ لبن والین تمن لُکہٕ وٕطیرن ہتر۔ یاوتھ آسان یم تواریخ کین مختلف دوٚرن منز تعمیر لبان تہٕ تشکیل پراوان چھِ۔ ووٗنی گوو شاعرس کوتاہ تخلیقی بتہٕ آسہٕ نظر کاژاہ سرنی آسِس تہٕ ذہن کوتاہ پرژھلی آسِس تیوٗتاہ آسہٕ تمی ہندِس کلامس شارت تہٕ باہہٕ قےٚ شاعرانہٕ گون تہٕ۔ یِس ادیبس، شاعرس، فن کارس یمن وِلن پیٹھ ووستادانہٕ دسگاہ

آسہ ۔ تمہِ سُند فن پارٕ چھِ بڑی شاہپارٕ ہِکان بٕنِتھ تہٕ یِتھ پاٹھۍ چھِ یِمہٕ فن کار قومن ہندِ تہذیبی تواریخکی ڈیکہٕ ٹِکہٕ بنان ۔

کُنوہمہِ صدی ہُند آفتاب یِلہِ برصغیرکِس تیٚہٕ ڈنٛدس پیٹھ لوسنس تیار اوس ہندوستانس منٛز یِلہِ انگریز سامراجی نظامس تحت وارِیاہ مذہبی، سماجی تہٕ سیاسی انجمنہٕ ہُند زال ووہراونہٕ یوان اوس تہٕ ساسہٕ بدٕ ون ؤرِیَن ہُند فیوڈل STRUCTURE ٹُنیل اوس محسوس کران ۔ کشیرِ منٛز تہٕ اوس کُنوہمہِ صدی ہندِ منٛز کالہٕ پیٚٹھے یورپی مُہم بازن ماہر نباتات، کرسچن مشنریز، منتظمین تہٕ سوشل سکالرن ہندی ڈسی یِتھ ہوا نواہیو تمٕت یادٕ گرٕ تھن یِس یِتہٕ کیہنہٕ کال گرٕ ہتھ کشیرِ منٛز کلچرکیو سیاسی رٕ بنیانچ بنیاد بنیہ۔ اٚتھی تبدیلی تہٕ TRANSITION کِس دورس منٛز یعنے کُنوہمہِ صدی ہندِس آخری دون ڈہلین اور یورزاے ہندوستانس تہٕ کشیرِ منٛز زٕ تِتھی عصر شناس نفر یِموٚ ذہنی بالیدگی پراوِتھ یِتہٕ تخلیقی جدتہٕ ستۍ نہ صرف اکھ تیٚتھ معتبر تہٕ معطر ادبی فضا یادٕ کوٚر بلکہ یِموٚ یِتہٕ شعری ستۍ سیاسی منظرنامکی زُلف تہٕ شیرِ ۔ یِم چھِ غلام احمد مہجور تہٕ جوش ملیح آبادی ۔

مہجور ییو و ۱۸۸۶ء منٛز بھتہٕ تہٕ جوش ۱۸۹۸ء منٛز ۔ میانہٕ یِمہٕ مقالُک مقصد چھُنہٕ ہرگز تہٕ یہٕ زِ یِمَن دوٚن شاعرن ہُند شاعرانہٕ حُسن یی بدٕ کڈٕ تہٕ IDENTICAL بلکہ تم تاریخی صداقتہٕ برو ہتہٕ کُن اَنُن یِمہٕ ستۍ تہندٕ شاعرانہٕ رُویہٕ اکھ ماری موند ارتقا چھُ پراوان ۔

تہٕ منے گوڈے عمرِ کوٚر زٕ مہجورن تہٕ جوش سُند دور اوس تبدیلی تہٕ زبردست سیاسی کیو سماجی کھسہٕ وسہٕ ہُند دور ۔ جاگیردرانہٕ نظامس تحت مستحکم سیدٕ نہٕ واجنہٕ سماجی تہٕ ثقافتی قدرن ہند چھکراوُک عمل اوس شروع گومُت نوٚ سماجی تعمیرک، مذہبی اصلاح پسندی تہٕ قومی تشخصکی آکار بدٕ کڈان کُن اوس عوامُک ظون بیدار ہیو تمٕت گرٕ تھن ۔ یِمن سارنے تبدیلین ہندی آثار تہٕ اظہار چھِ اَسہٕ فنی پوختگی سان جوشس تہٕ مہجورس منٛز یِلہٕ پاٹھۍ میلان ۔ اگرچہ اُردوس منٛز جوشس برونٹھ حالی آزاد تہٕ اقبال ہو بوچھسہٕ ہُشار نفر و

یہِ تبدیلی برونہہ ژینہ ہژ آس نگر کاشرِ زبانہِ تہٕ ادبس منز بنیو وامہٕ نوٕ آگہی ہُند نصیب
ہیچہٕ ہرے۔

مہوٗڈل نظامس پیوٚت ژھایہِ ہم جمالیاتی قدر ادبی منظر نامس ہیٚتھ مختلف قومن ہندِس ادبس منز وۄتلیہِ، تمیُک اثر اوس برِصغیرکِس ادبی منظر نامس پیٹھ تہٕ پیوٚن لازمی۔ مہجورتہٕ جوش ہنز جوانی دورچ شاعری ہندِ مطالعہ تکہٕ چھےٚ یہِ کتھ نٔنہِ نیران زِیم دوشوٕے شاعر آسی حُسنہٕ کِین ماچھِ گنن وِیوٚر تلُنہِ سُخ تہٕ پیٚرِثل کُل تھاوان۔ مہجورٕ تہٕ جوش دوشوٕے آسی حُسنکی دِلدادہٕ۔ یہِ حُسن اوس نہٕ زمانہ و مکانہٕ کیو حدوٚ نبرٕ کانہہ ABSTRACT MANIFESTATION بلکہ چھُ حُسنُک یہِ تصوُر بُتراتھ ہنز کوچہ بھوٗ جمہٕ اَکِس خوب روٗ تہٕ مارٕ مُنز حسینایہِ ہنز CONCRETE صوُرت۔ دوشوٕنی ہُند حُسن اوس ارضی تہٕ دوشوٕنی شاعرن ہندی تقاضہٕ تہٕ آسی بشری۔

بقولِ مہجورؔ

یارٕ سُند مارٕ موٚت سارٕ چھُمہٕ تھاوان
یارس لریان ساوان چھُس
کامہٕ دِ یار چھُنہٕ جامہٕ مُژراوان
پوشَن مالہٕ کرناوان چھُس

یہے جنسی تہٕ نفسیاتی بوچھ تہٕ وُٹھ بھیٚتن واجبن کیفیژ چھےٚ اسہٕ جوشنِ شاعری پٔرِتھ سپدان۔

ہائے کیا گوری کلائی میں ہے لچھا دل فریب
ہائے کیا چاندی کی ہیکل ہے سنم ڑھائی ہوئی

جوٚش سندِس مجموعہ کلام "نقش و نگارس" منز یِتھ پاٹھۍ "شباب تہٕ حُسن" گیتہٕ مارٕ لبنہٕ چھُ یِوان، مہجورنہِ لولہٕ شاعری منز تہٕ چھ دلبر سینہٕ مُژرِتھ نٔزِ آلونس پیٹھ مجبوٗر کرناوان۔

بار بار آنکھیں اُٹھاتی سانس لیتی تیز تیز
اس جوانی کا گھنی پلکوں سے ٹپکاتی ہوئی

جوش چھ مہجور دوشوے چھ جمالیات حُسن ستی شدت جذباتکی پرستار۔ مگر یہ جذباتیت چھنہ محض خارجی حالاتن ہند دیت بلکہ چھنے یہ ہیجان خیزی بشری ضرورتن ہند تکمیلک آرزوٗ۔ بقول محمد یوسف ٹینگ مہجور ایک رند بھی رہا اور حُسن مجاز کا پرستار بھی۔ آزادیہ چھ اتھ حقیقتس کُن عارضس لیکھنہ آمتس اکس خطس منز اشارِ دِوان۔

آج بوڑھے نظر آتے ہیں۔ نتیجہ بھی دیکھو ان کی محفل میں
عورت کی جگہ خدا لینے لگا۔

وُہمہ صدی ہندس دوٗیمہ ڈہلکس شروعس منز یلہ ہندوستانس منز NON-COPERATION MOVEMENT تہ خلافت تحریکس پتہ منظرس منز قومی تہ وطنی جذبن نوٗ آیہ کاڈ ہیوت کڈُن تہ سامراجی طاقتن، ہندوستانی لوکن ہند قومی جذبہ لیہ موجہ کرنکی نوٗی تہ ظالمانہ وٗل استعمال اننی ہیتی۔ امہ ستی ووتھ تلیو لوکن منز انقلابک جذبہ زیادے پہن تہ پرتھ طرفہ گو وسیاسی بیداری ہند اکھ نوٗوے ہوا نوا پادٕ۔ سماجک حساس طبقہ کیتھ ہیکہ امہ تبدیلی ہندِ احساسہ نش مچھ روٗزتھ۔ شاعرِ روٗمان بنے یہ شاعرِ انقلاب۔ کشیرِ منز تہ اوس مہاراجہ پرتاپ سنگھنہ مرنہ پتہ برونہہ کینہہ کال موزوٗرن ہنز اکھ تحریک زبردست طاقتہ ستی دباونہ آمژ۔ نگرامی تحریکن دیت آزادی ہندن نوٗین مجاہدن وُتش تہ پتہ پاٹھی آیہ گوڈنچہ لٹہ شخصی راجس خلاف سیاسی منصوبہ منظم پاٹھی تیار کرنہ۔

وُہمہ صدی ہندس دوٗیمس ڈہلکس آخرس پیٹھ اُس سیاسی بے اطمینانی تہ معاشی بدحالی ٹیس پیٹھ۔ یمیک نقشہ یمہ آیہ SIR ALBION BANNERJI دامیراوان چھ۔

" JAMMU AND KASHMIR STATE IS LABOURING

UNDER MANY DISADVANTAGES, LABOURING UNDER POVERTY AND VERY LOW ECONOMIC CONDITIONS OF LIVING IN THE VILLAGES AND PRACTICALLY GOVERNED LIKE DUMB DRIVEN CATTLE - THERE IS NO SUITABLE OPPORTUNITY FOR REPRESENTING GRIEVANCES AND THE ADMINSTRATIVE MACHINERY ITSELF REQUIRES OVERHAULING FROM TOP TO BOTTOM TO BRING IT UP TO THE MODERN CONDITIONS OF EFFICIENCY

P.N BAZAZ چھُ لوکن خصوصاً مسلمانن ہنز معاشی بدحالی ہُند اظہار ییمہِ آیہ کران۔

THE POVERTY OF THE MUSLIM MASSES WAS APPALLING, DRESSED IN RAGS WHICH COULD HARDLY HIDE HIS BODY AND BAREFOOTED, A MUSLIM PEASANT PRESENTED THE APPEARENCE RATHER OF A STARVING BEGGAR THAN OF ONE WHO FILLED THE COFFERS OF THE STATE.

یمن حالتن منز کتہِ روزِ ہا مہجورس محبوبہ ہندی زلفہ ہیچان یاد۔ تمی کوّر جوشس ہندی پاٹھی انقلابس تہ بغاوتس ہتی باآج وکھ۔ جوش اگر اَمہ شعری رُوپہ کِہ تبدیلی ہُند اظہار یمہِ آیہ چھُ کران۔

ہٹ کہ اب سعی و عمل کی راہ میں آتا ہوں میں

خلق واقف ہے کہ جب آتا ہوں چھا جاتا ہوں میں

پھر اُٹھوں گا ابر کے مانند بل کھاتا ہوا

گھومتا گھِرتا، گرجتا، گونجتا گاتا ہوا ۔

تہٕ مہجورٕ چھہ اَمہِ نوآگہی ہُند عرفان یِمہٕ آیہِ موٗلہٕ ناوان ۔

چھےٚ ہوٚ چھمٕژ پوشہِ تھٕر باغس کٔمی آبس گمٕژ ناگس

کھٔسُن چھُم اَذبٕرٕ لاگِتھ آسمان باران تراوُن چھُم

یا

اگر وٕزناوہٕن بٔستی گلن ہُند تراو زیر و بم

بنٕیُل کرٕ، واو کرٕ گگراے کرٕ طوٗفان پیدا کر

یِتھہٕ پاٹھۍ جوش نِس کلامس منٛز اَمہِ نوٗشعری آگہی ہنٛز شروعات "شعلہ و شبنم" ستۍ سپدان چھےٚ مہجورنِس کلامس منٛز چھُ یہِ موضوٗعی نوٗرٕہٕ تہٕ تبدیٖلی لیکھہٕ پاٹھۍ پیام مہجورٕ سِلسِلہٕ ناوی کلامہٕ ستۍ سپدان ۔

موضوٗعس ستۍ ستۍ چھُ زبانۍ ہِندس بناوٹس ۔ بیٚیہِ تہٕ اَمہِ نوٗ تبدیٖلی ہُند اثر پیوان ۔

نزاکت چھےٚ تکرارُک جامہٕ ژٹان تہٕ سرگوشی چھےٚ آہ گریز نیارُک اظہار بٕراوان ۔

فطرت کیٚن منظرن ہُند شعری اظہار چھُ پوٚز دٕہ شوٗبی شاعرن منٛز میلان مگر مہجورٕنہٕ شاعری منٛز ڈل تہٕ نسیم، تارسرنہٕ مارسر، درنگ تہٕ برنگ چھِنہٕ محض جمالیاتی آسودگی ہِندی سامانہٕ بہم کران بلکہ چھہِ شاعر کشیٖر ہِندِ حُسنہٕ کیٚن یِمن ناگہِ رادن ہِندہٕ شاعرانہٕ اظہارہٕ ستۍ کاشرن منٛز قومی شناخژ کیٚن آثارن تہٕ تہذیبی عظمت کیٚن آکارن کُن عام کاشرٕ ہُند ظون پھرناونٕچ اکھ شعوٗری کوٗشش کران ۔

جوشن ته چھ یتھے پاٹھی پننین وارہین نظمن منز ہندوستان کس قدرتی حسنہ کس پوت منظرس منز ہندوستانچہ قدیم تہذیبی عظمتچ باوتھ کران ۔

دوشونی شاعرن منز چھنہ فطرت نگاری ہند مقصد ته مدعا محض LANDSCAPE BEAUTY ہند نقشاو بلکہ چھ اتھ پوت ژھایہ اکہ شدید قومیت کہ جذبک ووتلاو۔ قدرتکی حسین نظارن مثلاً شالہ مار، نشاط، اچھبل چھنہ فقط فرحتکہ ته فراغتکی سالگاہ کس صورتس منز ووتلان بلکہ چھ کاشرن ہند احساسہ تمالکی تم آثار بنتھ یرد نہ کُن لوان یمن ہند تصورے یوت ته کاشرن بئنہ عظیم پتھ کالک شدید احساس دوان چھ۔

یمن دوشونی شاعرن نش چھنہ فطرت محض خارجی منظرن ہند بیان بلکہ چھ یہ وطنس نسبت جذباتی رشتچ دلیل ته فراہم کران۔

روسی انقلابہ کس پوت منظرس منز ییٚس بوش موزورن ته کاشتکار طبقس کھالنہ آو ته پتھ پاٹھی تم قدرت کین خزانن ہندی وارث آیہ مقرر کرنہ تمیک پوت کوز چھ آسہ کم کاسہ ہوے مہجورس ته جوشس منز میلان ۔ دونی گوو یئنہ جوش عقیدتا اتھ تحریکہ سیتی وابستہ سپد تتہ گنگرو و مہجوران صرف امہ فلسفک سوزے یوت ته ساز تھووُن پرزوتے۔

جوش چھ کاشتکارس یمہ آیہ فطرت کین اسرارن ہند وارث گنزران ته تہذیبک پروردگار تسلیم کران چھ تتہ چھ مہجور موزورس ته کاشتکارس تمام قدرتی وسیلن ہند جائز وارث گنزران ۔

یہ سماں اور اک قومی انسان یعنی کاشتکار
ارتقا کا پیشوا تہذیب کا پروردگار

دُنیہچ دولت چھے تہنزے کُل تہند تہنزے زمین
راج تہندے تاج تہندے باج دار گو وتاجدار

مہجور تہ جوش دوشوے آسی سماجہ کین تمن طبقن سیتی وابستگی تھاوان یہند شمار بلواسطہ یا بلاواسطہ استحصالی طبقن منز شمار اوس گژھان تہ یم COLABORATORS OF THE RAJ آسی یوان تسلیم کرنہ۔ مہجور اگر PIRZADA طبقس سیتی واٹھ اوس تھاوان یمن سرکار ڈسی واریاہ مرعات حاصل آسی تہ اوس جوش جاگیردارانہ خاندانک چشم و چراغ۔ مگر دوشونی منز یوسہ کتھ مشترک پھٹے سو گیہ یہ زِ یہندس کلاسس منز چھنہ کنہ جایہ ELITE نظرِ گژھان۔ یم دوشوے شاعر چھ ELITE ORIENTATION تہ تہندس مخصوص وطیرس پیٹھ طنز کرتھ پننہ جذباتی وابستگی سماجہ کین یتھ کھورِ تہ مُشر آوی متین طبقن سیتی ہاوان FEUDAL ELITE چھ مہجورس گریسی کورِ سورہج حور ونناونس پیٹھ مجبور کرناوان تہ جوش چھ NOBLITY رئیس زادین ہندین وضعدار حسنس مقابلہ اکس سیر ساد مالنہ PARAGON OF BEUTY تسلیم کران۔

آرہی ہے باغ سے مالن وہ اٹھلاتی ہوئی
مسکرانے میں لبوں سے پھول برساتی ہوئی
باربار آنکھیں اُٹھاتی سانس لیتی تیز تیز
اس جوانی کا گھنی پلکوں سے ٹپکائی ہوئی

مہجورس تہ جوشس دوشونی پیٹھ چھ یہ الزام یوان دِنہ زِ ہرگاہ یم عوامی آرزوین تہ اُمنگن ہندی علمدار بنتھ شعری ہندس تیہ ڈنڈس پیٹھ پرزلیپہ، تیلہ کمی چیز ن کری یم شخصی راجہ کین مولادرن ہندی قصیدہ گیونس پیٹھ مجبور۔ مہجور اگر بلہ کاک در وزیرِ وزارت تہ پرتاپ سنگھس پیٹھ قصیدہ گیوان چھ تہ چھ جوش نظام حیدر آبادس پیٹھ قصیدن ہندی قصیدہ گیوان۔ بہ وَنہ یی زِ دوشونے گیوناوی وقتہ کین تاجدارن ہندی باتھ روزگارکی غمن تہ بیپہ نہ کنہ چیز ن۔

شخصی راج کس خاتمس پیٹھ ییلہ تحریک آزادی منز توصیف بندی سیکولر بنیادن پیٹھ وسوار کرنچ کوشش آیہ کرنہ سیاسی فلسفچ یہ تبدیلی کھٔژنہ وارہٕہن حلقن ٹار کیتھ۔ یتھ کنی آیہ واریاہ تم سازشہ کرنہ یمیک مطلب کشیرِ منز ساہہ بدرن وٕریَن پیٹھ محیط بھائے برادری ہندِس جذبس زکھ واتناوُن اوس۔ مہجورنیس انسان دوستی، مذہبی بھائے چارگ روادار اوس کبھ ہنکہ اچھ وٕٹھتھ یہ سوٗرے سٕرتھ۔ چنانچہ لیچ تمی ہندس شارمضرابس زیرِ تہٕ گیوٗون۔

ذات بتر اتھ کاشرن منز چھو کنی

خواہ مخواہ دوٗر پرمہ پاوِو پانہ وانی

جوشس تہٕ چھ "وقت کی آواز" نظمہ منز تمثیلی طور اَتھی حقیقتٕ کُن اشارہ کران۔

مہجور۔ تہٕ جوشس لوٗ دوٗے تمن کینٔہ حسن خوش اقبال شاعرن منز چھ درج یمن پننہ زندگی منزے عوامی مقبولیت حاصل گیہٕ مگر تہٕ کٔرتھ تہٕ چھ یمن یہ احساس اندری کوٗران زہتھ کلاک روح آوٕ نہٕ اصل پاٹھی سمجھنہ۔ مہجور چھ اتھ احساسس یتھ پاٹھو زیو دوان۔

مہجور کاشرئ کانسہٕ ژٕرزو ونکھ نہٕ وُنتام

یم زانہٕ تے تم وُنہٕ چھہ زنتے بوزکانہ کانہ زاو

جوشس چھ یتھین لوٗکن اوٗن وٕنتھ یتھ پاٹھی تنہ کران

اندھوں سے جب پڑا ہو زملنے میں واسطہ

اے جوش آپ یوسفِ کنعان ہوئے تو کیا

۱۹۴۷ منز ییلہ برصغیرس منز زٕ آزاد مملکتہ وجودس منز آیہ۔ نقلی جغرافیائی سرحدو تراوی جمسں تہٕ جانس اندر ژھین۔ بوٗے گوو پاپس نٔش جدا۔ رتیچ ہولی آیہ وتن پیٹھ گندنہ۔ واُنسہ وادن ہندی وچھس منز ژھتی خواب گیہٕ منز برُوی۔ جوشس چھ اتھ قومی بحرانس منز یمہ آیہ لوٗکن ہلہ زار ژٕرزھر اونگ تلقین کران۔

روح بشر کی موت ہے خونخواری وفساد اپنے غضب سے جنگ ہے سب سے بڑا جہاد

.... اے دوست سعی امن سے ہوشیار و بامُراد　　انسان کے دماغ کا سرطان ہے عناد

تہٕ ہجور چھُ تواریخی کاشرِ ن کردارن کُن کاشرِن ہُند ظوعن پھرناوِتھ تمن منز بأے بندٕت قایم تھاونس پیٹھ اصرار کران۔

کوٚر بٔس پیٹھ زوٗ فدا قدٕ گوجوٲری
ازِ تمے کٕتھ یاد پاوِو پانہٕ وأنی
یوٚد تھوٚو اتھو واس تو یہِ پوشہٕ شونٛ کانہٕ
زِہین کرِتھ ینہٕ پوشہٕ ناوِو پانہٕ وأنی
بأے سند بأیس شوٗ بیا تھاوُن ملال
گنڈ دِلن ہندی مُرٕ راوِو پانہٕ وأنی

ہجورنہٕ جوشن یٖمہِ آیہِ انقلأبی نغمہٕ گیوٚتھ قومی بیدأری ہُند جذبہٕ خوفتہٕ لوکن منز پأدِ کوٚر تہٕ آزادی ہندِ ین یمَن خوابہٕ جزیرن ہُند تموٚ تخلیقی ساز اوس کوٚرمُت، آسِن تہٕ وِوٕ میزن منز یمہٕ خلأئی مندورِ تموٚ تعمیر آیہٕ کرنہٕ۔ عوأمی حکوٗمت بننہٕ پتہٕ باسیو زِ یمَن مندورن ہیوٚتن وقتہٕ کیو سألابی گتو پُتہٕ شگاف پینہٕ۔ تہندین حساس دِلن ریٚح گژھاے تہٕ انقلاب کین نغمن بلسے یکھ زن تہٕ لٕے بگریمٕژ ہِش۔ عوأمی راجہٕ کین یمن ادارن تہٕ فردن ہتی یموٚ ینہٕ سماجکہٕ تعمیر نوٚک رِشتہٕ جوڑمُت اوس، باسیو کھ زِ آزادی منز نو نوٕ سمتہٕ ویور تلنہٕ پتہٕ دِتکھ تس زن جبر اطلاق۔ جوشَن اگر ماتم "آزادی" نظمہِ منز آزادی ہندِ ین یمَن علمبردارن خبرہ ہیوان چھُ ہجور چھُ ینہٕ نظمہِ "آزادی" منز سماج کین تہٕ آزادی ہندِ ین یمَن پھیکہِ درِ ن مرژہ ورشن کران۔

بنٛبر شیخ زانہٕ کٕتھ ہُند معنہٕ تس ژُلی خانہٕ دارِ ن منٛتھ
شہٕ گوٚد فریٚ یادِ کُس تیٚ کُنہٕ وِوہ برگرپایہِ آزادی

یہ آزادی چھےٚ سورٕگ حورٕ پھیر پاخانہٕ پیتہٕ خانے
فقط کینژن ٚنٛرن اندر چھےٚ ماران گرایہٕ آزادی
یہ آزادی چھےٚ تراوان مغربس کُن سُمنگ باراں
کران سانٛس زمینس پیٹھٕ ژھرے گگرایہٕ آزادی

تٔہٕ تہٕ چھا زمیندار کاشکار نانگار تٔہٕ چھا بُڈ چیکدار
تٔہٕ تہٕ چھا آلزٕ بن رنگہٕ رنگہٕ نعمتہٕ کمُولین گرٛھاں بتہٕ مار

خوابن ہُند شیشہٕ محل چھلہٕ چھلہٕ گژھنٛس پیٹھ، چھُ جوشس اکہٕ نوٕ بغاوتُک درس ییمہٕ آیہٕ دِوان۔

فٹ پاتھ، کارخانے، ملیں، کھیت بھٹیاں
گرتے ہوئے درخت، سلگتے ہوئے مکان
بجھے ہوئے یقین، بھڑکتے ہوئے گماں،
ان سب سے اٹھ رہا ہے بغاوت کا پھر دھواں

**شاد رمضان**

# صمد میر تہٕ احد زرگر: اکھ تقوبلی جائزٕ

(''وہراوُن پیوم'' تہٕ ''سے مےٚ دِلس کان'' ووج والِنہٕ وژن نما باتن ہندِس پوٚت منظرس منز )

صمد میر تہٕ احد زرگر چھِ وُہہِ مہِ صدی ہندی زٕ اہم کأشری صوفی شاعر، یِہندِس زمانس منز کأشر شاعری یسلہٕ پاٹھی ترقی پسند تحریکہٕ ہندِس پوٚت منظرس منز سیأسی، وطنی تہٕ سماجی موضوعن ہنز ترجمان اُس۔ یَتھ پتہٕ کنہِ مارکسی فلسفس تحت طبقأتی کشمکش تہٕ اشتراکی انقلابک تصور کارفرما اوس۔ بلکہ وُچھ احد زرگرن جدید شأعری ہُند دور تہِ۔ جدیدیت یُس پوٚت منظرس تحت سپُد صدی ہند ِن تصورن تہٕ قدرن شکست وریخ تہٕ اَمی صورتحالن دیُت اَکس نٔوِس تفکرس، رٔوِیس تہٕ ردِعملس زنم۔ یمیُک نمایاں اظہار موسی تہٕ تنہأیی ہُند احساس تہٕ زندگی ہندِ بےٚ معنہٕ آسنُک خوف چھُ۔ یِمن دوشوٕنی دورن ہنز کأشر شأعری اُس پرٛانہِ کأشرِ شأعری مقابلہٕ ہیتی تہٕ موضوعی اعتبارٕ تہِ ہنا مختلف تہٕ لسأنی ورتاوٕ تہٕ آہنگہٕ اسلوٗبہٕ کنہِ کتہِ کوروکھرٕ۔ اتھ کلہم پوٚت منظرس تہٕ صورتحالس منز چھُنہٕ کینژن لکھارِ ن ہُند یہِ وُنُن صحیح زِ صمد میر تہٕ احد زرگر چھُ نوٕ زمانہٕ کِن یِمن نوِ ن تقاضن نِسبت شعوری طور اَچھ ٹُو ان تہٕ کن سُوان بلکہ چھُ پزر یہِ زِ یِم دوشوے شأعر چھِ پننِس اسرأری دُنیاہس منز لین روٗزِتھ پننہِ شعرٕ رہوایژ

ہٕندِس فکری پوٚت منظرس تحت پٔننٮ۪ن روحانی رموٗزن تہٕ اسرارن باوَتھ دِوان تہٕ نٔوِ زمانہٕ کیٛن نوٚ ین تقاضن کُن چھُکھ نہٕ ظوٗ نے گرٛھان۔

صمد میر تہٕ احد زرگرنہِ شاعری منٛز ورتاوَنہٕ آمتی یسلہٕ مضمون چھِ کلہم کأشرِ صوفی شاعرو منٛز ورتاوَنہٕ آمتی مشترک مضمون یعنے حیات تہٕ کاینات کیٛن اسرارن أنزی منٛزی گرٛھنگ ارمان تہٕ تمہِ زٲنی ہُنٛد معرفت حأصل سپدنہٕ پتہٕ پٔنٔنس اصلی آگرس ستی واپس رلُنگ ہاوس تہٕ ہمسوس۔ یو ہے باس تہٕ ہمسوس چھُ اَندٕ وَندٕ چہِ شاعری منٛز آدمی وبداکھ بٔنتھ باوَتھ پرٛاوان روٗدمُت یلس بیک وقت فریادس منٛز احتجاج تہٕ احتجاجس منٛز فریادُک روداد باوان چھُ۔ احتجاج اَوٕ کٔنی زِ:

باغِ بہشت سے مجھے حکم سفر دیا تھا کیوں
کارِ جہاں دراز ہے اب میرا اِنتظار کر

تہٕ فریاد اَوٕ مو کھٕ زِ:

آمہٕ پنہٕ سوٚ درس ناوِ چھَس لمان
کتہٕ بوزِ دَے میون مے دِیہِ تار

اکہِ پاسہٕ جزس کلہٕ نشہِ ژھٮ۪نہٕ گرٛھنگ راون تیوٗل تہٕ بیکہِ پاسہٕ پٔنِنس آگرس ستی واپس رَلُنگ اِشتیاق تہٕ یم دوشوے صوٗرژٕ چھے انسأنی لاچأری تہٕ بےبسی ہُنٛد تیُتھ احساس ییٚتہٕ مختأری ہُنٛد درجہ لاچأری ہش صوٗرتھ پرٛاوِتھ کلہم انسأنی صورتحالُک آدمی وبداکھ بنان چھُ۔ ورگہ پأٹھی چھِ للہٕ دیدٕ ہٕندِس

نابدٕی بارس اٹہٕ گنڈ ڈیٚول گوم

دٕہہ کاڈ ہوٚل گوم ہٕکہٕ کہیو

تہٕ شیخ العالمؒ سٕندِس

سٕری گوم گرُ تہٕ ووٕ کھٕلی گٔیم ناو

بار گوم گوٚب تہٕ ترٛاوٕ کس

ہِوٕہن شعرِ اظہارن منٛز یوٚہے وبدٕ اَکھی احساس باوتھ پٕراوان۔ کأشرِ صوٗفی شأعری منٛز ورتاونہٕ آمُت یہِ مشترک موضوع چھُ صمد میرنٕس وژن چالہِ نظم نما بأتس منٛز ورگہٕ ورگہٕ انہارن تہٕ آکارن منٛز اظہار پٕراوان۔

ویٚسی کار مشکل بار گوٚب گوم وہتراوُن پیوم

گلالہٕ پانس کالہٕ رنگ گوم وہتراوُن پیوم

یوٚہے فکری احساس چھُ احد زرگرنس یَتھ مشہور وژن نما بأتس منٛز تہِ پھٕری پھٕری باوتھ پٕراوان:

رنگ بالہِ ڈوٗلُم تازٕ گلس سُے مےٚ دِلس کان

سنگ کأنی ژوٗلُم رازٕ بلس سُے مےٚ دِلس کان

یمن دوشونی بأتن پیٹھ چھُ گوڈنچہ لٹہِ امین کأمل ''صوفی شأعر'' ناوچہِ کتابہِ (جلد:۳) منٛز موخصر ترین لفظن منز کتھ کران۔ کأمل صأب کیازِ چھُ یمن دوشونی وژن نما بأتن غزل وَنان، تہِ چھےٚ تمہٕ خبر۔ اماپوز کأمل صأبنس یَتھ جملس ستی کرِنہٕ شاید کانٛہہ شعرشناس اتفاق زِ ''صمد میرنہِ شأعری منٛز چھُ یوٚہے

اکھ غزل تس بہترین لبنہٕ یوان یتھ روحانی معنے کھوتہٕ رومانی اظہارن زو زیتہٕ بوٚ رمُت چھُ''۔ تکیازِ میر صابنی اکثر وژن چھِ تخلیقی باوتھ کارٕ ہندی بہتر کھوتہٕ بہتر نموٗنہٕ بلکہ کلھم کاشرِ صوٗفی شاعری منز پننہِ امی منفرد تہٕ مخصوص باوژ طرزٕ کِنی چھُ صمد میرس پننہِ قبیلہٕ کِہن شاعرن منز امتیاز۔ اَمہِ پتہٕ چھُ پروفیسر رحمٰن راہی یمن دون باتن ہندِس موضوعی، لسانی تہٕ تخلیقی جوہرس متعلق مدلل تاثراتی تہٕ تنقیدی بحث کٔرِتھ یمن دون باتن ہندِس تخلیقی تنوظرس منز صمد میرتہٕ احد زرگرنہِ شاعرانہٕ شخصیژ ہُند پزٕ پاٹھی تعارُف کرناوان۔ یم دوشوے تنقیدی مقالہٕ چھِ یہنز ''شارشناسی'' ناوچہِ تنقیدی کتابہِ منز شامل۔ راہی صابنس علمی بصیرتس تہٕ تنقیدی شعورس ہیکہِ نہٕ کانٛسہِ شعرشناس تہٕ مشرقی کِنیو مغربی تنقیدی اِدراک تھاون وألس حساس فردس انکار اَستھ۔ ووں گوو شعرس ہیکہن مختلف تأویل کڈنہٕ یتھ تہٕ پزٕتھ کانٛہہ تأویل ہیکہِ پننہِ اعتبارٕ خود کفیل أستھ۔ اَمہِ کِنی ہیکو راہی صابنس تتھ تأویلس ستی اِختلاف تہِ کٔرِتھ یا ہیکو مذکورٕ باتس تمہِ تأویلہٕ بجایہِ نوٚو تأویل تہِ کڈِتھ یُس تأویل راہی صاب احد زرگرنس مذکورٕ باتہٕ کِس گوڈنکس بندس کڈان چھُ۔ خصوصاً شعر بندٕ کِس ترٛیمس مصرعس، ییمیک متن راہی صاب یتھہٕ کٔنی دِوان چھِ۔

سنگ بالہِ ژولم رازٕ بلس سُے مے دِلس کان

مذکورٕ مصرعس چھُ راہی صابن تأویل زِ ''سنگ کال گوو وَصلُک وق تہٕ رازٕ بل چھِ شمشان گاٹھس ونان۔ أمِس کم وانٛسہِ بالہِ چھُ یہ احساس

ترٛپاوان زِمےٚ تہٕ میاۓنس محبوبس درمیان یُس مِلرٕ اُرک تہٕ سنگرٕ ہُند صورتحال قائیم سپُد مُت اوس، تتھ دِلپذیر صورتحالس منٛز گومُت سہ سنگی ساۓتھی راز بل روانہٕ''۔

شعرٕ بندُک یہِ مجاۓزی معنہِ چھُ امہِ چہِ اسراۓری کیفیژ ددارٕ واتناوان تکیا زِ صوٗفی عقیدٕ موجوٗب چھُ 'فنا پتہٕ بقا'، 'لا پتہٕ اِلا اللہ'، 'نفی پتہٕ اِثبات' یِیتہِ جز کلک طلبگار چھُ۔ یعنے قطرس چھےٚ سوٗدرس ستۍ وٕصل پژاونے زندگی۔ اوَے چھِ اسراۓری لوکھ موت معراج زانان یعنے موتے چھُ اصل زندگی پژاوٕنی۔ احدزرگرنس شعری کردار سُند سنگ ساۓتھی ہرگاہ تس اَڈٕ وَتہِ ترٛاۓ وِتھ آورِنۍ بل واتان یعنے سورگواس سپدان چھُ، تہٕ تس کمیک کان آسہِ تیٚلہِ تکیا زِ سوے چھُ ابدی زندگی پژاوان۔ دوٗیم یہِ زِ صوفیانہٕ شعرٕ تجربس منٛز یم اکثر پاۓٹھی زٕ کردار وٕ وتلان چھِ، تِمن وَنو مجاۓزی زباۓنی منٛز عاشق تہٕ معشوق۔ عاشق چھُ جز تہٕ معشوق کُل۔ جز گوو آدم تہٕ کُل چھُ ابدی نوٗر۔ تیٚلہِ چھُ احدزرگرن سنگ ساۓتھی یا وَنو معشوق تہِ ابدی نور یعنے ''خداے'' تہٕ تیٚلہِ کُس چھُ بقولِ راہیؔ صاۓب مزار بل واتان یِیٚلہِ زن بقولِ کبیر:

جنم اور مرن کے بیچ کوئی انتر نہیں

ہرگاہ وٕنی مزار بل واتنس ابدی زندگی پژاوٕنی تہِ ناوکرو، تیٚلہِ چھُ امہِ شعرٕک ووج مصر ''سے مےٚ دِلس کان'' بے معنہٕ تہٕ بے محل سپدان تہٕ احدزرگرنہِ شاۓعرانہٕ فنکاۓری پیٹھ ہیکہِ سوالیہ نشان لگتھ۔ دراصل چھُ کلہم کاۓشرِ صوٗفی شاۓعری منٛز ''دل'' بطور اصطلاح ورتاونہٕ آمُت تہٕ معنہِ چھُس خداے سۭتۍ

روزن جاے یاوَنو ذکرواذ کارن ہُند مرکز۔

دِل چھُے عرش اعلیٰ تتھ منز حق تعالیٰ
طواف کر کعبس تے چاوٗنس پانہٕ مس تے

رحمٰن ڈار

○

''سنگ''، لفظس چھُ معنہِ چھوٚن، چھونر، عدم اعتدال یاوَنوتر کہِ ہنز ڈ نڈ برابر نہ روزٕنی۔ گویا شاعرس چھُ پننہِ چھونرُک احساس یاوَنو دِلس (رازٕ بلس) ژوٚلُس زندگی ہند ہن آخری ایامن تام سنگ یعنے عدم اعتدال۔ییمہِ ساعتہٕ سنگ ژٕلتھ تژ کرِ ہنز ڈنڈ برابر گییس، تمہِ ساعتہٕ اوس واریاہ ژیر گومُت تہٕ سُے چھُس دِلس کان۔ ووٚنی بوٗزی تو شعرُک متن تہٕ ''کاٗلی''، لفظس کُن پھِری توپنُن ظون۔

رنگ بالہِ ڈوٚلُم تازٕ گلس سُے مےٚ دِلس کان
سنگ کاٗلی ژوٚلُم رازٕ بلس سُے مےٚ دِلس کان

صمد میر تہٕ احد زرگرنہن ییمن دون وژن چالہِ مذکوٗر باتن ہُنذ فکری پوٚت منظر، شعرن ہنز لسانٔی صورتھ تہٕ لسانٔی صورٕ ژدٕسی پھانپھلن وول تجربہٕ چھُ گُنہٕ۔ حیاتس تہٕ کایناتس متعلق ییمن دون اسرارٔی تصور تھاون والین حسبہٕ بیدار شاعرن چھُ کاشرِ صوفی شاعری ہندِس فکری، لسانٔی تہٕ ثقافتی پوٚت منظرس تام تہِ واتنیار تہٕ اتھ فکری تہٕ لسانٔی پوٚت منظرس تحت پھانپھلن والین انہارن آکارن تہٕ اسرارن رموزن تجربہٕ بناوتھ شاعرانہٕ اظہارُک تخلیقی بُتر تہٕ

اوسمُت ۔ أکِس چھُ گلالہٕ پانس کالہٕ رنگ گرٛھان تہٕ زندگی ہُند بار گوبان تہٕ بیٚکِس چھُ تازٕ گلس رنگ ڈلان تہٕ رازٕ بلس یٔژ کاٹِلی سنگ ژلان۔ یہِ کریوٗٹھ تہٕ کڈُر صورتحال چھُ دوشونی شاعرن ہندین ووج مصرن ''وہتراوُن پیوم'' تہٕ ''سُے مےٚ دِلِس کان'' منزٕ آدمی وبدا کھٕ بٔنتھ باوتھ پرٛاوان۔ یہِ موضوع چھُ أند وَند چہِ صوفی شاعری منز بار بار پھِرنہٕ آمُت یعنے تخلیق آدم یُس جز بناوِتھ پننہِ آگرٕ نِشہِ الگ کڈنہٕ آو تہٕ آگرس ستی واپس رلنس تام چھُ جزس یہِ راوُن دود پیترُن، تہٕ یوہے پیترُن نیاے چھُ تسندِس دِلِس کان۔ اَمہِ صورتحال کین تخلیقی تجربن ہنٛز یژھ ہشی خوبصورت باوتھ چھےٚ دوشونی شاعرن ہنٛز تخیلی آگہی تہٕ تخلیقی جوہرُک نوٗن نیب۔

| | |
|---|---|
| یَتھ چرخہِ ینِدرس توسہٕ کرٛوم | ورِ تلہٕ درٛام اوم |
| پوٚل گوس بازرٕ مول ؤستھ گوم | وہتراوُن پیوم |

○

صمد میر

| | |
|---|---|
| تارِچ ریہہ چھم جسم کُلس | دم بدم تیزان |
| پارچہِ زالنم سور ملس | سُے مےٚ دِلِس کان |

○

احد زرگر

گوڈِنکس بندس منز ووتلن واجنہِ شبیہ منز یُس بظاہر شعری کردار ووتلان چھُ سو چھےٚ لاٗنی زالہٕ ألمرٕ ترٛشہ معصوم خانہٕ موج کوٗریوس خاندر سپدِتھ وأرِو واتان واتانے ہَشہِ ہنزِ سختی تہٕ زأم ہنزٕ پامہٕ وہتراونہِ پھوان چھےٚ ۔ یہِ لاٗنی

زالہٕ لُجمٕژ کوٗر چھےٚ یِنٛدرس پٮ۪ٹھ توسہٕ کتان، اماپوز یِتھے ابسن وَردوان چھُس، پن چھُ اوم آسان یُس وَردِنہٕ ستی زٔھیٚنتھ یوان چھُ۔ ووٗنی کجون بازرٕگٔن مگر اَتھ آمہِ پنہٕ ووٗنی مَرِتہٕ ژھیٚنی مَرِتوسہٕ ڈیٚنجہِ گُس ہیٚپیس ملی۔ اماپوز وبتر اوُن تہٕ چھُس لانہِ لیٚو کھمُت تقدیر یتھ نہٕ کانٛہہ تدبیر بدس چھُس۔ مذکوٗرٕ شعرس منٛز چھُ ''یتھ''، لفظس پٮ۪ٹھ زور دِنہٕ آمُت ''یتھ چرخہٕ یِنٛدرس'' یعنے آدٕمی وجوٗد۔ یتھ لل دیدٕ ''دمن ہال'' تہٕ سوچھِ کرالس پٮ۪ٹھ احد زرگرس تام کتی کأشری شأعر چرخہٕ یِندرؤ یتھ ذکر واذ کارن ہُنٛد ووٗنٛن وسیلہٕ زانان چھِ۔ یِنٛدرس پٮ۪ٹھ توسہٕ پن کھالُن والُن گوو شہہ کھالنس والنس ستی ''اللہ'' تہٕ ''ھو'' پرُن۔ کأشرِ شأعری منٛز چھےٚ امہِ باپتھ ''ہُو تہٕ ہَہ'' اصطلاح تہِ ورتاونہٕ آمٕژ۔ ''ہوٗ'' گووترُن (ہوٗ ندر تہٕ ہَہ)، گو ووٗشُن شہہ۔ امی ادبی اصطلاح ستی چھُ حضرت شیخ العالمؒ سُنٛد روحأنی تجربہٕ فکر انگیز تخلیقی تجربہٕ بنان۔

ہَہ اکہِ سنگر تار زن وزن
گنبد گرٛزن وُنی کتھ
سوزن اَشارِ ہتن بوزن
کوزن بوزن نہٕ دنبالہِ گتھ

تہٕ یموے اِصطلاحوٗ سی ووتلاونہٕ آمُت رحمٰن راہی سُنٛد یتھ ہیوٗ دِلہٕ دُبرایل شعر تجربہٕ تہٕ ژٕہنی توٗ

تھُپ کرِتھ کالک ٹلن پنجرس تہٕ

وُشن اَتھ ہوٚ ندرس ڈیکس پھِروان ووٚتھم

مڑرِ کنڈ ...... ہومیون ہہ

زمروٗدی پھہہ                نظم ''سونتھ''

یوٚہے تجربہ چھُ احد زرگرنِس شعرس منٛز تہٕ پننہٕ اندازٕ تہٕ انہارٕ خوبصورتھ اظہار پژاوان۔ شعری کردار سُند وجوٗد چھُ نارٕ سُری گوٚمُت تہٕ نارٕ چ ریہہ تہٕ تہہ چھس رُمس رُمس تیلان تہٕ برنٛزِ پتہٕ برٛنزِ تیزان۔ نارن کڈٕ ژھٹھ تہٕ نائلی پلون ہیوٚتنس نار تہٕ موژیوکھ سوٚر تہٕ سوٗرے پان گوس نتھہٕ نوٚن۔ شرمہٕ ہنٛدِ خوفہٕ چھُ بتھس سوٚر ملان تہٕ اَمہٕ کھوتہٕ بوٚڈ کانہہ وکانہٕ کیاہ ہیکہِ اُستھ۔ ووٚنی بوٗزی توراہی صابنہٕ زیوٚ امیک اسرآری تاویل تہٕ یُس کلہم صوٗفی شاعری ہُنٛد موضوع مُژ چھُ یعنے آگر نِشہٕ ژھٹنہٕ گرٛھنگ ازلی آدمی وبداکھ۔''یہ ژینہٕ وَن چھےٚ آدمِ وجوٗدکِ ظاہری پارچہِ زائلتھ تژاوان تہٕ پارچہِ پوٚش زنہٕ دٕدی متہٕ پارچِک سوٚر ملناوان۔ تِس چھُ دِلس یوٚہے کان۔ پارچہِ سوٚری گرٛھنگ نہ، بلکہ اصلہٕ نِشہٕ دوٗرپہنگ''۔ اَمہٕ شعرک حسن تہٕ معنہٕ ساوبر چھُ یلی زِ شاعر چھُ پنٛن روحانی تجربہٕ معروضی پیکرن منٛز باوان تِکیازِ اسرآری تجربچ تخلیقی باوتھ ہیکہِ نہٕ توٚتام فنی حسُن تہٕ معنوی امکان پژٲوِتھ یوٚتام نہٕ سو ظاہری پیکرن، استعارن تہٕ علامژن منٛز باوَتھ پژاوِ۔

کانہہ ہیکہِ یہ سوال تہٕ تُلِتھ زِ اَمہٕ قِسمک تجربہٕ ہیکہِ کانٛسہٕ اسرار پسندس تہٕ اُستھ یُس نہٕ شاعر آسہِ اما پوزٕ سہ ہیکہِ نہٕ صمد میرنی یا احد زرگرنی پاٹھی تجربس

منز وو پدن وائلس صورتحالس شعرِ باوتھ دِتھ تہٕ نہ سپدِ یہِ تجربہٕ باونہٕ باپتھ بے قرار۔ گویا شاعرس منز چھےٚ تجربہٕ علاوٕ تجربہٕ باوٕنچ بے قرٲری تہٕ تجربس لسانی صورتھ دِنچ صلاحیت موجوٗد آسان تہٕ شاعرٕ سنز یہِ لسانی صوٗرتھ چھےٚ ضرور معلوماتی ادب لیکھن والی شخصٕ سنز لسانی صورژ نشہِ بدوٗن آسان، یوسہٕ تخلیقی زبانی ہندی پاٹھی نفسیاتی تہٕ احساساتی طور آوراوان چھنہٕ۔ اَسی بوز وضرور سائنسی زانی کارس نشہِ مانچھ ٹلرِ تہٕ زلری سنز کتھہٕ مگر تتھ وَنو محض معلوماتی اَدب یُس محض پزربا گراونک ذریعہ چھُ تہٕ پرن وائلس ہیکن اَمہِ زانکاری ہندِس صحیح یا غلط آسنس پٹھ سوال تہِ وُتھتھ اماپوز ییلہِ یہَے کتھ احدزرگر شعرِ تجربس منز باوان چھُ۔ پرن وول چھُ اَمہِ نشہِ حظ تہٕ آگہی پراونس ستی اَمہِ کنہِ استعاراتی تہٕ علامتی معنوی امکاناتن ہُند تلاش کران تہٕ تس چھُنہٕ اَمہِ کِس پزرس تہٕ غلط آسنس کُن ظونے گژھان۔ شعر تہِ بوٗزی تو۔

| | |
|---|---|
| اندرٕ انزراوان | ٹلر ویوٗر ہتھ ژایہِ چلس |
| سُے مےٚ دِلس کان | زلری زال ویوٗر نفس ژھلس |

یتھے کُنی ہیکہِ کانہہ نوکتہٕ دان یا مفکر صدمیرُن یہِ تجربہٕ فلسفہٕ چہٕ زبانی منز پیش کرِتھ اماپوز سُہ آسہِ نہٕ کُنی طریقہٕ صدمیرنہٕ تخلیقی باوٕژ ہُند متبادِل تہٕ یو ہے وَل چھُ صدمیرنہِ تخلیقی ہونرمندی یا وَنوشاعرانہٕ فنکاری ہُند تہٕ عام زبانی تخلیقی قوت تہٕ استعاراتی ورتاوِنک نوٗن نیب۔ شعر چھُ۔

| | |
|---|---|
| پرٛژھ ستی صاف گوم | پھمب پیٚرٛژھ پننے وبژھناویوم |

سنگدل سفیدس رنگ مےٚ گیشوم
وٕتراوُن پیوم

صمد میر تہٕ احدزرگرنہٕ مذکوٗرٕ دوٕن وژن چالہِ باٗتن ہٕنٛدِس فکری پوٚت منظرس وٚون دِتھ چھےٚ یہِ کتھ ٹاکارٕ زِ یمن ہمکال صوفی شاعٲرن چھُ بنیاٗدی موضوع گٔنڈنے یا وَنوٚ یہنٛد ین شعرن منٛز ورتاونہٕ آمتی مضمون چھُ تمی ازلی آدمٕ وبدا کھلی تخلیقی اظہاریُس انٛدوَنٛد چہِ اعلیٰ یا آفاقی شاعری ہٕنٛدی بنیاٗدی موضوع چھُ حالانکہ یہِ چھُنہٕ ضروری زِ شعر پرن وول قاری تہٕ کرِ شعرس سے تاٗویل یُس خود شاعرٕ ہنٛدِس ذہنس منٛز آسہِ یا آسیہے تہٕ پتہٕ چھُنہٕ لاٗزمی زِ شعرس کیا کرن اکی زمانکی یا الگ الگ زبانن ہٕنٛدی زِ یا تمہِ کھوتہٕ زیاد پرن واٗلی اکوے تاٗویل۔ بلکہ چھُ پزر یہِ زِ بعضے چھُ نقاد پننہِ اعلیٰ تنقیدی شعورٕ کنہٕ شعرس منٛز ورتاونہٕ آمتین لفظن ہٕنٛدِس تخلیقی، استعاراتی، جمالیاتی تہٕ احساساتی پوٚت منظرس تحت شعرس یا شعر تخلیقہِ تیُتھ تاٗویل کڈان یَتھ کُن شاعرٕ سُند ظون تہٕ گومُت آسان چھُنہٕ بلکہ چھُس تِتھی فنی گون عطا کران کران تیوٚت اعلیٰ شعر بناوان ییٚژ اعلیٰ تخلیق کارِ سنٛز شوٗدبوٗد آسان چھُنہٕ۔ مثالہِ پاٗٹھی وَنوٚ زِ احدزرگرنس شعر کلیاتس منٛز چھُ زرگر صابنہِ مذکوٗرٕ باٗتکہِ گوڈنکہِ مصرٕک متن "رنگ باٗلی ڈوٗلم تازٕ گلس" چھاپ سپدمُت تہٕ پروفیسر راہی چھُ پننس تنقیدی تبصرس منٛز "باٗلی" بدلہٕ "بالہٕ" لفظ ورتاوان۔ یمہِ ستی شعرٕک تخلیقی کردار فرشہِ پیٹھہٕ عرشس واتان چھُ۔ خبر خود شاعرس آسہِ ہاتیا تخلیقی زباٗنی ہنٛد امہِ قسمک لساٗنی شعور......؟ دراصل چھےٚ شعرس منٛز پھاپھلن والس مفہومس یا تجربس نکھہٕ واتنچ بنیاٗدی وسیلہٕ یہے

زبان یا وَنوشعرِچ لسانٔی صورتھ۔ نی تو کھ صمد میر تہٕ احد زرگر ہِندٮ۪ن مذکوٗر باتن ہِندی یِم زٕ شعر بند۔ ممکن چھُ شاعرن آسہِ نہٕ شعر وَننہٕ یا تخلیق کرنہٕ وِزِتہِ سوٗنچ مُتے یا آسہٕ بٕس نہٕ تورٕ کُن ظوٗنے گومُت یُس معنہِ مفہوم تنقیدی شعور تھاون وأنی شعر فہم شعرس بالکل الگ کڈِتھ خود کفیل بنأوِتھ یا شعر تخلیقہِ ہِنٛدِس کلہم وجوٗدس ستی جوٗڑِتھ کڈان چھِس۔ گویا یرن وأنِس چھےٚ شعرس تام واتنگ وأحد وسیلہٕ شعرِچ لسانٔی صوٗرتھ۔

کیٛا کرنہِ آیوس سمسارس  غمہٕ روٚس ما کھیٚوم
وَنہٕ کس ازلس کیا لیکھِتھ گوم  وتراوٗن پیوم

○
صمد میر

کلہِ نیلہِ رنگ گوم صندلس  پیوم رنگ زعفران
گلہِ زٕ ہو مےٚ گیم بُلبلس  سُے مےٚ دِلس کان

○
احد زرگر

یِمن دوٚن شعرن منٛز ورتاونہٕ آمُت مضمون چھُ کُنے اماپوز باوٕژ طرز چھُ بیوٚن بیوٚن۔ یٚتِھن چھےٚ یہِ کتھ یاد پاوٕنی ضروٗری زِ صمد میر تہٕ احد زرگر أسی ہمکال۔ یِمہِ کِنی یِہنٛز زبان وُہی مہِ صدی ہنٛز مشترک سماجی میراث چھےٚ۔ اَو کِنی چھُ یہِ وَنُن تہٕ لازِمی زِ ژوداہی مہِ صدی پٮ۪ٹھہٕ وُہی مہِ صدی ہِنٛدٮ۪ن کلہم کأشرٮ۪ن صوفی شاعرن منٛز چھِ صمد میر تہٕ احد زرگر وأحد زٕ شاعر یِمن یِہنٛز پنٕہ ہمکال زبان زانن وأنی نقاد نصیب سپدی، یِمہِ ستی کہنی نے تہٕ یہِ فأیدٕ ضروٗر آو

زِ یہنز شعر زبأنی تام سپُد پرن وألی سُند واتنیار پرٛانہِ شأعری مقابلہٕ آسان تہٕ مستند تکیاز زِ گُنوہی مہِ صدی ہنز شأعری ہُند متن چھُنہٕ اَسہِ تام صحیح صوٗرژ منز ووتمت ۔ ہمکال آسنہٕ سببہٕ ہرگاہ یمن دوشونی شأعرن ہنز شعرِ زبأنی ہٕندی بنیأدی خدوخال مشترک چھِ اماپوز امہِ مشترک زبأنی ہُند تخلیقی ورتاوتہٕ ورتاون وَل چھُ بہرحال یمن دوشونی شأعرن بیۆن تہٕ منفرد۔ یموٚ یم مشترک ادبی تہٕ صوفیانہٕ اصطلاح ورتأوی مٕتۍ چھِ، تم ہرگاہ بعضے دوشونی شأعرن ہنٛدِ دٕسی پننس رہوایتی یا مخصوص فکری تہٕ روحأنی پوٚت منظرس منز ورتاونہٕ آمٕتۍ چھِ اماپوز یہندی تخلیقی ورتاو چھِ بیۆن بیۆن تہٕ منفرد۔ لفظو یا اصطلاحو دٕسی یم شبیہ ووتلاونہٕ آمٕژ چھے، تہندی عکس تہٕ انہارتہٕ چھِ وکھرٕ وکھرٕ۔ مثالہِ باپتھ نمو دون شعرن منز ورتاونہٕ آمُت ''یندر'' بطورِ اصطلاح۔

یَتھ چرخہِ یندرس توسہٕ کرٛوم ۔۔۔ وٕر تلہٕ دزام اوم

صمد میر

نیبرٕ زالان سوندرا ژون بونن ۔۔۔ اندرکھالان یندرس ستہٕ سوس پن

احد زرگر

صمد میرس مقابلہٕ چھُ احد زرگر رہوایتی اصطلاح، استعارٕ علامٕژ تہٕ تشبیہ ورتاوان، یُس لس گُنوہی مہِ صدی ہنز شعرٕ زبأنی نکھہٕ اَنان چھُ۔ اَتھ برعکس چھُ صمد میر زبأنی ہندی نٔوی اَنہار آ کار تہٕ سرتازٕ ورتاون وَل نٔوی اصطلاح، استعار تہٕ تشبیہ ورتاو نچ شعوٗری کوشش کران۔ بلکہ وَنوتسُند زبأنی محاورٕ چھُ احد زرگرس

سان کلہم کأشرٕ ن شأعرن مقابلہٕ موٗلے منفرد تہٕ سرتاز۔ بلکہ چھُ پنٕنہٕ امی منفرد تہٕ سرتاز مزاز، لہجہ تہٕ آہنگہٕ اسلوٗبہٕ کنۍ کلہم کأشرِ شأعری منٛز تس پنٕن بدوٗن مقام، ییٚتہٕ اردأہی مہٕ صدی ہُند محمود گأمی کأشرِ زبأنی ہُند موٗلہٕ انہار، پنٕن مخصوص محاورٕ بلکہ کأشرِ زبأنی ہُند شبدٕ بل یہِ ڈٕلۍ زِتہٕ دریافت کران چھُ، تتہٕ چھُ صمد میر تہٕ زٔنتہٕ کأشرِ زبأنی ہُند لفظہٕ خزانٕک کوترٕ بردار باسان۔ احد زرگرس مقابلہٕ چھےٚ صمد میرس بیشتر جاین یہِ خصوصیت تہٕ امتیاز بخشان زِ سہٕ چھُنہٕ محض کتھ ونان بلکہ شبیہ ووتلاوِتھ تجربہٕ زٔنتہٕ وونان۔ تہٕ یہِ شبیہ کأری چھےٚ زِندٕ زٕ کردارٕ ودٕسی ڈرامأیی صورتحال ووتلاوان۔

زیرِ تبصرٕ دوٚن شعرٕ تخلیقن ہنٛدِس پوٚت منظرس منٛز ہرگاہ یمن دوٚن مذکورٕ شأعرن ہنٛدٕ ن کلیاتن سٕنتھ پہن وٚون دِمو یمن دوشونی شأعرن ہنٛدٕ ن وژن چالہِ بأتن یا تمثیلی نظمن ہرگاہ کینٛہہ شعرٕ نبر تہٕ کڈ ہوکھ نظمن ہنٛدِس وحدتِ تاثرس یا مرکزی خیالس پٮ۪ٹھ پییہٕ نہٕ کانٛہہ فرق۔ یہِ وکانہٕ چھُ سارِنے نٔے تہٕ بیشتر کأشرٕ ن صوفی تہٕ نوٕ ن کیو جدید شأعرن ہنٛزن شعرٕ تخلیقن گژھان۔ مثلن یمن دوٚن شعرٕ تخلیقن ہنٛدی تِتھی ہوی ''ونہ ویٚسی ونہ کس، تنہٕ چھٕس گلان'' تہٕ ''مرداہ آسہِ منٛز مُفلس'' تہٕ ''یی پانہٕ ہیٚرٕ وم جانہٕ مولس'' ہوی شعرٕ بند چھِ بالکل ہُریمانہٕ......

اسرأری تجربس منٛز ہیکہِ بعضے یِتہٕ سپدتھ زِ تجربس منٛز ووتلن وألی کینٛہہ احساسات ماہکن نہٕ دنیاوی چیزن ہنٛدی پأٹھی بیان سپدِتھ۔ شاید ما چھےٚ یہے

مجبوٗری اسرأرٕ شأعرس بعضے لولہٕ شأعری ہٕندی پأٹھی کتھٕن باوتھ دیاوان تہٕ یہِ خصوصیت چھےٚ کلہم کأشرٕ ن صوفی شأعرن مشترک تہٕ اَمہٕ قبیلٕچ صوفی شأعری چھےٚ مجأزی لولہٕ شأعری نِشہِ بیوٚن کڈٕنی مشکل بلکہ ہرگاہ شأعرٕ سُند لکھُت آسبس نہٕ تیلہِ ناممکن۔ تِتھٕن شعرن ہٕندِ لفظہٕ تکرارٕ، اندرٕ ی قأفین ہُند ورتاو تہٕ ہم آوازتہٕ ہم وزن لفظوٕ سی و وتلن وول سازٕت چھُ توجہ طلب۔

خاصہٕ تنہٕ چانہِ ون گردٕ کمو وٕ جی یے لاسہٕ پٕتھ أنٕی مے داے
ساسہٕ بد رنگہٕ تٕمٕ عطر کیاہ مٕج یے لٕجیے دوٗرن گراے

○

صمد میر

دارِ پٕٹھ چھُکھے روے روپوش تھأوِتھ مار کلمار بردوش یلہٕ ترأوِتھ
کارِ پٕتٕی چھکھے عاشقن تنبلاوان چانہِ جلوٕک سوٗندری چھُم ارمان

○

احد زرگر

اماپوز یہِ کتھ چھےٚ ٹاکارٕ زِ اَمہِ اعتبارٕ چھُ کلیات صمد میرس مقابلہٕ کلیاتِ احد زرگرس منٛز شأمل بیشتر شأعری أتھی مجأزی لولہٕ شأعری ہٕندِس مرکزس أندی أندی نژان۔ بیاکھ توجہ طلب کتھ یہِ زِ یٚتہِ صمد میرٕنی کینٛہہ شعر محض پٕرٕژ ہٕ بأزی چھےٚ تتہِ چھِ احد زرگرٕنی تِم بأتھ محض بیان بأزی یا تکنگری یمن متعلق امین کامل صأبٕن دعوا محض اکھ ژھوٗرٕ ے بیان ثأبت سپدان چھُ زِ بقولِ کأمل صأب ''یہِ چھےٚ کأشرِس منٛز Horror Poetry ہٕنٛز گوڈنٛچ مثال یمیٚک معنے فکرِ ترِتھ وٕتھن پٕتھ تسکین تہٕ اطمینان ٹک تبسم یوان چھُ''۔ ہرگاہ شیرازٕکس احد زرگر

نمبرس منز محمد یوسف ٹینگ صأبُن لیۆکھمُت پیش لفظ احد زرگرنہِ شأعری پیٹھ اکھ بصیرت افروز تنقیدی تبصرٕ چھُ، اماپوز أہنزٕ امہِ قبیلہٕ چہِ شأعری متعلق ٹینگ صأبنِس یتھ بیانس ستۍ تہِ چھُنہٕ مےٚ اِتفاق زِ ''احد زرگرُن یہِ پہلو بناوِتس مستقبلس منز کأشرِ زبأنۍ ہُند اکھ انتہأیی اہم تہٕ اعلیٰ شأعر''۔



مجروح رشید

# بے معنویت

## تہٕ اکھ کأشر نظم

"... at the centre of European man, dominating the great moments of his life, there lies an essential absurdity." *(Andre Malraux)*

جدیدتہٕ مابعد جدید شأعری ہُندا کھ امتیأزی نشانہٕ چھُ یمن ہُند بے معنہِ (absurd) لب ولہجہِ تہِ۔ زندگی ہنٛز تہٕ خاص کٔرتھ جدید زندگی ہنٛز بے معنویت، جدید زمانہٕ چہِ تمدنی تٕر ایہِ تہٕ امکی نہوٕن کارفکری رُجحان یوٚدوَے بے معنہِ تھیٚرٕکۍ موٚلہٕ موضوع روٗدی تاہم روٗزنہٕ وُہِم مہِ صدی ہنٛز مستندتہٕ معتبر شأعری تہِ مذکوٗرٕ فکری میلانو تہٕ رُجحانو نِشہِ لوٚب۔ وُہِم مہِ صدی منٛز یمہٕ سونچہِ تٕر ایہِ ادبس تہٕ شأعری منٛز مقبوٗل سپٕز تمن اوس بے معنویژ ہُند رجحان تہِ شأمل۔ جدید تہٕ بابعد جدید شعری تہٕ ادبی نٔہجن تہٕ تنقیدی سونچہٕ تٕر این پتہٕ کنہِ چھُ گُلہم پأٹھی سہٕ نہوٕن کارفکری پوٚت منظر کارفرما یمہٕ کِنۍ زندگی متعلق پرأنی سأری رٔوِیہِ (attitudes) محض ''شٔری لأزی بزٕم'' چھِ۔[1]

بےٚ معنہِ لیکھن منٛز (بے معنہِ ڈرامہن منٛز خاص کٔرتھ) چھُ لکھأری یَتھ کتھہِ پیٹھ زور دِوان زِ انسان چھُنہٕ بدس ماحولس تہٕ ناموأفق أندی پکھس

ستی ہم آہنگ، لہٰذا چھُ بےٚ معنہٕ (absurd)۔ ریاضی منٛز چھِ absurd تہٕ
ونان یہِ نہٕ ناطق عددن ہنٛدٚن محدوٗدٕ اِصطلاحن (finite terms) منٛز باوٕتھ
ہکو۔ اَتھ پس منظرس منٛز چھُ absurd لفظُک معنہٕ مطلب غارٕ منطقی۔ بےٚ معنویژ
ہُنٛد فلسفہٕ آو کلہم پاٹھی اتھی مفہومس منٛز مختلف ادبی فن پارن منٛز پیش کرنہٕ۔

زندگی نِسبت بےٚ معنویژ ہُنٛد رٕوِیہِ چھُ موٚلہٕ کٔنۍ تیوٗتے پرٛون یوٗتاہ
پرٛون کلہم انسٲنی تہذیبک تہٕ مختلف ترقی یافتہٕ زبانن ہٕنٛدِ ادبُک توأریخ چھُ۔
تاہم چھےٚ یہِ کتھ شبقہٕ زِ بےٚ معنویت اَس نہٕ پتھ کالہِ لکھٲری ہٕنٛدِس کلہم تخلیقی
رٕوِیَس پیٹھ حاوی ہِکان سپدتھ۔ مگر وُہی مہِ صدی منٛز بدلیو وپرٛون سورُے
فکری نظام تہٕ مختلف نہوٚن کارفکری میلانن ستی ستی و وتلییہِ بےٚ معنویت تہِ
اکہِ طاقتور فکری رٕوِیہِ کٔنۍ تہٕ ناموٚرتہٕ قداوار تخلیقی فنکارن ہُنٛد تخلیقی رٕوِیہِ تعمیر
کرنس منٛز کوٚرن اہم رول اَدا۔ مذکوٗرٕ تخلیقی رٕوِیس سپٕز دٕ یوطریقو باوَتھ۔
باوٕژ ہُنٛد اکھ طرح چھُ تِمن لکھارٕن ہٕنٛدٚن فنٚ پارن منٛز نوٚن یِم زندگی ہٕنٛز
بےٚ معنویت عالیشان اسلوٗبس منٛز تہِ منطقی بنیادن پیٹھ پیش چھِ کران۔ باوٕژ
ہُنٛد بیاکھ رنگ چھُ تِمن لکھارٕن ہنٛدٚن ادب پارن منٛز ٹاکارٕ یِم بےٚ معنویژ
ہٕنٛزن موٚلہٕ کتھن تہٕ تہنٛزِ باوٕژہٕنٛزِ ہیٖژ ہُنٛد کُنہٕ چھِ کانٛچھان۔

شفیع شوق چھُ تِمن فنکارن منٛز شٲمل یِم زندگی ہٕنٛزِ بےٚ معنویژہٕنٛز
باوَتھ زبر اسلوٗبس منٛز کران چھِ تہٕ یِم خیال آرٲیی خاص اہمیت دِوان چھِ۔
اتھ مقابلہٕ چھُ تِمی سُند ہمکال شاعر گلشن مجید بےٚ معنویژ ہٕنٛدٚن موٚلہٕ موٚلن

(values) تہٕ تہنٛز باوٕ ژٕہنٛز ہیٕ منٛز وحدت پاُدٕ کرنٕچ شعوٗری کوشش کران۔ یہِ کتھ ہکوٗ اَسی یتھہٕ پاُٹھی تہٕ وُنتھ زِ شفیع شوق سٕنٛز نظمہِ چھےٚ زبر پاُٹھی وٕونتھ (well- structured) تہٕ گلشن مجید چھُ منطقی رُوِیک اَڈلیچر ژٕینتھ زبان ورتاونکی ساٗری منطقی ہتھیار ترک کران تہٕ خیال آراٗیی نِشہِ زاٗنتھ ماٗنتھ انحراف کران۔ بحر حال وُنی کٔمن ہموٗ اَسی شفیع شوق سٕنٛزِ ''ماگُن'' نظمہِ سام:

## ماگُن

سُہ پاٗ تھرتہِ موکلیٔو تہٕ ماگُن ژھو کیومُت
نہ واہ واہ نہ ہے ہَے
شُرٕ بن ہنٛز پھُلےٚ نہ، نہ وورسُک سُہ وِسنےٚ
زِٹھبن ہنٛز نہ اَہی
نہٕ تم سوٗرٕ بُشتنگ، ربہِ گارٕڈُ لگنٕ
نہ راتُک وُنیُدٕر نہ دوہِ ہلچ دُبنگےٚ
نہ کھنگالہٕ گُنٕ کنٕ، اَچھن منٛز نہ اوٚش کاٗنہہ

فقط سرد کُٹھ اکھ تہٕ کھوٚتی ہن تہٕ زونگرُن
تہٕ طاق تہٕ اَتھ پیٹھ مُکھٹ اَچھو وَژھے ہیتھ
ڈوکُر، باٗنسہٕ، چمٹہٕ، لرٕ ژھل، ہاٹھ، گاٗنٹی
وٗلیٚت اوٗری ڈولان

ہچُو تیغ سو سریے

سُہ پاے تھرتہٕ موکلیو وتہٕ ماگُن ژھوکیومُت

مُکھٹ طاقچس پٹھ مگرا چھ وَژھے ہتھ

معنوی اعتبارٕ، لب ولہجہٕ تہٕ کلھم رٕ وِیہ کنی چھےٚ نظم بےٚ معنویژہنزٕ آیٔنہٕ دار۔ نظمہِ منٛز چھےٚ زندگی ہنٛزِ بےٚ معنویژٕ ستی ستی فنٛچ بےٚ معنویت تہِ ٹاکارٕ۔ ماگُن چھُ (اوس) بانڈٕ پاے تھرُک (زندگیہِ ہُنٛد impresario)۔ شاعر چھُنہٕ زِندگیہِ ہنٛزِ بے معنویژِ متعلق بحث تُلان بلکہِ چھُ امیک آسُن باسناوان۔ ماگُن چھُ عمرِ عمران پنٕنہِ فنٕکی کرتب ہاوِی ہاوِی گاہے لُوکن ہُنٛد واہ واہ تہٕ بعضے ہے ہے حاصل کران۔ یتھہٕ پاٹھی چھُ تمِس پنٕن فن لُوکن ستی اَکس مضبوط رِشتس منٛز جوٗرِتھ تھاوان تہٕ سُہ چھُ امی رِشتہٕ کہِ توسلہٕ زِندگیہِ ہندی سٕنٛز ووٗگنی وُچھان تہٕ زِندگی چھُس significance باسان۔ تاہم چھُ ماگنہٕ ہنٛزِ زندگیہِ منٛز اکھ سُہ منزل تہِ واتان ییلہِ نہٕ ووٗنی لُوکھ تمٕی ہنٛدٕ ہن کرتبن پٕرژھانٕے چھِ تہٕ تمِس چھُ پنٕن پان تہِ ژھوکیومُت باسان۔ ستی چھُس باس لگان زِ پاے تھرتہِ ووت اَند۔ ماگنہٕ ہنٛدِس ذہنہٕ کِس سکرینس پٹھ چھےٚ گُذریمژٕ زِندگیہِ ہنٛدٕ ہن خاص واقعاتن ہنٛز فلم چلان یوسہٕ تمِس اَکس مخصوص اجنبیژٕ (alienation) منٛز آوراوان چھےٚ۔ سرد کُٹھ، کھوٗتی ہن تہٕ زنگرُن چھِ امی اجنبیژٕ ہنٛدی اِستعارٕ۔ ماگُن یمو ہتھیارو تہٕ آلہٕ سازو ستی پنٕن فن رَتھِ اوس کھاران تِم سارٕی چھِ ووٗنی ڈولان تہٕ نالگہار۔ یِم (مُکھٹ، ڈوگر، بانسہٕ، چُمٹہٕ، لرٛژھل، ہاٹھ، گانٛٹی تہٕ ہچو

تیغ) چھِ موٗلہٕ کِنۍ تخلیق کارٕ سٕندٕ ن ژھلن تہٕ وَلن ہٕنٛدۍ اِستعارٕ۔ مُکھٹ (فن) ورتاوِتھ اوس ما گُن لُوکن اَسناوِتھ تہِ ہَبکان تہٕ وَدِنس پٔتھ تہِ اوسکھ آماد کران۔ مطلب یہِ زِ ما گُن (فنکار) اوس لُوکن ہٕنٛدٕ ن دِلن قریب تہٕ تِہندٕ ن جذبن ہُند اوسُس اِدراک۔ طاقچس پٔتھ مُکھٹ چھُ ووٚنۍ اَچھ وَژھے ہِتھ۔ اَسن کھنگالن ہُند چھُنہٕ سوالے۔ ما گُن وَدِ ہے، مگرأ چھن منٛز چھُس نہٕ اوٚش۔

کھیل، بازتہٕ پٲتھر لفظ چھِ پتہٕ وَتہٕ پٔتھٕ شاعرو زِندگیہٕ ہٕندٕ ن اِستعارن ہٕندِ رٔنگۍ ورتاوِ مٕتۍ۔ پٲتھر لفظ چھُ خاص کرِتھ وار یاہو شاعرو اِنسانہٕ سٕنٛزِ بے بسی تہٕ تَمِس درپیش ناموافق ماحولُک نقشہِ ووتلاونہٕ خاطرٕ بطورِ اکھ طاقتور اِستعارٕ ورتو مُت۔ وُچھِو شیکسپیئرٕ سٕندۍ زٕ کردار کتھٕ پٲٹھۍ چھِ اِنسانی زِندگی ہُند صورتحال اَمی اِستعارٕ کِہ توسلہٕ ووتلاوان:

*Duke Senior:*

Thou seest we are not all alone unhappy
This wide and universal theatre
presents more woeful pageants than the scene
wherein we play in.

*Jaques:*

All the world's a stage
and all the men and women merely players
They have their exits and entrances.
*(Act 2; scene; 7; 137-143)*

یہِ وَژھا یہٕ منٛزۍ کتھ۔ کتھ اَس چلان "ما گُن" نظمہِ ہٕنٛز۔ یہِ نظم پران

پران چھِ پرن واٲلِس کینہہ مشہوٗر فن پارٕ یاد پیوان یمن منٛز ییٹس (W.B.Yeats) سُنٛز مشہوٗر نظم The Circus Animals' Desertion تہٕ کافکا سٕندِ بوٗ A Hunger Artist ناؤوی ژورَ و افسانو منٛزٕ A Fasting Showman اَفسانہٕ شامل چھُ۔ چونکہ شوق چھُ انگریزی ادبُک براہِ راست طالب علم تہٕ انگریزی زبانی ہندِ توسلہٕ چھُس دۄیمہِن مغربی زبانن ہندِ ہن لکھارِ ہن ہُند تہِ مطالعہٕ۔ اِوٕ کنہٕ چھُنہٕ یہ کتھ تعجُبس لایق زِ ''ماگُن'' نظم تخلیق سپدنس دوران ما آسن مذکوٗر نظم تہٕ افسانہٕ لاشعوٗری طور شاعرٕ سُنٛزِ تخلیقی عملہِ منٛز کارفرما روٗدی ہتی۔ پزٕتھ کانہہ شاعر چھُ دۄیمہِن ہندی تجربات محسوٗس کران تہٕ تِمن نِشہِ inspiration حاصل کران۔

انٹرٹیکسچولٹی (intertextuality) ہندِ حوالہٕ اگر کتھ کرَو، تیلہِ چھُ شوق سُنٛزِ نظمہِ ہُند متن (text) intertext بنان یتھ منٛز The Circus Animals' Desertion نظمہِ ہُند تہٕ A Fasting Showman افسانُک متن reside یا گنبد کران چھُ۔ یتھہٕ پاٹھی چھےٚ ییٹس سُنٛز نظم تہٕ کافکا سُند افسانہٕ (Gerard Genette) سٕندی لفظ ورتاؤتھ ماگُن نظمہِ ہُند hypotext [۳] اَزِ یک فنکار یتھ سماجی گرتس منٛز لسان بسان چھُ تمِچ بنیاد چھےٚ صارفیٚژ پیٹھ۔ یتھِس سماجی گرتس منٛز کُس قدر و قیمت چھُ زِندگیہِ ہندِ ہن اِقدارن۔ مختلف فنوٗنن تہٕ فنکارن تہِ چھُ عیانٕے۔ شوقس اوس واریاہس کالس یتھ کتھہِ پیٹھ یقین زِ فن (شاعری) چھُ medium نہ زِ مقصد۔ پتہٕ آو

تمٕی سٕنز تخلیقی زِندگیہِ منز اکھ پڑاو تیٚتھ تہٕ ییٚلہِ تمٕی سٕندِ خاطرِ فن زیادٕ اہم بنیٚو وتہٕ فن بنیٚو پانے پنُن مقصد۔ مگر زیرِ بحث نظم پٔرِتھ چھُ باسان زِ شاعر چھُ تتھ مقامس پیٹھ کھڑا ایتھن لَس پنٕنی ساری تخلیقی devices (یِم ماگن سٕندِ ہِن مختلف آلہٕ سازن تہٕ ہتھیارن ہنٛزن علامژن ہنٛدِ ذٔریعہ باوَتھ چھِ لبان) نالگہار چھِ باسان تِکیازِ بدس لمحہٕ چھِ ناموافق، ناہموار تہٕ دُشمنانہٕ بُتھ کرِتھ۔

نہ تم سوٕر بُشتنگ، ربہٕ گارٕ ڈٕلگنی
نہ راتٕک وُنیٚندٕرنہ دوہِ ہلچ دُبنگے

O

نہ کھنگالہٕ کُنہِ کَنی، أچھن منز نہٕ اوٗش کانٛہہ
فقط سرد گُٹھ اکھ تہٕ کھوٚتی ہن تہٕ زونگرٕن

ییٹس اوس کلہم پاٗٹھی پننہٕ زِندگیہِ ہنٛدِ ہِن آخری دوہن تام فنٕک مولہٕ مدعا تہٕ مقصد خود فنہٕ ہے زانان۔ تمٕی اوس نہٕ یہِ رٔوِیہِ پانو وُمتے یوت بلکہ چھُن پنٕنین نظمن منز تہٕ امیٚک شِدٕ ژسان اِظہار کوٚرمُت، تہٕ شاعریہِ چھُن ییمہِ آیہِ نظر ترٛاوِمٕژ:

Miracle, bird or golden handiwork,
More miracle than bird or handiwork
planted on the star-lit bough.
*(Byzantium)*[4]

But such a form as Grecian goldsmiths make
of hammered gold and golden enamelling.
To keep a drowsy emperor awake.
*(Sailing to Byzantium)*[5]

یُتھ ہیوٚ سخت گیر شعری رٔوِیہٕ پاننأونہٕ باوجوٗد آیہِ ییٹس نہٕ زِندگیہِ منٛز بعضے تِتھی لمحات تہٕ یمن دوران تِمٔس شأعری بے معنہِ (absurd) باسیہٕ۔ "The Circus Animals' Desertion" چھےٚ تِتھی نے لمحن منٛز پرٛتھیمٕژ نظم یَتھ منٛز زِندگیہِ ہنٛز بے معنویت ٹاکارٕ چھےٚ تہٕ ئستی چھےٚ خود فنٕچ معنویت تہٕ داوس لگان۔ سرکسکی جانور (شأعرٕسندی اِستعارٕ تہٕ علامژ) چھےٚ impresario (شأعر) سٕندِ قوبوٗ نبرٕ گرٕژھان یا ژلان تہٕ شأعر چھُ محسوس کران زِ:

I must lie down where all the ladders start

ییٹس چھُ بدس کالُک صورتِ حال باونہٕ برونٛہہ پتھ کالس سام ہوان تہٕ وَنان:

To engross the present and dominate memory
players and painted stage took all my love
And not those things that they were emblems of.

تہٕ وونی وُچھو بدس برٛنز کِتھہٕ پأٹھی چھُ بے معنویت ہتھ ووتلان:

Those masteful images became complete
Grew in pure mind but out of what began?
A mound of refuse or the sweepings of a street
old kettles, old bottles, and a broken can
Old Iron, old bones, old rags that raving slut
who keeps the till. Now that my ladders gone
I must lie down where all the ladders start
in the foul rag and bone-shop of the heart.[6]

یَتھ نظمہِ منٛز یوسہٕ مابعدالطبعیأتی anguish ووتلان چھےٚ سو چھےٚ اَتھ نظمہِ ییٹس سٕنٛز ودٕویمو نظمو نِشہِ منفرد بناوان۔

کافکا سُند افسانہ A Fasting Showman پٔرتھ تہٕ خاص کٔرِتھ تَمہِ ساعتہٕ ییٚلہِ سرکسک اُوَرسیر (overseer) اکہِ دوہہٕ تتھ پنجرس نزدیک واتان چھُ، یتھ منٛز A Fasting Showman گاسس تل ژمیومُت آسان چھُ تہٕ اُورسیرس چھُنہٕ پتہٕ ہے آسان زِ اَتھ پنجرس منٛز چھُ A Fasting Showman۔ اُورسیر چھُ کارندن ونان زِ یتھ ہیوٗ نفیس پنجرِ کیازِ چھُ بے کار تھاونہٕ آمُت ۔ اَخرس چھُ نوٹس بورڈ کہِ مَدتہٕ ستی پتاہ لگان زِ پنجرس منٛز چھُ Showman۔ ستم ظریفی ہنٛز کتھ چھےٚ یہِ زِ تٔمی سُند نحیف وجوٗد چھُ گاسس منٛز لورِ ستی ژھارنہٕ یوان یا سارنہٕ یوان تہٕ اُورسیر چھُس مخاطب سپدِتھ ونان ژٕ چھُکھ ڈُنہٕ Fasting when on the earth do you mean to stop?۔ زِندگیہِ تہٕ خود فنٛچ بے معنویت ییمہِ شدٔژ سان اَتھ افسانس منٛز وۆتلیمٕژ چھےٚ سو چھےٚ قابلِ قدر۔ تہٕ شوٗق صاۓنٛز نظم پران پران چھےٚ اَمہِ افسانٕچ تیٚہہٕ پرن وأرلِس ضروٗر یاد پیوان۔

اَخرس پیٚٹھ واتناون پٔنن یہِ موختصر مضموٗن Charles Russel ہٕنٛدِ یمو لفظو ستی اَندیم تٔمی دادا تحریکہِ (Dadaism) ہنٛدِ حوالہٕ لیکھی متی چھِ:

> Dada demanded modern individuals view themselves from a perspective outside their materialistic bias of their culture and from that perspective that they recognize the insignificance and inadequacy of their lives.[7]

O

# حوالہ

1/ مارٹن ایسلِن، ''دی تھیٹر آف دی ابسائرڈ'' گریٹ برٹن۔ پینگون بُکس، 1968ء صفحہ:32۔

2/ سٹینلی ویلز اینڈ گیری ٹیلر، ''دی کمپلیٹ ورکس آف شیکسپیئر'' آکسفورڈ یونیورسٹی پریس، 1987ء صفحہ:717۔

3/ جری ہاتھارن، ''کنٹیمپرری لٹرری تھیوری'' گریٹ برٹن:1964ء صفحہ:151۔

4/ اے نارمن جیفریز ییٹس، ''سلیکٹڈ پوئٹری'' لندن: صفحہ:154۔

5/ ایضاً، صفحہ:105۔

6/ ایضاً، صفحہ:102۔

7/ چارلز رسل، ''پوئٹس، پرفیٹس اینڈ رِولیوشنز'' آکسفورڈ یونیورسٹی پریس، 1985ء صفحہ:97۔



مجروح رشید

# بےٚ توفیق شہرس منٛز......

مشرقس تہٕ مغربس منٛز تِہ چھِ شاعرن پنٛن وونٛدٕ باوِنہٕ تہٕ پنٛن فن رَتھِ کھارنہٕ موکھِ مختلف ہیئژ تہٕ اسلوٗب بدس روٗدی متی۔ مشرقس منٛز (میون مطلب چھُ مشرقُک سُہ حصہٕ یتیٚتہٕ فارسی اردوٗ تہٕ کأشُر ہِشہِ زبانہٕ بولنہٕ چھےٚ یوان) غزل تہٕ مثنوی ہِشہِ صِنفہِ بارسس روزمژ تہٕ مغربس منٛز چھےٚ نظم اکہِ مقبول عام صِنفہٕ رٔنگی پرتھیمژ۔ یہِ کتھ چھےٚ قأبلِ ذکر زِ اظہارٕکی یِم مذکوٗرٕ اسلوٗب تہٕ ہیئژ چھِ پننہِ پننہِ مخصوص تمدنی، اِخلأقی تہٕ فکری میلانن تہٕ رُجحانن ہِندی پأداوار۔

شأعری ہُند پرنہٕ پأٹھی مطالعہٕ تھاون وألی چھِ یتھ کتھِ وأقف زِ نظمہِ ہُند واقعأتی کردار اوٚک طرف ترأوِتھ چھےٚ نظم موٗلہٕ کِنیٚ اِنفرأدی تجربُک منفرد اظہار کانٛچھان ییٚلہِ زن غزل ہر ہمیشہِ مخصوص تجربہٕکہِ اِنفرأدی اظہارٕ بجایہِ اجتمأعی تجربُک اظہار منگان چھُ۔ یہِ چھےٚ الگ کتھ زِ کامیاب غزل گو شأعر چھُ أتھی کرتیچھِ پابندی منٛز ہے پننہِ اِنفرأدی صلأحیژ ہُند مظأہرٕ کران۔

مشرقس تہٕ مغربس درمیان چھُنہٕ ووٚنی زیادٕ ''دوٗرٕ'' بلکہ چھِ یِم ووٚنی اکھأکِس سٕتھاہ ''نزدیک'' آمتی تاہم چھےٚ یہِ کتھ پننہِ جایہِ مسلم زِ مشرقس منٛز چھُ فرد سٕتھاہ حدس تام منفرد شخصیت تھاونہٕ باوجوٗد تہٕ اَز تہٕ سماجس منٛز شعوٗری

تہٕ لاشعوٗری طور ضم تہٕ سُہ چھُ اَز تہِ یئژ پاٹھی پننِن مخصوص انفرادی تہٕ منفرد تجربن زٕہو دِنہٕ وِزِ تجربہٕ چہِ اجتمائی تہٕ عموٗمی صورت گری لول بران۔ مطلب یہٕ زِ غزل لکھنہٕ وِزِ چھُ شاعرس پننہِ انفرادیژ بجایہِ کلھم اِجتمائی زندگی زیرِ نظر روزان۔ یوہے چھُ وجہ زِ فارسی، اُردو تہٕ کاشرِ زبانٕی ہُند کُنہِ دوٗرک غزل پٔرتھ چھُ تمہِ دورٕچن مختلف النوع تبدیلی ین ہُند پَے لگان۔ اَسہِ چھےٚ یہ کتھ تہِ فکرِ تران زِ مذکوٗرٕ زبانن ہُند پٔرتھ دوٗرک غزلیہ ادب چھُ مضمونو تہٕ موضوعو کِنۍ ہوٗے۔ یِتےٚ یوت نہٕ بلکہ یمن مضمونن تہٕ موضوعن ہنٛز نوٗعیت تام چھےٚ یکسان۔ راہی سُند منفرد تخلیقی وبوہار تہٕ زبانٕی نسبت تٔمی سُند کلھم وطیرٕ چھُ راہی سٕندِس غزلس اَتھ جایہِ عموٗمی تہٕ dated بننہٕ نِشہِ بچاوان۔ تٔمی سُند غزل ہیکہِ موضوع تہٕ تھیمہٕ رٔنٛگی کانٛسہِ ستۍ رٔلتھ مگر تٔمی سُند اظہار چھُ الگ تہٕ منفرد۔ یوٗدوَے راہی سٕنٛز نظمہٕ جدید کاشرِ شاعریہِ ہُند آبرو چھےٚ، تاہم چھُ تٔمی سٕندین غزلن منٛز تہِ تٔمی سٕنٛزن نظمن ہِش فکر انگیزی تہٕ فنی پوٚختگی ٹاکارٕ۔ تٔمی سُند منفرد لب لہجہٕ، ذہنی کشادگی تہٕ عصری آگہی چھےٚ تٔمی سٕندِس غزلس اکھ سرتازٕ آہنگ عطا کران۔ تس چھُ پانس تہِ یَتھ کتھہِ پٔٹھ یقین زِ شاعری منٛز گژھِ سوانحی عنصر تہٕ آسُن تہٕ یہ گژھِ پیکرن تہٕ معروضن ہٕندِ ذریعہ ورگہٕ باوَتھ لبُن، تٔمی سٕندین غزلن ہٕندی شعر چھِ باربار یہ باس دِوان زِ سُہ چھُ شبیہ کارِ تکیا زِ تٔمی سٕندی اکثر شعر چھِ پانٛژ وحسو منٛز ضرور اَکس نَتہٕ بیٚیِس حسس رنٛزناوان۔ سُہ چھُ پننِن تجربن چاہے تِم شعوٗری آسن یا لاشعوٗری ژٕینتھ تہٕ سٔرتھ پیش کران تہٕ پننِن

ذہنی وأری داتن تہٕ رُجحانن سۄنتھ تہنز حقیقت محسوٗس کران تہٕ اَتھ حقیقژ پھہہ دِتھ تہٕ لیہِ اَتھ چھُ پننِن تخلیقی صلاحیژن بروٚے کار اَنان۔

پھہہ دیُت مےٚ کینژن وأری داتن لفظ کینژہہ رَنزوِم
یم شعر تمنے زاے مےٚ نہ سا پانہٕ بنأوِم

راہی چھُ لیکھان:

''شاعر چھُنہٕ پانے یوت حقیقژ سام ہوان تہٕ نوٚن حقیقژن ہُند خاب وُچھان بلکہ چھُ پننہِ فنٔک سحر وُزنأوِتھ بیٚین تہِ یہِ طلسمات زِندٕ گرِتھ ہاوان'' ے1

راہی چھُ پننہِ زمانہِ چہِ حقیقژ تہِ سام ہوان تہٕ نوٚن سرحدن ہندی خاب تہِ وُچھان۔ پننہِ فنی پوٚختگی ستی چھُ سُہ پرن وألس تہِ پننِن طلسمائی تجربن منز شریک کران۔ تمہٕ ہندِس غزلس منز چھُ بعضے ماضی، حال تہٕ مستقبل یتھہِ پأٹھی اکھ اَکس منز مدغم گژھان زِ اکھ نوٚہ تخلیقی دُنیا چھُ آباد سپدان۔ ییٚتہِ اکہِ طرفہٕ پتھ کالچہِ مأری منز زندگی ہندی نقش چھِ ووتلان تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ چھُ از کالہٕ کِنہ پرآشوب حالاتن پتھ طنز شِدٕ ژ سان بارسس یوان تہٕ ستی چھُ مستقبل تہِ شاعرٕ سِندِ خاطرٕ خوف تہٕ حأرتھ ہتھ بروٚنہہ کُن یوان۔

راہی چھُ زندگی ہنزن کرٚچھن حقیقژن ہنز باوتھ تمہِ اندازٕ کران زِ پرن وول چھُنہٕ ہمتھ تہٕ حوصلہٕ تراوان بلکہ چھُ بدس حقیقژ ہُند مقابلہٕ کرنہٕ خاطرٕ جوٗرِتھ تہٕ طاقت حأصل کران۔ تہِ گرِتھ تہِ چھُ تہٕتھن شعرن ہُند چھیکرٕ ستی

حأصل کرِتھ پھرٕ تہٕ تلخی۔

کریشہِ ہے امارے کأنْہہ ٹوٗٹھ ہے عذابٕے کأنْہہ
کاش یَتھ سیٖکلِ وقتس پرٛزلہے سرابٕے کأنْہہ
دِلچہِ یَتھ بے پَرٛژھ بُستیہِ باگہِ گُس گتاشت آو
لوٗس یُس وِسے تارُکھ کھوٚت نہٕ آفتابٕے کأنْہہ

یِم شعر چھِ تازٕ ترین انسأنی صورتحالٕچ، انسأنی ضمیرٕچ تہٕ درپیش پُرآشوب حالاتن منز ہنہٕ آمتس شأعرٕ سُند تخلیقی ردِ عمل۔ اَتھ غزلس منز ووتلن وول کردار چھُنہٕ پرانہِ غزلہٕ کِس کردار ہٕندی پأٹھی ہجرٕچ تہٕ فراقٕچ دَگ للناوان بلکہ چھُ وجوٗدی کرٛبک کرِتھ وہراوان۔ یہِ کردار چھُنہٕ کُنہِ چیزس ہٕتی پنُن پان یا جذبہٕ وابستہٕ ہُکان کٔرِتھ بلکہ چھُ حالاتن پٹھ طنز کٔرِتھ پرانہِ زندگی ہٕند ہٕن خابن پتھ راوان۔ شأعرس چھُ باسان زِ أزِچہِ تأریک زندگی ہیکہِ نہٕ کأنْہہ رِوأیتی فلسفہٕ گاشرأوِتھ تِکیازِ رِوأیتی فلسفہٕ چھِ ووٗنی رٕژِتر۔ شأعرس چھُ پنُن پان تتھ صورتحالس منز گرفتار باسان یتھ منز تس کُنہِ چیزٕچ صحیح پہچان سپدِتھ ہیکہِ نہٕ۔ موخصر پأٹھی ہٕکو ؤنِتھ زِ اَتھ غزلس منز چھُ شأعرٕ سٕنز پتھ کال پرستی تہٕ اَزکالس ہٕتی تٔمی سٕنز برہم گی شِدتہٕ سان باونہٕ آمٕژ۔

مگر امیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہِ زِ شأعر کیا چھُ پتھ کال پرستی ہُند موٚت بٔنِتھ ازکالس مُشراوان بلکہ چھےٚ حقیقت یہِ زِ سُہ چھُ ازکالہٕ کِہن تقاضن تہِ وأقف۔ تس یِیتہِ پتھ کال ''خوش فکر مند یُن'' باسان تتہِ چھِ ازکالٕچ بدگُمان

راتھ تمۍ سنٛز نیٚندرحرام کران۔ کاینأتس متعلق وۅتھن والین مختلف سوالن ہُند چھُنہٕ تس جواب پھوران۔ پرٛژھلی ضمیر چھُس یم سوال بار بار پرٛژھان۔ سُہ چھُ پنٕنی کِنی یمن سوالن لیوٚب تھوٚب کران مگر یم چھِس اَمہِ پتہٕ تہِ تشنے روزان۔ پرأنِس زمانس منٛز ییٚلہِ عاشق معشوق عشقہٕ نِس زالس منٛز وَلنہٕ یوان اَسی تمن ستی ستی اوس تہُنداوٚندپوٚک تہٕ ماحول تہِ یمن ستی آورنہٕ یوان۔ عاشقس اوس جکھُن پیوان تہٕ معشوقس اوس مول ہُران۔ اَز نہ چھُ مجنوٗنس کانٛہہ کُنہِ ورٕشُن کران تہٕ نہ چھُ لألہِ پٕنُن قبیلہٕ أندی پکھی خمہٕ دِتھ رأچھ کران، اَز چھِ حالات بالکل برعکس۔

نہ مٕتی کربکن کُنہِ ورٕشُن نہ خمہٕ رأچھ رٔتج ریہہ
بسأوی خانہٕ بدوشو سوٕ کلی موٕ کلی شہر أخر

تمیا یَتھ بےٚ توفیق شہرس لوٚگھ کوٚت
اگر وُنہِ تہِ کانٛہہ رِکھ آتھس چھے مٹاوَے

دپان راتھ کیٛت پھری تمِس روٗدٕ موکل
وۅدٕنی یینٛدرٕ دوٚس أس وۅنی کیاہ بہٕ ہاوَے

راتھ أس ژانٛگ زٕو گلریز
اَزٕ تاپس کٕج کو ہہ تال

یَتھ نوٚہنہٕ شہرس منٛز بوزِ کُس ووں عشقس آہ
نہ تھُراں ووں گراوٕے کانٛہہ نہ گراں جوابٕے کانٛہہ

أز ییک انسان چھُ ژماں ژماں پانس تام محدوٗد سپُد مُت۔ تٔمی ہٕنٛدِس دأدِس، دَگہِ تہٕ تٔمی ہٕنٛد بن دوٚیمبن تجربن منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شریک ہیکان سپدِتھ۔ راہیؔ چھُ یہِ سورُے وُچھان، ژرژان تہٕ ژینان، تہٕ زِندگی ہٕنٛدِس معنی لیس تہٕ مطلبس أنزی منٛزی گرٛژ ھینٛچ کوشش کران۔ سُہ چھُ زندگی محبت کران تہٕ زندگی ہٕنٛز تلخی وُچھِتھ تہِ زِندٕ یژھان روزُن مگر موتُک خوف چھُس پرٛتھ وِزِ سایہِ بُنتھ ہٕتی ہٕتی روزان۔

نظر پھٔرِکھ تہٕ وُچھُکھ پانہٕ سوٗنتہٕ واو تُندیومُت
ژِیہُا پھوجوکھ زہر خند تہٕ پیٚیے ہرِتھ ہٕژر أخر

موسمٕے تیُتھ زِ تاپھ روٗد پیٚنَے
شینہٕ گنٛج پیتھ وَنے ژساں ہوی أسی

موتُک یہِ اَژھبن خوف چھُ شأعرس بعضے بےٚ معنویتس کُن تہِ نِوان تہٕ سُہ چھُ اکہِ کریٚٹھہِ وجوٗدی کربُک اظہار کران۔

وَتہٕ پٔدِس پیٚٹھ وَتہٕ پوٚڈاپیٚٹھہٕ وَتہٕ پٔدِس
مٔنزلہِ مَتہِ! اَسہِ ہٕتی ما ہِکٹا کرکھ

یہِ زن گوڈے وَننہٕ آو زِ شأعر (راہیؔ) پننِس پرٛژھلی ضمیرس لیوٚب تھوٚب

کرِتھ زِندگی گذارنی یژھان۔ سُہ چھُ زندگی ہنزِ وورسہٕ گرٕ یکہِ منزٕ وٕستھ أندی پکھی ماحولچہِ پابندیہِ تہٕ قبول کران تہٕ پننہِ کلاسیکی مزازُک مظاہرٕ کران۔

راہی ووتھ دفتر گوٚے ژیر
وَتہٕ شیر کھوونی کتھہِ خط وخال

دفترس تام واتن واجینٛہ یہِ وَتھ چھُنہٕ شاعرٕ سندِ خاطرٕ ہموار ثابت سپدان۔ تمِس چھُ قدمس قدمس پتھ وورسہٕ گرٕ یکہِ منزٕ لتہ کرٕ بمِ گرٕ ھنُک خوف تہٕ پنُن وجوٗد راونک خطرٕ درپیش۔ یہِ کیفیت چھےٚ شاعرس دأخلیت پسندی کُن نِوان تہٕ تِتھہٕ جذبن چھےٚ باوَتھ میلان۔

پھیرٕ بازرٕ تہٕ سمکھہِ میےٚ صحرا
بیٛمہٕ خلوَکھ تہٕ کھوٚکھی نژاں میےٚ کتی

بےٚ نیب قافلہِ گرداولبن اندر سرگرم
خموش ژأنگی گوٚپھن منزٕ سیٛہہ لبن چھہٕ سنان

موجوٗدٕ زمانس منزٕ یمہِ طریقہٕ انسان سندی حیوأنی صفت بروٗنہہ کُن آیہِ تہٕ یہِ نٔنیو وزِ انسان چھُ پننہِ پستی ہندٕ بن لمحن منزٕ جبلژن ہُند غولام بنان تمیک اظہارتہِ چھُ راہی سندٕ بن غزلن منزٕ جایہِ جایہِ درٕینٛٹھی یوان سُہ چھُ انسان سندِس ظاہرس تہٕ باطنس درمیان فرق بدٕ کڈتھ ہاوِتھ دوان زِ انسان چھُ تہذیب یافتہٕ أستھ تہٕ ژکہِ حیوأنی صفتن ہُند حأئل۔

اَنہٕ زن کانٛژھا ژٕے ہاوی کیاہ کرکھ    پانہٕ مأرِس واتناوی کیاہ کرکھ
رَتھ وۄتھر پزٲژن تہٕ وُٹھ کُمجار کر    نحقہٕ ہےَ کانٛہہ پرزناوی کیاہ کرکھ
سیٚزٕ پھُٹنٛگ وَرتہٕ شرباوَے کٔتھنٛی
لوٕ ہتیا! یا گوۄنٔس تاپس دَرکھ

راہی چھُ یہِ صورتحال ژٕینتھ زندگی نِشہِ دوٗران تہٕ سُہ چھُ یتھن لمحن منٛز بعضے زندگی متعلق منفی رٕویہِ پاناوان۔ تِمٔس چھُ ژوۄاپٲری اَنہِ گوٚٹے اَنہِ گوٚٹ باسان تہٕ زندگی منور کرنہٕ خٲطرٕ چھُس پنٕن پان مجبوٗر، محکوٗم تہٕ بےبس باسان۔
فی پیٚتھ پیٚتھٕ بالس ڈوٚکھ دیُت تٔتھی آب سپُد
ویہہٕ کھبتھ پیٚتھی سوٚدرس وۄٹھ ژٕھنٛی نایاب سپُد

چھوکل یہِ ژٕیہہ یہِ بے پڑھ وَن نہ واوٕ سریہہ نہ وُژن کرٕو
اَنوٕ اَچھو چھُ مے ہرنٔس شبس کرُن سحر اٲخر

ژھیوٚیے ژٲنگی اتھن ہندی کتھن تہِ کوتر موٗدی
سیاہ روٗدٕ جربن منٛز گوسانہِ کوٚت پیٚٹھ دژاکھ

پنٕنہِ مجبوٗری، محکوٗمی تہٕ بےبسی ہُند یہِ گوٚن تہٕ سوٚن احساس چھُ شاعرس زندگی طنز برٕژو نظرو وُچھنس پیٹھ مٲیِل کران۔ طنز چھُ شاعرس پنٕنی وجوٗدی دگ ہوٚمراونہٕ خٲطرٕ اَکھ ناگزیر ہتھیار باسان۔

ستھ زمین کیاہ نو آسمان میٖے کِتی
اَوٕ سایم برہم تہٕ یم گُماں مےٚ کِتی

أسی شبنٔمی گلالہٕ ژٕہی تاپن
روٗدی کٔنڈی تم چھِنم رنگان مےٚ کِتی

کینٛژن نقادن چھُ یتھ کتھہِ پیٛٹھ اعتراض زِ راہی ہٕندٮ۪ن تازٕ غزلن منٛز چھُ وجدانہٕ کھوتہٕ ہونرمندی زیادٕ دخل۔ یمن ناقدن چھُ باسان زِ راہی ین چھِ شعر گرٕی متی تہٕ پانہٕ چھِنہٕ وُزے ٕتی۔ یمن نقادن کیاہ تصور چھُ تخلیقی عملہِ متعلق تتھ نسبت بحث کرُن چھُنہٕ وُنی کٔبس ممکن تاہم چھےٚ کتھہِ گیٛنی کڈٕنی لازِمی۔

پزر چھُ یہِ أز ییٚک شاعر چھُ وجدانہٕ کھوتہٕ تجربس ژٕرا اہمیت دِوان۔ مطلب یہِ زِ أزی چہِ شاعری منٛز چھُ وجدانہٕ کھوتہٕ فکرِ زیادٕ دخل۔ دوٚیم یہِ زِ شاعرس چھِنہٕ خیالات آسمانہٕ وَسان بلکہ چھُ شاعر فکرِ سخن کٔرتھ لفظن ہٕندِ ذٔریعہ خیالن اکھ تخلیقی شکل دِوان، پتہ روٗدسوال راہی ہٕنٛز ہونرمندی ہُند۔ اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ سُہ چھُ اکھ ہونرمند شاعر۔ شاعری چھِنہٕ محض خیال تہٕ امیٖک نوٗر بلکہ جذبٕک تہٕ خیالُک کُن سپدُن۔ خیالس جذبہٕ بناوُن چھُنہٕ سہل کتھاہ تہٕ اَمہِ خاطرٕ چھےٚ شاعرانہٕ ہونرمندی لازِمی کتھاہ۔

راہی ہٕندی غزل پٔرتھ چھُ محسوٗس سپدان زِ سُہ چھُ پننِ تخلیقی تجربن باوَتھ کرنہٕ خاطرٕ معروٗضن، تمثیلن مختلف توأریخی کیو نیم توأریخی کردارن تہٕ

رنگارنگ پیکرن تہٕ علامژن ہُند تلاش کران تہٕ تلاش کرِتھ یمن پننہِ باوژہِ ہندِ اکہِ نرٕل طریقہٕ کارٕ رنگی ورتاوان۔ أمی ہنٛدٕ بن اکثر غزلن منز چھِ لفظ تاثُر ووتلاونہٕ خاطرٕ صحیح تہٕ منأسب پأٹھی ورتاونہٕ آمتی۔ عام شعرٕ وَل ییمیک راہی ورتاو چھُ کران چھےٚ تَمی ہنٛز پیکر ترأشی۔ پرٛتھ کانٛہہ شعر چھُ اکھ پیکر ہیتھ برونٛہہ کُن یوان۔ گوڈٕ چھُ پیکرُک مأری منزٕ پرن وألِس پانس کُن کشش کران تہٕ امہِ پتہٕ چھُ سُہ اَتھ اِستعارأتی معنہِ ژھانڈنک تلاش کران۔ پیکرن ہُند گنرٕ چھُ راہی ہنٛدِ جدید غزلچ پرٛزنتھ تہٕ تَمی ہنٛز باوتھ چھےٚ تغزلہٕ کہِ پرنہِ چھأنتھ تہٕ غأر واقعأتی أسِتھ تہِ اکھ منظّم صورتھ رٹان۔

یاوَن گریکہِ منز مے تہِ لولُک شہنامہ لیٚچھو
تھ تہِ پتو سُے رُستم تَے سہراب سپُد

گچھِ گُٹھو لچھِ نأوی ہنٛدی ہنٛدی ارمان ہأری
وانہٕ پیٚنڈنَے جاے تژاوی کیاہ کرکھ

لأ لہِ شہلأ وِتھ سورٕ می أچھ تہٕ وُہتھ گو وجلوٗن
لفظ ہے بنگ زِ وُزہو جود خیالس اللہ

سبزٕ رسونہٕ ہأری زُوی آلو دِوان أسِس
سُہ نیوٗ سأ لس پرٛی زالیو بہٕ کیاہ وَنہٕ ہس

پیکر ترأشی ہُند عمل چھُ راہی لیس اکھ نوٚ زبان گرناوان یوسہٕ ویژ

اُستھ تہٕ ربوٲیتی قٲری ہٕندِ خاطرٕ ووپرٕہش چھےٚ باسان۔ راہی ہٕندِس شعرٕ سرمایس تہٕ تخلیقی مزازس اَنزی مُنزی گژھتھ چھُ قٲری اَتھ نَوِ زبٲنی واقف سپدان تہٕ سُہ چھُ یہِ مانَنس پتھ مجبوٗر گژھان زِ راہی ین کوٚر رواریاہس حدس تام کاشُر غزل ربوایتی لکہٕ نِشہِ آزاد تہٕ اَتھ کوٚرُن فکری تہٕ فنی اوبر گوبر عطا۔ تٔمی بنٲو کاشرِ غزلچ زبان مجٲزی تعلقہٕ انسٲنی ذہنہٕ کِنہِ سنجید ہٕ جذبن تہٕ تجربن ہٕنٛز زبان۔



---

لے : رحمٰن راہی؛نوروزِ صبا (سرینگر، ۱۹۵۸ء) صفحہ نمبر:۲

رتن تلاشی

# ''واو'' مہجورُن قاصدِ پیکر

واو صُبحُک بوے خوش شبنم تہٕ بلبل نغمہٕ خوان
گُل چھُ پیغمبر بہارُک ہتی یم ژور یار

یم ژور یار یعنے واو، شبنم، بلبل تہٕ خوشبوے ہتھ پاٹھی گُلس ہتی رٔلتھ بہارُک پأراو کران چھِ تِتھے پاٹھی چھِ یم ساری مہجورنہِ شاعری ہندِس باغس مارٔی منز رنجشان۔ مہجورنٔی شاعری چھےٚ کاشرِس شعرِادبس منز نو بہارُک پرتو۔ اَمہِ نوِ بہارُک پرتو چھُنہٕ صرف تمی سٕنزِ شاعری منز معنوی سوٚتھرِس پٹھے یوت بلکہ چھُ بہارُک ماحول تمہِ سأدِروار زبأنی دٔسی تہِ ووتلاونہٕ آمُت یوسہٕ زن مہجورنہِ خوش طبع مزازٕکی پاٹھی برجستہٕ چھےٚ۔ بہار کیو یموٚ ہتی باجومنزٕ چھُ 'واوُک' ورتاو اَہندِس کلامس منز یسلہٕ پاٹھی میلان۔ اَمہِ لفظکی پٹی اِمکأنی معنوی پہلو مہجورن گأشرأومتی چھِ تیتی چھِنہٕ شاید کأشرِس شعرِادبس منز کأنسہِ تہِ شاعرس نِش درٕینٹھی گرٕھان۔ اکثر جاین پیٹہِ پیٹہِ اَمہِ لفظُک ورتاو تہندِ دٔسی کرنہٕ آمُت چھُ تمی سُند تخلیقی جودتھ چھُ پھیرِہاو خصوصیژ سان نوٚن دژ امُت۔ بارہا چھُ سُہ اَتھ لفظس علامژ ہُند معنہِ ساوبرٕ تہِ پأدِ کُرتھ ہیوٚ کمُت۔ امیک ورتاو چھُ سانہِ شأعری منز تمِس بروٚنہہ تہٕ تمِس پتہٕ تہٕ کرنہٕ آمُت۔ لَل چھےٚ اَتھ پننہِ روحأنی

جستجو' چہِ عملہِ ہُند شاعرانہٕ اظہارٕ خاطرٕ ورتاوان ''موچھِ تیمیٚ روٗٹ مٔلی یوٚد واو'' ۆنتھ چھےٚ سوا تھ من تہٕ پوٚن یکہٕ وٕٹہٕ کرٕنچہ کرِیچھِ تہٕ گُڈ رِ روٗحٲنی عملہٕ ستی مشابہت دِوان۔ مقبول کرالہٕ وٲری ہنٛز ''نوش لب'' چھےٚ جُدٲیی ہٕندی وٲراگہٕ ستی بر بگہٕ یِتھ پٔننس رٲوی مِتس دِل غدارس تام گراوِنہٕ خاطرٕ اتھ ''واوس'' ڈٔلی رٹان۔

ہتا ہو صُبحہٕ کے خوش بو یہِ واوو

نٔتو تس داغدارس میانہِ گژاوو

مگر مقبولس نِش چھُ ''واو'' چھرا اکھ قاصد تہٕ تمِیٚ ہنٛز حیثیت چھےٚ چھرا اَکس دردِس شٲنچھ واتناون وٲلس تامے محدوٗد۔ ''واوُک'' اَمہِ انمانہٕ ورتاو چھُ پتھ کالہٕ پیٹھےٚ باقے زبانن ہنٛز شاعری منٛز تہِ کرنہٕ آمُت۔ بٔہمہِ صدی ہنٛزِ سنسکرت لولہٕ مثنوی ''پوَن دوٗتس'' منٛز تہِ چھےٚ ''وَنہٕ وِگنی'' راز لکشمن سین نِس فراقس منٛز ''واوس'' اتھی تِمس گژاوِ تہٕ فریاد سوزان۔ سانِس شعرِ ادبس منٛز چھےٚ صبح واوِچ ترکیب فارسی پیٹھےٚ آمٕژ۔ سانِن اکثر لولہٕ مثنوی ین منٛز چھُ ''بادِ صُبحگ'' ورتاو فارسی لہجس منٛز ہے کرنہٕ آمُت۔ اما پوز مہجوُرن بجر چھُ یتھ کتھہِ منٛز زِ تمِیٚ ورتاوٕ یہِ ترکیب تمہِ انمانہٕ زِ یہِ نہ چھُ فارسی شاعری ہُند 'بادِ صبا' نہ ہندوستانٛی زبانن ہُند ''سمیر'' بلکہ چھُ یہِ نہٕ پیٹھی وادی گل پوش کس حُسنہٕ ہٕندرس منٛز ڈالہٕ مارِوٕن صبح دمک تاز ہوا۔ یُس نہ صرف خوشبو یہِ دارِ تہٕ سوٚت تہٕ شُہل چھُ بلکہ شوٗدِ تہٕ شوٗژ تہِ۔ پزر چھُ یہِ زِ مہجورٕنی شاعری چھےٚ کٔشیرِ ہنٛزِ قودرتی خوبصورتی ہُند اَنہٕ خانہٕ۔ کلیاتِ مہجور کین ورقن پیٹھ چھُ کٔشیرِ ہندِ ہن ووسہِ آمتِن پوشن،

سوئنتہٕ کال چہِ وسہٕ دڑ وسہِ ہُنٛد ، گُمہٕ ہَرٕ مسولہِ ہُنٛد تہٕ پوشہِ نُولہٕ سُنٛد دُنیا کاڈکش کڈان یُس وُنی وُنی صبح دَمہ کہِ تازٕ ہَوہہٕ ستی ہِنٛد رِوٕ تھمٕت چھُ۔''ہوا'' چھُ تمی سٕنٛزِ شاعری منٛز اکھ بسیار جٕژل کردارٕ سٕنٛدِس صورتس منٛز بروٚنہہ کُن یوان تہٕ مختلف جاین چھےٚ تمی سٕنٛزٕ مختلف صورٕژ بروٚنہہ کُن یوان۔ تحریک حُریتس یا حب الوطنی ہٕنٛدِس جذبس تحت یوٚدوَے تمی سُنٛد شعرٕ مزازٕ تہِ بدلان روٗد، اما پوز یہِ لفظ تہِ روٗد معنی ین ہٕنٛدی نٔوی نٔوی کریٚژھی تراوان۔ بعضے چھُ یہِ لفظ''واو'' أکِس عاشقہٕ سٕنٛدی حیثیتہٕ بروٚنہہ کُن یوان تہٕ بعضے أکِس ستمگر معشوقہٕ سٕنٛزِ صوٗرٕژ منٛز، گہے چھُ أکِس حأران کرٕنس پُراسرار کردارٕ سٕنٛدی تصور ووتلاوان تہٕ گہے چھُ طولُک سرچشمہٕ تہٕ گُلن ہُنٛد زَنم داتا باسان۔ کُنہِ جایہِ چھُ چھرا اکھ قاصد روٗدمُت تہٕ کُنہِ گُلن تہٕ بُلبلن باہم اکھ منٛزٕم یور۔ یہِ چھُ مُسلسل عملہِ منٛز آورمردِ مجاہد سٕنٛز علامتھ تہِ تہٕ مہجورنہِ انقلأبی ژہتہِ رُک ترجمان تہِ۔ ہرٕ واو چہِ شکلہِ منٛز بروٚنہہ کُن یتھ چھُ یہِ پنٕنی تخریبی خصلت تہِ باوان۔

مہجورن ہیٚژ نہٕ ''واوس'' عاشقہٕ سٕنٛدِ طرفہٕ معشوقس تام گرٕ اوِ واتناونٕچ سہل کأم۔ بلکہ ہیٚژ تمی اَتھ، شوٚنگِتھ گُلشن وُزنأوِتھ نبٕش بوٚدی تہٕ اَن زان ساد لوح کأشری وُزناونٕچ کُڈرکأم۔ یِیٚتہٕ باقے شاعر ''واوس'' بتھ رٕٹتھ پنٕن بوس لوٚ ژراوان أسی تتہِ چھُ مہجور أتھی نوِ زمانک آلوہتھ تہٕ پنٕنس باغس کُن اژان وُچھان۔

آ وُصبحُک واو توشان خوش خبر ہتھ بُلبلن
یا صُبحُک واو اوس باغس کُن ونان

پکھِ خبر بوزٕ پاڈٕ سپدی زان

یا

بلبل چھُ بران چاو

ژِتھر دژاو بہار آو

توشان چھُ سونٛتک واو

کٕمستانی چھُ آو آو

گامس منٛز گرلز سکول کھُلنہٕ کِس صورتس منٛز ترقی ہنٛز کانٛہہ کتھ اٚسی تن یا پٔنہٕ واجنہٕ سماجی یا سیاسی تبدیلی ہُند اِمکان اٚسی تن، مہجور چھُ پننِس باغس اَچھ ژینہٕ وَن واوس اَتھی دیاونا وان، تہٕ بعضے ٹاسرِس اندازِ بیانس منٛز واوس مُلکہِ امریکہس تام گرِ ھتھ کاشرِن ہُند حال باونہٕ خاطرِ عاجزی کران۔ بہرحال یِتھی شعر چھا فنی تہٕ تخلیقی لحاظہٕ جان کِنہٕ نہ سُہ بحث اوٚک طرف ترٲوِتھ ہکو نہٕ شاید یِمہِ کتھِ نِش انکار کٔرِتھ زِ مہجورن ییٚتہِ کینٛژن روٲیتی علامژن تہٕ لفظن نوٚ معنہِ تہٕ زُو زٕنہٕ بخُش تتہِ آو لفظ ''واو'' تہِ تٔمی سنٛدِ ذٔسی نوٚ برجستگی ہٮ۪تھ بروٗنہہ کُن۔

یوٗدوَے یُتھ پٔرتھ کانٛہہ شعر یتھ منٛز اَمہِ لفظُک ورتاو کرنہٕ آمُت چھُ فنی کھوچہِ پٹھ وُتران چھُنہٕ مگر یتہِ چھُ پزر زِ کلیاتِ مہجورَس منٛز کینٛہہ شعر مہجورنہِ فنکارانہٕ صلاحیژ ہُند اٚنہٕ چھُ تمن منٛز چھِ تم کینٛہہ شعر تہِ شامل یِمن منٛز اَمہِ لفظہٕ ذریعہ مہجورن شعرِ تجرُبہ بوومُت چھُ۔

مہجورس اوس یُتھ سمے باگہِ آمُت یتھ منٛز آزادی ہنٛز کتھ کٔرنی اکھ

بۆڈ جرم اوس۔ اَمہِ موجب پیوٚ وٕمِس گژھے گُل، بلبل، باغ تہٕ بہار بیترِ بروٚنٛہہ کنہِ رٕژتھ کاشُر قوم وُزناوُن تہٕ گژھے واریٖل تہٕ راتہٕ موغُل مورٕ رٕژتھ وو پر حکمرانن وٕزِھس لاگتھ پژھس خبر ہیٚنی۔ تٕمی سُند اندازِ بیان چھُ تمن حالاتن ہُند نتیجہِ یمن منٛز سٕہ زوان اوس۔ یہِ دوراوس قومی بیدأری ہُند دور۔ قوم پرستی ہٕنٛدی جذبن أس سأرِسے برصغیرس ژھٹھ کڈٕمژ تہٕ مہجور ہیوٚ حساس شأعر کتہِ روزِ ہے اَمہِ نِشہِ مُچھ۔ اماپوز اَتھ جذبس اَس درپردٕ باونچ ضرورت۔ یُتھ عام کأشرِس تام وأتِتھ ہیکہِ ہے۔ اَمہِ خأطرِ ییٚتہِ مہجورن بہارٕ کی باقٕے ساز سنگار ورتأوی تہٕ، ورتوو تٕمو ''واو'' تہِ۔ تِکیازِ ذہنی طور فطرتس نکھٕ روزنہٕ سببہٕ گٔری تٕمو واوٕ کی مختلف وِہی تہٕ رنگ دریافت۔ مثلاً واو چھُ اَوُچھ، اچھوٚ، پژتھ جایہِ واتن وول، آزاد، پژتھ ساعتہٕ حرکتس منٛز، وأفر، زندگی تہٕ فرحت بخشن وول، تفرقاتو بالا بیترِ۔ یِتھہٕ پأٹھی ہیکہِ ہے واوٕ تٕمی سٕندِ آزاد خیأل تہٕ نبض شنأسی ہٕندِ اظہارُک ذریعہ بٔنتھ تہٕ تٕمی سُند ترجمان تہِ۔

واو اَسہٕ ناوان گُلن

مہجور وُزناوان دِلن

یِم زٕ اَمہِ نِش بے خبر

کیا گوو گوناہ کیا گوو ثواب

گُل چھُ نبش بوٚذ یِتھے پأٹھی یِتھہٕ پأٹھی کأشُر قوم چھُ پنٕنہِ تشخصہٕ نِش غأفل تہٕ واو چھُ یِتھے پأٹھی ذی شعور یِتھہٕ پأٹھی مہجور چھُ تہٕ دوشوٕ یوسہٕ کأم مٕژہ

ہیٚژ ہمژ چھےٚ سو چھےٚ انتھک میہنٚژ ہنٛز منگ کران ۔ واوٕ چھُ اَتھ کامہِ دَنہٕ پنٛنہٕ لگتھ !

بادِ صبا وردی کران

پرٛتھ شایہ وصفِ گُل پران

گرمی چھےٚ در بازارِ گُل

کرو دِلبرو دیدارِ گُل

'واوٕ' چھُ پنٕنہِ ہونرمندی ستی پرٛتھ ساعتہٕ پوش وُزناونچہِ تہٕ تِمن سوٚنتہٕ کالکہِ آمدٕچ ژینہٕ ون دِنہٕ چہِ عملہِ منٛز آوُر ۔ سُہ چھُ یہِ پنٛنی سرگرمی بروٚنہہ بروٚنہہ پکناوان تہٕ کاوٕ سُند ژھوٚرُ ے ٹاوٹاوترأ وِتھ عملی طور کینٛہہ کرنک تلقین کران ۔

اِشارٕ پأٹھی سُلہِ اوس وَنان واو کاوس کُن

یِیتہٕ چھےٚ نہٕ کتھن باو وَنُن تراو ہونر باو

'واوٕ' چھُ محبتُک سرچشمہٕ تہٕ پرٛتھ صبح لوٚلچ ڈألی ہتھ چمنستانن تام واتُن چھُ تَمی سنٛز فطری عمل ۔

آو لولہٕ شیٚچھ ہتھ واو صُبحُک ژاو چمنس منٛز

کوٚر پوشہِ لنجو بون نمِتھ اقرار محبت

سُلہِ گرایہِ ماران ژھایہِ پأٹھی ووت واو پوشن نش

لولس یہِ چھےٚ وگرأے چانی ہاے مدانو

واوٕچ کأم چھنہٕ نہ صرف لولُک ورتاوتہٕ وہو ہارے یوت ۔ بلکہ چھُ یہِ لولہٕ بوچھِ تہِ ۔ پنٕنہ لوٚلچ تریش ہوٚ مراونہٕ خأطرٕ چھُ یہِ توٚے پوشہِ چمنن منٛز

ژھپہٕ ژھومبرٕ ہن گنداں اما پوز یہِ لول چھُنہٕ یک طرفہٕ بلکہ چھُ گُلن تہِ وُٹھن پیٹھ لولہٕ اقرار ُک آسُن۔

قدرتی نظارو ذریعہ لولچ باوتھ کأری چھےٚ مہجورٕنی اکھ خوٗبی۔ اَمہِ لولٕچ باوتھ چھےٚ یِتھہٕ پأٹھی سپزٕمژ زِ شرم حیا تہٕ پاکیزگی ہُند احساس چھُ بدستوٗر روٗدمُت۔ مہجورن چھےٚ پننِہ لولہٕ شعرن منز کأشر زنانہِ ہنزِ نفسیات رٕژھراوٕمژ یِتھہٕ پأٹھی أسی اَمہِ بروٗنہہ أرنہِ مالہِ تہٕ محمود گأمی ہِندٕ ہن لولہٕ وژنن منز وُچھان چھِ۔ اَتھ چھُنہٕ صرف پننہِ ادبی رِوایتُک اثر بلکہ تمہِ مروجہ سمأجی نظامُک دخل تہِ یتھ منز زنانہِ ہنزن حرکاتن تہٕ سکناتن شرم حیا کیٚ قأیم کرنہٕ آمتیٚ معیار رو وُچھنہٕ یوان اوس۔ اَمہِ سببہٕ اوس ضروری زِ شعر ِکس فنس متأثر کرنہٕ ورأےی روزِ یہِ شرم تہٕ حیا برقرار، تہٕ مہجور چھُ اَتھ منز کامیاب سپُدمُت۔

وٗتھ شور یامتھ واو حُسنس موج تُلتھ گوو

اِظہار تی کوٗر زُلفچے تھتھرایہِ وَنے کیا

واو چھُ لولہٕ مژرس یِتھ حُسنس ویوٗر تُلان یہِ زن حُسنس برطبع گژھان چھُ۔ مگر امیک اظہار چھُ محض زُلفچہِ تھتھرایہٕ ستی باوِنہٕ آمُت۔ یہِ چھُنہٕ فقط بیان بأزی بلکہ چھُ اکھ بصری پیکرٕ أچھن بروٗنہہ کُن یوان تہٕ ''وٗتھ شور'' لفظ چھُ نہ صرفٕ اَتھ ہنگامس منز أندی پکھی چہِ ماحولٕچ آورن باوان بلکہ چھُ اَتھ ''شورس'' أندی پکھِس یا حُسنس دویمٕ کُنہِ تہِ أکس ستی قطعی وابستگی باونہٕ نشہِ تہِ مچھ تھاوان۔ یِتھہٕ پأٹھی چھُ نہ صرف پیکرِکس کلھم تاثرس بڈٕ رر سپُدمُت بلکہ چھُ

اَتھ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ تأویل تہٕ ممکن بنےٚ ہٕتی۔ گوڈنکس مصرس منٛز ییٚتہٕ عشقہٕ چہِ اَمہِ حرکژ ہٕتی پأدٕ سپدان والہِ اَمہِ احتجاج کہِ نتیجہٕ شأعرسُند لہجہِ ترٛوش تہٕ ترٛ گر بنیومُت چھُےٚ تَتہِ چھُ دوٚیمس مصرس منٛز صرف زُلفیٚ تھتھراے حُسنہٕ کہِ احتجاجہٕ رٕنگی بأوِتھ یہِ اکھ ژھوٚپ احتجاج بناوان۔ ہِتھہٕ پأٹھی چھُ شرم تہٕ حیا ہُک جذبہٕ تہٕ قأیم روٗدمُت تہٕ اَتھ سأرِسے صورتِ حالس درپردٕ ہنگامہٕ چھُ پرٛسکوٗن سطحس تام ووتمُت۔ أتھی ہم پلہٕ نی تو یہِ پیکر

گنہٕ ہتجہِ چھےٚ ووشلیمژ اوٚبرس
چھلہٕ چھانگر گیہِ واوس زُلفن

یہِ چھُ اکھ زِندٕ تہٕ مأری موٚند پیکر۔ اوٚبرس گنہٕ ہتجہِ ووزلنہِ وَنُن چھُ أچھن بروٗنہہ کُن سُہ ماحول اَنان ییٚلہِ شامہٕ ژھمبر ہن اوٚبرلشہِ ووزلان چھےٚ تہٕ واوچھُ یمن خزانس کُن پکناوُنس محوِ عمل آسان۔ اَتھ خوبصورت پیکرس پسِ پردٕ سپدان والہِ صورتحالُک اِظہار یوٚدوَے شأعرن سنٛبھے ورگہٕ پأٹھی کوٚرمُت چھُ تہٕ کرِتھ تہِ چھےٚ اوٚبرٕچ تہٕ واوِچ شخصأوی نگأری ہِتھہٕ پأٹھی کرنہٕ آمژ زِ اَتھ متعلق چھُنہٕ کہنٛہ تہِ مُبہم روزان۔ ہِتھہٕ پأٹھی چھُ کمےٚ کینٛہہ باونہٕ باوجوٗد تہِ سورُے نوٚن دژ امُت۔ اَتھ برعکس چھُنہٕ مہجورنس پیکرس منٛز وار یاہ کینٛہہ بأوِتھ تہٕ سورُے نوٚن۔ امیُک مطلب چھُنہٕ مہجورس کیا اوس نہٕ نٔژ پأٹھی وَننُک جُرتھ۔ سو کتھ چھُنہٕ، مہجور چھُ رِوایتس للہٕ کھوٚل کران تہٕ ہٕتی واہِتھ ساز تہِ بنان۔ تٔمی ہٕنزِ جُرتمندی ہُند اندازٕ ہیکہِ ییمہِ کتھہِ تلہٕ لگِتھ زِ تٔمی دیُت کأشرِ شأعری اکھ

نوٚ تصورِ عشق یُس پیٚتھی وادی ہنٛز میٚژِ زُون والِنہ ہنٛز دِلہٕ دُبراے باوان اوس، یوٚدوٚے تتھ منٛز رسول میرُن ہیوٚت ژ رتہٕ تروٚشر چھُنہٕ، اماپوز سُہ خوشک تہٕ آڈیل عشق تہٕ چھُنہٕ۔ سُہ چھُ لفظو تہٕ اِشارَو ذریعہ وِزِ وِزِ لطیف جنسی جذبات سطحس پیٹھ انان۔ تٔمی سُند بے پھروٚک اندازِ بیان چھُ باضے لولہٕ مژرس تہٕ جنسی بوٚچھِ ہنٛدِس جنوٗنس منٛز تس۔یتھ حدس تام واتناوان۔

یار سُند مارٕ موٚت سار چھُم نہٕ تھاوان
یارس لرِ پان ساوان چھُس
کامہِ دیو یار چھُنہٕ جامہٕ مُژراوان
پوٚشن مالہٕ کرٕ ناوان چھُس

وونی گوٚو تٔمی سُند اَندازِ بیان چھُ جوشش منٛز ہوش تھوٚنگ قایِل تہٕ شاید چھُنہٕ سُہ توٚے رسولؔ میرٕنی پأٹھی زیادٕ نوٚن (expose)۔ وُچھتو ''واوِچ'' یہِ پُراسرار صورت تہٕ۔

کتہِ آوٚ صُبحُک واو نہہ گٹہِ کیازِ باغس ژاو
روشہِ روشہِ پکان مشک چھکان پوشہِ رُمالن
یاسپُن بیدار گلشن پٔتہِ مہِ پیارے واوِ گوٚو نیرتھ
تِتھس سٔنی ژورٕ سنٛدِس اَتھ چمن وُزناونس وَنہٕ کیا

یہِ چھُنہٕ واوُک صفت زِ سُہ کیا چھُ پُراسرار تہٕ نہٕ چھُ واوکہِ پُراسرارِیتگ وجہ شاعرٕ سنٛدِس لاشعوٗری منٛز کُنہ دُلِملکہِ یا حأرأنی ہُنٛد نتیجہ۔ یہِ پُراسرأرِیتھ

چھےٚ فطرت کٕہن رنگہٕ رنگہٕ وٕہن منٛز ہے یتھ منٛز واوُک دخل تہٕ چھُ تہٕ یہٕ چھُ مہجورےٚ ژینان تہٕ وُچھان۔ ہیرِ مبن شعرن منٛز چھےٚ اُتھی حارٲنی پرٛژہلی اندازِ بیانس منٛز باوتھ کرنہٕ آمٕژ۔ یہٕ حارٲنی چھنہٕ طوفٲنی راژ (windy nights) نظمہِ ہُند راہدار تہٕ خونخوار واو ہو ہرایہٕ ہُند خوف ووتلاوان بلکہ چھےٚ یہِ اکھ عجیب فرحت تہٕ بخشان۔ واوُک مختلف اندازتہٕ تٔمی سٕنزن یمن حرکژن تہٕ وٕہن ہٕندی انہار مدِنظر تھاوِتھ چھُ سُہ باضے تٔمس ستم ظریف معشوقہٕ سٕنز علامت تہِ بنان یمٕس متعلق مہجور بییس اُکس جایہِ ونان چھُ۔

بیوٗٹھ ناوِ اندر پانہٕ مےٚ سہلاب اُنتھ گوو۔ مثلاً

لوٕ ہٕژ تہٕ چھٕند ریمٕژ مسول ونان چھےٚ واوس

دامانہٕ میون تیٚمی چھوٗل تس زانہہ قرار آسیا

''واو'' چھُ متحرک تہٕ یُس چیز متحرک آسہِ سُہ چھُ زِندٕ زوٗ پانہٕ تہِ تہٕ گُلن تہٕ زِنم دِوان۔

واو صُبحُک سُلہِ اوس لاران

تنبلٕوٗمُت کس تام ژھاران

خنٛدٕ پوشو گرٕس جایہِ جاے

پایہِ بَڈِ میانہِ یاوان رایے

ژٕلہٕ لارِ منٛز تہٕ تھانتھریوٗمُت بےٚ سوکھ 'واو' کس ہیکہِ گاٚرِتھ تہٕ اُمی ہٕنٛدِس اَتھ غاٚر معموٗلی اندازس پٔتھ پوشن خنٛدٕ کرُن چھُ اکھ سنجیدٕ صورتحال۔ شاید چھُ

واو اَمہِ سببہٕ تنبلیومُت زِٹمی ہٕندِ ڈسی چھُ کیاہتام اَٹر سپُد مُت ۔ تِکیاز پوشہِ ٹوریک پھولنۍ چھُ تٔمی ہٕنز تباہی ہُند آغاز ۔ اَٹُر چھُ یِمہِ موجب زِ واو چھُ لولہٕ ہٕتی پوشن ہٕندرِ وُزناوِتھ زندگی ہُند شعوٗر بخشان ۔ مگر تٔمِس کیا چھُ معلوم زِ امیک کیا نتیجہٕ ہیکہِ نیرِتھ ، امیک احساس چھُ مسولہِ پتہٕ سپدان یِیلہِ سو چھٕنہٕ ریمژ آسان چھےٚ ۔ ووں گوواتھ پنٕنس کٔری ہٕتِس پتھ چھےٚ واوس تہٕ بے قراری ۔ زیادٕ لولُک نتیجہ چھُ زوال برابر تتھےٚ پأٹھی یتھہٕ پأٹھی ''لوسی نظمن'' منز ''لوسی'' مناظر قودرت چھِ لولہٕ کھو نہٕ تلِ پلِتھ اَمی بٔڑی گرٕہان چھےٚ ۔ مگر تمیک احساس چھُ زیادٕ ٹریجک تِکیاز تتہِ چھِ دوشوے دٔری بے خبر یِیلہِ زَن یِیٚتہٕ اَمہٕ ژینہٕ وَنہٕ ہُند احساس دوشوٕنی دربن منز کم زیادٕ باسان چھُ ۔

یوٚدوَے اکہِ طرفہٕ واوٕچ یہِ مجرمانہٕ تصویر بروٚنہہ کُن یوان چھےٚ ، اما پوز دوٚیمہِ طرفہٕ یِیلہِ اکھ عاشق معشوقہٕ ہٕنز جُدأیی ہٕندِ لولہٕ نارٕ وہگلان چھُ تہٕ خوشک زندگی رِنش تنگ یوان چھُ سُہ چھُ بے بس سپدِتھ تہٕ توقع سان سوٚنتہٕ واوسے فریاد کرُن یژھان ۔

گرٕاو کرہا سوٚنتہٕ کِس واوس
یِنہٕ چانہِ پھوٚلی ہوٚکھی ہٕتی ڈل
چارٕ کٔری زِ ہے میأنِس آمہٕ تاوس
سر تراوس پادن تل

شأعر چھُ ''واوس'' بروٚنہہ کنہِ پنُن بوس تتھےٚ پأٹھی لوٚژراوُن یژھان

یتھہٕ پاٹھۍ یتھ بندس منز انگریزی شاعرن تمنا کوٚرمٕت چھُ۔

**Oh lift me as a wave, a leaf, a cloud!**
**I fall upon the thorns of life! I bleed.**

بہر حال اوٚت تام وُچھ اَسہِ مہجورنہِ شاعری منز ''واوِ کۍ'' کینٛہہ خوشیوٗنۍ انہار۔ مگر یوہے ''واو'' ییٚلہِ وق سورنس ستۍ ستۍ ہرِدکالۍ چمنس منز اژان چھُ اَمۍ سنٛز تخریبی عمل چھےٚ بروٚنہہ کُن یوان۔ اَتھۍ چھُنہٕ یہِ سونتہٕ واوِ کۍ پاٹھۍ زندگی تہٕ نوٚ وجوش بخشن وول بلکہ چھُ یہِ اکھ بے درد تباہ کار بنان۔ سونتہٕ واوِچ ووسہٕ دژ وسہٕ چھےٚ موتہٕ ہوہرایہِ منز تبدیل گژھان تہٕ یہِ چھُ زندگی ہُنٛد انجام تہٕ موتچ علامت بنان۔

ہرِدکۍ واون ڈوٗلُم ہوش
گُلۍ گییہِ کوستوٗری برِ گییہِ پوش
پھولہِ وُن ہار نو بہار کوٚتے گوم
دِلقرار ٹوٹھ مدنوار کوٚتے گوم

یا

سونتہٕ دژ او بلبل لول پرِ کھاوان
گلزار چھاوان چھاوان گو
ہرِدُک واو چھُس حسبہٕ وسراوان
دِل میون راوان راوان گو

یا

کٔلۍ گرٛھن کوٚ ستوٗ رشراونہٕ بدلہِ گُلزارُک ہوا
لولہٕ سازس تارٕ اَدٕ کُس چارِ مہجورٔس سوا
تہٕ بعضے ییٚلہِ مہجورُن لہجہِ اہربل کہِ آبشارٕکی پأٹھی گرٛزان چھُ تہٕ "واو" تہِ
چھُ پننٕی سوٗنچ سرمستی تہٕ ہرٕدٕچ بےدردی ترأوِتھ اَتھ گرٛزس تیز راوان ۔
اگر وُزناوِ ہن بستی گُلن منٛز تراوِ زیر و بم
بُنٛیل کر واو کرگگرایہِ کر طوٗفان پیدا کر



محفوظہ جان

# شیٖنہٕ شُرکِبن منٛز
## کاشرِ بن ہنٛز تہذیبی زندگی

کٔشیٖرِ چھُ پنُن اکھ قدیم تہٕ لوٗبہٕ وُن علمی، ادبی تہٕ تہذیبی توٲریخ۔ یِمہٕ کِس پوٚت منظرس منٛز کٔشیٖرِ أکِس دورس منٛز ''شاردا پیٹھ'' تہٕ دوٚیِمس منٛز ''ایرانِ صغیر'' وَننہٕ آو۔ دوشوٕنی شاندار علمی، ادبی تہٕ ثقافتی دورن منٛز وٕتھی یَتھ سرزمینس پیٹھ درجن وادقد اور عالم، مفکر، دانشور، فلسفی تہٕ شاعر یِمو کٔشیٖرِ ہنٛدِس کلہم تہذیبی میراثس شاندار بٕرزر کوٚر تہٕ سون علمی میراث پنٕھنو وِیُس از تام تھکنُن لایق سرمایہ چھُ۔ ژوداہم صدی چھےٚ کٔشیٖرِ ہنٛدِ اکہِ نوِ تہذیبی دورُک آغاز کران یێلہِ پرٲنی تہذیبی آثار سوتان تہٕ آوسان گٔیہِ تہٕ نوِ تہذیبکی آثار تہٕ آکار روٗدی پھاپھلان تہٕ پھبان۔ اَمہِ اعتبارٕ چھےٚ ژوداہم صدی کٔشیٖرِ ہنٛدِس توٲریخس منٛز اکھ نوٚ میلہٕ پٔٹ مقرر کران۔ یہِ اوس سُہ دور یێلہِ زٕ فلسفہٕ تہٕ تہذیب اکھ أکِس ستی متصادِم آسی۔ سیاسی تہٕ اقتصادی ناہموٲری ہُنٛد ہوا نوا اوس رٔشدتہٕ سان پرٛتھ رنگہٕ زندگی ہنٛدِس دہلیزس پیٹھ آواز دِوان۔ صٔدی ین ہُنٛد ثقافتی میراث اوس رسہٕ رسہٕ نوِ تہٕ سادروار تژ ایہِ گژ ایہِ قبوٗل کران۔ زندگی ہنٛدی طور وطریقہٕ بدلنس ستی ستی آسہٕ سوچن تژ ایہِ تہٕ بدلان تہٕ پرٛتھ شعبس منٛز أسی نوٚبن تبدیلین ہنٛدی آثار تہٕ انہار پرتو تراوان۔ أتھی نوٚس

تہذیبی انقلابس منز چھُ علمدارِ کشمیر حضرت شیخ نورالدین نورانیؒ تولُد سپدان۔ علمدارؒ سِندِ تولُد سپدنہٕ وِزِ اٰس کاشرِ زبانی ہنز قداورتہٕ تھدِ پایچ شاعر لل دید کاشرین ہنٛدِ مجموعی سوچچ ترجمان۔ اُتھی ماحولس منز چھُ علمدارِ کشمیرؒ وقتہٕ چن سوچن تراین تہٕ مروجہِ زندگی ہنٛدس سوٚتھرِس وٚون دِتھ تہٕ مطالعہٕ کٔرِتھ کاشرِ قومچ ترجمانی پٔرتھ شعبس خاص پٲٹھی سماجی سطحس پیٹھ کران۔ سماجی مسائلن تہٕ وقتہٕ کین مروجہِ ثقافتی وہوارن اوس علمدارِ کشمیرؒ اُکس کان کن سٟندی پٲٹھی واقف۔ تموکو رباقے شعبو علاوٕ ثقافتی موضوعن ہُند اظہار یسلہٕ پٲٹھی پنٛنین شُرکین منز۔ تہنٛد کلام چھُ جھرِل، رنگ بستہٕ تہٕ طرح دار۔ فلسفہٕ، علم، رسم ورواج، اعتقاد، تصوف تہٕ زندگی ہنٛدین مختلف پہلون ہنٛز باوتھ چھےٚ یہنٛدِ کلامچ زینت۔ باقے پہلواوک طرف تراٲوِتھ وُچھوٚ زِ یہنٛدین شُرکین منز کتھہٕ کٔنی چھِ کشیرِ ہنٛزِ ثقافتی زندگی ہنٛدی انہار ٹاکارتہٕ واضح۔ یہنٛدِس کلامس منز چھِ کاشر ثقافتی پرتو کی آکاراکہِ نتہٕ بییہٕ طریقہٕ پٹھن وجوٗدمائی راوان۔ مثالے۔

ستہٕ موج وُلگ تہٕ زعفران رِستہٕ

اَمہِ کھنہٕ فرشتہٕ گرٛھن بیمار

قٔلی یہِ دُپیاز میٚتھہِ ماز رِستہٕ

وٚلی ین آسہِ نہٕ یتھ آہار

رَسے ڈٔلی تہٕ مازَے ٹاکی

گرٛھبس مینہٕ نٔے روشس من

دود تَے گُرس گو گجے مازا
ژٕبَن واز تہٕ بہٕ بنَے پوٚژھ

یم شعر چھِ کأشرِ وازوانٕچ ترٛژھ بنیأدی سَنَدیوسہٕ کینٛژن تمن قلمکارن ہنٛدِ باپتھ پننہِ ونٕچ سأدرواراد بی ژینہٕ ونی چھےٚ یم کأشرِ وازوانک آگُر وسطِ ایشیا قرار دِتھ بڈشاہ صابنس زمانس منٛز اَتھ وار دِ کشمیر مانان چھِ۔ یمن شعرن ہُنٛد بجر چھُ یہ تہٕ زِیمن منٛز چھُ کُشیرِ ہنٛزن خاص کر شیخ العالمؒ نہِ وقتہٕ رأیج داں دأژن ہُنٛد ذِکر تہٕ میلان۔ ستہٕ دُج تہٕ وُلگ داں دأ ژچھےٚ ہأوِتھ دِوان زِیمہٕ چھےٚ سارِوے کھوتہٕ کھُستھ دأژ آسمٕژ۔ یمیک استعمال خاص پأٹھی اوسوٚدٕ حال لوٚکھ کران آسہٕ ہن۔ تِتھے کُنی چھُ حضرت شیخ العالمؒ پننین شُرکین منٛز کأشرِ تہذیبی تہٕ ثقافتی زندگی ہنٛز ترجمأنی کران یمہِ ستی نہ صرف تمہِ زمانک صورتحال بڑ وٕنہہ کُن یوان چھُ بلکہ چھِ از تام تمہِ ثقافتی تہٕ تہذیبی زندگی ہُنٛدی آثار درٕینٛٹھی یوان۔ اکِہ پاسہٕ چھُ کأشرِ ہن فصلن ہُنٛد ذکر کران تہٕ بیٚیِہ پاسہٕ ماحولیات رٕژھراونٕچ ورگہٕ ژینہٕ ون دِوان۔ سیٚدٕ سیوٚد چھُ اَمہِ قبیلہٕ کین شُرکین منٛز کُشیرِ ہنٛدِ ہن جنگلن ہنٛز رأچھ راوٕژھ کران کران کأشرِ ہن سبزی ین تہٕ پھلن ہُنٛد ذکر کران:

ژٕٹن یارِ تہٕ گنٛڈن وارے
ووَن ہاکھ، سوٚژل تہٕ کرٛم
پنٛگہٕ لوکھرِ تہٕ گُرس نارے
کھیٚنہٕ زَن بہنس یم

یہِ سادوہ پل ہاکس تہٕ ہندے
سوزن سہزس گرٛندے زاو

O

تہٕ کیا منگے قلایہِ قندس
ہند تہٕ ہاکھ چھُم چھوٚت مانچھی

O

ہارٕنی دَچھ تہٕ ژٕنٛی چھیے

O

سرن یم تہٕ تھرٛبن پوش چھی
وارٛبن کونگ چھے پھولہٕ وُنے

یتھے پاٹھی چھُ شیخ العالمنؒ یہِ دوٚپ تہِ کاشرِ ثقافتُک ترجمان ییمیک اِشارٕ کشیرِ ہٕنٛدِس قدیم فصلس کُن چھُ۔ مثالے:

''مونگہٕ خان پوٚر تہٕ کونگہٕ پانپر''

دوٚپ چھُ واضح زِ خان پورُک مونگ تہٕ پانپرُک کونگ اوس مولُل تہٕ کھسِتھ مانٛنہٕ یوان۔ یہِنٛد بوشُرٛکبوٗ تہٕ دپبوٗ تلہٕ چھُ فکرِ تران زِ شیخ العالمؒ چھُنہٕ محض اکھ شاعر او سمُت یا کہِ فلسفہٕ دان یا محض اکھ بہلہِ پایہِ روحانی بزرگ بلکہ اکھ تیُتھ ثقافت شناس تہٕ ثقافت ساز محقق یَس کشیرِ ہٕنٛزِ ایگریکلچرل جغرافیہ متعلق تہِ مکمل علم اوس۔ ایگریکلچر جغرافیہ ہٕنٛز واضح مثالہٕ چھے یتھبن ڈیٖپی نماشیٖخہٕ شُرٛکبوٗ تلہٕ ٔنی پاٹھی میلان۔ مثالے۔

ژوگلچ وُلگ تہٕ ہٕکرٕ ہاچ تریل
نوگلچ تریش تہٕ ہی وَنٕچ سائل

ربیع تہٕ حریف فصلن ہنٛز ذکر چھےٚ شیخہٕ شرُکین منٛزا کثر پأٹھی میلان۔ پأداوارلحاظہٕ بہترین علاقن ہنٛز نشاندہی کران کران چھُ شیخ العالمنؒ کلام صاف وشفاف آبہٕ کین علاقن تہٕ سائل گاہن ہنٛزِ تہٕ ذکرکران ۔ ژوگلگ دانہٕ، ہٕکرٕ ہامچہٕ تژیلہٕ تہٕ نوگلگ آب بہترین آسنس لرِلوٚ رچھُ شیخ العالمنؒ کلام ورٕمُل کِس ہی ونس پننہٕ وقتک بہترین سیاحتی مرکز آسنٕچ سند فراہم کران۔ ایگریکلچرل جغرافیہ ہنٛز شہادت چھےٚ شیخہٕ شرُکین تہٕ ڈیٚپتن ہنٛزا کھ اہم خصوصیت۔ اگرچہٕ ووٚنی تم فصل لگ بگ ناپیدٕ گمتی چھِ یہُند پأداوار شیخ العالمنہٕؒ زمانہٕ یا تمہٕ بروٚنہہ سپدان اوس۔ تاہم چھُ وُنہٕ تہٕ کینٛہہ فصل کأشرِ پتھ کألی ثقافتکی اَینہٕ دار یمن منٛز وُشکہٕ، پنگہٕ، شوٗل تہٕ بأگلہ قابلہٕ ذکر چھِ۔ بأگلہٕ چھےٚ وُنہٕ تہٕ کنٛڈی علاقن منٛز کاشت سپدان۔ییٚلہٕ زن از کل شوٗل لبرٕن تہٕ چھمبن چھارن ہُند خودرو فصل چھُ۔ اَمہٕ قسمہٕ کین فصلن متعلق چھُ تِھن شعرن منٛز پَے پتاہ میلان۔ مثالے

وَوان وُشکہٕ تہٕ پنگہٕ شولو   لِسہٕ تہٕ بأگلہٕ بأگرو
ژٕنٛژ ہچہٕ تہٕ وِرِنہٕ کھولو   یٮ۪تہٕ کنٛجن بگہٕ ژھو

شعرس منٛز ژٕنٛژ ہچہٕ ہُند استعمال چھُ ہأوتھ دِوان زِ شاید چھےٚ شیخ العالمہٕؒنس زمانس منٛز تہٕ اَمہٕ بروٚنہہ تہٕ تِتھَے پأٹھی ژٕنٛژ ہچہٕ ہوکھناونہٕ آسمژٕ یوان یتھہٕ پأٹھی رُوانگن ہچہٕ، گوگجہٕ ہچہٕ تہٕ ژوٚنٛٹھی ہچہٕ ہوکھناونہٕ یوان چھےٚ۔ کأشرِ ثقافتک رَس چھُ شیخہٕ شرُکین تہٕ ڈیٚپتن ژٕھلی تہٕ ہٕکی تہٕ پرِیڈان۔ پوشن

ہنز ذکر اٚسی تن یا جانورن ہنز ، سبزی ین ہُند تذکرآ سہِ یا جانا وارن ہنز باوتھ ، گُلبن کٹبن ہنز ذکر آسہِ یا یِیہِ کُنہِ چیز چ غرض یم چھِ کاشرِ قومچ پرتیتھ تہٕ پڑ بزنتھ ۔ ہرگاہ شیخہٕ شُرٕ کبن منز بسیار جہژل پہلو' وکھناونہٕ آمتی چھِ تاہم چھُ یمن منز سانہِ ملہِ مِشہِ ثقافتُک پہلو' نمایاں ۔ شیخ العالمؒ چھُ بذاتِ خود کاشرِ قومُک اکھ شوٗبہٕ وُن ، جہژل ، رنگ بستہٕ تہٕ زِندٕ جاوید ثقافتی کردار ۔ تسندی شُرٕ کی خاص پاٚٹھی ڈیٚپی چھِ علاقاٚیی جغرافیہ بیان کرنس ستی ستی ینہٕ واجنہِ جغرافیاٚیی تبدیلی ہُند باس دِوان نوٚبن ذرخیز علاقن منز ربیع تہٕ خریف پاٚداوار وٗپدنچ ژینہٕ وَن دِوان ۔ مثالے ۔

کھونہٕ مُہکس وٗپل وَنس　　　　کونگہٕ پانپر آلونس

کاٚلی یمس باٚلی ترس　　　　کھونہٕ مُہس دانہِ کرس

اَمہِ قِسمہٕ کبن شُرٕ کبن منز چھُ ٹاکارٕ زِ شیخ العالمؒ سُند کلام چھُ کاشرِ ثقافتُک اٚنہٕ تہٕ یوٗت یہُند کلام وکھناونہٕ یِیہِ تیوٗت تیوٗت ہِن کاشرِ ثقافتکی پڑاٚنی گنڈ مژرنہٕ تہٕ اصلی ثقافتکی آکار نیرن ٚنی ۔ اَمہِ ستی چھےٚ یہِ کتھ صاف پاٚٹھی ننان زِ اَزتام چھنہٕ شیخ العالمؒ سندِ کلامہٕ کبن مختلف پاسن تہٕ پہلوٗ وَن ہنز پوٗرِ پوٗر ساماہنہٕ آمژ ییمہِ ستی اَمس عظیم کاشری سنزِ شاعری ہندی طرح انہار بُد نیرن تہٕ ییمہِ ستی شیخہٕ شُرٕ کبن ہنز موضوعی طرحداری تہٕ ٹاکارٕ سپدِ تہٕ سانہِ کاشرِ زباٚنی تہٕ ہرِ علمی تہٕ ثقافتی مول ۔

○

محفوظہ جان

# کأشرِ نسوأنی شاعری منز امن پسندی ہُنڈ پیغام

کأشرین لُوکن ہُنڈ مزاز چھُ مجموعی طور ترٛٹھ ہِ زندگی ہُنڈ رواداری یتھ منز مذہبس بیوٚن بیوٚن تمدنی مولن تہٕ متضاد سونچہِ تراین آے تہٕ پاے لبنگ ہوٗے موقعہٕ آیتن چھُ۔ مگر امہِ تمدنی رنگا رنگی باوجوٗد چھُ توأریخس اندر ساننین ماجن بینٛین تہِ زمانٕکی سٕنٛز تہٕ وہٕنز وُچھنٕ پیمتی۔ توأریخس اکھ پیٹھی پیٹھی سام ہیتھ چھُ نَنان زِ ساننین ماجن بینٛین خاص کر تمن زنانن یمہٕ مونڈ آسہٕ تمن کیاہ کیاہ تہٕ کتھہٕ پأٹھی اأسی زندگی ہنٛدی تم پاس وُچھنٕ پیوان یمن ہُنڈ نہٕ تم خاندرٕ دژاو زِندگی منز کانٛہہ تصوٗر تہِ کرِتھ ہیکہٕ ہن۔ زنان أس کٔشیرِ اندر تہِ سبٹھاہ وٕسی پایہِ مانہٕ یوان۔ یوٚدوَے اَسہِ بہلہِ پایہِ خوتونہٕ پأدٕ کرِ یمو پننٛو صلأحیژ وٕستی پنٕن زمانہٕ تہِ رَتھ کھورتہٕ پنٕنٛز پان تہِ بنأوِ کھ تتھی گاشہِ تارکھ یم از تام کٔشیرِ ہِنٛدِ تمدن رِکس کہکشأنی نبس پیٹھ پرٕزلان چھِ۔ یمن دیدٕ صأبن منز چھےٚ سیأسی زندگی ستی وابستہ کوٹہٕ رأنی تہٕ دیدٕ رأنی، ادبی تہٕ صوفیانہٕ وِژارن ستی لوے کھوے تھاون واجنہِ صاحبہِ حال للہٕ عارفہٕ، شامہٕ بی بی، روپہٕ بھوانی، رٕژ دیدٕ، ارضی معاملاتن ہنٛز خوش نوا شأعرِ حبہٕ خوتون، أرِنہٕ مال تہٕ موجوٗدٕ دور چہِ کینٛہہ ترٛٹھ زنانہٕ شأعر یمو ذأتی زندگی ہنٛد بوٗ کُھر بو، خُشیو، غموتہٕ دوکھو علاوٕ دردِس زندگی ہنٛدین رنگہٕ رنگہٕ پاسن ہنٛز باوتھ کر۔ یمن شأعرن منز چھےٚ ضعیفہٕ، بملا رینہ تہٕ

دۆیمہِ زنانہٕ شاعر شامل۔

کأشرِ ن زنانہٕ شاعرن ہنٛزِ شاعری ہنٛز مولانکون کرِتھ چھےٚ یہِ کتھ نٔنۍ نیران زِ یمو شاعرو کیاہ چھُ پننہِ شاعری منٛز امن پسندی متعلق بوومُت۔ ییٚتینِ چھُ یہِ سوال تہِ پأدٕ گژھان زِ زنانہٕ اکھ مخصوص تہٕ محترم مقام بدس آسنہٕ باوجوٗد اَس ناتس أزی کی پأٹھی بےٚ قدری کرنہٕ یوان۔ یوٚدوَے اَز أکس حدس تام حالاتن منٛز واریاہ فرق چھےٚ آمُت۔ شاعرس ییٚلہِ نل وٕٹھ للہٕ ناوُن اوس پیوان سو کتھہٕ پأٹھی ہیکہِ خأرِجی زندگی ہنٛد ہِن تِمن معاملاتن منٛز کُنہٕ قسمچ کانٛہہ مداخلت کرِتھ یمن پیٹھ فقط مردس دگاہ اوس۔ یہِ چھُ ٹھیک زِ للہِ وۄن لوکو للہٕ موج تہٕ کرہس قدرتہٕ سو بنے یہِ سانہِ اجتماعی زندگی ہنٛز علامتھ۔ دۆیم یہِ زِ تمام فنی زاوِجارَو باوجوٗد چھِ للہِ ہنٛزِ شاعری منٛز نسوأنیتچ ژھاے کمے نظرِ گژھان۔ یوٚدوَے تمۍ ہنٛدی کینٛہہ استعارٕ تہٕ علامتہ کُنہِ کُنہِ تمۍ ہنٛدِس نسوأنۍ لبجس أنہٕ چھِ ہاوان۔ واریاہ لۆکھ وَنن مے کیاہ لوگ یہِ وَنُن تہٕ شاید پییٚکھ للہِ ہُنٛد یہِ واکھ ژنٛتس:

شِو چھےٚ تھلہِ تھلہِ روزان
مو زان ہیوٚند تہٕ مُسلمان
ترُک ہَے چھُکھ تہٕ پان پنُن پرزٕناو
سوٗے چھےٚ صاحبس سیٚتۍ زأنی زان

یہِ چھُ پوٚز زِ للہِ چھُ اَسہِ کأشرِ ن بأے برادری ہُنٛد سبق پوٚرمُت تہٕ

بأے برادری ہُند تصور چھُ سانہِ کلہم پڑ بوٗنہٕ ہُند أنہٕ۔ امن لفظ یمن معنی ین منز
اَزکل ورتاونہٕ چھُ یوان، شاید اوس نہٕ اَتھ پرانہِ تہذیبی زندگی منز اَمہ آیہِ
معنہِ۔ للہِ ہُند دور اوس اکھ تیُتھ دور ییتھ منز تِم تمدنی مول بارٕسٕس روٗدی۔
یمن آرضی زندگی ہند بولوہ لنگرو بجایہِ بأطنی زندگی ہنٛدِس پھولونیارس ستی زیادٕ
سوٗن واٹھ روٗد۔ تِمس نہ اوس کانہہ سیأسی منشور تہٕ نہ اوٚسس سیاستس ستی
کانہہ واٹھ۔ اِوٕ کنی چھُ تِمٕ ہنٛزِ شاعری منز سیأسی تصورات بدِ کڈنٕچ کوشش مے
بڈٕ عجیب وغریب باسان۔ یہِ چھےٚ دوٚیم کتھ زِ پرٛتھ بڈِس شاعرس چھےٚ پننِس
زمانس ستی اکھ وابستگی آسان تہٕ سو وابستگی چھےٚ تمہٕ زمانچہِ زندگی ہنٛدِس پرٛتھ
پاسس بےٚ شوٗنکی پأٹھی بروٗنہہ کُن انان مگر کلہم پأٹھی چھُ پرٛتھ شاعرس اکھ
vision آسان یُس سُہ دوٚیمبن ستی جمالیأتی سوٗتھرِس پیٹھ share چھُ
کران۔ للہِ ہُند زمانہٕ اوس سیأسی لحاظہٕ وارِیہس حدس تام سیأسی سوٗتھرِس
پیٹھ امن پسندی ہنٛز منگ کران۔ لہٰذا چھُ للہِ تہِ اَمہِ آیہِ کأشرٕ بن اَتھ اہم تمدنی
موٗلس آے کوٚنچھمت۔

حضرت شیخ العالمؒ ییٚلہِ یِمہِ عالمہٕ پیٹھہٕ دوٚیمس عالمس کُن روانہٕ
سپدی تِمن پیٹھ یوٚسہ مشہور مرثی لیکھنہٕ آیہِ سو لیٚچھ تمہِ زمانچہِ شاعر شامہٕ بی بی۔
یہِ مرثی چھےٚ اکہِ طرفہٕ اکہِ تٕژہِ زندگی ہُند أنہٕ ہاوان ییتھ منز ساٗری لوٗکھ کُنی چھُ۔
ییتھ منز کُنہ تہِ دھرمس ستی وابستہٕ انسان ژٕکہِ انسان چھُ۔ پوٗز اگر بوزَو تیٚلہِ چھُ
پرٛتھ مذہب انسانس، انسانس قریب اَنہٕ باپتھ وجوٗدس آمُت مگر مذہبی پیرٕ

ڈارٕ وکۍ رمذہب کِس اَتھ بنیأدی مولس دوہے کوچھِ پھیُر تہٕ تمِنٕے کتھن دِژٕ کھ زُرکھ یم انسانس، انسانس نگھہِ اَنہٕ بجایہِ تمِس اکھ اَکِس نِش دوٗر چھِ نوان کٔرِتھ۔ مگر شأعر چھُنہٕ سیاست کار آسان بلکہ اکھ تیُتھ انسان آسان یُس اکہِ ہموار تہٕ خوشحال زندگی ہُند خواب چھُ وونان۔ حضرت شیخ العالمؒ ہٕندِس فوت سپدنس پتہٕ یوسہٕ مرثی شام بی بی لیچھ سوچھے یمن کتھن زبر پأٹھی باوان:

نُندہٕ سنزٕ‌ک سنزی یانہٕ
میُل ژٕ‌ے روٗس چھُنہٕ زیبانہٕ
للہٕ پانے بوو دَے کاتو
نُندہٕ سنز گوو سورگس ماتو
یہِ لعلا کتھہٕ اَتھہٕ ترٛاوو
یوہے منطق اَسہِ نِش دژاوو
کیاہ پژاوو زینی کاکو
نُند سنز گوو سورگس ماتو

بہرحال کتھ اَس چلان کأشرِ ہندِ ہندِ تمدنی مولن ہنٛزِ یم کأشریت چھِ ضامن چھے۔ یمن تہذیبی مولن یمو دۆیمو زنانہٕ شأعرو یمن منٛز روپہٕ بھوانی تہٕ رٕژٕ دید شأمل چھے، یہندِ واکھ چھِ احساس کرناوان زِ یمہٕ چھے اکہِ ترٛشہِ زندگی ہنٛزٕ رواداراَسمٕژ ییتہٕ نفرتس تہٕ دِیہِ کانٛہہ جاے چھنہٕ۔ مۆلہٕ کأشُر مزاز چھُنا دۆگنیار بجایہِ اۆگنیارس پتھ زور دِوان، یودۆے تم یہِ اۆگنیار دۆگنیارس منٛز تہٕ

وُچھتھ ہرکان چھ:

دھیانس مے ژٕہے تہٕ پانے بہٕ ژٕہے
أتھی گیانس ژٕے مے نمسکار
پانے پان پزٕ بزانہٕ تہٕ پانے ویژٕہے
نتہٕ انزانس ویژی زأنتھ کوہنہٕ
سُہ ماہِ شمع پزٕ بزلأنی
طمع بیوٚن زلأنی بو
اَدٕ روٗپ پزٕسیم چھُے میلأنی
یِمے پدٕ کأنسہِ میلأنی کیاہ

یم واکھ تہٕ یمن واکھن ہُند باوٕژ انہار چھُ تمہِ مشترکہٕ تہذیبی عملہٕ ہنٕز عکأسی کران یمہٕ ستی سون تہذیب تہٕ تمدن موجوٗدٕ آ کار چھُ رٔٹتھ تہٕ یوٚدوے اَتھ آ کارس نَس ڈانس منٛز کانہہ پَرٕ گی پتھ کُن روٗزنہٕ تہِ گرِتھ روٗدیہ وُلٹہٕ واوٕ ہالن منٛز رتنہٕ دپیکی پأٹھی پزٕ بزلان تہٕ امیک ٹاکارٕ ثبوٗت چھِ سأنی سمن بل۔

روٗحأنی حال احوال باونس ستی ستی گرسانو کینٛژ وزنانہٕ شأعرو پننن ذأتی دوکھن، غمن، امارن تہٕ ہاوسن ہنٛز باوَتھ۔ یمن منٛز حبہٕ خوتون تہٕ أرنہِ مال خاص کرقأبلہِ ذکر چھِ۔ حبہٕ خوتونہِ ہنٛز روٗمأنی شأعری منٛز تہٕ چھُ تمہِ زمانُک سیأسی پوٚت منظرا کہِ نَتہٕ بیٚیہٕ آیہِ تہٕ أرنہِ مالہٕ ہنٛدِس نغمأتی کلامس منٛز تہِ ہُتہِ بیٚتہِ ترٛتھ زٕ نظرِ گژھان یم پننس زمانہٕ کِس سیأسی صورتحالس گاشراوان

درشناوان چھِ:

ژٕ کمیوٗ سونہٕ میانہِ بڑہم دِتھ نیوٗ نکھو، ژٕ ے کہو زِ گیہِ میائنی دۓ

ژٕ کھ تراو دۓ ملالہٕ وونہٕ چھُ نایوان ژٕ ے کہو زِ گیہِ میائنی دۓ

○

وٲری وٚن ستی وارٕ چھُس نو

چارٕ کر میون مالہِ نیو ہو

(حبہٕ خوتون)

○

وٲروتہٕ مالیُن چھُ میانہِ خیالہٕ زٕ اہم علامتہٕ۔ یِمن سیاسی بوے یوان چھےٚ۔ بہرحال وُہی مہِ صدی منز کوٚر رواریاہ زنانہٕ شاعروکاشرس تہذیبی رِوایتس پننہِ پننہِ آیہِ برٛزرتہٕ یِمہٕ ناہموارِیہِ أزی چہٕ زندگی منز نظرِ گیگھ تمن ہنزٕ کرٕ کھ بہلہِ پایہِ باوتھ۔ یِہ باوتھ چھےٚ یِمہِ کتھہِ ہُند ٹاکارٕ ثبوٗت زِ یِہ شاعری چھےٚ وقتہٕ کہن سیاسی فِتنن تہٕ تہندِ ستی سپدن والہِ نقصانٕچ تھدِ شانہٕ باوتھ کران۔ وُچھتو سائنی بملا رینہ کتھہٕ پاٹھی چھےٚ سیاسی صورتحالس سام ہیتھ پننہِ نرل فن کار آسنگ باس دِوان۔ یوٗدوٚے بملا رینہٕ ہُند ماداں أندرِم دنیا چھُ تاہم چھِ تمِس پننہِ زمانٕچ پوٗرِ پوٗر خبر اَتر۔

مخملی باغن ہوٚنی چھرن

لبرن جرن سون تے لال

ہنبر بلن کدل ترن

گوبرے رتس رٹن مال

پٔنُن یہِ موخصر مضموٗن کرن بہٕ یَتھ کتھِ پٹھ اختتام پذیر تہٕ تتھ کُن کریٚو مےٚ مضمون کِس گوڑ باگس منٛز تہِ کم کاسہٕ اِشارٕ سُہ گوٚو یہِ زِ تمام دُشوأرِیو تہٕ مشکلاتو باجوٗد روٗز کأشر زنانہٕ شأعرٕ پٔنٕنۍ باوتھ کران۔ پنٕنہِ زمانٕچ، پنٕنہِ أندۍ پٔکھچ باوَتھ تہٕ بأے برادری ہنٛز کتھ کران۔ مگر یہِ چھےٚ دوٚیم کتھ زِ تٔمۍ سُنٛد دیُت آو خصوصن أزۍ کِس دورس منٛز واریاہس حدس تام منساونہٕ۔



رخسانہ تبسم

# ژوداۂہم صدی تہٕ شیخ العالمؒ

کٲشرِ ہُنٛد تہذیب چھُ بیٚین تہذیبن تہٕ مقأمی تہذیبک سنگم۔ یہِ تہذیبی لین دین رُود اِبتدا پیٹھےٚ جأری۔ ناگ، پشاج، آریا، دراوڑ، کُشان، بودھ، شیو وَغأرٕ چھےٚ اَمہِ چہِ مثالہٕ۔ وٕنۍ گوو ژوداۂہم صدی چھےٚ کٲشرِ منٛز تو أریخی تہٕ تہذیبی لحاظہٕ اِہم موکھٕ اہم مانہٕ یوان تِکیازِ یہِ اوس سُہ دور یَتھ منٛز پرٛانہِ رِوایژٕ سوٗرن ہیوان آسہٕ تہٕ نوِ رِوایژٕ تہٕ سوچن تر ایہِ نوٚس اندازس منٛز کاڈ کڈُن ہیوان آسہٕ۔ زٕ مختلف تہذیب وتمدن أسی پانہٕ وأنی ہم آہنگ سپدان۔ علمی تہٕ عوأمی سطحس پیٹھ اوس نوِس تہٕ پرٛأنس درمیان رُود قبولُک سلسلہٕ شرُوع گومُت۔

حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ آے ژوداۂہمہِ صدی منٛز ۷۰۰ سادات ہیتھ تہٕ پھہلے یہِ سأرِے کٲشرِ تہٕ کٲشرِ کرِکھ اسلأمی تعلیم دِتھ علمہٕ کہِ گاشہِ تہٕ نوٗرٕ سیٚتۍ منور۔ یم سادات أسی تبلیغ کرنس سیٚتۍ سیٚتۍ سمأجی کامہِ تہِ انجام دِوان۔ اسلام اوس مِلہٕ ژار، اخوت تہٕ اخلأقی تعلیم عام کرنہٕ تہٕ ذات پاتک بن مٹاونک پأغام ہیتھ آمُت۔ عام کیٛو خاص گیہِ اسلام کِس دأیرس منٛز یوان۔ تِکیازِ عوام اوس ظلم برداش کٔری کٔری تنگ آمُت۔ تِم أسی اکہِ نوِ تبدیلی ہنٛدی آرزومند۔

حالانکہ کٔشیرِ منز چھُ اسلامُک پرتو اٲٹھِمہِ صدی عیسوی پٔتھے پیوٚن ہیوٚتمُت آسان۔ییٚلہِ فاتح سندھ محمد بن قاسمؒ سندھُک راجہ دٲہرس ہارناوان چھُ، جیا راجہ داہر سُند نیچوٚ، چھُ پنُن وطن ترٲوِتھ کٔشیرِ ژٔلتھ یوان۔ حمیم بن اسحاق ناوُک مسلمان چھُ تمِس سٟتی آسان۔

پروفیسر رشید نازکی صاب چھِ اَتھ کتھِ واش کڈتھ لیکھان:

''اسلام چھُ اٲٹھِمہِ صدی عیسوی ہندِس دٔہلِس منز ہندوستان کُن پنُن پرتو تراوان۔ ۱۳-۷۱۱ ھ ییس منز چھُ محمد بن قاسمؒ سندھ صوبہ فتح کران۔ چنانچہ یہِ چھےٚ اکھ تاریخی حقیقت زِ راجہ دٲہر سُند نیچوٚ، جیا ییٚلہِ کٔشیرِ ژٔلتھ چھُ یوان اُمِس چھُ اکھ مسلمان حمیم بن اسحاق سٟتی آسان۔ وارِ وارِ چھُ مسلمانن ہُند یہِ قافلہٕ یوٚت بڈان زِیم چھِ پنُن اکھ الگ محلّہٕ سرینگرس منز بناوان۔ کاشرِ، بودھ کیٛو ہیٚندی چھِ یمن ناپاک زانان تہٕ اوے چھِکھ ملیچھ ونان۔ یِہنٛزِ روزن جایہِ پیوٚ ملیچھ مرناو۔''[۱]

تاتاری حملہٕ آور زولچوٗ (ذوالقدر خان) چھُ کٔشیرِ پٔٹھ حملہٕ کٔرِتھ زبردس لوٹ مار کران۔ تمیٚ سُند ظلم چھُ تقریباً نوٚن رٮ۪تن جاری روزان۔ بالآخر چھُ پانے کٔشیر تراوان تہٕ بانہالہِ نکھہِ وٲتِتھ شینہٕ طوفانس منز ہنہٕ یوان تہٕ پنژاہ ساس فوجی ہیتھ شینہٕ بُزِ گژھان۔

راجہ سہدیو چھُ زولچوٗس مقابلہٕ کرنہٕ بجایہِ کشتوار ژلان۔ ادھیان دیو چھُ کُٹہٕ رانہِ سٟتی خاندر کٔرِتھ بادشاہ بنان۔ ادھیان دیو چھُ پتہٕ مارنہٕ یوان۔

شاہ میرن چھُ تخت حاصل کرنہٕ خاطرٕ پَنُن اثر و رسوخ بوڈ رووُمت آسان۔ مگر موقعُک فائِد چھُ تُلان لدائخی شہزادٕ رینچن شاہ یُس حکومت رٔٹِتھ حضرت بلبل شاہ ہٕندی دٔسی اسلام قبول کٔرِتھ پانس صدرالدین ناو چھُ تھاوان۔ یِتھہٕ کٕنۍ چھُ رینچن شاہ کشیرِ ہُند گوڈنیُک مسلمان بادشاہ بنان۔

"Rinchana took advantage anarch that prevailed in the valley, finally assumed the Government and proclaimed himself as the kind. He married the queen Kota Rani, got himself converted to Islam and assumed the name of Sadar-ud-Din, thus became the first Muslim king of the Kashmir." [۲]

سماجی نابرابری، اقتصادی تہٕ معاشی بحران، لوٹ مار، تباہی، ظلم و جبر، سیاسی رسہٕ کشی، اخلاقی گراوٹ چھِ اَمہٕ ساعتہٕ ظٲہِر پیٹھ آسان۔ امی دورٕکۍ پٲداوار چھِ حضرت شیخ نورالدین نورانیؒ۔ سلطان قطب شاہ سٕندِ وقتہٕ چھِ حضرت شیخ العالمؒ سٕنز عمرِ شریف بَہہ وُری آسان[۳]۔ اوتامتھ چھےٚ اسلامن ترقی پرٲوِمٕژ آسان مگر ہندو دورکہِ استحصٲلی طبقکۍ پٲٹھۍ چھِ اسلامی دورِ حکومتس منز تہِ عام لُوکن ہُند استحصال سپدان۔ حضرت شیخ اَسی پننو مبارک چشمو یہِ سورُے وُچھِتھ غمگین گژھان۔ مگر تم چھِنہٕ ہرگز تہِ یہِ سورُے کینژھہ برداشت کرنہٕ خاطرٕ تیار آسان۔ تمو دِژ پننین جذباتن زیو تہٕ شُرکن ہٕندِس صورتس منز بٲوِتھ لُوکن ہٕندی جذبات تہٕ احساسات۔

سہہ ژاے گوپھن شال چھِ گرزان
گدا گے غنی تہٕ مُہم پیٚو رازن

## ہٕنڈی پیٹھی نین گوو وازس کھش

پروفیسر حامدی کشمیری چھِ لیکھان:

''ان کے عہد میں متضاد اور متخالف قوتوں کی آویزش سے ایک ایسی سماجی صورتحال پیدا ہوچکی تھی۔ جس سے انسانی اقدار کی حرمت معرض خطر میں پڑ چکی تھی اور جب سلاطین کا دور آیا تو وہ ساری برائیاں اور خرابیاں مثلاً جاہ پرستی، ظاہرداری، جفاکشی اور ریاکاری جو مطلق العنانیت کا خاصہ تھی وراثت کے طور پر معاشرے کو ملیں اور اسے کھوکھلا کرنے لگیں۔ اس پر طرہ یہ کہ دور سلاطین میں بلکہ اس سے پہلے ہی علماء اور سادات واردِ کشمیر ہوتے رہے۔ ان میں ایسے نام نہاد علما اور ملا بھی تھے، جو وادی کے ان پڑھ، منکسر المزاج، کم آمیز، کم گو، دبے اور کچلے لوگوں جو توہمات اور پسماندگی کے صدیوں سے شکار تھے کا کھلم کھلا استحصال کرتے رہے''۔[۴]

یمن سارِنے خرأبین تہٕ برٕأئین مقابلہٕ اوس اکھ نوٚ تہذیب بارسس یُن پننہِ جایہِ اکھ اہم کتھ۔ حضرت شیٚخس رحؒ نِش اوس اکہِ پائیدار تہٕ مثألی سماجُک تصور انصافہٕ روٚستہٕ ناممکن۔ ذأتی اغراض و مقاصد و خأطرِ أسی نہٕ لُو کھ اکھ أکِس پیٹھ ظلم کرنس منٛز گٔنہِ تہِ رٕنگی پتھ روزان۔

''پجاریت کا ادارہ نورالدین کے یہاں سب سے زیادہ تشویش کا باعث تھا۔ اس ادارے نے خاص طور پر برہمن پروہتوں اور عام لوگوں کے درمیان ذات پات کی بنیاد پر خلیج پیدا کی۔ ذات پات کے نظرئے نے انسانی برابری کی جڑیں کاٹ کے رکھدیں اور مختلف قسم کے مظالم اور جبر کیلئے یہ نظریہ ذمہ دار تھا''۔ [۵]

شیخ نورالدین نورانی ینٛ واتنو واسلام لُوکن تانی شُرٛکن ہنٛدِس صورتس منٛز۔ تِمن ہُنٛد پأغام اوس زِ دہنٛچہِ پاپر جأیی خأطرِ پزن لوکن پڑ ہتھ وزِ کوششہِ کرنہِ۔ چنانچہ چھُ مسلمانن کُن ونان۔

سُے پور شاہ سورگس پراوے
یُس سَرِ دَیے بیٛین سان
کرودھ، مد، اہنکار تراوے
سُے ڈِیُزِ ے مسلمان
پانس مول کرِنہٕ ہارے
ستی بیٛین کرِنہٕ مان مان
پرتہٕ پان سٔدرس تارے
سُے ڈِیُزِ ے مسلمان

بجٕتٕی یتہِ اکھ سمأجی مصلح روٗدھِ شیخ ہر وِزِ پننِس اوٗندپکھِس سام

ہوان تہٕ سمأجی وکھٕرارن کُن سوٚن توجہ پھِران۔ تمو بنأوی نام نہاد عألم، ریٚش، درویش، مسلمان أسی یا غأر مسلم، پننہِ تنقیدٕکی نشانہٕ۔ تِمن ہُنٛد سورُے پوٚزاپُزنوٚن کڈِتھ تِمن ٹأنہٕ ژٹان۔

ملہٕ ڈیوٗ ٹھُم مأشی کھوٚان
ہاکس دپان یہِ چھُ پچھ
باکر کھوٚان ڈاکر تراوان
مٔشیدن دپان تتہِ چھُ یچھ

O

آدن گرِتھ پاین گرش
بُڈِتھ تھۆتھ ریشی ناو
تسبیح گیٔے گُنس ہِشی
کیاہ چأنی نماز کشی ہاو

O

ملہٕ چھُے خوشحال ہٕدیَن تہٕ سالس
شیٚخ گےٚ مالس تہٕ ماچھس مٔتی
نیٚپرِ شوٚہلِو أندرِ شومی
ممبرن کھسان گرِی گرِی کار
ملہٕ ہےَ ڈیٚپِزِ تہٕ مولوی رومی
نتہٕ ملہٕ ڈہِشتھ استغفار

علماہ پوٗزوو ووپھہِ کے ہوسے
ژھلس چھوِ زاگان اُکس اکھ
گوِ چھوِ گمان اَسی چھہِ خاصے
تتہِ ہو موکلو ساسہٕ منٛزٕ اکھ

O

حضرت شیخ العالمؒ دیُت مِلچھ ارُک، اِخوتُک تہٕ مذہبی رواداری ہُند پأغام۔ سماجس منٛز پأدٕ گمتین بدعتن تہٕ لوکن پێٹھ ظلم سپدنس خلاف کٔرتھو بغاوت۔ تِمہ آیہِ بأغی قرار دِنہٕ تہٕ حأکمو دیُت قأدُک فتویٰ

"بأغیانہٕ شُرُکی وُنتھ گے صاحب اقدار لُکھ شیخ العالمسؒ زبردس ناراض تہٕ تِمو سُند زہد و تقویٰ پھُٹراونہٕ باپتھ کریکھ واریاہ کوشِشہِ۔ یاوُن مُژ ناوٕ اکھ سوندر کوٗر آیہِ تِمس نِش سوزنہٕ مگر تِمی ہِندِس ایمانس آے نہٕ زانہہ تہِ گرائے۔ یِیلہِ یِژھہِ ساریے کوششہِ ناکام سپزٕ سہ آو نظر بند کرنہٕ۔"[6]

شیخہٕ شرُکین منٛز چھُ ژوداہمہِ صدی ہِندِ سماجُک حال اَزی کہِ تہٕ آیندٕ سماجُک عکاسی تہٕ نظرِ گژھان۔ تِمو یِمن چیزن ہِنٛز پیشن گویی ژوداہمہِ صدی منٛز کٔرمٕژ اَس، تِمیُک اظہار چھُ اَسہِ وُنی کینہ سپدان۔ مثلاً ے

لُکھ پتہٕ پکن دُنیاہ ژوٗرن
لاگن مسجدن تہٕ مقبرن باج

کنہِ وۄتلن آرٕ کرنڈی بوڑن
سۄ ہا مالہِ آسی واندر راج

O

رازٕ ہونز اَستھ سپدُکھ کوٚلے
کُس تانٛی ژوٚلے کیاہ تانٛی ہتھ

O

چھُ پأزن آپران کوکر تچھان
چھُ مُڈن پھیران برتل ترُکے
چھِ سوزن جکھان کوزن کھوان
چھِ ذأکر حأران غأفل سوکھے

O

نصر بابہٕ بوز گورٕ سُند وژن
سورٕ ہنٛدِ وۄڈِ آسہِ مورٕ سُند تاج
وبتھہٕ ہوکھن تہٕ ہنر گربزن
سۄ ہا مالہِ آسی واندر راج

O

شیخ العالمؒ واتنو وپنُن پأغام کأشرِ ہن تانٛی تتھی مقأمی زبأنی منٛز یوسہٕ بولان اَسی۔ تِم بنے یہ لوکن ہنٛدی ترجمان تہٕ سماجچہ تہٕ لوکن ہنٛز بہبودی خأطرٕ تُجھِکھ علم۔ حضرت شیخ اَسی مذہبی روادأری ہنٛدی علمبردار توے تہِ چھِ مسلمان کیٛو ہیٚندی تِمن پنُن وہندان۔

# حوالہ جات


۱۔ رُنْدٕ رِیوٗش، خاص نمبر، جموں وکشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز، سرینگر، صفحہ ۴۲-۴۳

۲۔ Alamdar-i-Kashmir - editd by M. Amin Pandit, pp.68,69

۳۔ Alamdar-i-Kashmir - editd by M. Amin Pandit, pp.68,69

۴۔ شیخ العالمؒ۔ حیات اور شاعری، حامدی کاشمیری، صفحہ ۱۰۳-۱۰۴

۵۔ کشمیر میں اشاعت اسلام۔ پروفیسر محمد اسحٰق خان، مترجم بدرالدین بٹ صفحہ ۳۱۵۔

۶۔ نوٚو کأشرِ ادبُک توٲریخ، ناجی منور، شفیع شوق، ڈپارٹمنٹ آف کشمیر، صفحہ ۶۲


# کتابیات


۱۔ نوٚو کأشرِ ادبُک توٲریخ۔ شفیع شوق، ناجی منور

۲۔ تعلیمات شیخ العالمؒ۔ اسد اللہ آفاقی، جلد اول، جلد دوم

۳۔ کشمیر میں اشاعت اسلام۔ پروفیسر اسحاق خان، مترجم بدرالدین بٹ، مرکز نور، شیخ العالمؒ چیئر، کشمیر یونیورسٹی

۴۔ علمدارِ کشمیر۔ ترتیب کار، محمد امین پنڈت

۵۔ رُنْدٕ رِیوٗش (خاص نمبر)۔ کلچرل اکیڈیمی

۶۔ کلیات شیخ العالمؒ۔ ترتیب کار موتی لال ساقی

۷۔ انہار، خصوصی شمارٕ، ۱۹۸۸ء۔ کأشر ڈپارٹمنٹ

۸۔ برج نور۔ جموں وکشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز

۹۔ ...... شیخ لعالمؒ حیات اور شاعری۔ حامدی کاشمیری


○